کتابہِ ہُند ناو .......... کأشرِ شأعری منز انسأنی اقدار۔

مصنف .................. ڈاکٹر مشتاق احمد زرگر (مُنتظِر)

وُری .................. دسمبر ۲۰۱۲ء

تعداد .................. ۵۰۰

کمپیوٹر ٹایپنگ ............ بشارت احمد۔ احسان الحق۔

سرورق .................. ڈاکٹر وسیم مشتاق وانی۔

پبلشر .................. گلڈ پبلشرز علی گڑھ۔

چھاپ خانہ ............ جے۔ کے آفسیٹ پرنٹرز، جامع مسجد دہلی۔۱۱۰۰۰۶

مول .................. ۴۰۰ روپیہ

کتاب میلنگ پتہ ........ کتاب گھر لال چوک سرینگر۔

شمشاد مارکیٹ اے۔ ایم۔ یو۔ علی گڑھ۔

اِنتساب

پننہٕ نِس ٹاٹھِس

والدِ بزرگوار ہندِ ناوٕ

یُس میے گرِگرِ حُسنِ سلوک

تہٕ

رِژُرک تلقین کران اوس

# اِظہارِ تشکر

یِتھ کتاب (کأشرِ شأعری منز اِنسأنی اقدار) منز چھ مےٚ کأشرِ شأعری ہنزن مختلف تحریکن تہٕ رِوایژن ہنز سام ہیٚنچ کوٚشِش کٔرمٕژ تہٕ تِمن ہندِس تناظرس منز تِم اِنسأنی قدرٕ بٔد کڈنٕچ کوٚشِش کٔرمٕژ یِم اِنسان مرکز چھےٚ۔ مگر یہِ کتھ وَنٕہناونہٕ خأطرٕ چھ خدامرکز اقدارن سٕنٛن تہٕ ضروٗری۔ کأشرِ شأعری منز چھےٚ اِنسان دوستی، حق، حُسن، خأر، محبت، مِلثار، برادری، برابری، اِنصاف، صلہ رحمی بیتر یِسلہٕ پأٹھی درینٛٹھی گژھان۔ یِم چھےٚ اعلیٰ اِنسأنی قدرٕ۔ مےٚ کٔر یہِ موضوٗع وَنٕہناونٕچ حتی المقدوٗر کوٚشِش۔ ممکن چھ زِ کینٛہہ پہلو آسن وشفہٕ یا مشرفہٕ کٔنہٕ زیرِ بحث اَنٕنہٕ نِشہٕ روٗدِمتی تہٕ۔ مگر بٕہ کتھ حدٕس تام ہیوٚکس یِتھ موضوٗعس ستی اِنصاف کٔرتھ، تہٕ وُچھُن چھ قأری سُند حق۔

بٕہ چھس خدایہِ سُند شُکر اداکران، یُمہِ مےٚ یہِ کتاب پایہِ تکمیلس واتناوٕنک توفیق دِیُت۔ بٕہ چھس یوٗ جی سی کہ تعاونک تہٕ شکرگذار۔ بٕہ چھس پنٕہٕ نِس محبوٗب دوست عزت مآب ڈاکٹر ثناءاللہ پرواز صأبُن سیٹھا شُکرگزار، یِہُند عالمانہٕ تہٕ محققانہٕ مشوٗرٕ تہٕ تعاوُن مےٚ میسر روٗد۔ بٕہ چھس پنٕہٕ نِس وٕستادِ مکرّم جناب پروفیسر گلشن مجید صأبُن خاص طور شکرگزار، یِہنٛز شفقت تہٕ عالمانہٕ بصیرت مےٚ مستفید کران روٗز۔ بٕہ چھس ڈاکٹر حیات عامر حسینی صأبُن تہٕ شکرگزار یِمو میانہِ خأطرٕ پأدٕ گأمتٕن مشکلاتن اَند بوٗر دیُت۔ بٕہ چھس بشارت احمد تہٕ احسان الحق سُند تہٕ شکریہ اداکران، یِمو تکنیکی سطحس پیٹھ مےٚ اَتھہٕ روٗٹ کوٗر۔

دسمبر ۲۰۱۲ ڈاکٹر مشتاق احمد زرگر (منتظر)

# ترتیب

# پیش لفظ

قدیم اِنسانی سماجس منز اُسی عقیدٕ اہم۔ اَتھ منز اُسی حتمی پزٕر (Absolute truth) تہٕ قابلِ حصوٗل مقاصِد (Achievable futures)۔ موتٕک تصوٗر اوسنہٕ کانہہ خوفٕک چیز، بلکہٕ اوس یہٕ اَکھ منزل تہٕ اَبدی مسرت پرٛاونٕک ذریعہٕ، یُس پننہٕ نیک کرمو ذریعہٕ حاصِل کرنہٕ یِوان اوس۔ مذہب اوس اَکھ ضابطہٕ بند لاحہٕ عمل۔ یہٕ اوس سبٹھا کارآمد۔ یِیلہٕ عقیدَن منز حتمی پزٕر آسَن، تیٚلہِ عکاسی آسہِ شاعری منز تہٕ، ہیٚژ منز تہٕ، موضوٗعس تہٕ معنیَس منز تہٕ۔ اَوٕ کنہِ چھہِ لفظَن مُستقل تھو، مستقل معنے تہٕ اَکھ خاص تفہیم۔ شاعر تہٕ ادیب اوس یہٕ زانٕتھ زِ لفظ چھہِ تٕہندِس اَتھَس منز کارآمد اَوزار تہٕ سُہ ہیٚکہٕ یِمو ستی پنٕنۍ خاص دُنیا تخلیق کٔرِتھ۔ یہٕ اوس تِمَن لفظَن، پننیٚن جذبَن ہُند صحیح نُمایندٕ زانان۔ اَوٕ کنہِ اوس روایتی دُنیا باسان بامعنے، بامقصد تہٕ مکمل۔ شاعرس اُس پٔتہ زِ سُہ ہیٚکہٕ پننۍ مقصد حاصل کٔرِتھ۔ تٔمندا جتماعی سوچ اوس زِ اِنسان چھُ مرکزِ کاینات۔ اِنسان چھُ Master of destiny تہٕ زمین چھےٚ مقدس چیز تہٕ اِنسان چھُ اشرفُ المخلوقات۔

لل دیدِ ہنز شاعری چھےٚ وِجدانی کیفیژ ہُند اظہار تہٕ یہٕ چھےٚ اِنسانس تہٕ یتھ دُنیاہس درمیان رِشتَس مُتعلق وَنان زِ اِنسان چھُنہٕ دُنیا ہَس منز کیٚنہہ پراونٕک

ذریعہٕ بلکہٕ چُھ یہٕ بجایہٕ خود تہٕ بذاتِ ہی اَکھ مکمل اِکائی۔ لل دید اُس پننہِ وقتہٕ کِس فلسفو نِشہِ واقف۔ اَمی ہندِس محسوساتی نِظامَس ژھا یہٕ چُھ بُدھ مت، رِوایتی تنتر فلسفہٕ، شیوزم تہٕ اِسلامی فِکرِ ہُند اِمتزاج لبنہٕ یوان۔ اَمی ہندِس کلامَس منز چُھ توحید، دَے ژھارنٕچ کل، روٗحانی تجرُبہٕ تہٕ آگرس ستی مِیل گژھنٕچ خواہشہِ ہُند اِظہار۔ پَنہٕ نِس آگرس ستی رَلُن چُھ اَمی سٕنزِ شاعری ہُند غالِب موضوٗع۔ اصل چھےٚ لل دید زِندَے مرُن یَژھان، یمیُک مطلب زِندٕ زُوے تہٕ یتھٕ دُنیاہَس منز پننٕ نفسانی خواہشات تہٕ طمع ترٲوِتھ اَبدی حقیقتٕ ہنز رضا حاصِل کرِتھ، تَس ستی مِیل یا یکٕت گژھنٕچ عمل چھےٚ تہٕ لل دید چھےٚ اَمِچ باوتھ کران۔ للہِ ہندِس کلامَس منز چھِ اَمی ہندِ بن روٗحانی تجرُبَن تہٕ داخلی کیفیژن ہُند بھرپوٗر عکس۔ اَتھ منز چُھ للہِ ہندِ داخلی سفرُک اِرتقا تہٕ اِنتہا جلوٕگر۔ اَتھ منز چُھ تذبذُب تہِ تہٕ آش تہِ۔ مگر اُخرس چھےٚ یہٕ مُختلِف روٗحانی کیفیژ و منزِ گُزرِتھ پنہٕ نِس منزِلہِ مقصوٗدَس واتان تہٕ اَمی سٕنزِ داخلی کیفیو منز چُھ اَکھ اعتماد تہٕ پژھ لبنہٕ یوان۔

شیخ نوٗرالدین (شیخ العالم) سٕنزِ شاعری منز چھِ نہٕ صرف فکری تہٕ روٗحانی پہلوٗ درینٛٹھ گژھان بلکہِ چھِ اَتھ منز اِنسانی وجوٗدس درپیش مسلہٕ، مجبوٗریہٕ، نفسیاتی اُلجھن، فطری کمی، کوتاہی تہٕ تم سماجی تہٕ نفسیاتی عکس تہِ محفوٗظ، یم تمہِ دورچہِ کُلہم اِنسانی زِندگی ہندی عقاید تہٕ اقدار بروتھہٕ کُن انان چھِ۔ یہِ چُھ انسانی زندگی ہندی تم خدوخال تہٕ تضاد ووتلاوان، یِمَن منز یہٕ انسان وَلنہٕ آمُت چُھ۔ یِمَن تضادَن چَھنہٕ کانہہ مخصوص شناخت بلکہ چھےٚ یِمَن مختلف شکلہٕ تہٕ نوعیژ۔ کُنہِ چھِ یم تضاد انسانہٕ سٕندِس فطرتَس منز پیوست تہٕ کُنہِ چھِ یم انسانہٕ سٕندِس وجوٗدی ساختَس منز جلوٕگر۔

کُنہِ چھِ یِم سماجی تہٕ اَخلاقی داٲیرس منٛز تہٕ کُنہِ چھُ انسانہٕ سُند وجوٗدٕ ے اَکھ تضاد۔

شیخ نورالدینٕس نزدیک چھُ انسان وقتہٕ کِس اَتھن منٛز اَکھ گِندن تماشہِ تہٕ یہِ چھُ تقدیرُک غلام۔ اُمی سُند عمل چھُ تقدیرٕ کُے اَکھ عکس تہٕ انسان چھُ تقدیرس مقابلہٕ بے بس تہٕ لاچار۔ اِنسان چھُ غاَریقینی صوٗرتِ حالُک شِکار۔ یہِ چھُ نتیجہ نِشہِ بےٚ خبرتہٕ اَمِس چھنہٕ خبرٕ زِ کیا سپد۔ یہِ چھےٚ اُمی ہنٛز علمی کوتاہی ظاہر کران۔ واریاہ کینٛہہ زانٛتھ تہٕ چھُنہٕ یہِ کِہیں زانان۔ حضٕ شیخ چھِ معروضی چیزٕ وستی اِنسانہٕ سٕنزٕ لاعلمی تہٕ بےٚ خبری ہنٛزٕ کیفیژ ہُند اِظہارکران۔ یِم چھِ وَنان زِ ٲمۍ چھُس اَکِس آوٕلنٛس منٛز ہینہٕ آمژ ناوِ منٛز سوار تہٕ مےٚ چھَنہٕ خبر زِ یہِ لگیاہ بوٚٹھ کِنہٕ یہِ پھٕٹِہ آبَس۔ ٲمۍ چھُس صرف یِتےٚ زانان زِ نابدٕ چھُ مُدٕر تہٕ سٕدرٕ کانٛزٕ چھُ ٹیوٚٹھ۔ مےٚ رَلوٚو ٹٚھپھرٕ س ستی میٚچھر، مگر خبر چھمنہٕ زِ میٚچھر گژھیا غاَلِب کِنہٕ ٹٚھپھر۔ کُس زانہِ خاَرٕس وٕلتھ چھا شَر، کِنہٕ شَرس وٕلتھ چھُ خاَر؟ یہِ خاَرٕ شرٕچ لاعلمی چھےٚ اِنسانی وجوٗدُک بُنیادی ژھربرتہٕ ژھوژر ہاوان۔ یہِ کوتاہی چھےٚ ہاوان زِ عقل چھےٚ اِنسانٕس اَکِس محدوٗد داٲیرس تام ساتھ دِوان تہٕ اَمہِ اَپور چھےٚ فقط بےٚ بسی۔

انساٲنی نفس چھُ سخت تہٕ پُرٕ پیچ۔ یہِ چھُ خواہشاتن تہٕ جبلژن ہُند مرکز۔ یہِ چھُ انساٲنی فطرتُک سُہ پہلو، یُس وحشی تہٕ بےقابو چھُ۔ یہِ چھُ قابوٗ کرُن سیٹھا مشکل۔ لَل دید چھےٚ وَنان زِ نفس قابوٗ کرُن چھنہٕ آسان۔ تِمس نزدیک چھُ یہِ تیوٗتےٚ مشکل، یوٗت زَن ہوٗس بٲریک والہٕ ستی گنٛڈُن یا تیز ہوا موچھِ منٛز رٹُن مشکل چھُ۔ اَوٕے چھُ نفسِ اَمارٕس تہٕ نفسِ مطمئنٕس درمیان ٹکراو تہٕ اخلاقی اصولن تہٕ نفساٲنی خواہشن درمیان تضاد لبنہٕ یِوان۔

انسان چُھ، نفٕسٕس مقابلہٕ بے بس۔ انسان ہیٚکہِ ہے صبرٕس کٲم، مگر اَمی ہنٛدِس
فطرتَس منٛزٕ چھےٚ اُجلت تہٕ بیتٲبی۔ نفس چُھ اَکھ وُہوُن نار، یُس اَمِس
خواہشہِ پۆرٕ کرٕنچ کل کڈان چُھ۔ اَوے چھ انسانس بشروننہٕ آمت۔ اَمی نفسکی شرٕن
کڈنوو آدم جنتہٕ منٛزٕ۔ ظاہر چُھ زِ بغاوت چھےٚ انسانہٕ سنٛزِ فطرژ منٛزٕ تہٕ یہٕ
فطری کوتاہی یا مجبوری چھےٚ ontic condition یعنی وجودی حالت یا
ہجر۔ شیخ نورالدین چھ پنٕن نفس قابو کرنہٕ باپتھ غارنشین سپدان۔ عبادتَس تہٕ
ریاضتَس منٛز مصروٗف روٗزِتھ نفس کشی کران۔ مگر اَمہِ باوجوٗد چُھ اَمِس یمہِ کتھہِ
ہُند افسوٗس زِ سُہ ہیوٚ کنہٕ نفٕسٕس زیرِ کٔرِتھ۔ نفسٕک یہِ گرفتس منٛز نہٕ یُن چُھ انسانہٕ
سنٛزِ فطرژ منٛزٕ پوٗشید۔ یہٕ نفس چُھ جنگلُک اَکھ بےترتیب اَگہٕ زول۔ اَتھ نیرٕنہٕ
کانہہ پٔٹ کوٚٹ، یمہِ ستی کانہہ پناگاہ تعمیر سپدِ۔ نفس چُھ سگِ دنیا، یمہِ نشہِ نہٕ موکلن
پاےٚ سہل چُھ۔ یہِ نفس پزِ شریعتَس تابع تھاوُن، اَدٕ چھ ممکن زِ یہِ ییہِ قابوٗ کرنہٕ۔

پزٕتھ وجودیت پسند چھ فکری اعتبارٕ، دۄیمو نِشہِ مختلف لبنہٕ یِوان۔
وِلِ گوو شیخ نورالدین سنٛز وجوٗدی حِسیت چھےٚ جدید مغربی وجوٗدی فکرِ
ستیٚ واریاہَس حدس تام مماثلت تھاوان۔ تکیازِ دۄنوٗنی ہُند مرکزی
موضوع چھ انسانی وجوٗد۔ کرکگارڈ چھ انسانہٕ سنٛزن وجودی پریشانین ہُند
علاج عیسایتس منٛز تلاش کران تہٕ دنیاکین عیسایَن مشورٕ دِوان زِ تم روٗزِن
نظریاتی تضادو نِشہِ دوٗر تہٕ بٔنِن صحیح معنیَس منٛز عیسایے۔ شیخ نورالدین تہِ چھ
اِتھے ہیوٚ نظریہ پیش کران۔ یم چھہِ اسلامی عقیدَن تہٕ اقدارَن ہنٛز روشنی منٛز
انسانی وجودٕچ تشریح کران۔ یم چھہِ یژھان زِ انسانس پزِ یمنے اقدارَن ہنٛز

روشنی منز پننہِ نس پانس منز ضبطِ نفس یا ذاتی رہبری self direction حاصل کرنی۔ ہائڈیگر سندِ مطابق چھے وجودٕچ حقیقت، وجودٕ ہے دوران ظاہر سپدان۔ تہٕ یَمہِ دُنیا نبر چھ انسانہٕ سُند وجود ناممکن۔ شیخ نورالدین سُند عقیدٕ چھُ یہِ زِ انسانی وجود چھ اکھ بےثبات، عارضی تہٕ فانی شئے، مگر امہِ پتہٕ چھ بیٚہ اَکہِ زندگی ہُند وجود، یُس لافانی تہٕ ابدی چھُ۔

شیخ نورالدین چھُ اسلامی نظریہ کاینات تہٕ نظام اقدارکس حدودِ اربعس منزٕے پننہِ شاعری ہنز خمیر تیار کران۔ ابنِ عربی سُند 'وحدت الوجودی' نظریہ رٕوٗد جمہور ائماعِ اسلامَن نزدیک ناقابل قبول۔ تِکیازِ تِمَو کر اسلام کِبن بنیادی عقایدَن مثلاً تصوّرِ خدا، تصوّرِ انسان، تصوّرِ کائینات تہٕ تصوّرِ اقدارَن ہنز اکھ نوٚ تعبیر پیش۔ شیخ نورالدین چھُ مسلمانَن منز متواتر رائج رٕوٗدمتۍ عقایدن وعن تسلیم کران۔ اَمی سٕنزِ شاعری منز برونہہ کُن یِنہٕ وٲلی اقدار چھِ، تصوّف کِبن عمومی نظامِ اقدارَن مطابق۔ امام غزالی تہٕ میر سید علی ہمدانی (شاہِ ہمدان) سٕنزَن مختلف کتابَن منز درج ضبطِ نفس، توکل، استغنا، رضاءِ الٰہی، قربِ الٰہی تہٕ فقر ہوٚبن اقدارَن سٕتۍ چھے شیخ نورالدین سٕنز شاعری ہم آہنگ نظرِ یوان۔ یہِ اوس وحدت الوجود تہٕ وحدت الشہود کیو مابعدالطبعیاتی یا فلسفیانہٕ موشگافیوں نِشہِ دوٗر۔ اَمی سٕنزِ شاعری تلہٕ چھُ صاف ننان زِ یہِ اوس اَکھ سیٚود ساد مسلمان، یَمی سُند دل خوفِ خدا سٕتۍ لرزان، حُبِ خدا سٕتۍ لبریز تہٕ عشقِ رسول ﷺ سٕتۍ سرشار اوس۔ اَمی سُند اظہار چھُ واریاہس حدس تام methodological۔ تِکیازِ اَمی سٕنزِ وجودی فکرِ ہنز بنیاد چھے اسلام کِبن بنیادی اصولَن تابع مثلاً توحید، رسالت تہٕ آخرتس

پٔتھ۔ اَوِکنۍ چھےٚ امۍ ہنٛزِ شاعری منٛز مۆجۆد وجۆدی حِسیت preconceptual تہٕ اَتھ منٛز چھےٚ preunderstanding ۔ یم چھِ اَکِس خاص اندازس منٛز پننہِ وجودی نظرِ تِچ توضیع کران، اَوِکنۍ چھےٚ یہِ interpretive تہِ۔

کأشرِس ادبس منٛز چھ رۆمأنی شاعری ہُند آغاز حبہٕ خۆتۆنہِ ہنٛزِ شاعری سٍتۍ سپدان تہٕ وُہمہِ صدی ہُند مہجۆر چھ اَتھ عرۆجس واتناوان تہٕ یہِ سِلسِلہٕ چھ برابر جأری۔ حبہٕ خۆتۆن چھےٚ للہٕ دېدِ ہنٛز مابعدالطبعیأتی یا سری نُہج تہٕ شیخ نۆرالدین ولی ہنٛز اخلأقی تہٕ رۆحأنی ترٛاے ترٛأوِتھ، خألص ارضی تہٕ اِنسأنی جذبات پیش کٔرِتھ، روایتی کأشرِ شأعری منٛز موضوٗع تہٕ اسلوٗبہِ رٔنگۍ نوبر پأدٕ کران۔ ییٚلہِ زن لل دېدِ ہنٛز شأعری پۆرٕ پأٹھۍ خدا مرکز چھےٚ، تتہٕ چھےٚ حبہٕ خوتۆنہِ ہنٛز شأعری انسان مرکز۔ لل ددېد تہٕ شیخ نۆرالدین چھِ رۆحأنی تہٕ حتمی پزٕ رتلاش کرنٕک اظہار کران۔ حبہٕ خوتۆن چھےٚ اِنسأنی ضرۆرژ، باہمی محبت تہٕ ہم آہنگی وٗنۍ دِوان۔ کأشرِ شأعری ہندِس تناظرس منٛز ینہٕ واجنۍ یہِ تبدیلی چھےٚ کأشرِس ذہنس اِنسأنی مسلن، دل چسپین، خوأہشن، وومیدن، ناکأمین، ذہنی اِنتشارن، پریشأنین تہٕ کشمکشن متعلق سوچنس پٔتھ آمادٕ کران۔ حبہٕ خوتۆنہِ ہنٛز شأعری منٛز چھِ أسۍ گوڈنِکہِ پھِرِ محسوٗس کران زِ اِنسان چھنہٕ صرف اخلأقی ذِمہٕ وارِیہِ نِکھہٕ والنٕک یا فرض ادا کرنٕک اکھ ذٔریعہِ، بلکہِ چھ یہِ محبت تہٕ خوشی ہُند پیمانہٕ تہِ۔ یہِ دگ تہٕ انسأنی فِراقٕک کرب چھِ أسۍ امۍ ہندِ بن ارضی شأعرانہ تہٕ لکہٕ لٕجن منٛز محسوٗس کٔرِتھ ہېکان۔ حبہٕ خوتۆنہِ ہُند سمأج اوس تِمن سارِنے بدعتن منٛز ہېنہٕ آمُت یم اکہِ جأگیر دارانہٕ سماجٕچ خصوٗصیتھ چھِ۔ حبہٕ خوتۆنہِ بناوِ یم سمأجی حقیقژ، پننہِ ذأتی حقیقژ تہٕ ذأتی تجربٕ بن ہندِ رٔنگۍ کٔرِن اِ ہنٛز باوتھ۔ حبہٕ خوتۆنہِ ہنٛز شأعری چھےٚ سمأجی حقیقتھ پسندی ہنٛزِ شأعری نِکھہٕ تہٕ کأشرِ

شاعری منز اِژھ گوڈنچ کوشش۔ یہِ آس تِمَن دوکھن تہٕ ستِمن ہنز باوتھ، یِمن اَمہِ وَقتک سیاسی تہٕ اِقتصادی نظام زَنم دِوان اوس۔ حبہٕ خوتوٗن چھےٚ زمینی علامژ تہٕ اِستعارٕ وَرتاوِتھ سیدٕ سیوٗد تہٕ خالِص اِنسانی جذباتَن ہُند اِظہار تہٕ اَکھ سنہٕ وِنی لگہٕ لے بروٚنہہ کُن انان۔ یہِ چھےٚ اِنسانس درپیش فطری کوتاہیو، کمزوٗریو تہٕ خطرو نِشہٕ واقف۔ یہِ چھےٚ نہٕ صرف پننہِ ذاتہٕ خاطرِ متفکر، بلکہِ چھےٚ تمام عالمُک رُت کانچھان۔

روٗمانی شاعرس چھُ فطرتس ( نیچرس ) ستی اَکھ اَژھن واتھ۔ یہِ چھُ فِطرتکین رموز و اَسرارَن سنان تہٕ نتیجہٕ اَخذ کران۔ حبہٕ خوتوٗن چھےٚ فِطرتکہِ حوالہٕ اِنسانی زِندگی ہنز زَوال پزیری ہُند نقشہٕ ووتلاوان۔ یہِ زوال پزیری چھےٚ لوٗت لوٗت تہٕ بےٚ شوٗنکھی پاٹھی عملہِ منز یِوان۔ کائنہٕ چھنہٕ کنوکن خبر گژھان۔ اَوے چھےٚ یہِ وبسن پژھان زِ تو ہہِ ما آو سہٕ نظرِ، یُس مےٚ رَسہٕ رَسہٕ گالان تہٕ مَدٕ والان چھُ۔ تِکیازِ شاعرس چھُ پننہِ زوال پزیری ہُند صرف احساس۔ یہِ چھنہٕ اَمکی اَسباب معروضی شکلہِ منز وُچھتھ ہیکان۔ یہِ چھےٚ شِنہٕ مائی تہٕ ژندَن گجہٕ ہندی اِستعارٕ وَرتاوِتھ اِنسانہٕ سنز وجوٗدی حقیقژ ہُند اِظہار کران۔ اَمی سندِ شاعرانہٕ باوژ ہنز چھےٚ یہِ خوٗبی زِ یہِ چھےٚ شِنہٕ مانہِ تہٕ ژندَن گجہٕ ہندِس اِنجامَس تہٕ اِنسانی وجوٗدٕکس زوالس درمیان ہشر پاٗدٕ کران۔ اِتھے کن چھُ اِنسانس تہِ وارٕ وارٕ زوزُر اَژان تہٕ سہٕ چھُ پننِس اَنجامَس واتان۔ فِطرتکہِ حوالہٕ ووتلَن وول یہِ تاثُر چھُ پرَن والِکی سندِس ذِہنس حرکتھ دِتھ، تَس وجوٗدی حقیقژ ژیناوان۔ شاعرس چھُ سوٗن احساس تہٕ یہِ یتھ صوٗرتِ حالس منز ہبہٕ آمژ چھےٚ، سہٕ چھُ اَمی سُند ڈیکہٕ لوٗن۔

روٗمانیتھ چھےٚ محموٗد گامی سنز شاعری ہُند بنیاٗدی رُدِیہٕ۔ یہے رُدیہ چھُ

تَہندِس شاعرانہٕ شخصیتس ووتھ واتھر دِوان۔ حُسن اِنسانس منز آسِتَن یا فطرتس منز، محمود گامی چھ پرٛتھ آیہِ حُسنک طلبگار۔ امیٚ سنز شاعری چھےٚ تہنز اندرِم بیقراری، فراقچ دگ، آرزوٗ یے وصال، آرزوٗ یے تکمیلِ ذات تہٕ تہنز نفسیاتی رنجیدگی تہٕ ذاتی مجبوٗری ہنز باوتھ کران۔ لُکھ آسن یا بین الانسانی معاملات آسن یا معاشرس منز پیش پنہٕ وٲلی حالاتھ آسن، محمود چھ روٗمانی رُوِ یہٕ پاناوان۔ باسان چھ زِ محمودس چھ کیاہتام زبردس راوَن تیوٗل۔ تَہنز شاعری چھےٚ تمیٚ ہنزِ مِثٲلی محبوٗبہٕ سنز اَژھن نغمہٕ سرٲیی۔ محمودس یُس مثٲلی حُسنچ مسلسل تلاش چھے، سو چھے تمس تخلیقی آزادی، لول، ہمدردی تہٕ مروّت پاناوُنس کُن آمادہٕ کران۔ اکھ مستند تہٕ معتبر ہیوٗمَنسٹ اقداری نِظام، مشرح تہٕ مُزّین کرنس منز چھ یہے رُوِ یہٕ اکھ کلیدی رول ادا کران۔ امیٚ ہندِس کلامس منز چھ اِنسٲنی جذباتن ہُند بے ساختہٕ اِظہار۔ اَمچ زبان چھےٚ سلیس تہٕ عام فہم۔ اَتھ منز چھ زنانہٕ لہجہٕ تہٕ لُکہٕ مزاز۔ امیٚ ہندِس شاعرانہٕ اِظہارس ژھایہِ چھےٚ اِنسانہٕ سنزِ محکوٗمی تہٕ مجبوٗری ہنز تلخی تہٕ درپیٹھی گرٛھان۔ محمود گامی چھ پننہٕ شاعری منز دِلچ دَگ تہٕ اِنسٲنی لول ہوی موضوع ورتاوان۔ عشق چھ امیٚ ہندِ کلامُک خاص محرّک۔ امیٚ ہندی غزل چھِ صوٗفیانہٕ تہٕ تہٕ عاشقانہٕ تہٕ۔ اَتھ منز چھ نسوانی حُسنس لَرلوٗر فِطری حُسن تہٕ ووتلان۔ محمود گامی چھ پتھ کالکی داغ للونس ستیٚ پیش کالچ آش تہٕ تھاوان۔ امیٚ ہندِس سپنس منز چھِ ژھوکھ تہٕ تہٕ ہاوس تہٕ۔ امیٚ ہندِس فطرتس منز چھ راوَن تیوٗل تہٕ لنبہٕ جلرٕ ہُند اِمتزاج۔ اَمس برونہہ کنہٕ چھنہٕ کُنہٕ تہٕ چیزس ٹھہراو۔ لوکچار کہ ڈلنگ تہٕ یاوُنکہ راوُنک ہمسُس چھ محمود گامی یَس دُنیاہچہٕ ناپایداری ہُند شدید احساس پاد کران۔

مقبوٗل شاہ کرالہٕ وٲری چھُ گُلریز مثنوی ہنز ترٛاے ترٲوِتھ گرٚیسی ناٛمس منز عام گرٚیسی سُند زمینی کردار پیش کران۔ یہِ چھُ تمہِ وقتہٕ کِس گرٚیسی سماجس پیٹھ ہجٕو لیکھتھ، تمہِ چَن خأمیَن ہنز شأعرانہٕ باوتھ کران۔ یہِ چھُ پیرَن، مُلن تہٕ زنانَن تہِ پننہِ طنزٕک نِشانہٕ بناوان تہٕ تِہندہن ؤطیرَن تہٕ ووہارَن ہُند عکس ووتلاوان۔

روٗسُل میر چھُ کٔشیرِ ہُند سارۍوے کھوتہٕ بہلہِ پایہ روٗمأنی شأعر۔ کأشرِ شأعری منز روٗمأنی تہٕ انسان مرکز قدرِ پھانپھلاوِنکس اَژھین سفرس منز چھُ رسوٗل میر اکھ سنگِ میل ثابت سپدان۔ رسوٗل میرٕنی خألِص جمالیأتی تجرُبہٕ چھِ تٔسندِ تخلیقی بلاغتٕچ اٲینہٕ دٲری کران۔ تسنز شأعری چھےٚ معنے آفرین تہٕ حُسن آفرین تہٕ تہٕ قدر آفرین تہٕ۔ سراپا نِگأری چھےٚ روٗسُل میرٕنہِ شأعرانہٕ باوژ بلُک اکھ لۆبوٗن تہٕ پوشوٗن انہار۔ اکھ ہیۆمَنِسٹ نِظامِ اقدار مرتب کرنس منز یُس تعبیرأتی، استعارأتی تہٕ علأمتی اِظہار رسوٗل میرن پانٕہوومُت چھُ، تتھ منز چھےٚ محبوٗبہ سٕنز زُلفہٕ، چشمہٕ، وٕٹھ، نَس، گردَن، قد، چال تہٕ ناز تہٕ نخرٕ مرکزی کردار اَدا کران۔ رسوٗل میر آو کأشرِ شأعری منز نوبن اَقدارَن ہُند نقیب بٔنِتھ خألِص جمالیأتی تہٕ ذأتی تجرُبَن اِظہأری رنگ بخشان۔ اُمی سٕنز شأعرانہٕ باوتھ چھےٚ مقأمی تہٕ ذأتی تجرُبَن آفأقی حٲثیتھ بخشان۔ فارسی (کینژھا اُردو) روایژ پانٕنأوِتھ دِیُت اُمی کأشرِ شأعری نوٚو طرح۔ سراپا نِگأری چھےٚ اُمی سٕنزِ شأعری ہُند خاص گون۔

رسوٗل میرٕس بروٚنہہ چھِ مشکلنے اَکھ زٕ کأشرۍ شأعر، یِمو پٕزنہ پأٹھۍ صوٗفی شأعری گوڈ بوٚرمُت چھُ۔ یِموصوٗفی شأعرو تہٕ چھِ جمالیأتی سوٚتھرِس پیٹھ روٗزِتھۍ لولہٕ شأعری گوڈ بوٚرمُت تہٕ معشوقہٕ سٕندبن زُلفن، چشمن ہنز

ذِکر کُرِتھ پَنہٕ نِہِن محسوٗساتَن ہُند اِظہار کَرُن رَمِت ۔ رسوٗل میرَس برونہہ چھِ فاخر، محموٗد گاؔمی بیترِ تہٕ لولہٕ شاعری کران تہٕ رٔنگین تہٕ شاداب مرگن کُن سون ظوٗن نِوان ۔ وِں گوٚو رسوٗلؔ میرنی شاعری چھےٚ اَکس زمینی محبوٗبہٕ ہِندِ وصالتہٕ پَننہِ جمالیاتی تجرُبک بےٚ پھروٚک اِظہار ۔ اَمی ہِنزِ شاعری منز چھےٚ سراپا نِگاری، کِردارٕ ہِنز سیرت تہٕ صوٗرت اُبھاران ۔ باسان چھُ زِ رسوٗلؔ میرَس پیٹھ چھُ مشہوٗر فارسی شاعر حافظ سُند اَثر، یُسُند فارسی کلام ہتہٕ بدہِن وٚریَن تام خانقاہَن ہِنزَن محفلہِ سماعَن منز گرہزان اوس تہٕ قحبہٕ خانَن منز تہٕ گیونہٕ یِوان اوس ۔ تِکیازِ اَتھ منز اوس ذوقِ جمال تہٕ حقیقتٕ ہُند اِظہار، دوٗنوٚنی ہُند خیال تھاونہٕ آمُت ۔ اَوے چھُ اَسہِ رسوٗلؔ میرِنس کلامَس منز مجاٗزی محبوٗب نظرِ گژھان تہٕ زندگی ہِندِ بن فلسفیانہٕ ژوی جارَن ہِنز ژھاے گراے تہٕ درِ ینٹھی گژھان ۔ رسول میرس نزدیک چھِ یتھ کاینٲتس منز رٕژرِ کی تہٕ بُدی ہِندی عُنصر دوٗنوَے موٗجوٗد تہٕ خاَرس وٚلتھ چھُ شَر تہٕ شَرَس وٚلتھ خاَر ۔

مہجوٗرؔ چھُ ریوایتھ رٔژھراونہٕ باوجوٗد کاٗشرِ شاعری منز نوٚو اَندازِ بیان اِختیار کُرِتھ اَتھ نوٚو موڑ دِوان ۔ یہٕ چھُ زمینی موضوٗعات وَرتاوان تہٕ نٔوی تجرُبہٕ کُرِتھ اَتھ وُسعتھ عطا کران ۔ یہ چھُ مِزازَن اَکھ روٗمانی شاعر تہٕ اُمی ہِنزِ شاعری منز چھِ وطنی، قومی، سیاسی، تواریخی تہٕ اِنقلابی موضوٗع درِینٹھی گژھان ۔ اِنسانی جذباتھ تہٕ لول چھُ اَمی ہِنزِ شاعری ہُند اَہم موضوٗع ۔ مہجوٗر اوس مُژھیٖل، لولہٕ ہوٚت تہٕ حُسن شناس شاعر ۔ اَمی ہِنزِ روٗمانی شاعری منز چھُ لول، مِلچار، گُل وبلبل ہِنز نغمہٕ سرایی تہٕ لطیف اِنسانی جذباتَن

ہُند خوبصوٗرت اظہار۔ یہِ چُھ اِنسانی نفسیاتکۍ تہٕ محسوٗساتی دُنیاکِہن پوٗشیدٕ یا اِظہار نہٕ سپدَن والِہن گوشَن ہنز کامیاب تصویر کشی کران تہٕ پننہِ خاموش داخلی حالژ ہُند جمالیاتی اِظہار کران۔ یہِ چُھ کشیرِ ہندِ ہن باغن، ناگن، دریاوَن، مرگن، آبشارَن، پوشَن تہٕ جاناوارَن ہُند مارِ موند حُسن بیان کران۔

مہجوٗر چھُ معاشرَس تہٕ انسانی زندگی ہندِس جہدِ بقاہس منز زنانَن ہُند عملی رول تسلیم کران۔ یہِ چھُ عام گرٕہسی کورِ ہُند کردار پیش کرِتھ تمِہ سندی حالاتِ زندگی، صفت تہٕ تسنز جواں مردی تہٕ جفاکشی ہنز تصویر پیش کران۔ گرٕہسی کوٗر نظم چھےٚ کاشرِ ہن زنانن ہندی زِ متضاد کردار بروٗنہہ کُن انان۔ اَکھ گرٕہسی کورِ ہُند کردار، یُس عملی زندگی منز ہِمتھ تہٕ حوصلہٕ سان مشکلن ہُند مقابلہٕ کران چھےٚ تہٕ بیاکھ کردار چھُ خوجہِ باین (اشراف طبقچہِ زنانہِ) ہُند یِم گرٕنے منز روزان آسہٕ تہٕ تمَن ہُند گرِ نبر نیرُن اوس معیوب سمجھنہٕ یِوان۔ اَکھ ہنز نظم 'آزادی' چھےٚ تتھ کُلہم صوٗرتِ حالَس پیٹھ طنز، یُس آزادی ہندِس ناوَس پیٹھ پروٗنہہ کُن یِوان چھُ۔ لُکن اُس آش زِ آزادی پیہِ خوشحالی، پاپرجایی، اِنصاف تہٕ بہتری ہنز سبیل ہیتھ۔ مہجوٗرنی 'نوٗ کشیر' ہِش نظم چھےٚ اَمیک اَنہٕ۔ مگر یہِ برٕم پھُٹ تہٕ زمینی سطحس پیٹھ آینہٕ کانہہ تبدیلی، بلکہِ بنیاو یہِ اکہِ مخصوٗص طبقہٕ خاطرٕ استحصالک ذریعہِ، یُس لُکن لتہِ تل تھاوان چھُ۔

مہجوٗر چھُ سماجی یا خارجی سطحس پیٹھ درپیش مسلَن پننہِ داخلی محسوٗساتی دُنیا منزٕ گزارِتھ، تمَن ستی جمالیاتی سطحس پیٹھ برسرِ پیکار تہٕ سیاسی تہٕ سماجی سوٗترس پیٹھ ووپدَن والِہن دوکھن تہٕ دادِ ہن پننہِ ذاتی تجرٕبَن ہنزٕ شکلہِ منز پیش کران۔ مہجوٗرنہِ شاعری منز چھُ کشیرِ ہُند شاندار پتھ کال، کاشرِ ہن ہنز بہودری،

توأرێخی وکانہٕ تہٕ حاؠدِثہٕ، ظاؠلم تہٕ جاؠبر نظامہٕ نِشہٕ آزاؠدی ہنز خواہش، قومی شعوٗر تہٕ حبُ الوطنی ہُند جذبہٕ۔ یِہ چُھ کاشُرین احساسِ کمتری منز کڈنہٕ خاطرٕ تہٕ یِمن حوصلہٕ دِنہٕ باپتھ شاعری ہُند برپوٗر استعمال کران۔

صوٗفی شاعری چھےٚ بُنیاؠدی طور مخصوٗص تہٕ عِبادتٕچ شاعری۔ اَتھ منز چُھ خدایس سۭتۍ محبت، خدایہٕ سندِس رسوٗلس سۭتۍ محبت تہٕ خدایہٕ سندین مخلوٗقن سۭتۍ محبت۔ اَتھ منز چھِ رواداری، Tolerance ، صُلحِ کل تہٕ محبتکۍ اقدار۔ صوٗفی شاعر چُھ مجبوٗری زولُمت تہٕ فراقچہٕ شرٚاکہٕ تل ژٔٹنہٕ آمُت۔ یِہ چُھ پننِس کلامس منز وِصالُک دُعا کران۔ یِہ چھےٚ آرزوِیے وِصالُچ ، لولہٕ نارٕچ تہٕ راوَن تیلُچ شاعری۔ ایمان، محبت، عِبادَت تہٕ عقیدت چھِ اَمکۍ بُنیاؠدی خدوخال۔ صوٗفی شاعر چُھ سَرِ تسلیم خم کٔرِتھ عقیدَن تہٕ قدرَن ہندِس اَکِس داؠیرَس منز زِندٕ روزان۔ تِمن چھےٚ دینی معتقداتن تہٕ فرموداتن ہندِس پۭزرَس تہٕ رٕژرَس پیٹھ پۆژھ۔ باقی لُکن ہندی پاٹھۍ چھےٚ تِمس پننۍ وجوٗدی، روٗحاؠنی، اَخلاؠقی، معاشرٕنی تہٕ ثقافتی پرٛزنتھ۔ یِہ چُھ مذہبکہٕ حوالہٕ پنُن پان متعاؠرِف تہٕ کران تہٕ پرزناوِتھ تہٕ ہیکان۔ صوٗفی شاعرن اوس یِہ شبقہٕ یقین زِ اِنسانہٕ سندین جسماؠنی، ذہنی تہٕ روٗحاؠنی دادٕ ہُند علاج چُھ موٗجوٗد، بامے سُہ اَسہٕ آساؠنی سان دَرِدست یِوان زَن چُھنہٕ۔ لول چُھ تصوّف تہٕ روٗحاؠنیکۍ علمبردارَن نِش زادِ راہ، توشۂ آخرت، وجوٗدی آزاؠدی ہُند سبب تہٕ نجات حاؠصل کرنُک ذٔریعہٕ تہٕ۔ صوٗفی شاعرس نزدیک چُھ دینُک جوہر، دینٕدار سُند مستقل، مسلسل تہٕ متواؠتر اِخلاص تہٕ وفاداؠری چھےٚ اصل ایمان۔ کاشرین صوٗفی شاعرَن ہندِ کلامٕچہٕ چھےٚ کینہہ مُشترک خصوٗصیژ۔ مجموٗعی طور چھےٚ اَتھ منز فنکارانہٕ نزاکژ ، ہمہ جہت معنے، فلسفیانہٕ ژوٗچار

تہٕ تاثرٕچ شِدت۔ اَتھ منز چھُ سوز، لَے، روأنی تہٕ تأثیر۔ اَتھ منز چھ زنانہ لہجہٕ تہٕ زبان چھےٚ عوأمی مِزازَس نکھہٕ۔ اَتھ منز موٗجوٗد اعلیٰ اِنسأنی اَقدار، اَخلأقی پہلوٗ تہٕ اَمکہِ موضوٗعی شوٗژرٕ کِنی سپٕز یہِ شأعری عام لُکن منز مقبوٗل۔ یم صوٗفی شعرا چھِ پنٕہ نِبن لامحدوٗد دأخلی تجربن ہنٕز باوَژ ہندی اعلیٰ نموٗنہٕ پیش کران۔

مغربی سامراجس خلاف بغاوت، آزأدی، انقلاب، فرقہٕ پرستی تہٕ نسل پرستی ہنٕز مخالفت، محنت کش طبقچ حمایت تہٕ تمن اِستحصالہٕ نِشہِ نجات دِیاوُن تہٕ اکھ نوٚو سمأجی نظام قأیم کرُن۔ یم اَسی ترقی پسند تحریکہِ ہندی خاص اقدار۔ اَتھ زمانس منٕز اَس قومی احتجاجٕچ لَے سیٹھا تیز۔ مظأہر، نعرٕ بأزی تہٕ جلسہٕ اَسی عام زندگی ہُند حصہٕ بنیأمتی۔ اِنسان چھُنہٕ مجبوٗرِ محض بلکہِ چھُ اَمِس حالاتَن ہندِس جبرَس ستی ہمتہٕ سان مقابلہٕ کرُن۔ عدل، مساوات تہٕ حالاتَن ہُند جبر بدلاوُن چھُ ترقی پسندی ہُند بُنیأدی اصوٗل تہٕ یہِ چھےٚ رجأیتَس پیٹھ زور دِوان۔ ترقی پسندی ہنٕدِ ذٔریعہٕ آیہِ ادبَس منز تیزی سان تبدیلی تہٕ قدیم ہیٛژن منز آے نٔوی خیال وپراونہٕ۔ شأعری تہٕ نٔثرٕ خأطرٕ نوبن ہیٛژن ہندِس تلاشَس منز آو عالمی ادب تہٕ ہندوستانکہِ علاقأیی ادبہٕ نِشہٕ اِستفادٕ کرنہٕ تہٕ ادبی موضوٗعَن منز آو تنوع۔ ترقی پسندی کوٚر اکھ نوٚو عہدنامہٕ مرتب تہٕ جمالیأتکی سأری رٔوِیہِ تہٕ معیار بدلأوِن۔ یہِ چھےٚ زندگی ہنٕزَن حقیقژَن نٔوِ زاویہِ کِنی وُچھان۔ اَوِ کِنی گیہِ ادبَس منز اَکھ نٔو توأریخی تہٕ سمأجی معنویت پأدٕ۔ پرٛتھ چیٖز، عقلہِ تہٕ اِدراکچہِ کھوچہِ پیٹھ پرکھاوُن اوس اَمیُک اہم اصوٗل۔

۱۹۴۷ء پیٹھہٕ ۱۹۵۵ء تام چھُ کأشرِ شأعری منز ترقی پسندی ہُندٕے موضوٗع غألب روزٕان۔ آزاد، عاصی، روشن، مرزا عأرف، نأدِم، آہی،

کأمل، سنتوش تہٕ فراق بیترِ چھِ کأشر شأعری منز ترقی پسند نظریہ ورتاوَن وألی اَہم شأعر۔ کأشری ترقی پسند شأعر آسی پانہٕ درمیأنی طبقس ستی تعلق تھاوان تہٕ یم آسی نہٕ کمیونزمِ تحریکہِ ستی براہِ راست وابستہٕ، بلکہِ آسی اُردوٗ زبأنی ہندِ ترقی پسند ادبکہِ ذریعہِ اَمہِ نظریہِ مُتأثر سپدی متی۔ یم آسی ادبکے ذریعہِ گریستھن تہٕ مزوٗرن منز تِمن پیٹھ سپدن وألس ظُلمس خِلاف آواز بلند کرنہٕ خأطر تیار کران۔ اوٚنی چھِ یم ترقی پسند تخلیق کار تہٕ پنٕہ نِین فنپارَن منز طبقأتی کشمکش، ظُلم، غلأمی، غربَت تہٕ اِنقلاب ہوی موضوٗع وَرتاوان۔ آزادی ہٕنی شأعری چھےٚ تِمی ہندِ وقتکہِ کٔشیرِ ہُند شہر آشوٗب۔ اَتھ منز چھ کأشرِن ہنٛز اقتصأدی بد حألی، سیأسی غلأمی، حأکِمن ہندِ ظلم وجبرُک، رشوٚت خوری تہٕ اِستحصالُک تصویر ووتلاوان۔

ترقی پسندی ستی آو یہِ فأیدٕ زِ کأشری اَدبٕ چھِ صوٗفی تجرباتن ہنٛز نٔیج ترأوِتھ عام اِنسأنی زندگی مُتعلق لیکھتھ حقیقتس نکھہٕ یوان۔ عبدالاحد آزادٕس برونٛہہ اوس کأشرِ شأعری منز صوٗفی تصوراتن تہٕ اِنسأنی لولُک رُجحان غألب تہٕ نسوأنی سوزوگداز اوس کأشرِ لولہٕ شأعری ہُند اہم صِفتھ۔ مگر آزادنس لولہٕ باغس منز چھِ اَمی ہندِ حُسنکی معیارٕ بدلان۔ یہ چھنہٕ وِں مأ نزِمن تہٕ سورمہٕ چشمن نش پنٕن وصل تہٕ سکوٗن ژھاران، بلکہِ چھُ اَمہِ نظریہِ دامَن بچاوُن یژھان۔

مہجوٗر چھُ کأشرِ شأعری منز ترقی پسند اقدارن ہُند علمبردار گنزرنہٕ یوان۔ ترقی پسند نظریہ چھُ معنویت تہٕ رجأیتس پیٹھ زور دِوان۔ اَمہِ وغأر چھےٚ گنہٕ تہٕ سماج تعمیر ناممکن۔ ترقی پسند تحریکہٕ ہندِس اثرس تل چھےٚ گوڈنکہِ پھِرِ یہ کتھ وننہٕ آمٕژ زِ محنت کش طبقچہ حرکژ ستی چھےٚ سماجس منز تبدیلی یوان۔ حالانکہِ یہ طبقہٕ چھ

وِنیُکتام استحصالُک شکار رُوٗدمُت۔ چونکہِ ترقی پسند تحریکہِ مطابق چھےٚ ادیچ کام سماجس منز تِژھ تبدیلی اَنٕز، یُس اِنسانٕن ہُند استحصال ہمیشہِ خاطر ختم کرِ۔ یہِ تحریک چھُنہٕ اِنسانس مجبوٗرِ محض تصورکران یا معروضی حالاتَن ناقابلہِ تغیر زانان۔ یہِ چھےٚ حالاتَن ہِندِس جبرس ستی ہمتہِ سان مقابلہٕ کرنُک حوصلہٕ دِوان تہٕ عدل تہٕ مساوات قایم کرُن تہٕ حالاتَن ہُند جبر بدلاوُن چھُ ترقی پسندی ہنٛز بُنیأدی قدر۔ ترقی پسند نظریہِ مطابق چھُنہٕ اِنسان اَکھ حقیر کیوٗم، بلکہِ چھُ اَکھ پُروقار، حوصلہٕ مند تہٕ بااختیار وجوٗد تھاوان۔ وِں گوٚو یہِ چھُ جاگیردارانہٕ تہٕ سرمایہ دارانہٕ معاشرن غلام بنوومُت۔ پٔز رِچھ یہِ زِ اِنسان ہکہٕ پنٕنہِ اختیارَن کام ہیتھ، استحصالی معاشرس ژٕکی پھیوٚر کرِتھ۔ مجبوٗر چھُ مظلوم، مجبور تہٕ استحصالکین شکار لُکن یہِ پأغام دِوان زِ تم ہیٚن ہمتس کام تہٕ پنٕنہِ نٔبن کوٗٹھبن پیٹھ وۄتھِتھ کٔرِن تم اَکھ نوٚو تہٕ خوشحال سماج تعمیر۔ یہِ چھُ فرقہٕ وارانہٕ میل ملاپ، یکجہتی، مِلچار، رواداری، انسأنی برادری، انسان دوستی تہٕ ہم آہنگی ہُند قأیِل تہٕ چھُ یِمنٕے قدرن پیٹھ زور دِوان۔

جدید شأعری نہٕ چھےٚ لولہٕ شأعری تہٕ نہٕ راوَن تلیچ شأعری۔ وِں گوٚو اَزٕکس شأعرس چھُنہٕ معشوق روٚومُت، بلکہِ چھُس پنُن پان روٚومُت۔ اَمِس چھُنہٕ یارَن بےوفأیی کرٕمٕژ، بلکہِ چھُس پنٕنہِ وجوٗدچہِ بےٚ مقصدی تہٕ لاحأصلی ددارِ واتنوومُت۔ اَمِس چھُ پنٕنہِ عقلہِ یا عقل پرست زمانٕن دھوکہٕ کوٚرمُت۔ اَمِس چھُ پنُن پان روٚومُت۔ تہٕ یہِ چھُ پانَس سمکھُن یژھان۔ یہِ چھُ پنٕنِس ذاتس ستی وصال یژھان، مگر حأصل چھُس گژھان ذاتچِ آگہی ہُند کرب۔ جدید شأعرس نہٕ چھُ حُب خدا زالان

تہٕ نہٕ چھُس مجازی محبوٗب سُند عشق پھران۔ تمہِ سُند ایمان بالمحبت گوٚو ختم، تکیازِ سہٕ چھُ أزِ کہِ زمانک روزَن وول، یتھ منز ایمان بالعلم تہٕ ایمان بالعقل یاف گوٚو تہٕ وُچھان وُچھان بدلیاو سہٕ ایمان بالتشکیکس منز۔ یہِ چھُ اَکھ غأر نظریأتی رُدِ یہٕ۔ یہٕ نہٕ چھےٚ دینیأتی نظریاتَن تہٕ نہٕ غأر دینیأتی نِظامِ اقدارَن ہندِس زوالس منز پھسُن یَژھان۔ نہٕ چھےٚ دینیأتی تہٕ غأر دینیأتی نظریَن تہٕ قدرَن ہندِ توأریخی رولہٕ نِشہٕ بےٚ خبر، تہٕ نہٕ چھےٚ یہِ ہم کال نظریاتَن ہندِ اخلأقی، فِکری تہٕ روٗحأنی معنویت نِشہٕ غأرزان۔ مگر ممکن حدَس تام چھےٚ جدید حسبا گہی مذہب تہٕ دینیات بنامِ سائنس تہٕ ٹیکنالوجی کس تنازعس منز غأرجانبدار رُدِ یہٕ پانہٕ ناوان۔ جدید حسبا گہی چھےٚ سائنسی، میکانیکی تہٕ تکنیکی دورِچ پأداوار۔ یہِ چھےٚ حقیقتھ پسند تہٕ حقیقتھ ساز۔ حیات و کائناتکہِ ٹیٹھی تہٕ کرٹھی کھری باوَس منز چھنہٕ اَتھ کانہہ منز چھ باسان۔ جرأتِ فِکر، جرأتِ گماں تہٕ جرأتِ اِظہار چھِ اَمکی اَسأسی انہار۔ جدید حسبا گہی چھنہٕ حقیقتہٕ نِشہٕ فرار۔ یہٕ چھےٚ فرارَس نِش فرار۔ یہِ چھنہٕ اِنسأنی زِندگی متعلق اغراض و مقاصد وبژھناوان، نہٕ چھےٚ یہِ کانہہ مطلق مقصد یا غایت تلاش کرنَس منز کانہہ دِلچسپی تھاوان۔ جدید حسبا گہی چھےٚ علِمی تہٕ عملی اِنتشار، اِنسانہٕ سُند ڈیکہٕ لوٗن زأنتھ یہِ ڈٲلِ زِ تہٕ سَرِ تسلیم خم کران۔ یہِ گییہِ دورِ حاضرَس منز سانہِ وجوٗدی صوٗرتِ حالُچ تنقیدی سام ہینہٕ سِتی نموٗدار۔ جدید دورَکس اِنسانَس گوٚو یہِ احساس شِدتہٕ سان زِ تَسندِ بن وجوٗدی دادبن چھنہٕ کانہہ درمان۔ تَسندی نظریأتی ژھربر چھِ ٹاکارٕ پأٹھی یہِ ثابتھ کران زِ سہٕ چھُ المناک وجوٗدی کربس منز مُبتلا۔ اَتھ دأدِس چھنہٕ اَمِس کانہہ واتان۔ جدید شاعر چھُ أتھی ازلی تہٕ ابدی غمس لولہٕ کھول کران۔ جدید حسبا گہی چھےٚ أتھی وجوٗدی چھوچھ کترَس منز بارسس

یوان۔ اَسہِ چُھ تخلیقی تہٕ تنقیدی سطحس پیٹھ یہِ قبوٗل کوٚرمُت زِ سانٛی دادٕ چھِ لا دوا تہٕ سانین مرضن چھنہٕ شفا۔ سانٛی وجوٗدی حالت چھےٚ لاعلاج۔ کانہہ حکیما یا مسیحا ہیکہِ نہ اَسہِ بلراوِتھ۔ دواہ کھینہٕ ستی چھ سون مرض ہُرانہٕ تہٕ کم چُھنہٕ گژھان۔ سارٕی نُسخہٕ چھِ بےٚ اثر گامٕتی تہٕ سارٕنے ضمادن پیٹھ چھ اَسہِ پانٛی پانہٕ اُسن یوان۔

کانٛشرِ ادبس منز چُھنہٕ کانہہ تہِ شاعر پننہِ مابعد جدید آسنک دعوٰی کران۔ تہٕ نہٕ چھےٚ جدیدیتکی پاٹھی مابعد جدیدآسنٕچ رٔوِش چلان۔ مگر یہِ تہِ چھےٚ حقیقت زِ جدیدیتُک بزم پھٹنہٕ ستی لگی شاعر ضابطہٕ بندی یو منزٕ نیرِتھ نٔوی تخلیقی تجربہ کرنہِ۔ مابعد جدیدیت چھےٚ تخلیقی وفوٗرس پیٹھ زور دِوان تہٕ فطری اظہارٕچ حوصلہٕ افزاٰیی کران۔ عصری کانٛشرِ شاعری منز تہِ چھےٚ تکثیریت، تخلیقیت تہٕ ثقافتچہٕ تٕژھ بےٚ شمار خوبصورت تہٕ موثر مثالہٕ درٕنٛٹھی گژھان، یِم منفرد، مقاٰمی، کثرت المزاج، کثرت الجہت تہٕ کثرت المعنی چھےٚ۔ یِمَن منز چھِ نِسوانٛی جذبات، جلاوطنی ہنز دَگ، اقلیتکی احساسات تہٕ شُربن ہندِ خاطر کرنہٕ آمٕژ شاعری شامل۔ یِمَن منزٕ چھِ فطری مناظر، مقاٰمی رنگ، قدرتی حُسن تہٕ تواریخی حوادِث تہِ جلوٕ گر۔

حبہٕ خوتونہِ ہندی نسوانٛی جذبات، رسول میرنٕی لولہٕ غزل، مہجور سنٛز نظم 'گریسی کوٗر' فاضل کاشمیری سنٛز نظم 'کرالہٕ کوٗر' راہؔی سنٛز نظم 'پےٚ چھ ظلماتہٕ وُزان' امین کاٰمل سنٛز نظم 'تاےٚ نامہٕ' حامدی کاشمیری سنٛز نظم 'پاتال' شوق صابٕنٛز نظم 'یِنہٕ وانٛلی سندِ ناوٕ' تہٕ حیات عامر حسینی سنٛز نظم 'وبتھ' چھےٚ تخلیقی وفور تہٕ اظہارٕکی تکثیری نمونہٕ۔ ناجؔی منور تہٕ ابس راضؔی چھِ شُربن ہندِ خاطر شاعری تخلیق کران تہٕ چیزن شُری سنٛزِ نظرِ وُچھتھ سادگی سان پیش کران۔ قاضی غلام محمد چُھ پننہِ شاعری منز اَکھ تیٚتھ طلسم خانہٕ تعمیر کران، یتھ منز

چیزن ہنز صحیح شکل وصورت تہٕ ماہیت نظرِ گژھان چھےٚ۔ اَتھ طلسم خانس منز چھِ چیز پَنہٕ نوٚ مأدی آلأیشو نیٚرِتھ فقط اِنسأنی جذبات تہٕ شوٗژ انسأنی رشتن ہنز باوَتھ کران۔ أمی سٕنزِ نظمہِ بُرٕ پش، پرأنی وأر، ورٕوٗسی، پنجرٕ، ژونگ بیترِ چھِ سانہِ تہذیبی پتھ کالکی دستاویز۔ گلشن مجیدٕ نہٕ نظمہٕ 'اکھ ڈاکومینٹری، ہے امریکہ، اکھ تشبیہہ' یمن منز چھنہٕ لفظ ٹھوس معنیس منز ورتاونہٕ آمتی۔ نظمہِ ہُند ہرترٕ چھُ یہ زِ معنے چھنہِ حتمی بلکہِ چھِ دوہ دُش ورتاونہٕ یِنہٕ وألی الفاظ اکہِ خاص ماحولکی پأداوار تہٕ یم چھِ مخصوٗص حالاتن تہٕ واقعاتن ہندِس پَسِ منظرس منز بدلان۔ شأعر چھُ اکہِ بدلونہِ دُنیایُک تاثرُ دِوان تہٕ معنی چھِ بدلان روزان۔ اِتھکن چھِ مابعد جدید ذہنکی جمالیأتی تہٕ تخلیقی عنأصر کأشرِ شأعری منز تہِ لبنہٕ یِوان۔

اقدار چھِ مختلف سمأجی، سیأسی، توأریخی، اقتصأدی، نظریأتی تہٕ عقیدتی ماحولن منز پربتھان تہٕ پوچھرلبان۔ اگرچہِ اِنسأنی توأریخس منز قدرَن ہندِس آڑس منز اقدار شکنی تہِ سپدان روز، تاہم چھےٚ پرٕتھ دورَس تہٕ ماحولَس منز منفی نِہجن لرِ لوٗر، مثبت اقدارَن ہنز اِفأدیت جأری روزان۔ تِکیازِ بُنیأدی اقدار چھِ لُکن ہندِس مفادَس منز تہٕ یمَن مفادِ عامہٕ کہن اقدارَن ہنز چھےٚ کُلہم پأٹھی آبیأری سپدان روزان۔ اقدارَن ہُند اصل اصوٗل چھُ یہِ زِ فردٕ سٕنز آزأدی تہٕ سمأجی آزأدی گژھنہٕ ٹکراوٕنی۔ اِنسأنی بہبوٗدی، أکِس بکِس اکار بکار یُن، اِنسانس تکلیف دِنہٕ وألی چیز کم کرٕنی یا ختم کرٕنی، فساد کم کرٕنی، غأر یقینیت ختم کرٕنی، پوٗز وَنُن تہٕ اَپزِ نشہِ دوٗر روزُن چھِ اِنسأنی سماجکی اہم اقدار۔ سماجَس منز چھِ تتھی Mechanism یا طریقہٕ ہمیشہِ کأم کران روزان، یم سماجَس منز غأر یقینیت، انتشار تہٕ فساد ختم کرنٕچ یا کم کرنٕچ سبیل بنان چھِ۔ ا

قدار خدا مرکز آسن یا اِنسان مرکز، ژکہِ چھِ تِمے اقدار پوشِونی، یم اِنسانی معاشرِ خاطرِ خارُک باعث آسن تہٕ اَتھ لاگن رِژِ وَتہِ۔ کأشرِ شاعری ہنزن مختلِف تحریکن تہٕ رِوایژن ہُند مُطالعہٕ کرنہٕ سِتی چھےٚ یہِ کتھ بروٚنہہ کُن یِوان زِ کأشرِ شاعری منز چھَنہٕ ہیوٗمنسٹ قدرٕ تِتھہٕ پأٹھی درٕینٹھی گژھان، اِتھہٕ پأٹھی یوٗرپہٕ کِہن کینژن فلسفیانہٕ رٕوِین منز یِم لبنہٕ یِوان چھےٚ۔ کأشرِ شاعری منز چھےٚ اِنسان دوستی، حق، حُسن، خأر، محبت، مِلۄار، برادری، برابری، اِنصاف، صلہ رحمی بیترِ یَسلہٕ پأٹھی درٕینٹھی گژھان۔ یِم چھےٚ اِنسانی قدرٕ تہِ تہٕ اِنسان مرکز قدرٕ تہِ۔

# اَقدارَن ہُند اِرتقا

روٗمس منز اساطیری کلچرس رِواج دِنس پتہٕ کنہٕ اوس عیسائیتک تہٕ یوٗنانین ہُند اَتھہٕ۔ یزر چھُ یہ زِ روٗمن چھےٚ قانون تہٕ اصولِ قانون بناوِتھ، اِنسانی تہذیبَس بڈٕ خدمتھ کٔرمٕژ۔ اَز تہِ چھُ دُنیاہکس بڈٕس حصس پیٹھ رومی قانون کُے اطلاق کرنہٕ یِوان۔ مگر عیسائی چھِ حضرتِ عیساہس پیغمبرٕسند مرتبہٕ پیٹھٕ وٲلتھ، اَکس اسطورس منز ژومراوان۔ عیساین ہنزن جملہٕ خرابیَن تہٕ پیغمبرٕسنز شخصیت تضحیکی بناونس پتہٕ کنہٕ چھےٚ پال سنزن بناونہٕ آمژن ژوین ہنز کارستانی۔ پال اوس ژکہِ اکھ یہوٗد۔ سہٕ چھُ حضرتِ موسیٰ سند بن حقیقی تعلیماتن ہنز شکل بگراوِتھ تہٕ اولڈ ٹسٹامنٹ کِس صوٗرتس منز پیغمبرس ستی منسوٗب کٔرِتھ تسنزن مذموم حرکژن ہنز کھہوٗر بناوِتھ پیش کران۔ حالانکہ یہ سوٗرے اوس من گرٛھت تہٕ اَتھ اوسنہٕ الہامی تعلیماتن ستی کانہہ تعلق۔ تِکیازِ پیغمبرس چھےٚ زٕ بنیادی خصوصیژ۔ اکھ چھُ یہ پاکباز تہٕ کامِل علم تھاوان۔ دوٚیم زِ اَمس چھُ تمام امورن ہنز انجام دہی منز خودایہٕ سُند ہدایت تہٕ نگہداشت آیتن روزان۔

نشاۃِ ثانیہ اَس اَتھی مذموم مذہبیتس خلاف اکہٕ مضبوط آواز۔ مگر اَمہٕ تحریکِ ہُند المیہ اوس زِ یہ گیہِ اکہِ انتہا پیٹھہٕ شروع گژِتھ بیکس انتہاہَس پیٹھ ختم۔ یعنی یِم چھِ یونانی دیومالا تہٕ اصل روحانیت نِشہِ دوٗر گژھنس تہٕ تمام اخلاقیات نِشہِ آزاد سپدنس ترقی ہُند ناو دِوان۔ اگر یِم لُکھ یونانی اسطور تہٕ خرابین کُن مایِل گژھنہٕ بجایہِ پیغمبرِ اعظم سنزن

تعلیماتن کُن توجہ دِنہٕ، تیلہِ آسہِ ہے مغربی تہذیب اکہِ سائنسی روحانی تہذیبکہِ حیثیتہٕ
دنیاہچ قیادت کران۔ دورِ جدیدس منز یم کینہہ معتدل تہٕ متوازن ذہن، اسلامُک مطالعہ
کرِتھ اَتھ کُن راغب گے سہٕ چھُ اَتھ حقیقژ کُن ٹاکارٕ اِشارٕ کران۔ فتور چھُنہٕ مغربکین لُکن
ہندِس نیتس منز بلکہِ چھُ تِمن ہندِس سمجھنس تہٕ اسلام نِشہِ ناواقف آسنس۔ تِکیازِ سہٕ سائنسی
تہذیب یُس خدا تہٕ کایناتکی راز زانِنس منز آور آسہِ، ہیکہٕ خدایہ سُند باغی اَستھ۔

اِنسانی تہذیب تہٕ تمدُن چھُ بسیار جہوٗل اِرتقائی عمل تہٕ ہیکون آنتھہٕ رٕسی
تِہٕ انہارَو تہٕ اسلوٗبو بدٕ کرِتھ تہٕ پرکھاوِتھ۔ تواریخی ارتقاہس دوران چھِ تہذیبن
تہٕ تمدُنَن وارِیاہ رنگ بدلاوِمتی۔ مثالہِ پاٹھی معاشرت، سیاست تہٕ معیشت روٗز مسلسل،
مستقل تہٕ متواتِر بدلان۔ ٹیکنالوجی بدلاوی کاتیاہ انہار تہٕ وقتن بدلاوی کاتیاہ رنگ
تہٕ وبتھ روٗز پکان۔ اَتھ سفرس دوران روٗد اِنسان آنتھہٕ رٕسی تِمن سوالن لَلہٕ کھول
کران۔ کھِن چھِن، روزَن جاے تہٕ سترِ بدن اَسی ہمیشہِ اہم سوال، مگر وارٕ وارٕ وُٹھی
اِنسانَس تِم فکرانگیز تہٕ غم انگیز سوال، یِم تیلہِ تہٕ اَسی لاینحل تہٕ ازتہٕ چھِ لاینحل۔ مثلاً
کاینات کتہِ آیہِ تہٕ یہٕ کتہٕ آس۔ کاینات کوت چھے پکان تہٕ یہٕ کوت گژھ؟ زبنہٕ
برونٹھ کیا اوس تہٕ مرنہٕ پتہٕ کیا آسہِ؟ یہٕ کتھ منز چھُس پھیا مُت تہٕ یہٕ کُمی لوگنس یور۔
میائِنس زینس، لسنس تہٕ مرنس چھا کینہہ معنی مطلب، کِنہٕ یہٕ چھُس کایناتکس وورٕ باپارس
منز مُلہٕ پھَسیا مُت؟ کاینات چھا پادٕ گمژ، کِنہٕ یہٕ چھے آنتھہٕ رٕس تہٕ معنی روٗس۔ یہٕ
چھُسا کُنہِ مقصدِ خاطرٕ پادٕ کرنہٕ آمُت، کِنہٕ یہٕ چھُس اِرتقائی عملہِ دوران اَربہٕ بدٕبن
کیمین ہنز اَکھ کیمیائی تہٕ حیاتیاتی اُڈرَن تہٕ بُتھہِ چھُم چھمب تہٕ پتہٕ چھم لار؟ مے
کیا پزِ یتہِ کرُن۔ رُت کیا چھُ تہٕ ناکارٕ کیا چھُ۔ پزر کیا چھُ تہٕ اُپُز کتھ وَنو۔ ننِد بانبر

کتھ وَنو تہٕ ژھوٚژ کانہٕ کتھ کرِو ناو؟ رٕژرٕکی، پزٕرکی تہٕ سُندٕ بانٕرکی پیمانہٕ کیا چھہٕ؟ اِتھوٕ ے سوالو اَنہِ مابعدالطبعیات، اَخلاقیات تہٕ جمالیات ہِشہِ سوچن ترا یہِ بارسس۔ سوالَن اَس بامبر تہٕ جواب رُودی چھلہِ چھانگرِ گژھان۔ مگر معیارَن تہٕ اقرارن ہنزا اَکھ اَژھبن جلوٕنمائی روٗز تواٗریخی ارتقاہس دوران، اِنسانی دِلس تہٕ دِماغس بزبرا وان۔

اِنسان ووت وارِیاہ مرحلہٕ طے کرِتھ اَزِکس دورس منز۔ اکہِ وقتہٕ آسہٕ اِنسانی ضرورَژ محدوٗد تہٕ اِنسان اوس کُلہُم پاٹھی ذاتی نفسانی خواہشَن تعبین۔ ویٚدی تہٕ اَویٚدی خوف آسہن تِمس تیٚلہِ تہٕ گانگل کران۔ ناگہانی بلایہِ آسہَن تِمس تیٚلہِ تہٕ ژھرٕ ژھرٕ منز تھاوان تہٕ سہٕ آسہے یِمَن سارِنے ہنز تاوِیل تِمہِ وقتہٕ پننہِ علمہٕ تہٕ زانکاری حِسابہٕ کران۔ مگر کُلہُم پاٹھی ہکیو (اَندازَن) وٕنِتھ زِ اِنسان آسہے نہٕ اَکھاَکس تیوٗتاہ کھوژان، یوٗتاہ سہٕ غارِانسانی طاقتَن کھوژان آسہٕ ہے۔ اَمہِ وقتہٕ اوس اِنسان سُند دُشمن تَس نبرٕ گنہٕ۔ مگر یوٗت یوٗت اِنسانی سماج برونہہ پوٚک، یہِ خوف ژاو تِمس بیٚہ۔ خوفَن ہُند تعداد تہٕ ہُریوٚو۔ بُتھی پھری خارجی ماحولس منز ہیوٚتن اِنسان بعضے اَکھاَکس ٹھولہِ تہٕ لگُن۔ رٕژِ زمیٖنہٕ پیٚٹھ تہٕ آبی وٕسیلَن پیٚٹھ پنُن یا پننہِ قبیلک قبضہ برقرار تھاوُنہٕ موکھہٕ آیہِ نوٚ قدرٕ تہٕ نوٚی نوٚی فلسفہٕ بارسس۔ وارٕ وارٕ سپُد اِنسان اَکھاَکس پیٚٹھ منحصر۔ قبائِلی یا جماعتی اصوٗل تہٕ قوانیٖن ماننہٕ بنیہِ تسنز ضرورَتھ۔ یِمَن قاعدَن تہٕ قونونَن ہُندا اَنہار چھے سو مورژ گری، سہٕ فنِ تعمیر تہٕ باقی تحریری دستاویز، یِم مذہبی تہٕ چھہِ تہٕ غارمذہبی تہٕ چھہِ۔ سماجی، سیاسی، مذہبی تہٕ اِقتصادی حدبندی منز اِنسانہٕ سندی اِظہاری وٕسیلہٕ کم تہٕ اَسی، رُودی پزنہٕ پاٹھی شبقہٕ اصوٗلَن تہٕ قاعدَن ماتحت۔

وَق گۆو بدلان ۔ ضروٗرَژ ہُریِیہٕ ۔ زانکأری تہٕ ہُریِیہٕ تہٕ رَدِ عملس منز آیہٕ نوٕنوٕ قدرٕ بارسس ۔ اِقتصأدی نابرابری، سیأسی تنازٕو تہٕ مذہبی تضادو کِنۍ ووتلے شک وشُبہات تہٕ، چونکہِ یِژھ اُس قأیم ، لہاذا روٗدی پَژھ ہُند اظہار کرَن وألی پیمانہٕ تہٕ قأیم ۔ گۆو زِ اِنسان آو اِقتصأدی تہٕ سیأسی ہیر پھیر کِنۍ لِتھوٗنہٕ تہٕ، مگر مذہبی تہٕ فکری ہالہٕ بندی کِنۍ روٗز اِنسأنی یَژھ پَژھ ممکنہٕ حدس تام قأیم ۔ وِزِ وِزِ آے تِتھۍ اِدارٕ وجوٗدس، تِتھۍ رسم تہٕ رِواج آے بارسس ، یِمو اِنسانہٕ سُند تقدُس (کمس کم فکری سطحس پیٹھ) روٗچھ تہٕ سہٕ تھوٗکھ کُنہِ نتہٕ کُنہِ ٹِکلس گنڈِتھ ۔ اِنسانس روٗز روٗحأنی اقدارَن پیٹھ تہٕ پَژھ تہٕ کُنہِ نتہٕ کُنہِ لِکھہِ اِنسأنی اِدارَن پیٹھ تہٕ ۔ اَتھ درمیان وُتھۍ اَمس وجوٗدی مسلہٕ تہٕ ۔ پَنہٕ نِس مقامَس ، آسنَس ، قوتَس تہٕ آزأدی متعلق سوال تہٕ ۔ پَنہٕ نِس خأرجی ماحولَس سٟتۍ رِشتچہٕ ضروٗرَژ متعلق مَسلہٕ تہٕ ۔ مگر یِمَن سارِنے سوالَن ہُند کانہہ نتہٕ کانہہ قأبلِ قبوٗل جواب تہٕ روٗدُس بدس ۔ سہٕ روٗد پَنہٕ نِس فکری نظامَس منزٕ ے یِمَن مسلَن ہُند حل ژھاران ۔ پَژھ تہٕ اعتقادَن دِیُت اُمۍ سٟنزِ عملہِ تہٕ زِندگی معنی تہٕ مطلب ۔ کُنہِ تہٕ سیأسی وولہٕ ہُرکشہِ منز تہٕ معأشی بد حألی منز بنے یہٕ یِہے پَژھ تہٕ یِے اعتقاد تَم وٗسیلہٕ ، یِموٕ سٟتۍ تٕسند وجوٗد ڈنجہٕ روٗد ۔ سہٕ بچاو ممکن حدس تام ذِہنی اِنتشارٕ نِشہٕ تہٕ تمہِ اِضطرابہٕ نِشہِ یُس زَن مثلاً جدید شأعرَس باگہٕ آو ۔

نظامِ عقأید یا اَقدار سأزی منزٕ چھےٚ بُنیأدی اہمیت اِنسانہٕ سٟنزِ آزأدی تہٕ تٟسندِس تخلیقی شعوٗرَس ۔ تشریحی شعوٗر تہٕ تخلیقی شعوٗر چھُ عقأید تہٕ گران تہٕ اَقدار

تہٕ بارسس اَنان۔ اِنسانس یُس تخلیقی تہٕ تشریٖحی شعوٗر چھ آزادی میسّر چھےٚ، تمہِ ستی ہیکو اُسی مُتبادِل نِظامِ عقائید تہٕ اَقدار نوٚ آیہِ گرِتھ تہٕ وضع کٔرِتھ تہٕ اَکہِ نوٚ سماجی سیاسی تہٕ اِقتصادی نِظامُک بُنیاد تراوِتھ۔ یہِ ہیکہِ پٔتھ زمانس منز ضروٗرژن مطابق نوٚی عقائید تہٕ اَقدار بارسس اَنتھ۔ یِمن عقیدن یا اقدارن چھےٚ پنٕنۍ وقتی مُناسبت تہٕ معنویت آسان۔ مگر فی نفسہٖ یا بذاتہٖ چھُنہٕ کانہہ نِظامِ اَقدار یا عقائید کم پایہِ یا اعلیٰ پایہِ۔ کانہہ نِظامِ عقائید یا اَقدار ہیکہِ نہٕ کُلی طور نوٚو اَستھ۔ یِم چھِ ہمیشہِ گزشتس ستی پیوستہٕ آسان۔

حیاتیاتی اِرتقا ہٕنس دوران چھ اِنسانس کٕنٛڈر بو ثقافتی، اَخلاقی، مابعد الطبعیاتی، دینیاتی تہٕ تصوراتی عذابو منزی گزرُن پیومت۔ اساطیری توہماتو پتہٕ پسِ جدید مفروضاتن تام یُس تہٕ تبدیلیاہ آیہِ، تِمو آو اِنقلاب آفرین وٕنتھ اِستقبال کرنہٕ۔ اِنسانی تواریخس منز آو پٔتھ موڑ عقیدن تہٕ قدرن ہُند اَکھ نوٚو سنگِ میل قرار دِنہٕ۔ پٔتھ کانہہ دلیل، بامے سہٕ اُوسطوٗری آس یا مابعدالطبعیاتی، دینیاتی آس یا قدریاتی، نظریاتی آس یا وجوٗدیاتی، مقصدیاتی آس یا اُخرویاتی، پٔتھ دلیلاہ آیہِ تِتھہٕ پاٹھۍ باونہٕ زنتہٕ یَہے اِنسانی خلاصی تہٕ تکمیلس مُتلق حتمی پزر آس۔ مگر یِمو سارِوے دلیلو ستی پیہِ اِنسانس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ دادی، عذاب تہٕ وَتہٕ راوِر ژالنی۔ یہِ چھ پزر زِ تواریخس منز چھِ واریاہ ہو وَقتو اِتھۍ وَکانہٕ تہٕ گمتی زِ اِنسانن چھِ ثقافتی تہٕ تہذیبی شعوٗرکی اعلیٰ تہٕ اَرفع مقام پراوِمتۍ تہٕ بہلہِ پایہِ ثقافتی کارنامہٕ انجام دِتیٚمتۍ، مثلاً ہندوستانی اُوسطوٗریات، سامی دینیات، یوٗنانی فلسفہٕ، روٗمی قانوٗن، فارسی شاعری، یوٗرپی سائنس، فرانسیسی نثر، اطالوی مصوّری، جرمن مابعد

الطبعیات، رؤسی ناوَل بیترٕ۔ دورِ حاضرس منز امریکی تکنالوجی یا جاپأنی معیشت بیترٕ تہٕ ہکو کھ تؤاریخہٕ کِہن تھکنٕی لایق کارنامَن منز شُمار کرِتھ۔ !

مُختلِف تؤاریخی دور چھِ پتٕمہن فکری، علمی تہٕ فنی کارنامَن کینژھا مٕنساوان آمتی تہٕ کینژھا ناگزیر حالاتو کِنی پننی بُنیاد بناوِتھ بروٗنہہ کُن پکان روٗدی متی۔ مثلاً مشرقِ وسطیٰ کِہو مُلکو منزٕ یُس بے پناہ طاقتور خدا مرکز دینیأتی طریقہٕ تہٕ فکروعمل ساسہٕ بدٕ ہن ؤرِیَن پرٕتھیاو، تمی نیوٗ یہِ ڈٲپِ زِ تہٕ لرِ لور بابلی تہٕ مصری تہذیبن ہندِ ہن فلسفیانہٕ تہٕ مذہبی معتقداتن پھیش دِتھ۔ یوٗنانس منز وارِیاہ کال پتہٕ یم فلسفکی اِنتہأیی طاقتور کارنامہٕ تہٕ رُوٗی یہِ بارسس آے، تمَن تہٕ کوٗر فلسطینی دینیأتی فکرِ ڈُبہٕ ڈاس۔ وٕنکنٕچ صوٗرتِ حال چھےٚ یہِ زِ یوٗرپس، امریکہس، شمأ لی ایشیاہس، آسٹریلیاہس تہٕ وسطی جنوبی افریقہس منز چھِ عیسأیی دینٕکی مانَن وٲلی لُکھ آباد تہٕ شمأ لی افریقہ، مغربی ایشیا، وسطی ایشیا، جنوٗبی تہٕ جنوٗب مشرقی ایشیا تہٕ جنوٗب مشرقی یوٗرپکہن وارِیاہن علاقن منز چھِ سأمی مذہبکےٚ اَکھ شاخ یعنی اِسلام مانَن وٲلی آباد۔ ہندوستانس منزٕ چھِ سناتَن دھرم مانَن وٲلی اکثری یَتس منز تہٕ منگولیأیی مُلکن منز چھِ کنفیوشس، لاوزے تہٕ مہاتما بُدھ ہندی مانَن وٲلی آباد۔ جاپان چھُ خاص کر شنتو رِوایاتَن تہٕ مفروٗضاتَن ہُند پَتھ کال تھاوَن وول مُلک۔

مذہبی نظریاتو تہٕ اَقدارو چھُ تؤاریخس منز کُلہم پأٹھی اِنسانَن ہِندِس بے پناہ اکثری یتکس دِلس تہٕ دِماغس پیٹھ راج کوٗرمُت۔ تؤاریخس منز چھُ اَربہٕ بدٕ ہو لوٗکو کرۂ ارض کِہن مُختلِف علاقَن منز مذہبی عقائیدنے زُو وو ندٕمُت تہٕ مذہبی عباداتَن، مراقبن، رسمَن تہٕ طریقن پان آیتن تھوومُت۔ ماقبل تؤاریخی دورٕ پیٹھہٕ اَردأہمہٕ صدی

تام واریاہن ساٲسن وٚرین ہیوٚ کنہٕ کانٛسہٕ تہٕ مذہبی عقیدن تہٕ قدرن سوال کرنک جُرتھ کُرتھ۔ مذہبی عقید تہٕ قدرٕ آسہٕ حق، حُسن، خٲر تہٕ اِنصاف بدٕ کٔڑنک یا پاہناونک پیمانہٕ فراہم کران۔ اَخلاقی، سماجی، سیاسی، اِقتصادی، تعلیمی، ثقافتی تہٕ جمالیٲتی ترجیحات تہٕ اُسی مذہبی عقیدو تہٕ قدرو ہنٛدِ ذٔریعہ متعین کرنہٕ یوان۔

کانہہ تہٕ مذہب ہیکنہٕ اِنسٲنی عظمت تہٕ تمکہٕ قدروقیمتہٕ نِشہٕ اِنکار کرِتھ تہٕ نہٕ ہیکہِ سہٕ اِنسانن درمیان معاشرتی رِشتو نِشہٕ اَچھ وٹِتھ۔ تکیازِ یم رِشتہٕ چھِ اِنسٲنی اَقدارن ہنز بُنیاد۔ مذہب چھ اِنسانہٕ سنزِ ذٲتی ضرورژ پوٚرٕ کرنس ستی اَخلاقی اَقدارن اَکھ بُنیاد فراہم کران۔ یہٕ چھُ زِندگی ہنزن تلخ حقیقتن ہُند مقابلہٕ کرنک طریقہٕ، خوشی سان زِندگی گُزارنچ ذٔلیل تہٕ اَکھ مقصدِ زِندگی بروٚنہہ کنہٕ تھاوان۔ مذہب چھُ اِنسٲنی اقدارن منز اَکھ جواز تہٕ اَکھ مقصدیت پٲدٕ کران۔ مذہب پسندن منز تہٕ چھِ زٕ مکتبہٕ فکر۔ اَکھ چھُ وَنان زِ کُنہٕ عملہٕ اگر جان نتیجہٕ دراے، تیلہٕ چھےٚ سہٕ جان کام۔ بیاکھ جماتھ چھےٚ وَنان زِ نتیجہٕ کیاتہٕ اُستن، بُنیٲدی اہمیت چھےٚ یتھ زِ اَسہٕ کیا نیت چھےٚ۔ رِوایتی قبٲیلی نظامس منز اُسی قبیلہٕ اہم۔ مگر مذہب چھُ فردٕ سنزِ اہمیژ پیٹھ زور دِوان۔ فرد آو پانہٕ پننِ ذِمہٕ وار تہٕ جواب دِہہ قرار دِنہٕ۔ مذہب روٗد اِنسٲنی برادری، برابری تہٕ روٗحٲنی پہلوٗن پیٹھ زور دِوان۔

اِنسٲنی توارٚیخس منز چھِ اِنسانیکہٕ بِہتری خٲطرٕ مختلف وقتن منز مختلف تحریکہٕ تہٕ رُجحان بارسس یوان روٗدی متی۔ یم تحریکہٕ آسہٕ مذہبی تہٕ تہٕ غٲر مذہبی تہٕ۔ ہِندوستانٛس منز چھُ ویدِک درمس منز مُکتی پراونہٕ خٲطرٕ کرم مارگ یعنی عملہٕ پیٹھ سبتھا زور دِنہٕ آمت۔ اَمہِ علاوٕ چھِ آوا گونکہِ چکرٕ نِشہِ نجات لبنہٕ خٲطرٕ بھگتی تہٕ گیان مارگ تہٕ

تجویز کرنہٕ آمتۍ ۔ آریا چھِ کرم مارگس پٮ۪ٹھ زور دِوان ۔ پتہٕ چھےٚ دڑاوِڈ قوم تہٕ اِسلامہٕ کہِ صوٗفیا نہٕ اثرٕ و ستۍ محبت تہٕ بھگتی ہندبن تصوراتن تہٕ اہمیت دِنہٕ یِوان ۔ مگر عملہٕ پٮ۪ٹھ زور دِنہٕ وول یہِ مذہب گوٚو سماجکس پرتھ فردس تمۍ سندِ رُتبہٕ مُطابِق کاٗم دِنٕس پٮ۪ٹھ آمادٕ تہٕ فردٕ سنزِ ترقی خاطرٕ آے درجہٕ مقرر کرنہٕ، یِمن آشرم وَنان چھِ ۔ ۲ۓ

(۱) سارٕوے کھوتہٕ تھٔز ذات چھے برہمنن ہنز، یِمن مُتعلق ہندبن ہنزٕن کتابن منز لیکھتھ چھُ زِ تمۍ چھِ برہما سندِ کلہٕ پٮ۪ٹھہٕ بنیاٗمتۍ تہٕ برہما نِشہٕ چھُ مُراد سُہ قوّت، ییٚتھ فطرت وَنان چھِ ۔ کلہٕ چھُ جِسمُک بلند حصہٕ تہٕ برٛہمن چھُ تمۍ پٮ۪ٹھہٕ تھٔنہٕ پیوٚمت تہٕ ہیٚندی چھِ اَمِس افضل انسان سمجھان ۔ (۲) اَمِس پتہٕ چھِ کشتری (چھتری) یِمۍ سنز تخلیق ہیٚندبن ہندِ مُطابِق برہما سندیو پھیکہِ تہٕ اَتھو پٮ۪ٹھہٕ سپزٕمژ چھےٚ ۔ یِمن چھُ مرتبہٕ حِسابہٕ دوٕیم درجہٕ حاصِل ۔ (۳) یِمو پتہٕ چھُ ترٛیمس درجس پٮ۪ٹھ ویش یِوان، یُس برہما سنزٕ و رانو پٮ۪ٹھہٕ پاٚدٕ گومُت چھُ ۔ (۴) شوٗدر چھُ برہما سندیو کھورٕ و پٮ۪ٹھہٕ بارس آمُت، اوٚکنۍ چھُ امۍ سُند مرتبہٕ ژوٗرِمس درجس پٮ۪ٹھ ۔ ۳ۓ

اَمہٕ ستۍ گوٚو سماج ژون حِصن منز تقسیم، یَمہٕ ستۍ اِنسانٔی برادری تہٕ مساواتکس ویدِک تصورس ددارٕ ووت تہٕ بروٚنہہ کُن بنیہِ یہے ذات پات، چھوت چھات تہٕ اونچ نیچکہِ تصورٕچ بُنیاد ۔ حالانکہِ ویدَن ہنز تعلیم اُس اِنسان دوستی، کرونا ( مہربأنی رحم ) تہٕ اخوتَس پٮ۪ٹھ زور دِوان ۔

ہندو فلسفس منز چھُ محبت تہٕ عِبادتُک طریقہٕ بھگوت گیتا پٮ۪ٹھہٕ شروٗع گژھان تہٕ ییٚتھ ویدَو ستۍ تہٕ تقویت میٚج ۔ تمہٕ ساتہٕ اٗسۍ فِطرت خدا مظہر یا عینِ ذات سمجِتھ اَمِچ عِبادَت کرنہٕ یِوان ۔ فِطرتَس خدامظہر ثابت کران چھُ شنکر آچاریہ ادویتُک

فلسفہٕ پیش کران۔ پَتہٕ چھِ اَدویَت واد تہٕ مسلمان صوٗفین ہنٛدِ وحدت الوجودی فلسفو نِشہِ مُتأثِر گژھتھ مختلِف سنٛت تہٕ فقیر، ہندوستانکین مختلِف علاقن منز اِنسان دوستی پَننہِ تعلیمہِ ہنز بُنیاد بناوان۔ یمَن نِش چھُ غور وفکر، گوشہِ نشینی، دروٗن ہینی، آزاد خیاٲلی، بلند اَخلاق تہٕ رنگ و نسلُک تفریق کرنہٕ ورأے پرٛتھ اِنسانس ستی محبت کرنُک مزاج لبنہٕ یوان۔ آچاریہ پرشورام چترویدی چھُ ونان

"کبیرَس پتٕھہٕ مہاتما گاندھی یَس تام تقریباً ژورَن ہتَن ؤریَن ہنٛدِس زٕ ہتھس دورَس منز چھِ عملی قوتچ ضروٗرتھ، ضبطِ نفسچ اہمیت، میل ملاپ تہٕ اِنکسٲری ہندین اصوٗلَن تہٕ عالمگیر محبت تہٕ عالمی اَمنُک پرچار کرَن وٲلی متعدد بُزرگ بروٗنہہ کُن یوان"۔

سنٛتَن ہنٛدِ خاطر اوس لازِم زِ تِم گژھن تمام زِندٕ مخلوٗقن ستی ہمدردی کرٕنی تہٕ دُشمنی نِشہِ دوٗر روزٕنی۔ تِم گژھن سماجس منز روٗزِتھ کُنہِ لالچہٕ ورأے لوٗکن ہنز خدمَتھ کرٕنی۔ اَوے کٕنی چھُ اَسہِ کبیر داس، روی داس، گروٗ نانک، دادو دیال ہوٗبن شمٲلی ہندوستانکین ممتاز سنٛتَن منز مساوات، اِنکسٲری تہٕ خدمَتِ خلقُک جذبہٕ درٛینٹھ گژھان۔ یِم چھِ فضوٗل رسم دوٗر کٔرِتھ معاشرَس اِصلاح کرنٕچ کوٗشِش کران۔ یِم سٲری چھِ کینژن بُنیٲدی کتھن پٮ۪ٹھ زور دِوان، (۱) گروبھکتی۔ (۲) انوشاسن (۳) سوبھاو۔ (۴) سدھی۔ (۵) سہنٛم شیلی۔ (۶) ساتوک جیون۔ یِم چھِ مختلِف عقیدَن تہٕ مذہبَن درمیان ہم آہنگی ہنز کوٗشِش تہٕ کران۔ یِمَن ہنٛد مقصد اوس پاک وصاف زِندگی گزارٕنی تہٕ اِنسانی فلاح تہٕ شانتی ہنز آش تھاوٕنی۔ یِم چھِ رنگ و نسلچ تفریق مِٹاونہٕ خاطر تہٕ ظلم دور کرنہٕ خاطر آواز بلند کران۔ اِتھکَن اوس

یہِ دور ہندوستانَس منز اِنسانی اقدارَن ہُند اکھ اہم دور ۔جدید دورس منز تہٕ چھےٚ ہندوستانَس منز واریاہ مذہبی تہٕ سماجی شخصیژ، ہندو دھرمَس منز رنگہٕ رنگہٕ اصلاحات کرنٕچ کوٗشش کران۔ یِمَن اصلاح پسندن منز چھِ راجہ رام موہن رائے، دیانند سرسوتی، رام کرشن پرم ہنس، وِویکانند، سوامی تیرتھ رام، روبیندرناتھ ٹیگور، اَروِند، مہاتما گاندھی، ڈاکٹر رادھاکرشنن بیترِ سرِفہرست۔ ؎

مہاتما بُدھ چھُ پنٛژہ شَتھ ؤری برونٛہہ پَنہٕنِین ژورَن مقدس پزرَن ( Four Noble Truths ) پیٹھ پنٛنہِ تعلیمہِ ہنز بُنیاد تھاوان۔ یِم ژور پزر چھِ گوتم بُدھ سٕندین تعلیماتن ہُند جوہر سمجھنہٕ یِوان تہٕ ساری بُدھ فرقہٕ چھِ یِمَن پزرَن تسلیم کران۔گوتم بُدھ چھُ گیان حاصِل سپدنہٕ پَتہٕ بنارس شہرس منز، یِمَن ژورن پزرَن ہُند تبلیغ کران۔ Dr. Edward Kanze چھُ لِکھان زِ:۔

۱۔ دوٗکھس متعلق کیا چھُ مقدس پزر ؟ تھَنہٕ پیوٚن چھُ دوکھ، بُجر چھُ دوکھ، بِمارِ چھُ دوکھ، یَتھنہٕ انسان پسند کرِ تمیک ژتہٕ آسُن چھُ دوکھ۔ یَتھ انسان پسند کرَ، تمِچ جُدائی چھُ دوکھ ۔ کُنہِ چیزُک حاصِل نہٕ سپدُن چھُ دوکھ۔

۲ ۔ دوکھ پادٕ سپدنک مقدس پزر کیا چھُ ؟ دوکھک سبب چھےٚ سہٕ خواہش، یُس بکہِ زنمک باعث بنان چھےٚ۔خُشی تہٕ ہاوس چھِ خواہشن لاری روزان، یِم جایہِ جایہِ خُشی ژھاران چھِ۔ مثلاً پَنہٕنو حِسو ذریعہِ مزٕ تُلنٕچ خواہش، پنٛن پان اَمر بناونٕچ خواہش تہٕ فنا گژھنٕچ خواہش۔

۳۔ تمام دوکھ ختم کرنہٕ خاطر کیا چھِ مقدس پزر ؟ خواہشہِ ختم کرنہِ، خواہشہِ نِشہِ دوٗر روزُن، خواہشن تیاگ دِیُن، خواہشو نِشہِ نجات حاصل کرُن تہٕ یِمو

نِشہِ لاتعلق سپدُن۔
۴۔ تم اقدام ، یم دوکھ ختم کرنُک موجب بنن، تِمَن ہُند مقدس پزر
کیا چُھ ؟ یِمَن مُتعلق چھےٚ اُٹھن پزرن ہنز وَتھ :۔
۱۔ صحیح علم۔ ۲۔ صحیح اِرادٕ ۔ ۳۔ صحیح کلام۔ ۴۔ صحیح کردار۔
۵۔ صحیح رزق۔ ۶۔ صحیح کوٗشش۔ ۷۔ صحیح کلِ۔ ۸۔ صحیح مراقبہ۔ ۵ؐ
یِمَن اُٹھن مقدس پزرن پٹھ عمل کرنہٕ خاطرٕ چُھ گوتم بُدھ دہن اخلاقی احکامن پٹھ
عمل کرنُک حکم دِوان۔ یِمَن منز چھِ پانژھ موکدہ تہٕ پانژھ غأرموکدہ حکم :۔
۱۔ کانہہ مہٕ مأرِیوٗن۔ ۲۔ ژوٗر مہٕ کرِو۔ ۳۔ زِنا مہٕ کرِو۔ ۴۔ اُپز مہٕ دٕنو۔
۵۔ نشہِ آور چیز مہٕ کرِو استعمال۔ ۶۔ غأر وقتہٕ نہٕ کھیوٗن۔ ۷۔ گِندنہٕ دروکنہٕ
نِشہِ تہٕ موٗسیقی نِشہِ دوٗر روزُن۔ ۸۔ پوشو تہٕ عطرٕ نِشہِ پرہیزکرُن۔ ۹۔ اصل
تہٕ نرم بِسترٕ نِشہِ پرہیزکرُن۔ ۱۰۔ پأنس نِش سون تہٕ روف نہٕ تھاوُن ۔ یِمے
ژور مقدس پزر ، اُٹھ طریقہٕ تہٕ دہ حکم چھِ بُدھ متکہِ اخلاقی نظامُچ بُنیاد ۔ ۶ؐ
بُدھ متکی پأٹھی چُھ جین مت تہِ برٕہمَن ہندِس ذات پات تہٕ چھوت چھات
کِس ظالمانہٕ رٕوِیَس خلاف رَدِعملہٕ سٟتی شروع گژھان۔ راماشنکرتر پاٹھی چُھ لکھان زِ
”شیم صدی ق م ۔ چُھ اِنسانی تواریخس منز اکھ عصرآفرین دور ۔۔۔۔ اَتھ
دورَس منز چُھ غأرمعموٗلی ذہنی تہٕ روٗحأنی ہیجان لبنہٕ یوان۔ مثلاً فارسس منز
اوس زرتُشت تہٕ چیٖنس منز کنفیوشش نظریہٕ برونہہ کُن یوان۔ ہندوستانَس منز
اوس فِکری جوش تہٕ اَمیک مرکز اوس مگدھ ۔۔۔۔وارِیاہس تعدادس منز اُسی
مذہبی معلِم مُلکس منز جایہٕ جایہٕ گژھتھ یہٕ سمجھاوٕنچ کوٗشش کران زِ علم و آگہی یا

نفس کشی ہند ذریعہٕ کتھہٕ پأٹھۍ یہِ پیدأیش تہٕ موت کھوٚ لامتناہی تکلیفو نِشہٕ نجاتھ لبنہٕ۔ ۷

عام خیال چھُ یہِ زِ جین متک بأنی چھ مہاویر جین۔مگر پزٕر چھُ یہِ زِ اَمی سُند پیش رَو پارشوناتھ اوس مہا ویر جینس برونہہ ڈاے ہَتھ وٕری تہٕ مہا ویر جین اوس أخری تیرتھنکر ۔ ۸ بھگوان پارشو ناتھ سوامی اوس ترٕہم تیرتھنکر تہٕ یہِ چھُ اَکھ توأریخی تہٕ حقیقی وجوٗد تھاوان۔ ۹ پارشو ناتھ اوس بنارس کِس راجا آشوش سُند لڑکہ، یُس راج پاٹھ ترأوِتھ روٗحأنی زِندگی اختیار کران چھُ۔ ۱۰ جین مَتس منز چھُنہٕ نجاتُک دارومدار کُنہِ غأبی طاقتس یا دیوی دیوتاہن ہندِس رحم و کرمس پیٹھ، بلکہِ چھُ اَمیک انحصار اِنسانہٕ سنزِ ذأتی کوٗشِشِ تہٕ جدوجہدس پیٹھ۔ اَوِ کِنۍ چھُ مادٕ نِشہِ روح آزاد کرنہٕ خأطرٕ اَکھ لایحہٕ عمل تیار کرنہٕ آمُت، یُس ترٕہن حِصن منز بأگراونہٕ آمُت چھُ۔اَتھ چھِ تری رتن (جواہرِ ثلاثہ) ونان۔ یِمَن پیٹھ عمل کرنہٕ ورأے ہیکنہٕ کانہہ تہٕ انسان نجات لبِتھ۔ یِم تری رتن چھِ :-

۱۔ سمیک درش (صحیح عقیدٕ۔)

۲۔ سمیک گیان۔ (صحیح علم)

۳۔ سمیک چرتر (صحیح عمل)

یِمَن تری رتن منز چھُ صحیح عقید بُنیأدی مقام تھاوان۔ اَمہِ ورأے ہیکنہٕ اِنسان صحیح علم تہٕ صحیح عمل کرنک تصور کٔرِتھ۔ یِتِس کالس نہٕ بأطل عِلِم زأیل گژھ، تیتِس کالس ہیکنہٕ صحیح عِلِم حأصل گٔژھتھ۔ صحیح عِلِم چھُ جین مَت کِہن تعلیماتَن ہُند سہٕ حِصہٕ، یُس روٗحس آزاد کرنک تہٕ موکش (نجات) حأصل کرنک ذریعہٕ چھُ۔

اَمہِ علاوٕ چھِ پانڑھ ورت (عہد) جین مت کٕنہٕ اخلاقی تعلیماتَن منز بُنیادی اہمیت تھاوان۔ جین مت کٕنہٕ مانَن والین چھُ تمام وأنسہِ یِمَن پیٹھ عمل کر نُک و عدٕ کرُن پیوان۔ یِم پانڑھ ورت چھِ :-

۱۔ اہنسا (عدمِ تشدد)

۲۔ ستیہ۔ (راست گفتأری)

۳۔ استیہ۔ (ژور نہٕ کرٕنی)

۴۔ برٛہم چریہ۔ (پاکبأزی)

۵۔ اپری گرہ۔ (دُنیاہس ستی رغبت نہٕ تھاوٕنی) [۱۱]

جین متس منز چھُ خدا یَس سُند تصور موجوٗد۔ وِل گوو یہِ چھُنہٕ کانہہ شخصی یا متعین تصور، بلکہِ چھُ لا محدوٗد۔ غأر شخصی خدا یَس سٕندِس تصورَس منز چھُ پرٛتھ کانہہ نجات یافتہٕ روح پرماتما۔ اَکی سُند مقام چھُنہٕ خالقِ حقیقیس نِشہِ کم۔ جین مت مانن والین ہنزِ زندگی ہُند اعلیٰ مقصد چھُ خدا یَس سُند مقام حاصِل کرُن۔ بقولِ پی۔آر۔جین

”جین دھرم چھُنہٕ تَس خدایَس پیٹھ یقین تھاوان، یُس شخصی تہٕ ازلی آسہِ، شروع پیٹھٕ آسہِ تہٕ پرٛتھ جایہِ آسہِ، سارنٕے چیزَن ہُند علم آسہِ تھاوان، قأدرِ مطلق آسہِ تہٕ یہِ آسہِ سارے کاینأتُک خألق۔ جین متس منز چھِ خدا یَس سٕندِس مقامس واتَن وألی کأتیاہ بےشمار روح نجات لَبِتھ، خدا یَس ہنز جاے رٹان۔ اِتھکِن چھُ اَکس فردٕ سُند روح، مسلسل کوٗششہِ پتہٕ خدایہ سُند مقام حأصِل کران۔ ژکہِ چھُ اِنسأنی روح خأرجی تہٕ مأدی کرمو نِشہِ نجات لَبِتھ، خدایِہ سٕندِس مقامس واتان“۔ [۱۲]

پی۔آر۔جین چھ بکس جایہِ لکھان زِ ''یپلہِ ما دِ نشہِ پاڈِ گمتو تمام خاًرجی طاقتو نشہِ روح الگ کرنہِ یوان چھ، اَمہِ ستیٖ چھ روح پاک سپدان تہٕ یہِ چھنہٕ پتہٕ ناپاک گژھان۔ حتیٰ کہ یہِ چھ پنہٕ نِس خدأیی مقامس واتان''۔[۱۳]

حضرتِ موسیٰ علیہ سلام اوس خدا یہِ سنٛدِ طرفہٕ یہوٗدی قومس کُن سوزنہٕ آمُت پیغمبر۔اَمِس آیہِ اکھ آسمأنی کتاب توریت عطا کرنہٕ۔اَتھ منٛز تہٕ اوس شرک ترٛاوِتھ، کُنِس خدا یہِ سنٛز عبادت کرنٕک حُکم۔ یہوٗد چھِ اَتھ منٛز تحریف کٔرِتھ، اِلٰہی ہدایتَن ہنٛز شکل مسخ کران۔ یِم چھِ پانس مقبولِ اَزَل تہٕ خدایہِ سُند پسندیدٕ قوم قرار دِوان۔ یِم چھِ ونان زِ یہوٗد چھِ خدایہِ سنٛدی اَولاد تہٕ تٔہندی محبوب اِنسان۔تِہنٛدِ نزدیک چھِ یِہے عقیدٕ تِہنٛدِ گناہو نشہِ بچاوان۔ یِم چھِ ونان زِ ''اَسہِ یہوٗدَن ہنٛدِ خدمتہٕ خاًطر چھِ خدایَن دوٚیہِ قسمکی جانور پاًدٕ کٔری متی۔ اکھ قسم چھ خر، ہوٗنی تہٕ سورَن پٔٹھ مشتمل تہٕ بیا کھ قسم چھُ مختلف جاناورن، عیسایَن، مسلمانن تہٕ بودھن ہُند۔[۱۴]

حضرتِ عیسیٰ علیہ سلام اوس خدایہِ سُند رسوٗل تہٕ تَس پٔٹھ سپٕز اِلٰہی کتاب انجیل ناًزِل۔ یہِ اوس کُنِس خدا یَس پٔٹھ ایمان اَننگ تہٕ خُرافاتو نشہِ دوٗر روزنٕک پیغام دِوان۔ عیسأی چھِ اَمِس پتہٕ واریاہِ کاًلی، انجیل مقدٕسکی آیات جمع کران۔ مگر اَتھ منٛز تحریف سپدنہٕ کِنٛز روٗزنہٕ یہِ پنہٕ نِس اصل حالتَس منٛز۔ کلیسا روٗد لُکن نِبتھ ہینہٕ خاًطر، منشہِ مطابق حکم جاًری کٔرِتھ، انجیلس ستیٖ منسوٗب کران۔ یِم چھِ حضرتِ عیسیٰ ہس، خدایہِ سُند نیچُو تصوٗر کران۔ کلیساہن ژومراو دِہندأری کینٛژن رسمن تام۔ نکاح نہٕ کرُن اوس تقویٰ زانہٕ یِوان۔ رہبأنیتس پٔٹھ تہٕ چھُ زور دِنہٕ آمُت۔ کلیسأیی نظام چھُ یتھ کتھہِ پٔٹھ زور دِوان زِ اِنسان چھُ ازلے گناہگار۔

تہٕ دُنیاوی زِندگی چھےٚ ژ کہِ نفرتس تہٕ حقارتس لایق۔ لہٰذا پزِ اِنسانس رضا یہِ الٰہی تہٕ
اُخروی شادمانی خاطرٕ کوٗشش کران روزُن۔ عیسائی چھِ پادرِس بروٚنہہ کنہِ پننین
گناہن ہُند اعتراف کرِتھ، مغفرتُک پروانہٕ حاصل کران۔ کلیسا روٗد علمہٕ بدل
جہالتس فروغ دوان۔ اٚمی کتھہِ ونوو کرک گارڈ

''کلیسا چھُ اِنسانس تہٕ تٔمِس خدایس درمیان بہن کران''۔ ۱۵

کلیسائُک چھُ عقیدٕ زِ حضرتِ عیسیٰ بنیاو پننہِ اُمتکہِ طرفہٕ کفارٕ۔ اَوکِنۍ چھُ تِمن یہِ اعتماد
زِ اگر تِم لوٗکھ کانٛہہ تیاہ تہٕ گناہ کرن، حضرتِ عیسیٰ بنہِ تِمن خاطرٕ ڈھال تہٕ سُہ چھُ تِہندِ
خاطرٕ نجاتُک باعث۔ عیسائیتس منز آو Fatherhood of God کِس
تصورس پیٹھ زور دِنہٕ۔

اِسلام روٗد پتہٕ مو ژودہو شتو وٕریو پیٹھہٕ اِنسانہٕ سنز سماجی، معاشرتی
زِندگی بہتر بناونس تہٕ اٚمی سنز روحانی تہٕ اخلاقی ترقی خاطرٕ اہم رول ادا کران۔
اِسلامُک بُنیادی تصوُر چھُ یہِ زِ اِنسان چھُ یتھ زمینس پیٹھ خدایہٕ سُند خلیفہٕ۔ پرٛتھ
چیز چھُ خدایہِ سندِس دستِ قُدرتس منز تہٕ تٔمی کوٚر اِنسانس تمام زمینی وسائلن ہُند
علم عطا۔ اٚمِس دِتن دُنیا ہچو نیامژ و نِشہِ فائیدٕ تُلنُک اختیار۔ مگر اَمہِ باوجوٗد چھُ
اِنسان اَکھ کمزور مخلوٗق۔ اَمِس پیٹھ چھُ شہوتن تہٕ نفسانی خواہشن ہُند غلبہٕ
سپدان۔ یہِ چھُ پننین کمزوٗرِین تہٕ جہالژن منز ہینہٕ یوان۔ یمو نفسانی شرو نِشہِ
بچاونہٕ خاطرٕ چھُ خدا، اِنسانس پننہٕ شریعت تہٕ ہدایتہٕ ستی رہنُمائی کران۔ اِسلام چھُ
تعلیم دِوان زِ کانٛہہ تہٕ اِنسان ہیکہِ نہٕ تیتِس کالس بُلند مقام حاصِل کرِتھ، یتِس
کالس نہٕ تٔمِندِس دِلس منز دویمبن اِنسانن ہندِ خاطرٕ محبت تہٕ ہمدردی ہُند جذبہٕ آسہِ۔

قرآنِ شریفَس منز چُھ اِرشاد کرنہٕ آمُت یاایُھاالناس اتقو ربکمُ الزی خَلقکم مِن نفسِ واحداۃ و خلق مِنھا زوجھا و بثھ مِنھُما رِجالَ کثیراً وَّالنساءً (سورۂ النساء۔رکوع۔۱) (اے لۄکۄ کھۄژِو پننِس خدایس یمۍ تُہی اکہِ جانہٕ پیٚٹھہٕ پاَدٕ گری نۄ تہٕ تَس نِش کوٚرن تَسند جورٕ پاَدٕ۔ یِمَن دۄن نِش کٔرِن واریاہ مرد تہٕ زنانہٕ پاَدٕ۔) تمام اِنسان ذاژ ہنز بُنیاد چھےٚ کُنی تہٕ ساَری لُکھ چھِ اکے خانداٗنکۍ فرد۔ اَوٕ کَنی پزِ یِمَن منز اتفاق آسُن۔ خدا چُھ قرآنِ شریفَس منز فرماوان یاایھاالنّاسُ اناخلقناکم مِن ذکرِ وَّاُنثیٰ وجعلنکُم شعُوباً وَّ قبایِلَ التعارفُو.(سوره الحجرات۔ رکوع۔۱۳) اے لۄکو اَسہِ کٔرو تُہی پاَدٕ اَکِس مردَس تہٕ اَکِس زنانہِ نِش۔اَسہِ بناٗوی توہہِ منز گروہ تہٕ قبیلہٕ تاکہِ تُہی ییِو اَکھ اَکِس پرزناونہٕ۔کاٗنسہِ اِنساٗنس چھنہٕ کاٗنسہِ پیٹھ کانہہ فوقیت۔ خداتعالیٰ چُھ فرماوان اِنَ اکرمکُم عِندَ اللہِ اَتقاکُم ) (سوره الحجرات۔ رکوع۔۱۳) (توہِ منز چُھ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ صاحبِ عزت سُہ، یُس توہِ منز تقویٰ شعار آسہِ۔)

اِسلام چُھ واضح پیغام دِوان زِ کُل عاٗلمکۍ اِنسان چھِ مخلوقِ خدا تہٕ اَکھ وحدت۔ توَے چُھ قرآن اکثر جایَن عالمِ اِنساٗنیتس کُن مخاطِب سپدان تہٕ یاایھا الناس تہٕ یابنی آدَمَ ہوی الفاظ وَرتاوان۔اِسلام چُھ رنگ تہٕ نسلُک تفریق ختم کٔرِتھ وحدتِ اِنساٗنیت، عدل تہٕ مساواتُک درس دِوان۔ حضرتِ محمد ﷺ چھِ فرماوان زِ تمام اِنسان چھِ آدم ہِندی اَولاد تہٕ آدَم آو میژِ ستی بناونہٕ۔ کانہہ فضیلت چھنہٕ کاٗنسہِ عجمیس، کاٗنسہِ عربیَس پیٹھ تہٕ نہٕ چھےٚ کاٗنسہِ سفیدس کاٗنسہِ سیاہَس پیٹھ، صرف تقویٰ کَنی۔

پیغمبرِ اِسلام حضرتِ محمد ﷺ چھِ بِکس موقعس پؠٹھ فرماوان ''توٚہہِ منز چھُ سارِوٕے کھوتہٕ بہتر سُہ، یُس توٚہہِ منز سارِوٕے کھوتہٕ بلند اَخلاق آسہِ''۔ اِتھکَن چھُ اِسلام اخوّت، برادری، برابری، محبت، مساوات، وحدتِ اِنسانیت، اَکھ اَکِس سۭتؠ حُسنِ سلوٗک تہٕ بہتر اِنسانی معاشرٕ خاطرٕ واضح پیغام دِوان۔ اِسلامی عِباداتَن منز تہٕ چھُ یہِے مساوات درٛینٹھی گژھان۔ نمازِ منز چھِ تمام مسلمان بلاتفریقِ رنگ ونسل، اَکۍ سے صفس منز کھڑا گژھان۔ عِبادات تہٕ اَخلاقیات علاوٕ چھِ قانوٗن تہٕ سارنٕے خاطرٕ، اَدٕ تم امیر آسَن یا غریب، حاکم آسَن یا رعایا، طاقتور آسَن یا کمزور۔

اِسلام چھُ گوڈنکہِ پھِرِ اِنسانی حقوقن ہُند مکمل چارٹر مرتب کران:۔

(۱) زِندٕ روزنُک حق تہٕ اِنسانی جانُک احترام آو فرض قرار دِنہٕ تہٕ یہِ حق آسہِ سارنٕے ہِندِ خاطرٕ بلاتفریق رنگ ونسل۔ (۲) پانَس حفاظت کرنُک حق۔ (۳) زنانَن ہِندِ عصمتُک احترام۔ (۴) پرٛتھ سائلس تہٕ محروٗم اِنسانس آسہِ یہِ حق زِ تَس پیہِ مدد کرنہٕ۔ (۵) پرٛتھ اِنسانَس آسہِ یہِ حق زِ تَس سۭتؠ یِیہِ اِنصاف کرنہٕ۔ (۶) پرٛتھ اِنسانَس آسہِ آزادی ہُند حق۔ (۷) اِنسانی مساواتُک حق۔ (۸) ظلمس خلاف آواز تُلنُک تہٕ رٕژرس منز باقی لُکن تعاوُن کرنُک حق۔

اَمہِ چارٹرٕکۍ کوٚر مسلمانو دُنیاہس منز باقی قومن مقابلہٕ زیادٕ اِنسان دوستی ہُند مظاہرٕ تہٕ کرِکھ اِنصاف پسند حکومژ قائیم۔ اسلامن گرِ غلام آزاد۔ زنانن دِتُن زِندٕ روزنُک حق تہٕ تمن دِتُن سماجی رُتبہٕ۔ غریبن تہٕ لاچارن ہِندِ مدتہٕ خاطرٕ کوٚرُن زکوٗتُک نِظام وضع۔ ذات پات تہٕ رنگ ونسلُک تفریق کوٚرُن ختم۔

اسلام چُھ بادشاہَس تہٕ غلامس بحثیتہٕ اِنسان ہوٗے قرار دِوان۔ یہِ چُھ حقوق اللہ تہٕ حقوق العبادس پێٹھ زور دِوان۔

سِکھ مت چُھ ہندوٚستانس منٛز رأیج مذہبو منٛزٕ اکھ۔ سِکھ لفظ چُھ غالباً فارسی لفظ سِیکھ یا سنسکرت لفظ ششیہ منٛزٕ دژا مُت۔ پنجأبی زبأنی منٛز بنیاو یہے لفظ سیکھ یا سِکھ یعنی چیلہٕ، شاگرد یا مرید۔ پتہٕ آو یہِ سِکھ لفظ گرو نانک جی ہندبن تعلیماتن پێٹھ عمل کرن والین ہندِ خأطرٕ ورتاونہٕ تہٕ سِکھ مت اصطلاح آیہِ اَمہِ مذہبہٕ خأطرٕ بارسس۔ سِکھ مت گوو پنداہمہِ صدی عیسوی ہندِس أخرس پێٹھ، بابا نانک ہندِ اکہِ کلمہٕ "نہ کوئی ہندو نہ کوئی مسلمان" سٟتی شروع۔ بابا نانک چُھ پنٛن زیادٕ تر وق صوفین، سنتن تہٕ فقیرن ہندِس صحبتس منٛز گزاران۔ یہِ اوس عشقِ الٰہی سٟتی سرشار۔ اَمِس اوس شأعری پێٹھ تہِ عبوٗر حأصل۔ یہِ اوس پننہِ روحأنی کیفیژ دوران خدایہِ سُند حمد تہٕ عشقِ حقیقیس پێٹھ بنی شعر ونان۔

سِکھ متس منٛز آے دہ گروٗ تہٕ پرتھ گروٗ سُند مقام چُھ نبی تہٕ اَوتار ہندِ کھوتہٕ تھوٚد سمجھنہٕ یِوان۔ تِمن چُھ یِمن خدایہِ سُند درجہ تہٕ دِنہٕ یِوان۔ گرو نانکس چُھ گوڈنیک مقام حأصل۔ پاٛنژِمِس گروٗ ارجن دیو، نوٚمِس گروٗ تیغ بہادر تہٕ دٔہِمِس گروٗ گوبند سنگھس (یِمَو سِکھ متس عروٗج دِیُت) چھےٚ خاص اہمیتھ دِنہٕ یِوان۔ گرو نانک جی چُھ پننہِ مرنہٕ برونہہ، لہنا ناوٕکس مریدس (انگد خطاب دِتھ) پنُن جانشین مقرر کران۔ گرو انگد چُھ گُرمکھی رسم الخط ایجاد کران تہٕ اَتھ منٛز گروٗ نانک جی سُند تہٕ باقی صوٗفی سنتن ہُند کلام جمع کرناوان۔ یہِ چُھ کیرتن تہٕ لنگر جأری تھاوان۔[16] ژوٗرِم گروٗ رام داس چُھ سٟتی ہندِس رسمس خلاف قدم تُلان تہٕ موٗنڈن ہندِس

کھاندرس پٹھ زور دِوان۔ یہِ چُھ اکبر بادشاہ ہِندِ دٕسۍ اکھ تالاب (امرت سر) تعمیر کرناوان۔ پَتہٕ بنیاو یہِ مقام سکھن ہُند مذہبی مرکز تہٕ اکھ مشہوٗر شہر۔

پأنژِم گرٗ ارجن چُھ، سکھن ہِندِ خأطر لأزِم قرار دِوان زِ تِم دِہن پأداوارُک (عشر) ڈٔہم حِصہٕ، سکھن ہِندِس اجتمأعی خزانس۔ یہِ چُھ گرٗ نانک جی سُند کلام تہٕ صوٗفی سنتن (یِمو نِشہِ بابا نانک جیٚن استفادٕ کوٚرمُت اوس) ہُند کلام ترتیب دِتھ، سکھن ہنز مقدس کتاب گرٗ گرنتھ صاحب مرتب کران۔ یہِ کتاب چھےٚ زیادٕ تر بابا نانک، کبیر داس، بابا فرید گنج شکر تہٕ باقی صوٗفی سنتن ہِندِس کلامس پٹھ مشتمل۔ ڈٔہم گرٗ گوبند سنگھ چُھ خالصہ پنتھ قأیم کران تہٕ سکھن ہِندِ خأطر پانژھ کک یعنی کیش، کنگھا، کڑا، کرپان تہٕ کچھا لأزمی قرار دِوان۔ یہِ چُھ اعلان کران زِ آینٕدٕ پیٚیہِ نہٕ کانٛہہ گرٗ تہٕ گرنتھ صاحب آسہِ آخری گرٗ۔ [۱۷]

گرنتھ صاحب کتابِ ہُند مطالعہٕ کرُن چُھ دشوار۔ بقولِ ڈاکٹر گوپال سنگھ "گرنتھ صأبٕچ زبان چھےٚ کم وبیش متروک سپزٕمٕژ"۔ ایم۔اے۔ میکلف چُھ لیکھان

"اِتھہٕ پأٹھی چھےٚ گرنتھ صاب دُنیاہس منز موٗجوٗد مقدس تہٕ غأر مقدس پرٕتھ قسمٕچو تصنیفو کھوتہٕ زیادٕ دشوار تہٕ مشکل تصنیف تہٕ اَمہِ نِشہِ ناوا قفیت ہُند راز تہٕ چُھ یہے"۔ [۱۸]

سِکھ متس منز چُھ خدایہِ سُند تصوّر تہٕ تہٕ اَمہِ خأطر چُھ لفظ ستیہ (دأیمی حق) ورتاونہٕ آمُت۔ اَمہِ علاوٕ چُھ وحدت الوجوٗدُک تصوّر تہٕ موٗجوٗد۔ وِں گوو اَتھ منز چھِ مشرکانہٕ تصوّر تہٕ لبنہٕ یِوان۔ [۱۹]

ہندوستانکی درواز چھِ پرٛتھ قسمکین علمی تہٕ فکری نظریاتن ہندِ خاطر ہمیشہِ یَلہٕ روذمتۍ۔ اَوے روٗدی مختلف مذہب، عقیدٕ تہٕ نظریات یور یِوان تہٕ اَکھ مرکب تہٕ مخلوط تہذیب بارَسس اَنان۔ اِنسانی برادری، برابری تہٕ خدمتِ خلق بنیہِ اَمہِ منفرِد تہذیبکی بُنیادی اقدار۔

وُہمہِ صدی ہُند ٹیگور تہِ اوس اِنسانی اقدارن ہُند قٲیِل۔ سہُ اوس وحدتُ الوجوٗدی نقطۂ نظرَس پیٹھ پزٕ تھاوَن وول۔ اَمی سُند عقیدٕ اوس زِ کاینانس منز چھُنہٕ وجوٗدِ مطلقس ورٲے کانہہ طاقت۔ اَمِس نزدیک چھُ اِنسانن درمیان تفریق، غلط فہمی ہُند نتیجہٕ تہٕ اَنانیت چھےٚ خود فریبی۔ یہِ چھُ وَنان زِ خدایہٕ سندِس ذاتَس سۭتۍ ضَم گژھُن چھُ اِنسانہٕ سُند مقصدِ زندگی۔ ٹیگور چھُ وَنان زِ

"خدایَس تام رَسٲیی خاطر چھےٚ اَکے وَتھ، سوٗگیہ محبت تہٕ شفقتٕچ وَتھ۔ تِکیازِ محبتے چھُ اِنسانن منز اِنتشار تہٕ تفریق دوٗر گرِتھ تِمن منز حرکتھ تہٕ عمل پٲدٕ کران"۔ (سادھنا)

برادری، ملٕثار تہٕ اِنسان دوستی ہِندی یم اَقدار چھِ ٹیگور سٕنزِ شاعری منز، ناولن، ڈرامہَن تہٕ تقریرَن منز نٔی پٲٹھی جلوٕگر۔ غرض اِنسانی اقدارَن ہُند یہِ میچھر چھُ اَمی سٕنزِ پرٛتھ تخلیقہِ منز محسوٗس سپدان۔

مہاتما گاندھی تہِ چھُ خدا سرٕنچ تہٕ اِنسان اَکس خدایہٕ سندی مخلوٗق زانٕنچ تعلیم دِوان۔ یہِ چھُ ذات پاتٕچ تفریق مِٹاونٕچ تہٕ تمام اِنسانن سۭتۍ مساواتٕچ تعلیم دِوان۔ یہِ چھُ پست زانہٕ یِنہٕ والین لُکن سۭتۍ پنُن پان وابستہٕ گرِتھ، تِمن اَکھ سماجی رُتبہٕ دِنٕچ کوٗشش کران۔

ہندوستانِکس کلچرس منز چھےٚ صداقت یا رِتی تہٕ آدرش یا دھرمُک تصوٗر ہم آہنگی ہِندِس تصورَس سیٖتی مطابقت تھاوان۔ ویدٕ و مطابِق چھےٚ یہِ زمین صداقتکہِ وجہ سیٖتی فضہس منز معلق تہٕ آفتاب چُھ رِتی ہِندِ (قانونِ فطرت) طاقتہٕ سیٖتی روشن۔

HUMANISM یا انسان دوستی لفظ چُھ تِمَن تمام عقیدَن، طریقَن تہٕ فلسفَن سیٖتی تعلق تھاوان، یِمَن منز اِنسانَس مَرکزی حیثیت حاصِل چھےٚ۔ یہِ اصطلاح چھےٚ اکثر تَتھ تعلیمی نظامَس تہٕ تحقیقکِس طریقس پیٹھ لاگو گژھان، یُس ژودہٕ ہمہِ صدی منز شُمالی اِٹلی منز ووتھہٕ وا شرٗلیتھ اِنگلستانَس سان باقی یوٗرپَس منز پھٔلیاو۔ اَتھ چھِ نشاۃِ ثانیہ ہیوٗمنزم تہِ ونان۔ اَمی پروگرامَن ترو پَتُن سوَن اثر۔

نِشاۃِ ثانیہ ہَس چھےٚ توٲریٖخی اہمیتھ تہٕ یہِ چُھ اَکِس خاص توٲریخی تناظرس منز وُچھنہٕ یوان۔ اگرچہِ لفظ نِشاۃِ ثانیہ نسبتاً اَکھ جدید اِصطلاح چھےٚ مگر تَمہِ زمانکِس بُنیٲدی نظریَس (تجدید تہٕ بیدٲری) چھےٚ ہیوٗمنسٹ بنیٲد۔ حالانکہِ ہیوٗمنزمَن ژھانجہِ ۱۰ پاہ برونہہ پَننہِ نظریٲتی بُنیٲد تہٕ روٗد وارِیاہَس کالَس پَتُن اثر تراوان۔ دورِ وسطیٰ کِس اٲخرَس پیٹھ آو یِمہِ اعتمادُک اِظہار کرنہٕ زِ اِنسان ہیکہِ پانَس خاطرٕ پانے حق و باطلُک فٲصلہٕ کٔرِتھ۔ فلسفیانہٕ ہیومنزم چُھ سہٕ نظریہٕ زِندگی، یَتھ منز اِنسانی ضروٗرژ تہٕ مفادِ ے مرکزی اہمیتھ تھاوان چھِ۔

نِشاۃِ ثانیَس دوران اوس ہیومنزم دانشورَن ہُنداَکھ سیٹھا مضبوط رُجحان۔ یہِ چھےٚ عِلمچ سہٕ شاخ، یمِچ بُنیاد زبان تہٕ اَدبَس پیٹھ چھےٚ تہٕ اَتھ منز چھِ توٲریخ تہٕ فلسفہٕ تہِ شامِل۔ یہِ لفظ ہیومنزم چُھ بطورِ صفت تہٕ تہٕ بطورِ اَکھ قدر تہِ وَرتاونہٕ یِوان۔ اَمیُک مرکز چُھ اِنسٲنی نسلِچ اکملیت۔ یہِ لفظ چُھ تِمو تمام کامو خاطرٕ تہٕ

وَرتاونہٕ یِوان، یَموٗ ستۍ اِنسانٔی فلاح پوٗ چھر لَبہِ۔ بطورِ اِسم چھُ یہِ لفظِ تَس شخص خاطرٕ وَرتاونہٕ یِوان، یُس اِنسانٔی فلاحچہِ کامہِ برونہہ پکناوِ۔

اِنسان دوستی چھہِ زٕ ماخذ، اَکھ سیکولر تہٕ بیاکھ مذہبی۔ یمے زٕ چھہ اَمچ ذیلی درجہِ بندی کران۔ سیکولر ہیومنزم چھُ ارداہمہِ صدی ہنزِ عقلی روشن خیالی تہٕ کُنوہمہِ صدی ہنزِ آزادخیالی ہُند نتیجہِ۔ وارِیاہ عالِم، فلسفی، سائینسداں تہٕ امریکی عقل پرست فیڈریشن تہٕ رۆز اَمہِ فلسفچ ترجمانی کران۔ جدید اِنسان دوستی ہِندی علمبردار اَسی نہٕ یَتھ کتھہِ پیٹھ اِتفاقِ رائے کرِتھ ہبکان زِ اَمچ جہان بینی چھا مذہبی کِنہٕ غأر مذہبی۔ یم اَتھ بطورِ فلسفہٕ وُچھان چھہِ، تم چھہِ سیکولر ہیومنِسٹ۔ البتہٕ اَتھ بطورِ مذہب وُچھن والی چھہِ مذہبی ہیوٗمنِسٹ۔ یہِ تنازٕ اوس وُہمہِ صدی ہِندِ اِبتدا پیٹھہٕ جاری تہٕ یَیلہِ سیکولر تہٕ مذہبی رِوایژن ہُند مِیل گۆو، اَمہِ سۍتۍ آو جدید ہیومنزم بارسس۔

یہِ ہیوٗمنزم چھنہٕ کانہہ نۆو کتھاہ۔ مغربی فلسفکس توارِیخس منز چھ ہیوٗمنزم رۆمی تہٕ یوٗنانی تہذیبن لرِلۆر پھاپھلان تہٕ ووتھہٕ واشر لبان رۆدمُت۔ موٗجوٗدٕ دورس منز تہِ چھُنہٕ ہیوٗمنزم کانہہ اوکپاسل نظریہِ بلکہِ چھُ یہِ مختلف تناظرن منز، مختلف معنی تہٕ مطلب پرٛاوان۔ مثلاً مذہبی ہیوٗمنزم، اَخلأقی ہیوٗمنزم، عیسأی ہیوٗمنزم، سوشلسٹ ہیوٗمنزم تہٕ سائینسی ہیوٗمنزم۔ ہیوٗمنزمکی یم تمام تناظُر چھہِ پننہِ پننہِ آیہِ تفہیم وتعبیرِکی زاویہِ گاشراوان۔ تاہم چھہِ ہیوٗنزمکی ساری تناظر، اِنسان مرکز رُوی یسے لأرِی تہٕ اِنسأنی امکاناتنے ووتہٕ بوو دِنس پیٹھ زور دِوان۔ تمام ہیوٗمنسٹ چھہِ امن، اِنصاف اِنفرأدی آزأدی تہٕ اِنسأنی شادمأنی پیٹھ زور دِوان۔ سأری ہیوٗمنسٹ چھہِ یَتھ کتھہِ پیٹھ یَژھ یَژھ تھاوِتھ زِ مطلق العنان تہٕ کلیت پسند سیأسی نظام چھہِ اَسہِ اِنسأنی

جوہر نشہٕ محرۄم کران۔ سأری ہیٛومنسٹ چھِ عالمِ اِنسأنیکہِ اِتحادٕ خأطرٕ سرگرمِ عمل روزان تہٕ اِنسانہٕ سُند دود دَگ دۄرکرنہٕ باپتھ کانچھان روزان۔

ہیٛومنزم چھُ اَکھ سُہ فِکری رُوِیہٕ یُس اِنسانس تہٕ تٔسندِس تخلیقی شعوٗرَس مرکزی اہمیت دِوان چُھ۔ اِنسانہٕ سنٛز آزأدی، تعلیم، ترقی تہٕ تکمیل خأطرٕ چھِ سأری ہیٛومنسٹ تگ دَو کران۔ یِم چھِ اِنسانہٕ سُند رُتبہٕ تہٕ وبقار مقدم زانان۔ یِم چھِ اِنسانٕسے پَزُرک، رٕژُرک تہٕ تُند بازُرک معیار تسلیم کران۔ ہیٛومنسٹن چھُ یقیٖن زِ اِنسان ہیٚکہِ پننہِ عقلہِ ستۍ پننٛۍ مسلہِ انزرأوِتھ۔ یِمَن چُھ یِتھ کتھِ پٹھ تہٕ شبقہٕ یقیٖن زِ پننہِ صلأحیژ، لیاقژ تہٕ قأبلیژ ورتأوِتھ ہیٚکہِ اِنسان اِطمینان، آسوٗدگی تہٕ تکمیلکی اعلیٰ مرحلہٕ طے کٔرِتھ۔

ہیٛومنزمکۍ موٗل چھِ یوٗنأنی تہٕ روٗمی تہذیبن منٛز پیوست۔ اَکہِ توأریخی تحریکہِ ہنٛزِ شکلہِ منٛز گوو ہیٛومنزم شرأہمہِ صدی عیسوی منٛز اِٹلی منٛز ظأہر۔ أتھی صدی منٛز گوو اِٹلی منٛزے کلاسیکی یوٗنأنی تہٕ روٗمی کتابن ہُند مطالعہٕ شروع۔ ہیٛومنسٹ دأنشور تہٕ مفکر أسۍ کلاسیکی ادبُک مطالعہٕ کٔرِتھ مروّجہ عقیدن تہٕ قدرَن ہٕندی متبأدل تناظر تلاش کران۔ تِکیازِ کلیسأیی نظامن اوس یِتھ کتھِ پٹھ زور دیُتمُت زِ اِنسان چُھ ازلے گناہگار۔ تہٕ دُنیأوی زِندگی چھےٚ ژٕکہِ نفرتَس تہٕ حقارتس لایق۔ لہاذا پزِ اِنسانس رضایہٕ اِلٰہی تہٕ اُخروی شادمأنی خأطرٕ کوٗشِش کران روزُن۔ زندگی ہُند یہٕ نظریہٕ کھوتٕ نہٕ شرأہمہِ صدی عیسوی ہٕندبن ہیومنسٹن ٹارٕ۔ لہاذا گٔر تِمو فکری سطحس پٹھ نشاۃِ ثانیٖچ تحریک شروع۔ تِمو کوٚر اِنسأنی توأریخُک سون مطالعہٕ۔ فلسفس تہٕ ادبس ستۍ تہٕ أسکھ کأفی دلچسپی۔ تِمَن ہُند خیال اوس زِ اِتھی مضموٗن پَرنہٕ ستۍ ہیٚکہِ اِنسان زِندگی ہُند بہتر معرفت حأصل کٔرِتھ۔

کانہہ تہٕ نظامِ اقدار بامے سۄ ہیومنسٹ آسہِ یا نہٕ آسہِ، ہکہِ نہٕ تواریخی تبدیلیو نِشہِ مُچھہِ روٗزِتھ۔ مثلاً مذہبی قدرٕ چھےٚ عام پأٹھی دأیمی تہٕ آفاقی تصوٗر کرنہٕ یِوان۔ مگر مذہبی قدرَن ہنز تفہیم تہٕ تعبیر تہِ چھےٚ زمانس ستی بدلان روزان۔ پزٕر چھُ یہ زِ علوٗم، سائنس تہٕ ٹیکنالوجی، معاشرت، سیاست تہٕ معیشت یعنی کُلہم پأٹھی اِنسأنی کلچر چھُ تغیٚر تہٕ تواتُرٕکس اَژھبن سلسلس منز پھبان تہٕ ترقی پراوان۔ دورِ جدیدٕس منز یُس سائنس تہٕ ٹیکنالوجی ہُند اِنقلاب یوٗرپس منز آو، تمہِ نِیو اَکھ طاقتور متبادل نظامِ اقدار مرتب گرِتھ۔ یہِ نظامِ اقدار چھُ ٹاکارٕ پأٹھی ہیوٗمنسٹ۔ مناسب روزِ یہِ زِ کینژن ہیوٗمنسٹ تحریکن ہُند یِیہِ اَکھ اجمألی خاکہٕ پیش کرنہٕ، یِمہِ ستی ہیوٗمنسٹ قدرَن ہندی اِنہار بدٕ کرٕنس منز مدد میلہِ۔

قدرَن ہندِس تناظرس منز چھےٚ یونأنی فلسفس منز ترٕین قدرن بنیأدی اہمیت حأصل۔ یِمے ترے قدرٕ چھےٚ تمو مسلمان فلسفیو تہِ وہٕژھناومٕژ یِمَن پیٹھ یونأنی فلسفک اثر اوس۔ یِم ترے بُنیأدی قدرٕ چھےٚ (Cardinal Values) Truth, Beauty & Goodness . صداقت، حُسن تہٕ خأر۔ صداقت چھےٚ استدرأکی یا ذہنی۔ حُسن چھُ احسأسی تہٕ محسوٗس کرنہٕ یِنہٕ وول۔ خأر چھُ Action یا عملی۔ قدرٕ چھےٚ قضیأتی۔ اگر قدرَن ہنز بُنیاد یِمنے ترٕین نقطن پیٹھ چھےٚ، تیٚلہِ چھِ کینہہ سوال ووتلان زِ صداقت چھا لأزمی طور بیانیہ کِنہٕ ماوراء بیان؟ حُسن چھا objective معروٗضی کِنہٕ subjective موضوٗعی۔ اعمال ( Action ) ہکَن آستھ خیرانگیز یا شرانگیز ( Good or Evil)۔ اگر سأری اقدار یِمنے ترٕین قدرَن صداقت، حُسن تہٕ خأرس منز Subsume پیوست ہکَن گرِتھ، تیٚلہِ چھُ بحث ووتلان زِ کُس قدر

چھےٚ (Means) ذٲریعہٕ تہٕ کُس قدرٕ چھےٚ (End) مقصد۔ قدرٕ چھا مقأمی کنہٕ آفأقی۔ قدرٕ چھا (Rational) مشرۆط کِنہٕ (Absolute) مُطلق۔ اقدار چھا معرۆضی کِنہٕ موضۆعی؟ قدرٕ چھا ثقافتی کِنہٕ ما وراءِ ثقافت، توأریٖخی کِنہٕ ماوراءِ توأریٖخ ؟

یہِ سوال زِ قدرٕ چھا آفأقی کِنہٕ مقأمی تہٕ یِمَن ہُند کیا تعلق چُھ مذہبس سٟتی۔ اَتھ متعلق چھےٚ ترٛے واضح رایہِ برونہہ کُن یِوان۔ (الف) قدرٕ چھِ آفأقی تہٕ یِمَن ہنز اساس چھےٚ الہام یا وحی۔ یہِ رویہِ چُھ اسلأمی تہٕ مسلمان صوفین ہُند۔ (ب) اقدار چھِ مقأمی تہٕ یِم چھِ انسأنی حالاتن سٟتی تبدیٖل گژھان۔ (ج) کیٚنہہ قدرٕ چھےٚ آفأقی تہٕ کیٚنہہ چھنہٕ آفأقی تہٕ یِمَن ہندی معنے چھِ وقتہٕ کِمن حالاتن سٟتی متعین گژھان۔ اقدار چھِ آفأقی، دأیمی تہٕ زمان ومکان نِشہِ ماورا۔ مذہب چُھ توأریٖخی یا زمأنی تہٕ مقأمی سطحس پٮ۪ٹھ اِنسانَس منز اقدار پاناونچ ترغیب تہٕ تشویق دِوان۔ ا قدارَن چھےٚ بذاتھٕ اَکھ دأیِمی تہٕ ما ورأیِی حیثیت۔ مذہب چُھ یِمنے پاناوان۔ یِدوَے قدرٕ بجایہِ خود آفأقی چھےٚ مگر انسانہٕ ہندِس ذہنی، سمأجی تہٕ علمی ارتقاہس سٟتی سٟتی چھےٚ اَہنز معنوی جہژ نوی رنگ رٹان۔ مذہب اگر ذأتی معاملہٕ چُھ تیٚلہِ ہیکنہٕ یہِ آفأقی اُستھ بلکہ آسہِ مقأمی۔ اقدار اگر انسانہٕ سُند دِیُت چُھ تیٚلہِ روزِ یہِ بدلان۔ اگر مذہب کُنہِ اِلاہیأتی نظأمس سٟتی وابستہٕ چُھ تیٚلہِ چُھ یہِ آفأقی۔ قدرٕ چھنہٕ بدلان بلکہ چھےٚ یِمن ہنز توضیح وتشریٖح بدلان۔ قدرٕ چھےٚ پرٛتھ مذہبس منز موجود۔ فرق چھےٚ صرف یہِ زِ یِمَن ہُند اطلاق کِتھ کُن چُھ سپدان۔ مسلہٕ چُھ اقدارن ہندِ ترجیٖح تہٕ توجیٖہک۔ یُوتامت سوال قدرَن ہندِ وجۆدُک چُھ، یہِ کتھ چھےٚ واضح زِ انسان چُھ ہمیشہِ قدرَن سٟتی

وابستہٕ رودمُت۔ مسلہٕ چُھ صرف یِتے زِ کینژھن تہذیبن منز آیہِ کینژھن قدرن گوڈنچ ترجیح دِنہٕ تہٕ یِہنز آیہِ وُسجارٕ تہٕ وبستارٕسان توجیہہ کرنہٕ۔ مثلاً توحیدی مذہبس منز چھِے توحیدس اہمیت حاصل تہٕ باقٕے تمام قدرٕ مثلاً عظمتِ انسان، ایمان، جوابدہی، رحم و کرمٕ، ایثار، عدل، علم تہٕ مساوات چھِے اَمی کِہنے تشریحی دأیرٕ ے کارس منز۔ قدرٕ تہٕ یِمن سارنٕے ہُند مولہٕ تشریح کار تہٕ اطلاق کرن وول چُھ پیغمبر۔ سہٕ چُھ یِمن ہُند مجسمہٕ یا عملی نمونہٕ آسان۔

سوویت یونینس منز اوس اقتصادی انصاف یا برابری بنیادی اہمیت تھاوان ۔ دولتچ مساوی تقسیم (یُس ہمیشہِ اَکھ خوابٕ رۄد تِکیازِ یِہ چُھنہٕ اِنسانی نفسیاتس تہٕ تِہنزن صلاحیژن تہٕ قابلیژن ستی ہشر رٹان)۔ اَتھ برعکس اوس امریکی بلاکس منز انفرادی آزادی یا فردِ سنز سیاسی، سماجی تہٕ نظریاتی آزادی مقدم مانِنہٕ یِوان۔ توارٕیخی تناظرس منز چھِہ آفاقی، دأیمی تہٕ ماورأیی اقدار مشروط ، یعنی یِم چھِہ ثقافتی، تہذیبی تہٕ تمدنی انہار پزاوان۔

صوفی شأعری منز آو روادأری Tolerance، صلحِ کُل تہٕ محبت، سوشلسٹ شأعری منز آو اِنصاف تہٕ برابری، عیسأیتس منز آو Fatherhood of God عیسأیتس منز چھِے رحم وکرم تہٕ محبت بُنیأدی قدر بنان۔ انسان ازلی گناہ نِشہِ موکلاونہٕ خأطرٕ آو کفارُک تصور برونہہ کُن انُنہٕ۔ ہَنا اگر سُہ تبلہِ چھِےٚ یِہ اَکھ منفی قدر بنان۔ تِکیازِ اَکھ معصوم چُھ تمہٕ ناحقہٕ گناہ خأطرٕ پھٔہہ دِنہٕ یِوان، یُسنہٕ سارِوٕے اِنسانو کوٚر۔ اسلامس منٛز آے توحید، عظمتِ انسان، ایمان، جوابدہی، رحم وکرم، ایثار، عدل، علم تہٕ مساوات بُنیأدی اقدار قرار دِنہٕ۔

خدا چُھ مذہبُک اَکھ اہم تصور۔ مگر خدا چُھنہٕ مذہبَس پیٹھ منحصر بلکہٕ چُھ مذہب خدا یَس پیٹھ منحصر۔ خدا چُھ بذاتِ خود ماورا وجودِ کُل، یَس صوٗفی وا جبُ الوجود چھِ وَنان تہٕ قرآن چُھ أمی سٕندِ ذاتچ تشریح کران وَنان (الف) زِ سُہ چُھ کُن، یکتا، لاشریک تہٕ تمام کایناتُن ہُند خاٗلق،، ماٗلِک، حاٗکم، مربی تہٕ رَچھن وول ۔سُے چُھ اوّل تہِ تہٕ آخر تہِ۔ ظاٗہر تہِ تہٕ باٗطن تہِ۔ مگر تَسُند ادراک چُھنہٕ کُنہٕ تہِ أچھ خاٗطر ممکن۔ (ب) سُے چُھ تمام ہدایت سوزَن وول۔

مشرکانہٕ تہٕ مغربی تہذیبن کوٚر قدرن ہُند اَکھ نوٚو تہٕ پاٗنی پانس سٕتی متصاٗدم فلسفہٕ پیش، یَتھ منز اِنسان مرکز تہٕ اِنسان ماورا مذہبی قدرن ہُند مفروضہٕ پیش کرنہٕ آو۔ اِنسان مرکز Humanistic Values تہٕ اِنساٗنی اقدار یا Human Values اقدارَن درمیان چھےٚ بُنیاٗدی فرق یہِ زِ اِنساٗنی اقدارَن أس مذہبی بُنیاد۔ مذہبی عقیدٕ تہٕ قدرَے آسہٕ حق، حُسن، خاٗر تہٕ اِنصاف بدکڑنک یا پانناوُنک پیمانہٕ فراہم کران۔ اَتھ برعکس چھےٚ اِنسان مرکز اقدارَن منز اِنسانَس مرکزی حیثیت حاٗصِل۔ اَتھ منز آو یہِ وننہٕ زِ اِنسان ہیکہِ پانَس خاٗطر پانَے حق وباٗ طلُک فاٗ صلہٕ کٔرِتھ۔

مغربی تہذیبکی علمبردار چھِ پٔننی سماٗجی، سیاٗسی تہٕ اقتصاٗدی بالاٗدستی قاٗیم کرنہٕ خاٗطر پرٛتھ قسمُک ظُلم کٔرِتھ، یورپہٕ وراٗے باقی دنیاہَس غلام بناونکی سٔنز کٔرِتھ، اِنسان نواٗزی ہندی دم برٕنی اوس اکھ بوڑ بزم۔ پندٕاہم صدی عیسوی یعنی نشاۃِ ثانیہ دور اوس ہیومنزم (اِنسان مرکز) دوٗرُک آغاز۔ Erassmus اوس ماڈرن ہیومنسٹ۔ Protogoras چُھ وَنان زِ Man is the measure of all things اِنسان چُھ پرٛتھ چیزُک پیمانہٕ۔ نشاۃِ ثانیہ دور اوس یوٗناٗنی فلسفن ہنٛز بازیاٗبی، عقل پرستی، روٗمی

قانوٗن تہٕ سیاسی نظامکہِ احیاہُک دور۔ پندٲہمہِ صدی عیسوی پتہٕ بنیاوِ مغربی اِنسان Homological ,Homo-centric and Homo-cratic یعنی اِنسان پرست ، اِنسان مرکز تہٕ اِنسانہٕ ہندِ موختار آسنُک قایِل۔ پندٲہمہِ صدی عیسوی پتے آیہِ مختلف یوٗرپی زبانہٕ بارٕسس، یِمَن منز جرمن، فرنچ، اسپینش تہٕ انگریزی زبان قابلِ ذِکر چھےٚ۔ یِمَن مقامی یوٗرپی زبانَن ہُند بارٕسس یُن اوس نظریہ اِنسان مرکز نبہِ ہُند اہم موڑ۔ اَمہِ پتکہِ اِنسانی ذِہنُک سفر روٗد اِنسان مرکز خطوٗطن پٔتھے جٲری۔

غلام آزادکرنچ تحریک (Anti slavery movement) ۔ جزیرہ اوقیانوٗسس منز چھےٚ ژودٲہمہِ صدی ہندِس درمیانٕس منز افریقی غلامَن ہندِ خرید و فروختچ کام شروٗع گژھان تہٕ یہِ روٗز گنوہمہِ صدی تام جٲری۔ پرتگیزی سوداگر چھِ افریقہکو مغربی ساحلو پٔٹھہٕ غلام ملی ہیتھ پُرتگال تہٕ اسپین واتناوان۔ پندٲہمہِ صدی منز یوٗرپی قومو دِژ، امریکہس منز آبادکٲری سٟتی آیہِ اَتھ کاروبارَس منز زبردست تیزی۔ شرٲہمہِ صدی منز چھِ ہالینڈکی تاجر، پرتگیزی تاجرَن نبر کڈتھ اَتھ پٔٹھ گرفت پزادنہٕ باپتھ اِسپین تہٕ برطانوی تاجرَن ہُند مُقابلہٕ کران۔ ۱۷۱۳ء تام چھُ برطانیہ غلامَن ہُند کاروبارکرن والہِ قومکہِ حٲثیتہٕ اُبھران۔ کُلہم پاٹھی چھِ اَکھ کرور افریقی غلام، امریکہ واتناونہٕ یِوان تہٕ اَتھ دوران چھِ تقریباً دہ لچھ افریقی غلام مارنہٕ گژھان۔ یِم غُلام اُسی رزو سٟتی گنڈنہٕ یِوان تہٕ رنگہٕ رنگہٕ ظلمکی شِکار بناونہٕ یِوان۔ یِمَن اوس نیچہ نظرِ وِچھنہٕ یِوان تہٕ بیہ اوس یِمَن سٟتی غٲر اِنسانی سلوٗک کرنہٕ یِوان۔ یِم اُسی تہذیبی، اخلاقی تہٕ ذہنی اعتبارٕ پست تصور کرنہٕ یِوان۔ اَردٲہمہِ صدی ہندِس اِبتداہس تام روٗز یہے صوٗرتِ حال جٲری۔ جزیرہ اوقیانوٗسس منز

غُلامن ہُند یہِ ظاٗلمانہٕ کاروبار تہٕ غلاٗمی چھےٚ' غلام آزاد کرنٕچ تحریک' بارسَس انان۔ اِبراہیم لِنکن چُھ امریکہس منٛز سیاہ فام افریقی غلام آزاد کرٕنکس حقس منٛز anti slavery movement تحریک چلاوان۔

خاتمہ تحریک یا تحریکِ اصلاح، ییٚتھ اکثر غلام آزاد کرنٕچ تحریک ونان چھِ، یہِ تحریک چھےٚ اَرداٗہمہِ تہٕ کُنوہمہِ صدی عیسوی دوران یوٗرپس منٛز بارسس یِوان۔ اَمیُک مقصد اوس افریقہس، یوٗرپس تہٕ امریکہس منٛز غلام بناونہٕ آمٕتی افریقی تہٕ افریقی ریگستانن ہٕندی لُکھ آزاد کرٕنی۔ یہِ تحریک اُس جزیرہ اوقیانوٗسس منز افریقہ، یوٗرپ تہٕ امریکہس درمیان غلامن ہنز خریدوفروخت تہِ ختم کرٕنی یژھان۔ توٲرٟخی اعتبارٕ چھےٚ یہِ تحریک کریٚہنہٕ ژٕمہِ ہندبو لُکو ڈٲسی غلاٗمی مخاٗلف رَدِعملہٕ سٟتی بارسس یِوان۔ اَمہِ قسمُک رَدِعمل چُھ پنداٗہمہِ صدی عیسوی منٛز تمہِ وِزِ بروٚنہہ کُن یِوان، ییٚلہِ یوٗرپی لُکو ذٕریعہ غلام بناونہٕ آمٕتی افریقی لُکھ پنہٕ نِین آقاہن ماران اُسی یا خودکشی کران اُسی۔ سداٗہمہِ صدی ہٕندِس اُخرس پیٹھ چھےٚ عیساٗیی اَخلاقیاتس منٛز آزاٗدی تہٕ اِنساٗنی حقوٗقن ہٕندی تصوٗر یِوان ، ییٚم امریکی تہٕ فرانسیسی انقلابو تہٕ اقتصاٗدی تبدیٖلیو کنی بارسس آے۔ ییمو سٟتی چھ کریٚہنن تہٕ سفیدن درمیان، اِنسان غلام بناونُک سلسلہٕ ختم کرنُک آغاز سپدان۔

امریکہس منٛز غلامن کامہِ لاگن واٗلی چھِ ییٚمن کوٗشِشن ہنز مخالفت کران۔ غلامن کامہِ لاگن والین چھ گوڈٕ باسان زِ تِہنز بجاٗیی خاٗطر چھ غلامن ہُند سلسلہٕ جاٗری تھاوُن ضروٗری۔ تِکیازِ امریکہس منٛز گُلیٚ گٹ لاگنہٕ خاٗطر آس غلامن ہٕندِ کثیر تعداد ٕچ ضروٗرتھ۔ افریقی مزوٗر اُسی سفید مزوٗرَو مقابلہٕ آسانی سان تہٕ کم قیمتس پیٹھ دستیاب۔ ییٚم آسی یوٗرپس منز بیمارین ہُند تہِ آساٗنی سان مُقابلہٕ کرتھ ہیٚکان۔ افریقی مزوٗرَن ہٕندِ مرنُک اِحتمال اوس امریکی باشندَو مُقابلہٕ کم۔ بیاکھ وجہ اوس یہِ زِ

مإٔلکن اوس باسان زِ غُلام آزاد کرنہٕ ستی واتہِ تِہٕنٛز زُوس نُقصان۔ امریکہس منز کٔثیر تعدادس منز غُلام واتناونہٕ کِنی اُس امریکہ کہِن واریاہن علاقَن منز غُلامَن ہنز اکثریت۔ غُلامَن ہندی مإٔلکھ ؤلی یمہٕ فِکرِ زِ اگر سأرِی غُلام یکوٹہٕ آزاد کرنہٕ آے، تیٚلہِ ما ہِن تِم پنہٕنین مإٔلکن اِنتِقام۔ امہِ باوجُود روٗز غلام آزاد کرنٕچ تحریک امریکہ تہٕ باقی یوٗرپی علاقَن ہنزن امریکی کالونیَن منز جأری۔ غلام بناوَن وأٚلین تہٕ غلام آزاد کرَن والین طاقتن درمیان روٗز کشمکش جأری۔ امریکہس منز روٗز یمَن درمیان تلخی تہٕ جأری تہٕ خوٗنریزی تہٕ سپدان۔ امکس نتیجس منز آیہِ ۱۸۸۸ء تام یوٗرپس تہٕ امریکہس منز غُلامن ہندِس کاروبارس پیٹھ پابندی لاگنہٕ۔ حالانکہِ افریکہس منز آیہٕ یہ وُہمہِ صدی ہندِس گوڑنِکس ژوباگس تام غأر قانوٗنی قرار دِنہٕ۔ غلام آزاد کرنہٕ چہِ تحریکہِ ہنز اُس یہِ بڑ کامیأبی زِ أمی کٔری لچھہٕ واد غلام آزاد۔ پرانہِ سمأجی طبقہٕ بٔندی خلاف اُس یہ تحریک، آزأدی تہٕ انسأنی حقوٗق ہوبن جدید تصوراتن ہنز فتح۔

**کمیوٗنزم یا اشترأکیت** چھ اکھ نظریہِ یا سمأجی تہٕ سیأسی نظام، یُس وُہمہِ صدی ہندِس زیاستر حصس منز اکہِ بڑ طاقتہٕ رٔنگی بروٗنہہ کُن آو۔ یہِ چھ اکہِ سیأسی تحریکہِ ہنزِ شکلہِ منز محنت کشو ذٔریعہِ اکھ انقلاب پأدٕ کٔرتھ سرمایہ دارانہٕ نظام ختم کران تہٕ اکھ سہٕ نظام بارسس انان، یتھ منز پراپرٹی ہُند حق فردس بجایہِ ریاستس دِنہٕ یِوان چھُ۔ امہِ نظریک دعویٰ اوس زِ یہ کرِ اکھ غأر طبقأتی انسأنی سماج قأیم، یتھ منز پرٛتھ کأنسہِ فردس برابر سمأجی تہٕ اقتصأدی حقوق حأصِل آسن۔ مگر عملی طور چھِ اشترأکیتکی علمبردار محنت کشن ہُند خیال تھاونہٕ بجایہِ پنٕنن اقتدار قأیم تھاوٕنس تہٕ پنٕنن طاقت مضبوٗط کرنس کُن لگان۔

عوٲمی سرمایہٕ تہٕ جاداُدک تصوٗر اوس مغربی یوٗرپی ملکن ہندِس سمٲجی تہٕ سیٲسی فکری نظامس برعکس۔ اشترٲکیت چھےٚ کنٛوہمہِ صدی منز یوٗرپس منز سوشلسٹ تحریک شروٗع گژھنکس نتیجس منزٕ ے بارسس یوان۔ اَمہِ وِزِ آس یوٗرپس منز تیزی سان صنعتی ترقی سپدان تہٕ سمٲجی تبدیلی یوان۔ یوٗت یوٗت صنعتی انقلاب ترقی پراوان گوٚو، تیوٗت چھِ نقاد تہٕ سرمایہِ دارانہٕ نظامس الزام دوان زِ یہِ چھُ غریبَن ہُند اَکھ نوٚو طبقہٕ بارسس اَنان۔ صنعتی مزدوٗرَن ہُند یہِ طُبقہٕ چھُ شہری علاقن منز اِنتہٲیی مشکل حالاتَن منز کٲم کران، یمہِ سٟتی امیر تہٕ غریب لُکن درمیان خلیج بڑان چھےٚ۔ سرمایہِ دٲری ہنز نقطہٕ چینی کرَن والین منز آسی جرمنی ہندی فلسفی کارل مارکس تہٕ اینجلز شٲمل۔ باقی نقادَن ہندی پٲٹھی آسی یم تہٕ مزدوٗرَن ہندِ استحصالک تہٕ سرمایہِ دارانہٕ نظامُک خٲتمہٕ یژھان۔ کینٛہہ سوشلسٹ اصلاح کار آسی پُرامن تہٕ طویل مدتی پالیسی ذٔریعہِ سرمایہِ دارانہٕ نظام تبدیل کرُن یژھان۔ مگر مارکس تہٕ اینجلز آسی یمہِ تصوٗرکی قٲیل زِ ''تشدد آمیز انقلاب چھُ ناگزیر تہٕ اَمچ پیشن گوٗیی چھےٚ توٲریخکو سائینسی اصوٗلو بروٚنہہٕ کرِمژ''۔ یم چھِ پننہٕ نِس نظریس سائینٹفک سوشلزم یا کمیونزم ناو دوان۔

کنٛوہمہِ صدی ہندِس دوٚیمس اڈِس منز آسہٕ یم سوشلزم تہٕ کمیونزم اصطلاح اکثر اَکی ہے معنیس منز ورتاونہٕ یوان۔ حالانکہِ مارکس تہٕ اینجلز آسی سوشلزمَس صرف اکہِ درمیٲنی مرحلہٕ زٕنگی وچھان، یتھ منز کارخانہٕ تہٕ سماجکی جاداد حٲصل کرنہٕ آے، مگر کینٛہہ طبقٲتی اختلاف روٗدی جٲری۔ تم چھِ کمیونزم اصطلاح سماجکہِ تمہِ اٲخری مرحلہٕ باپتھ محفوظ تھاوان، یتھ منز طبقٲتی اختلاف ختم گژھتھ لُکھ ہم آہنگی سان روزَن تہٕ حکوٗمتچ آسنہٕ کانہہ ضروٗرتھ۔

۱۹۱۷ ء پتہٕ بدلیاو کمیونزم لفظُک معنی ، ییٚلہِ ولادمیر لینن تہٕ تٔمہِ سٕنز بالشیویک پارٹی روٗسس منز اقتدارس پیٹھ قبضہٕ کران چھےٚ۔ بالشویک چھِ پنٕنن ناو تبدیل کٔرِتھ، کمیونسٹ پارٹی ناو تھاوان۔ یِم چھِ اَکھ کُنی نُمایندٕ پارٹی قآیم کٔرِتھ سوشلسٹ پالیسی پیٹھ عمل کرنہٕ خاطر وَتھ ہموار کران۔ کمیونسٹ چھِ زارِ روٗس سٕنز حکوٗمت ختم کٔرِتھ، یوٗنین آف سوویت ریشن ری پبلک قآیم کران۔ یِم چھِ عالمی سطحس پیٹھ انقلاب پٲدٕ کٔرِتھ سرمایہِ دارانہٕ نظام ختم کرُن یژھان۔

لینن نِس پتہٕ پتہٕ دوٚل جوزف اسٹالین چھ مخالفن دبأوِتھ تہٕ ملکی اقتصادیاتس پیٹھ مکمل کنٹرول کٔرِتھ روٗسس منز ڈکٹیٹرشپ قآیم کران۔ لینن تہٕ اسٹالین سٕنزن پالیسیَن ہُند نتیجہِ دژاو یہِ زِ کینٛہہ لُکھ لگی کمیونزم اصطلاحس، غآر جمہوری تہٕ تاناشٲہی نظامِ حکومتس سٕتی تعبیر کرنہِ۔ مارکسزم یا لینِنزمُک تعلق چُھ لینن سٕندِ ذٔریعہِ مارکسی نظریَن منز کرنہٕ آمژ تبدیلی یا ترمیم شُدٕ سہٕ صوٗرَتھ، یتھ پیٹھ تمٔی عمل کٔر۔ دوٚیمہِ جنگِ عظیم پتہٕ چھ کمیونسٹ روٗس، چین، مشرقی یوٗرپ تہٕ باقی علاقن منز اقتدارس پیٹھ قبضہٕ کران۔ روٗسی انقلاب اوس اَکھ خوٗنی اِنقلاب، یتھ منز لچھِ بٔدی مخالف تہٕ زارنواز مارنہٕ آے۔ مگر یُس چیز زارِ روٗس تہٕ کمیونسٹن درمیان قدرِ مشترک بنےیہِ سو اوٚس مسلمان ریاستن پیٹھ جبری تسلط تہٕ تہندِ بن اقتصاٗدی وسأیلن پیٹھ قبضہٕ کٔرِتھ تِمن ہُند استحصال کرُن۔ تِمن ہُند موٗلل تہٕ زِندٕ تہذیب مٹاونہٕ خاطر تِمن ہُند قتلِ عام تہٕ اِسلامس پیٹھ مکمل پابندی۔ اَتھ خوٗنی جآرحیتس منز گےٚ سٕتتھ لچھ کھوتہٕ زیادٕ مسلمان شہید۔ مارکسزم پھٲلنہٕ سٕتی چھ روٗسی بلاک تہٕ امریکی بلاکس درمیان سیأسی تہٕ فوٗجی بالادستی خاطر سرد جنگ شروٗع گژھان۔ ۱۹۸۰ ء تام چھےٚ دُنیاہکس تقریباً ترٛیمِس حصس

پیٹھ کمیونسٹ حکومژ قایم سپدان۔ یمن کمیونسٹ ملکن منز آس ذاتی جاداد، عقیدن، سیاسی آزادی تہٕ ذرایع ابلاغس پیٹھ پابندی تہٕ حکومژن پیٹھ اوس یک جماعتی کنٹرول۔ ۱۹۸۰ء تا ۱۹۹۰ء درمیان چھےٚ رۄس، مشرقی یوٗرپ تہٕ بیہ کینژن جاین علم بغاوت بلند سپدان تہٕ دُنیاہس منز چھ کمیونسٹ حکومژن تہٕ اُمکس اثرو رسوخس دٔدارِ واتان۔ یہٕ کتھ چھےٚ قابلِ غور زِ توسیع پسند رۄسی فوج ژاو ۱۹۷۹ء منز افغانستانس منز۔ مگر افغان عوام چھ بہودری تہٕ عزمہٕ سان تہندِ ظلمہٕ ستٕی مقابلہٕ کٔرتھ تمن شکست دِوان۔ یہے بنیاو کمیونسٹ رۄسکہٕ بکھرنک نقطۂ آغاز۔ سوویت رۄس پھٹنہٕ ستٕی گو سرد جنگ ختم۔ وٕنکبن چھےٚ صرف چین، کیوٗبا، لاؤس، شمالی کوریا تہٕ ویتنامس منز یک جمائتی کمیونسٹ حکومژ قایم۔ باقی اکثر کمیوٗنسٹو کوٚر کثیر جماعتی جمہوٗری نظام قبوٗل۔

جمہوٗری لبرلزم۔ یہٕ چھےٚ اکھ سُہ طرزِ حکومت، یتھ منز لُکن ہندِ ذٔریعہٕ، لُکن ہندی نُمایندٕ ژارنہٕ یِوان چھِ تہٕ تم چھِ لُکن ہندِ خاطرٕ کام کران۔ ۱۶۴۲ء منز چھےٚ انگلستانکس کِنگ چارلیس اوٚل ناوٕکس بادشاہس خلاف گوڈنچ عوامی بغاوت سپدان، یتھ منز سُہ قتل کرنہٕ آو۔ یوٗرپس منز بادشاہتس خلاف اَمہِ عوامی تہٕ سیاسی انقلابک نتیجہٕ دراو یہٕ زِ اَمہِ ستٕی آیہِ جمہوٗری حکومژ بارٕسس۔ اَتھ عملہِ سپز بڈس پیمانس پیٹھ سیاسی دانشورن ہندِ طرفہٕ حوصلہ افزائی۔ خاص کر فرانس کیو فلسفیو مونٹیسق، جیفس روسو تہٕ امریکی حاکم تھامس جفرسن تہٕ جیمس ماڈیسن اُسی اَمکی طرفدار۔

گُنوہم صدی اَند واتنہٕ برونہے چھےٚ مغربی یوٗرپچہٕ اہم شاہی حکومژ پننی اختیارات محدوٗد کٔرتھ سُہ آیین نافِذ کران، یتھ تحت لُکن زیادٕ سیاسی اختیارات دِنہٕ آے۔ اِتھبن کتبن ملکن منز آے برطانوی پارلیمنٹ کِس طرزس پیٹھ قانوٗن ساز ادارٕ قایم

کرنہٕ۔ تمہِ وقتہٕ اُس برطانوی پارلیمنٹ جمہوری سیاستُک بوڑ تہٕ واَحد موثر ادارٕ، یُس عالمس منز جمہوری حکومژ قایم کرنہٕ خاطرٕ پَنٕنۍ اثرات مرتب کران اوس۔ حالانکہِ انقلابِ فرانس تہٕ چھُ اَتھ سلسلس منز پَنٕنۍ سٕنۍ اثر تراوان۔ بروٚنہہ کُن چھےٚ امریکہس منز جمہوری ادارَن ہنز کامیأبی عالمکین لکن خاطرٕ اَکھ نموٗنہٕ پیش کران۔

لبرٕلزم چھُ فردس اہمیت دِوان۔ اَمِکۍ بُنیأدی نعرٕ اَسۍ زِ فردکرِ پننہِ ترقی خاطرٕ کأم۔ اَمِس آسہِ عقیدٕچ آزأدی۔ یہِ ہیکہِ لامذہب تہٕ اَستھ یا ہیکہِ کانہہ تہِ مذہب اِختیار کٔرِتھ۔ یہِ ہیکہِ پننہِ مرضی مطأبق کانہہ تہِ پیشہِ اِختیار کٔرِتھ۔ جدید جمہوریتٕچ خصوٗصیت چھےٚ یہ زِ یہِ چھےٚ فردَس انفرأدی آزأدی ہُندحق دِتھ، تَس پَننہٕ نبن معاملاتَن ہُند پانہٕ ذمہٕ وار بنأوِتھ، تعلیم حاصِل کرنُک تہٕ پننہِ ترقی خاطرٕ مرضی مطأبق کأم کرنُک قانوٗنی تحفظ دِوان۔ یِمَن چیزَن ہُند اظہار آو امریکہ کِس اعلانِ آزأدی ہِوس توأریخی دستاویزس منز کرنہٕ۔ اَتھ منز چھُ فردٕ سنز آزأدی، اطمینان تہٕ اختیارَس پٮ۪ٹھ زور دِنہٕ آمُت۔ اعلانِ فرانسس منز چھُ انسان تہٕ شہری ہندی حقوٗق، شہری آزأدی تہٕ برابری ہنز ضمانت تہٕ ایٹلانٹِک چارٹرس منز چھےٚ انسانس ژور بُنیأدی آزأدی دِنہٕ آمژٕ۔ وُہمہِ صدی ہندِس وسطس تام چھِ تقریباً اکثر آزاد ملک پوٗرٕ پأٹھی یا جزوی طور جمہوری اصول تہٕ طریقہٕ اختیار کران۔

مزدوٗرَن ہندی مسلہٕ۔ اقتصأدی ترقی فروغ دِنہٕ خاطرٕ آے واریاہ قدم تُلنہٕ۔ واریاہ ترقی پزیر ملک چھِ آزاد تجارتی علاقہٕ قأیم کران۔ یِمَن منز سرمایہٕ کأری کرَن والین خصوٗصی مراعات دِنہٕ یِوان چھِ۔ مثلاً نصف یا پوٗرٕ ٹیکس معأفی تہٕ ملازِم تنظیمَن پٮ۪ٹھ پابندی یا تِمَن ہنز حوصلہٕ شکنی کرٕنۍ۔ یِمو مراعاتو ستۍ سپز اِنسأنی حقوٗقَن

ہنز پامألی۔ .Workers rights consortiun چُھ کینژن امریکی کالجن تہٕ یونیورسٹین ہندِ مدتہٕ سٟتؠ اکھ ٹیم ترقی پزیر ملکن ہُند دورٕ کرنہٕ خأطرٕ روانہٕ کران، یُس یونیورسٹی ٹیمن ہندِ خأطرٕ ٹوپہٕ تہٕ وردی بناون والین مزدورَن ہُند جایز ہوان چھےٚ، زِ تِم کمن حالاتن منز چھِ کأم کران۔ یَمن ٹیمن نِنیاو زِ بچہٕ مزدورِ ہندِ بن قانوٗنَن ہنز چھےٚ نَنہِ وانہٕ خلاف ورزی کرنہٕ یوان۔ جنسی تشدد تہٕ مزدورَن ہندی مسلہٕ چھِ عام۔ عالمی محنت کشن منز چھِ زیادٕ آمدنی والین ملکن منز صرف اَکھ فیصد مزدور کأم کران۔ ترقی پزیر ملکن منز کأم کرَن وألی کم آمدنی والین محنت کشن ہندبو مسلو لُب مزید اہمیت۔ محنت کشن ہُند معیارِ زندگی بہتر سپدَن کِس خوابس چھُ، یَمہِ رُجحانہٕ سٟتؠ دَدارٕ واتان زِ پیداوأری نفعس منز شریک سپدَنہٕ خأطرٕ چھِ وِن زیادٕ زیادٕ لُکھ شراکت کران۔ اَمہِ کِنی چھُ محنت کشن ہندِس کامہِ کارَس تہٕ اُجرتَس پیٹھ تہٕ اثر پیوان۔

اقوامِ متحدٕچ بین الاقوامی محنت کش تنظیم (ILO) چھےٚ منظوٗر کرنہٕ آمتی پانژھ معیار مقرر کران۔ یِم چھِ ۱۹۹۸ء کِس بین الاقوأمی محنت کش تنظیم کِس کامہِ کارٕکنن حقوٗقن ہندِ بن بنیأدی اصوٗلن ہندِس اعلان نامَس منز وبستارٕ سان پیش کرنہٕ یِوان۔ گوڈنیک یہِ زِ محنت کشن تنظیم بناونٕچ آزأدی۔ دوٚیم یہِ زِ پَننہِ پسندٕچ تنظیم اختیار کرٕنی تہٕ پَننہٕ نبو مفادو خأطرٕ جدوجہد کرٕنی۔ ترٟیم یہِ زِ جبری محنت ختم کرٕنی۔ ژوٗرِم یہِ زِ بچہِ مزدوری ختم کرٕنی تہٕ اَمہِ خأطرٕ آو وأنسہِ ہُند حد پنداہ وٕری مقرر کرنہٕ۔ زیادٕ گوب کأم کرَن والین ادارَن منز آو وأنسہِ ہُند حد ارداہ وٕری مقرر کرنہٕ۔ پأنژِم کُنہِ تہٕ ملازمتہٕ خأطرٕ، رنگ ونسل، مذہب، سیأسی وابستگی تہٕ قومچہِ بنیأد پیٹھ فرق کرٕنی آو ناجایز قرار دِنہٕ۔

چونکہِ (ILO) بین لاقوامی محنت کش تنظیمس نِش چھنہٕ یِمن اصوٗلن پیٹھ عمل درآمد کرناونہٕ خاطرٕ کانہہ طاقت، اَوٕ کنی آے مقصد حاصل کرنس منز واریاہ مشکل درپیش۔ کینژن ملکن ہنزٕ و حکوٗمژو کوٚر وعدٕ زِ تِم کرن ILO معیارَن پیٹھ عمل مگر پَتہٕ دِتکھ کنہٕ ڈول۔ ییٚلہِ بچہٕ مزوٗرِ ہندین قانوٗنن پیٹھ عمل کرنہٕ یِوان چھےٚ، سرکاری کارخانن ہندی معاینہٕ کرن والی چھِ صرف یتھ تام محدوٗد روزان زِ بچن مہٕ دِیُو کام کرنہٕ۔ واریاہن معاینہٕ کارَن ہُند وَنُن چھُ زِ بچہٕ مزوٗرِ ہندین قانوٗنن پیٹھ عمل کرنہٕ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ بچہٕ ین سکوٗل سوزنہٕ تہٕ تِمن یِیہٕ گرٕ چلاونہٕ باپتھ معاوضہٕ تہٕ دِنہٕ۔

لبرلزم۔ اَمہِ رٕوِیہٕ، فلسفہٕ یا تحریکہِ ہُند بُنیاٗدی تعلق چھُ فردٕ سنزٕ ذاتی آزادی تہٕ سماجی ترقی سٟتۍ۔ وِں چھُ عام طور یِہ تصور کرنہٕ یِوان زِ لبرلزم تہٕ جمہوٗریتس چھِ مُشترکہٕ مقاصد، مگر کینہہ کال برونہہ چھِ لبرلزمکی واریاہ حامی، جمہوٗریتس غاٗر صحت مند قرار دِوان۔ تِمن ہُند وَنُن چھُ زِ جمہوٗریت چھےٚ عام لُکن سیاستس منز شریک سپدنچ حوصلہٕ افزاٗیی کران۔ وِں گوٚو زِ لبرلزم آو جلدی اکہِ تِمہِ تحریکہِ ہنزِ شکلہِ منز پربزناونہٕ، یُس جمہوٗریتس توسیع دِتھ سماجی بدلاو اَنُن یژھان چھےٚ۔ یہِ فرق زانُن چھےٚ ضروٗری زِ لبرلزمَس منز چھےٚ تبدیلی اَکھ مرحلہٕ وار، لچکدار تہٕ مطابقت واجی عمل، ییٚلہِ زَن Radicalism اِنقلاٗبی نظریہٕ، سماجی تبدیلی ہندِ خاطرٕ بُنیاٗدی تہٕ لاٗزمی اصوٗلن پیٹھ مبنی آسان چھُ۔

لبرل خیال چھِ تِمن سرکاری من ماٗنین ہنزٕ تہٕ مخالفت کران، یِم فردٕ سنز آزاٗدی سلب کران چھےٚ۔ بین الاقوامی سیاستس منز روٗدی لبرل خیال، فوٗجی ترجیحاتن پیٹھ مبنی پالیسین تہٕ خاٗرجی تسلُطس خلاف۔ یِم چھِ مقاٗمی حاکمن ہندِس استحصالس تہٕ

خلاف۔ یِم چھِ COSMOPOLITAN پالیسی تہٕ بین الاقوٲمی تعاوُن خاطرٕ تہٕ کوٗشش کران۔ لبرل خیال چھِ حکمرانَن ہنٛزٕ تتھ من مانی تہٕ تِمہٕ تاجرانہٕ ذٔہنٕچ مخالفت کران، یِمہٕ ستی تِم اقتصادیاتَس تہٕ ملکی نظامس پیٹھ قبضہٕ برقرار تھاونک ذٔریعہٕ بناوان چھِ۔ یِم چھِ کلیسا کہِ طرفہٕ ملکی معاملاتَن منز مداخلت کرنٕچ تہٕ رایہٕ عام متاثر کرنٕچ مخالفت کران۔ سداہمہٕ صدی ہندِ وسطہٕ پیٹھہٕ گنوٗہمہٕ صدی عیسوی تام چھِ لبرل خیال، زیادٕ تیٖن، من مانین تہٕ طاقتہٕ کِس بے جا استعمالس خلاف آواز تُلان تہٕ فردٕ سنٛز آزادی پیٹھ زور دِوان۔ گنوٗہمہٕ صدی ہندِس وسطس منز چھِ لبرل خیال زیادٕ مثبت پروگرام ہتھ برونہہ کُن یِوان تہٕ تعمیری سماجی عمل تہٕ ریاستَس، فردٕ سندِس مفادس منز کام کرنَس پیٹھ زور دوان۔ مغربس منز یِمہ مذہبن مسایِل پادٕ گرِی سہٕ چھُ تثلیث تہٕ مشرکانہٕ۔ اَتھ برعکس چھُ اسلامک عقیدٕ ے توحید انسانی آزادی تہٕ وقارُک سارِوے کھوتہٕ بوڑ علمبردار۔ یہٕ چھُ تمام قسمہٕ کِہن استحصالن خلاف نبردآزما۔

Faminism فیمنزم یا زنانَن ہنٛزٕ آزادی ہنٛزٕ تحریک۔ اَرداہمہٕ صدی عیسوی تام یوٗرپَس منز بارَسس یِنہٕ وٲلی فِکری تہٕ نظریاتی سوچ چھِ Faminism یا تانیثیت تحریکہِ تہٕ زنم دِوان۔ یہٕ تحریک چھےٚ اَکھ منفرد سوچن تراے یُس اَدبس منز زنانَن مُتعلق مرد تہٕ زنانہٕ ادیبَن ہندِ وطیرُک مطالعہٕ کرِ۔ یہٕ چھےٚ مرد پٮ۪ٹھوٗل معاشرَس منز بارَسس یِنہٕ وٲلِس اَدبَس منز صنفی تفریق تہٕ زنانَن مُتعلق منفی احساس تہٕ فِکرِ ہنٛز تفہیم تہٕ تشریح کران۔ مغربس منز چھےٚ اَمہٕ قسمکِس تانیثی مطالعس منز ترٛٹھ فلسفیانہٕ بُنیاد تہٕ تلاش کرنہٕ آمٕژ، یِم واریاہس حدَس تام تمے معاشرٕ کِس ذٔہنی تہٕ تہذیبی اِرتقاہس تہٕ عیسائی عقیدَن ستی تعلق تھاوان چھےٚ۔ ستی آو یِتہٕ وَنہٕ

زِ تانیث تیٚژ جاۓرحانہٕ تحریک چھےٚ مَردَس تہٕ زنانہٕ درمیان مزید ووپرأز تہٕ نفرتھ پاۓدٕ کران۔

اَرداۓہمہِ صدی عیسوی تام اُسنہٕ یوٗرپکس مہذب دُنیاہَس منز زنانَن کانہہ اہمیت۔ زنانہٕ آسہٕ جانورَن ہندی پاۓٹھی کِنٕنہٕ یِوان۔ اخبار لندن ٹایمز چھ لِکھان

''وٕں چھےٚ زنانَن ہنز اہمیت وارِیاہ بڑیمٕژ تہٕ بازرَس منز چھ تِمَن ہُندٕ قمتھ اوژَگنہٕ پیٹھہٕ ساڑ ترےگنہٕ تام بڑیامٕت۔ اردأہمہِ صدی عیسوی ہندِس أخرَس تام اوس اِنگلستانَس منز زنانہٕ بازرَس منز کِنٕنگ رواج عام''۔[۲۰]

ووِلاکلن چھ پَننہٕ Faminine character کِتابہِ منز اِتھبن کِتھبن واقعن ہُند حوالہٕ دِوان، یِمہِ سٕتی یہٕ نَنان چھ زِ زنانہٕ تہٕ آشنہٕ کِنٕنگ کار اوس تتھ معاشرَس منز عام کتھاہ۔ اَمیک اندازٕ ہیکہٕ ایچ۔ ایم۔ وی۔ ٹمپرنی ہندِ مضمونہٕ The sale of wives in England in 1823 سٕتی سپدِتھ۔ ۱۸۵۶ ءمنز چھ انگریزی زبانٕی ہُندمشہوٗر نقاد تہٕ ادیب ایمرسَن تہِ آشنین ہندٕکِنٕنگی اِشارٕ دِوان۔

اِنگلستانٕچ میری وول اِسٹون کرافٹ چھےٚ سو گوڑنیچ زنانہٕ یمہِ زنانَن ہنزِ ہمدردی خاطرٕ زنانَن ہندِ بن مسلَن مُتعلق لِبھِکھن ہیوٚت۔ زنانَن ہنزِ آزادی ہنز باقاعدٕ جدوٗجہد چھےٚ کُنوٗہمہِ صدی ہندِس أخرَس پیٹھ شروٗع گوٚھان، یَتھ منز زنانہٕ پانَس سٕتی سَپدَن واجبن نااِنصافین خلاف آواز بلند کران چھےٚ۔ را برٹ اووَن سٕنز شاگرد Frances Wright چھےٚ زنانَن ہنزِ غلامی ہندی مسلہٕ حل کرنہٕ خاطرٕ عملی قدم ٹلان۔ Harreit Martinan چھےٚ زنانَن ہندٕ اصلاح کرنٕچ بِل پاس کرنہٕ خاطرٕ دوہ راتھ کوٗشش کران۔ Octavia Hill چھےٚ زنانَن ہنزِ سماجی بہبوٗدی

خاطرٕ وارِیاہ کأم کران۔ Elizebeth Fry چھےٚ زنانہٕ قیدٕبن ہندِ اصلاح خاطرٕ کأم کران تہٕ تِمَن ہنزِ بہتری خاطرٕ کمیٹی بناوان۔ فلورنس نایٹ اِنگیل چھےٚ کریمیا کِس جنگس دوران ملٹری ہیلتھ سروس قائیم کران، یتھ منز زنانہٕ نرسنگ ہنز کأم انجام دِوان چھےٚ۔ ہسپتالَن منز چھےٚ نرسنگ ہنز کأم اَز تہٕ زنانےٚ انجام دِوان۔

۱۹۴۸ء تام اُس یہ تحریک تقریبن دُنیا کِس کونَس کونس تام واتھمٕژ۔ اَتھ تحریکہِ بین الاقوأمی سطحس پٮ۪ٹھ فروغ دِنس منز چھےٚ مِس۔بی۔انتھونی تہٕ امریکی زنانَن ہنزِ مختلف تنظیمہٕ تہٕ اِدارٕ اہم رول ادا کران۔ مِس انتھونی ہُند وَنُن اوس زِ زنانہٕ ہیکَن ملکہٕ کِس تعمیرِس منز مردَن برابر کأم کرنہٕ سٟتی مُلکچہِ خوشحألی تہٕ پننہٕ بہتر زِندگی ہنز بُنیاد ترأوِتھ۔

مغرِبَس مقابلہٕ چھُ ہندوستانَس منز زنانَن مذہبس سٟتی ہنا زیادٕے تعلق، اَوٕ کِنی آیہٕ یم، نوٚو نظریہِ آسأنی سان قبول کرنَس پٮ۪ٹھ آمادٕ گژھان۔ مگر کینہہ مذہبی تہٕ نیم مذہبی جماعژ تہٕ سمأجی انجمنہٕ چھےٚ زنانَن ہنزِ آزأدی تہٕ تِہنزِ بہتری خاطرٕ آواز بلند کران۔ ہندوستانس منز چھِ آریہ سماج تہٕ برہمو سماج، زنانَن ہنزِ تعلیمہِ پٮ۪ٹھ زور دِوان۔ عیسأیی مشنری تہٕ چھےٚ زنانَن ہنزِ تعلیمہِ تہٕ تِمَن ہنزِ اقتصأدی ترقی خاطرٕ اہم رول اداکران۔ راجہ رام موہن راے تہٕ چھُ زنانَن ہنزِ بہبوٗدی پٮ۪ٹھ زور دِوان۔ ایشور چند، وِدیاساگر تہٕ پروفیسر کاروے چھِ موٚنڈن ہندِ فلاح تہٕ بہبوٗدی خاطرٕ وارِیاہ کامہِ کران۔پارسِیَن ہندی اِدارٕ تہٕ چھِ اَتھ سِلسلَس منز وارِیاہ قدم تُلان۔ اِنڈین نیشنل سوشل کانفرنس قائیم سپدنہٕ سٟتی تہٕ چھےٚ زنانَن ہنزِ تحریکہِ تقوت میلان۔

ہندوستانس منز چھِ ساروٕے بروٚنٹھ مسلمانٕے ملکچہِ آزأدی ہنز تحریک شروٗع

کران تہٕ یِمے چھِ زنانن ہندبن حقوقن تہٕ تعلیمہِ ہنز کتھ کران۔ سرنگا پٹنم میسور علاقس منز چھُ ٹیپو سلطان تہٕ بنگالس منز سراج الدین، ہندوستانچ سالمیت بچاونہٕ خاطر انگریزن سٟتی جنگ لڑان تہٕ پنُن زُو قُربان کران۔ بنگالی مسلمان کارٕ گرٕ ن چھِ اتھہٕ ژٹنہٕ یوان۔ اکھ حساس کاشُر وکیل شیخ محمد عبداللہ چھُ زنانن تعلیم دِنچ تحریک شروٗع کران۔ سُہ چھ یہِ تحریک علی گڑھ پیٹھہٕ شروٗع کران۔ تِکیازِ تَتہِ اوس ہندوستانی مسلمانن ہُند مسیحا سرسید احمد خان موٗجوٗد، یُس ہندوستانکین مسلمانن ہندِ تعلیمی، سیأسی تہٕ مذہبی وجودٕچ کتھ چھُ کران۔

۱۹۰۴ء منز چھُ شیخ عبدُاللہ صأب علی گڑھس منز زنانَن ہنز گوڈنچ کانفرنس منعقد کران۔ اَتھ منز آے زنانَن ہنزٕ آزأدی تہٕ تعلیمہِ مُتلق واریاہ اہم فأصلہٕ کرنہٕ۔ اَمہِ وقتہٕ آسہٕ ہندوستانَس منز عطیہ فیضی، آبرو بیگم، آلہ بی، مسز رضا علی، سعید احمد بیگم تہٕ سلطان جہاں بیگم (بھوپالچ فرمانروا) ہِشہِ ترقی یافتہٕ زنانہٕ موٗجوٗد۔

(اردو میں نسائی ادب کا منظرنامہ ۔ سمینارنمبر۔)

۱۹۰۴ء منزٕ آو زنانَن ہنزٕ تعلیمہِ فروغ دِنہٕ خأطر 'خاتوٗن' رِسالہٕ جأری کرنہٕ۔ کینہہ کال پَتہٕ چھُ شیخ عبدُاللہ صأب علی گڑھس منز زنانَن ہنزٕ تعلیمہِ خأطر باقاعدٕ سکوٗل قأیم کران، یُس اَز وومنز کالج چہِ شکلہِ منز موٗجوٗد چھُ۔ ۱۹۱۴ء منز چھےٚ ڈاکٹر اینی بیسنت ہندوستان کین لُکن ہندِ ناو اَکھ اپیل جأری کران زِ تِم کرِن پنٕنہِ ملکچہِ ترقی باپتھ زنانَن ہنز اصلاح۔ ۱۹۱۷ء منز چھےٚ اینی بسنت زنانَن ہنزٕ تحریکہِ ہنزٕ اہم لیڈر مارگریٹ کزنس ہندِ مدتہٕ سٟتی مدراسَس منز زنانن ہنز اَکھ جدید انجمن قأیم کران۔ زنانہٕ تحریکہِ ہنز لیڈر کستوٗرباگاندھی، سروجنی نایڈو، بی اماں، کملا نہروٗ، وجے لکشمی پنڈت تہٕ مسز اِندرا گاندھی چھےٚ تحریکہِ آزأدی منز تہِ اہم رول ادا کران۔

شایدآو ۱۸۹۳ء منز گوڈنکہِ پھرِ نیوزی لینڈس منز زنانَن ووٹ دِنگ حق دِنہٕ۔۱۹۰۲ءمنز آو آسٹریلیا ہَس منز، ١٩١٧ء منز اِنگلستانَس منز، ١٩١٨ءمنز کینڈا ہَس منز تہٕ ۱۹۴۱ء منز منگولیا ہَس منز زنانَن ووٹ دِنگ حق دِنہٕ۔آل اِنڈیا ویمنز کانفرنس چھےٚ ۱۹۲٦ء منز گوڈنکہِ پھرِ ہندوستانٔی زنانَن ہندِ خاطر ووٹ دِنگ حق حاصِل کران۔

۱۹۳۱ء منز چھےٚ اِنڈین نیشنل کانگریس، کراچی ہندِس اِجلاسَس منز زنانَن ہندِ خاطر وارِیاہ بُنیاًدی تہٕ دستوٗری حقوٗق دِنگ اعلان کران۔ اَتھ منز آو وَننہٕ زِ جِنسچہِ بُنیاًذ پٹھ پیٚیہٕ نہٕ مردَس تہٕ زنانہِ درمیان کانہہ بِہن وَرتاونہٕ۔ ۱۹۳۷ءمنز آو اکھ اہم قانوٗن پاس کرنہٕ یعنی Hindu Women's Right to Property Act.1937 اَتھ تحت آے زنانَن کیٚنہہ اقتصاًدی حقوٗق دِنہٕ تہٕ خاندار ہندِ جادادِ منزٕ آو زنانہِ ہندِ خاطر حِصہٕ لاًزمی قرار دِنہٕ۔اِتھےٚ کن اوس مہاتما گاندھی جی تہٕ زنانَن ہندِ بن حقوٗقن ہُند بوڑ حاًمی۔

وُہِم صدی ختم گژھنہٕ برونٹھے چھےٚ زنانَن ہنزِ آزاًدی ہُند جشن مناوَن واجنہِ تہٕ تفسیرِ کرَن واجنہِ رہنما ، کھاندر، اَولاد تہٕ خاندانچہِ جذباًتی ضرٗرژ تسلیم کران۔ تم چھےٚ خاندانچ بُنیاد مضبوٗط کرنس پٹھ زور دِوان۔ تِمو وون زِ اصل تہٕ پوٗشہِ وٕنی خوٗشی چھےٚ زنانہِ تہٕ مردِ ہندِ بن سنبن تہٕ ذاًتی رِشتن منزٕ ے۔ زنانہِ چھےٚ مردِ ہنز آش، کیریر ،زِندگی، پیار تہٕ شفقت، پٔنٕنی اساس تہٕ ہمہ گیر اِنساًنی رِشتَن منز معنیچ تلاش۔

۱۹٦۳ءمنز چھےٚ بیٹی فریڈن پٔنٕنی کِتاب The Feminine Mystique شایع کران۔ یہٕ کِتاب چھےٚ زنانَن ہنزِ آزاًدی خاطر نوِ دورُک

منشوٗر تسلیم کرنہٕ یوان۔ ۱۹۸۱ء منز چھےٚ تٔمنز بیا کھ کتاب The second stage برونہہ کُن یوان۔ اَتھ منز چھےٚ سو وَنان زِ

''نسوأنی آزأدی ہُند گوڈنیک دور ووت اَند۔ اَسہِ دِتی کینٛہہ اِنتہا پسند نعرِتہِ تہٕ یمو پٔنٛن اثر تہِ ہوو۔ مگر وٕں چُھ وَق آمُت زِ أسی کرٛو زنانہِ تہٕ مردس درمیان باہمی رشتَن، خاندأنس تہٕ کیریرس درمیان توازُن قأیِم''۔۲۳

فریڈن چھےٚ سوال تُلان زِ زنانہٕ ہیٚکیا پَنٕنہِ حیاتیأتی خٔصیتہٕ نِشہِ اِنکار کٔرِتھ ؟ کیا سُہ ہیٚکیا مردَس نِشہِ مکمل طور آزاد سَپدِتھ؟ کیا لاولد روزِتھ تہٕ خاندانکہِ دأیرٕ نٛبر روٗزِتھ زِندگی بسر کرنہٕ سٟتی ہیٚکیا سو خودمختار تہٕ آزاد بٔنِتھ؟ جنسیت تہٕ جنسی آزأدی چُھنہٕ مرکزی مسلہٕ۔ یِم چیز مرکزی مسلہٕ بناونہٕ سٟتی چھِ زنانَن ہنٛزِ آزأدی مُتعلِق واریاہ شک وشبہات پأدٕ گژھان۔ بُنیأدی مسلہٕ چھِ معأشی تہٕ سمأجی مساوات، اِنصاف، تعلیم، روزگارٕکی مسأوی موقعہٕ تہٕ معاوضہٕ، جنسی جبر تہٕ استحصالہٕ نِشہِ نجات، باعزت ازدوأجی رِشتہٕ، مسأوی حقوٗق، سیأسی اِقتدارَس منز شرٛکتُک گنجأیِش تہٕ صحت مند زِندگی ہنٛزٕ سہولژٕ۔

۱۹۸۴ء منز چھےٚ جرمین گریر ہنٛز کتاب Sex & Destiny برونہہ کُن یوان۔ اَتھ منز چھےٚ سو لیکھان زِ

''سانہِ ذأتی وجوٗدٕچ ضمانتھ چھےٚ اَتھی منز زِ أسی تھاوو پَنٕنٛین ضروٗرژن منز توازُن۔ یِم ذأتی ضروٗرژ چھےٚ زنانہِ ہنٛز ذأتی قدٕر تہٕ قوٗت، شناخت تہٕ خودداأری تہٕ گرٕس سٟتی نٔوی رِشتہٕ قأیِم کرٕنی۔ یہِ توازُن بخشہِ زنانہِ علاوٕ مردَس تہِ آزأدی۔ اِتھکَن ہیٚکن زنانہٕ تہٕ مرد پانہٕ وٕنی رٔلِتھ اَکھ اِنصاف پسند معاشرٕ تعمیر کٔرِتھ''۔۲۴

Woman Who want to become Women نا وِچ جماعتھ قایم کرَن وا جنِ بیپٹی فرانسس سُند وَنُن چھ زِ ییلِہ کانہہ زنانہٕ پنہٕ نِس زنانہٕ آسنَس پٹھ شرمندگی محسوٗس کران چھےٚ، سو چھےٚ احساسِ کمتری ہنٛز شکار آسان، اَوِ کنہِ چھےٚ سو غار ارادی طور مردِ ہنٛز بالادستی قبوٗل کران۔ زنانہٕ نہٕ چھےٚ دویمہِ درجِچ جنس تہٕ نہٕ چھےٚ امِ ہنٛز حیثیت ھیٚر۔ اگر أسی پنہٕ نِس زنانہٕ آسنکس رولَس پٹھ مطمین چھنہٕ، تیٚلِہ ہیکُن نہٕ اَسہِ کیریر، سہولژ تہٕ زیادٕ حقوق تہِ تسکین دِتھ۔ پرٛتھ کانہہ رول ہیکہِ انسأنی رِشتَن ہندِس دأیرَس منز روٗزِتھےٚ اَند وأتِتھ۔

نِسأ یتس متعلق یہِ سورُے بحث چھ یمہِ کتھہِ ہُند غماز زِ مغرب تہٕ مشرکانہٕ تہذیبس منز یُس دأخلی انتشار چھ، سُہ چھ تِمَن مختلف وَرَن منز گرفتار کران۔ مغربُک بےٚ گنڈ آزأدی ہُند تصور ہیکہِ نہٕ زنانَن قوت تہٕ شرف بخشِتھ۔ اِژھ آزأدی ہٕتی بنہِ سو مردِ ہنٛز مزید غلام تہٕ تَس راوِ پنُن پرٛتھ کینٛہہ۔ زنہِ ہنٛدِ وقارُک تہٕ حقوقن ہُند اصل محأفظ چھ اِسلام تہٕ أمی چھ سارنےٚ چیزن أکیسے گتھہِ منز جواب دِیُتمت زِ زنہِ چھ اَکھ وجود تہٕ مرد تہٕ زُنی چھِ پانہٕ وُنی جورٕ۔قران چھ یِمَن اَکھأکِس سُند لباس ونان۔مغرب تہٕ تمام مشرکانہٕ تہذیبن ہُند آگر چھ سُہ شیطأنی عمل یُس اِنسأنی وجودس تہٕ حرمتس ننگہٕ چھ کران۔اتھکن چھ بےٚ پردٕ کرِتھ امِی ہنٛز عظمت پارٕ پارٕ کران۔

گلوبلایزیشن (GLOBALIZATION) - ۱۹۹۱ ء منز چھےٚ امریکی حکوٗمت ورلڈ آرڈر یا عالمی نظامُک منصوٗبہٕ پیش کران۔ مگر روٗسَس چھلہٕ چھانگر گژھنہٕ پتہٕ گیہِ گلوبلایزیشن اصطلاح رأیج۔امیُک مقصد اوس ترتیٖم دُنیاہ، امریکی

رنگس منز رنگُن۔ اَتھ نوٗس عالمی نظامس چھِ گلوبلایزیشن وناں۔ امریکی نقطۂ نظرٕ کنہِ چھُنہٕ اَمیک مطلب یمہِ ورأے کہیں زِ دُنیاہ پیٚیہِ امریکی رنگس منز رنگنہٕ۔ یعنی عالمی معاملاتن پیٚٹھ روزِ سرمایہِ دأری ہُند غلبہٕ، یَتھ منز امریکہس بالادستی حأصل آسہِ۔

سوویت یونین منتشر سپدنہٕ پتہٕ چھُ امریکہ اَکھ وأحد سپر طاقت بننہٕ خأطرٕ ژورَن نقطن پیٚٹھ مشتمل اَکھ خاکہٕ تیار کران۔ گوڈنیک نقطہٕ عالمگیریت (Globalization) اَمیک معنی چھُ یہِ زِ دُنیاہس منز پیٚیہِ اَکھ تیُتھ معأشی نظام قأیم کرنہٕ، یَتھ منز آزاد تجارت، سرمایچ آزاد حرکتھ تہٕ کثیر المقاصد بین الاقوأمی کمپنی یَو ذٔریعہِ، عالمی معیشتس پیٚٹھ مغربی قومن ہُند، خاصکر امریکہُک تسلط مستقل بناوُن۔ ۲۵ اَمہِ نظامُک دوییم ستوٗن چھُ سیأسی یعنے انفرأدی آزأدی، جمہوریت، انسأنی حقوقن ہُند تحفظ تہٕ مذہبی روادأری ہندِ فروغُک بڑم دِتھ، تِمن ملکن منز سُہ نظام قأیم کرُن یِمہِ ستی تِمن پیٚٹھ سیأسی جوڑ توڑ، مأ لی وسیلہٕ، معأشی مراعات تہٕ ذرایع ابلاغ ذٔریعہِ فکری تہٕ تہذیبی غلبہٕ پرٛاونہٕ پیٚیہِ۔ امیک ترٛیِیم ستوٗن چھےٚ ٹیکنالوجی۔ خاصکر نیوٗکلیر تہٕ ہأیٹیک (Hi-Tech) یعنی ٹیکنالوجی ورتأوِتھ پنُن فوٗجی طاقت مضبوٗط کٔرِتھ گُنہٕ تہٕ خطرُک امکان ختم کرُن۔ ژوٗرِم ستوٗن چھُ سیأسی حصار بندی، یُس سبٹھاہ چالأکی سان ورتاونہٕ یوان چھےٚ۔ اَتھ تحت چھےٚ ناٹوٗچ توسیع، مشرقِ وسطیٰ ہس منز اسرأییلچ بالادستی قأیم کرنہٕ پتہٕ تِمکہِ معأشی غلبہٕ خأطرٕ عرب ملکن ستی معاہد کرنچ کوٗشش، وسطہِ ایشیاکین مسلمان ملکن پیٚٹھ روٗسی تہٕ مغربی اثر بڑاوُن، ایشیاہس منز ہندوستان اکہِ طاقتہٕ رٔنگی بروٗنہہ کُن اَنُن تہٕ مسلمان ملک تہٕ تِمن منز جأری اسلأمی تحریکن پیٚٹھ کنٹرول کرنُک منصوٗبہٕ۔ ۲۶

مغربی میڈیا چھُ اَکھ طاقتور وسیلہٕ، یمہِ ذٕریعہِ عالمی نظامٕ قٲیم کرنہٕ یوان چھُ۔ امریکی ثقافتی اقدار راۓج کرنٕس منز چھِ سنیما، ذرائع ابلاغ، علوم و فنون، تصویر، فلم، کمپیوٹر، انٹرنیٹ تہٕ سیٹلایٹ اہم رول ادا کران۔

اقدار چھِ مختلف سماجی، سیاسی، تواریخی، اقتصادی، نظریاتی تہٕ عقیدتی ماحولن منز پرٛتھان تہٕ پوچھر لبان۔ اگرچہ اِنسانی تواریخس منز قدرن ہندِس آڑس منز اقدارشکنی تہِ سپدان روز، تاہم چھےٚ پرٛتھ دورس تہٕ ماحولس منز منفی نِشن لرِلوٗر، مثبت اقدارن ہنز اِفادیت جاری روزان۔ تکیاز بُنیادی اقدار چھِ لُکن ہندِس مفادس منز تہٕ یمن مفادِ عامہٕ کِنۍ اقدارن ہنز چھےٚ کُلہُم پاٹھی آبیاری سپدان روزان۔ اقدارن ہُند اصل اصوٗل چھُ یہٕ زِ فردٕ سنز آزادی تہٕ سماجی آزادی گرِژھنہٕ ٹکراوٕنۍ۔ اَکِس بکِس اکاربکار یُن، اِنسانی بہبوٗدی، اِنسانس تکلیف دِنہٕ والۍ چیز کم کرٕنۍ یا ختم کرٕنۍ، فساد کم کرٕنۍ، غارِیقینیت ختم کرٕنۍ، پوٗز وَنُن تہٕ اَپُز نِشہِ دوٗر روزُن چھِ اِنسانی سماجکۍ اہم اقدار۔ سماجس منز چھِ تِتھۍ Mechanism یا طریقہٕ ہمیشہِ کأم کران روزان، یِم سماجس منز غارِیقینیت، انتشار تہٕ فساد ختم کرنچ یا کم کرنچ سبیل بنان چھِ۔ یِم اِنسانی وجودس معنی تہٕ پرٛتیتھ عطا کران تہٕ اَمی سنز روحانی، نفسیاتی، مادی تہٕ سماجی حیثیژن درمیان اَکھ مولل مِلوٗار تہٕ رنگ عطا کران۔ اِژھے قدرٕ چھےٚ پوشونہِ تہٕ معاشرٕ خاطرٕ خارُک تہٕ رژرُک باعث۔

## کتابن ہندی حوالہ


۱۔ پروفیسر ثناء اللہ پرواز۔ بحوالہ عصری تاجیک تہ کا ٔثر شاعری۔ پیش لفظ

۲۔ ابو ریحان البیرونی۔ ہندو دھرم ہزار برس پہلے ۔ صفحہ ۱۹۵۔ ۱۹۴
خدابخش لائبریری پٹنہ ۔ ۱۹۹۳ء

۳۔ ابوریحان البیرؤنی۔ البیرؤنی کا ہندوستان۔ صفحہ ۵۰۔۴۹
نیشنل بک ٹرسٹ نیی دہلی۔ ۱۹۱۵ء

۴۔ محمد فاروق خان۔ ہندو دھرم کی جدید شخصیتیں۔ مرکزی مکتبہ اسلامی نیی دہلی۔

۵۔ Dr. Edward Kanze. Budhism, Its Essence and Development, P.43

۶۔ ڈاکٹر ابرار احمد قاسمی۔ ہندوستانی مذاہب۔ صفحہ ۹۹
شعبہ دینیات۔ علی گڑھ مسلم یونیورسٹی علی گڑھ۔ ۲۰۰۵ء

۷۔ راما شنکر ترپاٹھی۔ قدیم ہندوستان کی تاریخ۔ صفحہ ۲۲
ترقی اردو بیورو نیی دہلی۔ ۱۹۹۳ء

۸۔ لالہ دیوان چند (سیکرٹری جین سمتی مترمنڈل) جین دھرم ازلی ہے۔ صفحہ ۶۳

9. Lala Champat Ray.The Practical Path. P.63

۱۰۔ راما شنکر ترپاٹھی۔ قدیم ہندوستان کی تاریخ۔ صفحہ ۱۲۶

۱۱۔ ڈاکٹر ابرار احمد قاسمی۔ ہندوستانی مذاہب۔ صفحہ ۱۳۹۔۱۳۸۔۱۳۷

۱۲۔ پی۔آر۔جین۔جین مت کے بنیادی اصول۔صفحہ ۱۳۱۔ساہتیہ اکادمی نیی دہلی۔۱۹۶۳ء

۱۳۔ P.R.Jain. Jainism Not Atheism page 7

۱۴ ۔ تلمود ۔بحوالہ نذرالحفیظ ندوی۔مغربی میڈیا اور اس کے اثرات۔صفحہ۱۳۳
دارالعلوم ندوت العلوم لکھنؤ۔ ۲۰۰۱ ء

۱۵۔ Kierkegadd, A selection from the journals of
Soren Kierkegadd. New York: Harper and Row.1958.

۱۶ ۔ عمادالحسن آزاد فاروقی۔ دنیا کے بڑے مذاہب۔صفحہ ۲۱۵
مکتبہ جامعہ لمیٹیڈ نیی دہلی۔ ۱۹۸۶ء

۱۷ ۔ عمادالحسن آزاد فاروقی۔ دنیا کے بڑے مذاہب۔صفحہ ۲۲۵)

۱۸ ۔ M.A.Macauliffe, Sikh Religion. Vol.1 P-567
Oxford: Clarendon Press . 1909

۱۹ ۔ M.A.Macauliffe Sikh Religion. V.1 P-300-332

۲۰ ۔ اخبار لندن ٹایمز۔ شمارہ ۲۲ جولایی ۱۷۹۷ ء

۲۱ ۔ ڈاکٹرمشتاق احمد منتظر۔ سرسیداحمدخان زندگی تہ کارنامہ۔ صفحہ ۴۰

۲۲۔ Hindu Women's Right to Property Act.1937

۲۳ ۔ بیٹی فریڈن۔ The second stage

۲۴ ۔ جرمین گریر ۔ Sex & Destiny . 1984

۲۵ ۔ نذرالحفیظ۔ مغربی میڈیا اور اس کے اثرات۔صفحہ۔ ۲۹)

۲۶ ۔ مغربی میڈیا اور اس کے اثرات۔ صفحہ ۲۹۔ ۳۰

# لل دېد تہٕ شیخ العالمنہٕ شاعری منز اِنسانی اَقدار

لل دېدِ ہندِ شاعرانہٕ اظہارچ بُنیاد یا اساس چھےٚ شوٗمت۔ یہِ چھےٚ شوٗمتس Reinterpret کران۔ یہِ چھےٚ پنٕنۍ پاٹھۍ اَمکۍ اِنسانی تہٕ روٗحانی تجربات تہٕ اظہارات بروٗنہہ کُن اَنان۔ سری تجربہٕ چھ سېٹھا، ذکرواذکار، عبادت، ریاضت تہٕ کل کرنہٕ ستۍ حاصل سپدان۔ یِم سری تجربہٕ چھِ تم داخلی کیفیات تہٕ مشاہدات یِم منعکس سپدان چھِ۔ ییٚلہِ شاعر یِمن کیفیژن مناسب تہٕ موزوٗن تشبیہن، استعارن تہٕ اصطلاحن منز پٔنٕن تجربہٕ پیش کرِتھ اَتھ شعری تجربہٕ بناوٕنس منز کامیاب سپدِ، یہِ چھُ شاعرانہٕ تجربہٕ۔ لل دېدِ ہنز شاعری چھےٚ وِجدانی کیفیژ ہُند اِظہار تہٕ یہِ چھےٚ اِنسانَس تہٕ یتھ دُنیاہَس درمیان رِشتَس مُتعلق وَنان زِ اِنسان چھُنہٕ دُنیاہَس منز کینہہ پراوٕنک ذریعہ بلکہِ چھُ یہ بجایہِ خود تہٕ بذاتہِ اَکھ مکمل اِکائی۔ اَمۍ دِیُت عصری حقیقژ تہٕ پنٕنہٕ ذِہنی خودآگہی درمیان زبانی ہُند اَکھ تیُتھ کانُل (کڈل) یُس اَسہِ اَز تہٕ اَمۍ سندِس تجرباتی ذِہنَس کُن رہبری کران چھُ۔

کوٚ چھُکھ دِوان اَنِنے بَژھ    ترُک ہے چھُکھ تہٕ اَندرے اَژھ

شوٚ چھےٚ اَتۍ تےٚ کُن مو گژھ    سبز کتھہِ میانے کرتو پَژھ

شوٚ چھےٚ تھلہِ تھلہِ روزان    مو زان ہیٚوند تہٕ مسلمان

ترُک ہے چھُکھ پان پٔنٕن پرزناو    سُے چھےٚ صاحبس زانی زان

قدیم اِنسأنی سماجس منز أسی عقیدٕ اہم ۔ اَتھ منز أسی حتمی پزر (Absolute truth) تہٕ قابلِ حصوٗل مقأصِد (Achievable futures) ۔ موتُک تصوٗر اوسنہٕ کانہہ خوفُک چیز، بلکہِ اوس یہِ اَکھ منزل تہٕ اَبدی مسّرت پرٛاوُنُک ذٔریعہِ، یُس پننہٕ نوٗ کرمو ذٔریعہِ حأصِل کرنہٕ یِوان اوس۔ مذہب اوس اَکھ ضأبطہٕ بند لاحہِ عمل۔ یہِ اوس سٟبٹھا کارآمد۔ یِیلہِ عقیدَن منز حتمی پزر آسَن، تیٚلہِ عکأسی آسہِ شأعری منز تہٕ، ہیٚژ منز تہٕ، موضوٗعس تہٕ معنیٚس منز تہٕ۔ اَوَکنی چھِ لفظَن مُستقل تھو، مستقل معنے تہٕ اَکھ خاص تفہیم۔ شأعر تہٕ ادیب اوس یہِ زأنتھ زِ لفظ چھِ تِسندِس اَتھَس منز کارآمد اَوزار تہٕ سُہ ہیٚکہِ یِموٗ سٟتی پٔنُن خاص دُنیا تخلیق کٔرِتھ۔ یہِ اوس تِمن لفظَن، پننہٕ نٔبِن جذبَن ہُند صحیح نُمایندٕ زانان۔ رِوایتی دُنیا اوس باسان بامعنے، بامقصد تہٕ مکمل۔ شأعرس أس پَزھ زِ سُہ ہیٚکہِ پننہِ مقصد حأصل کٔرِتھ۔ تِسند اجتمأعی سوچ اوس زِ اِنسان چھُ مرکزِ کأینات۔ اِنسان چھُ Master of destiny تہٕ زمین چھےٚ مقدس چیز تہٕ اِنسان چھُ اشرفُ المخلوقات۔

شأعری چھےٚ لامحال اکہِ ذأتی تجرُبُچ باوتھ۔ اَمہِ خاص تجرُبُک محرِّک ہیٚکہِ کیٛنہہ تہِ آسِتھ۔ کانہہ سیأسی، سمأجی، ذأتی واقعہ یا حأدِثہٕ یا بہتر خبر یا کُنہِ وابستگی ہُند ژِھینہٕ یا اَچھ شانکھ۔ صرف چھُ اَکھٕے شرط زِ یہِ چیز گژھ شأعرٕ سُند ذأتی تجرُبہٕ بَنِتھ ہیٚکُن۔ تہٕ شأعر گژھ ہیٚکُن اَتھ تجرُبَس مُناسب زبان تہٕ تجرُبچہ تیٚہہ تہٕ شِدَت موأفِق آہنگ پأدٕ کٔرِتھ۔ یہِ دُنیا (یعنے یہِ سون سورُے اَونٛد پوٚک) چھُ اکہِ حقیقژ ہُند اِظہار تہٕ شأعری تہٕ چھےٚ اکہِ حقیقژ ہُندے اِظہار۔ یِمَن دوشوٕنی حقیقژَن درمیان چھُ زبأنی ہُند رِشتہٕ، یِمِچہِ عملہِ تہٕ یِمِکِس رَدِ عملہٕ کِس نتیجس منز دوشوے

اِظہار (تہٕ تہندی محرک) پزٕیتھان تہٕ ووتھہٕ واشر لبان چھہِ۔ للہ دید تہٕ نُندٕ ریشنٕز شاعری تہِ چھےٚ اکہِ بدل لِکھہٕ حقیقت پسندی ہنٛزٕ ے شاعری۔ دونوٕیوٚ چھہِ دُنیاوی واقعات تہٕ حالات، ہموارِیہِ تہٕ ناہموارِیہِ، شعری تجرُباتن ہندِ مُناسب واتنا ورٕ تہٕ ترسیلہٕ باپتھ، تتھہٕ پاٹھی پننہٕ پننہٕ آیہ ورتاوِمتی زِ اہنز اِنفرادِیتھ تہِ چھےٚ قایم روزان تہٕ اِنسانی معاملن ستی یہنزٕ مُشترک دِلچسپیہِ تہٕ آوریر تہٕ۔

للہ دیدٕ ہندی شعری تجرُبہٕ اُسی اِنتہایی لطیف تہٕ ذاتی۔ امہِ کتھہِ یا تحریکہٕ ہُند محرّک اوس غاُر محدوٗد، یُسنہٕ کُنہِ تھپہِ پییہ ہے، نہٕ نظرِ تہٕ نہٕ اِظہارس منٛز۔ اَچھ پزٕتھ کانہہ باوتھ کرِ ہے تتھ تجرُبس یا امہِ تجرُبکس معروٗضس محدوٗد۔ لہاذا گر للہ دیدِ سو زبان استعمال، یُس لامحدوٗدِیتھ تقدُس تہِ رچھِ تہٕ کتھہِ ہنٛز باوتھ تہِ سپدِ۔ امہِ باپتھ اُس اِستعاراتی تہٕ علامتی زبانہٕ مُناسب۔ اَوے چھہِ للہِ ہنٛز شاعری ہندی واریاہ تاوِیلات مُمکن۔ مگر للہِ ہنٛز یہٕ اِستعاراتی زبان چھےٚ عام دوہ دِنچہِ زبانی منٛز مروّجہٕ لفظن، نوٚبن ترکیبن منٛز ورتاوِتھ خاطرخواہ معنی اخذ کران۔ اَوے چھےٚ امی ہٕنز شاعری عوامکس بڑس حلقس منٛز مقبوٗل تہِ تہٕ شعری نزاکژ تہِ رچھان تہٕ اصل تجرُبچ مُناسب باوتھ تہِ کران۔

لتَن ہُند ماز لاریوم وتَن اَکی ہاوُنم اکہِ چی وتھ
یم یم بوزَن تم کونہٕ متَن للہِ بوٗز شتَن کُنی کتھ

گوٗرَن دوپنم کُنے وژُن نبرٕ ووٗنم اَندر اژُن
سُے مے للہِ گوٚو واکھ تہٕ وژُن توَے ہیوٚتُم ننگے نژُن

اِقتصاًدی نابرابری، سیاًسی تنازعو تہٕ مذہبی تضادو کِنہ یم شک و شُبہات مُنزِ ودتلے، تِمن ہُند اِظہار چُھ لَل واکھن تہٕ شیخہٕ شرٕ کھن منز یَسلہٕ پاٗٹھی۔ سماج، لُکن ہُند ذہن، تِہندی رِشتہٕ تہٕ باہمی تعلقات ڈنجہٕ تہٕ مستحکم تھاونک اَکھ ذریعہٕ اوس مذہب تہٕ۔ مگر تمہٕ وقتہٕ کیو سیاًسی، سماٗجی تہٕ اِقتصاًدی حالاتو تھوٚونہٕ یہٕ اِلٰہی اِدارٕ تہٕ محفوٗظ۔ مذہبدار سپدی پانہٕ تہٕ اَتھ تھَپہٕ تھپہٕ منز شریک تہٕ بعضے بنیاے صاحبِ اقتدار تہٕ صاحبِ ثروَت لُکن ہندی مددگار۔ مذہب آو تمام شوٗژرٕ باوجوٗد مختلِف فاٗیدَو باپتھ اِستعمال کرنہٕ۔ مذہب یُس لُکن یکجا کرنہٕ باپتھ تہٕ باٗے بنٛدت قاٗیم تھاونہٕ باپتھ وجوٗدَس آیاو، سُہ سپُد اِستعمال لُکھ چھلہٕ چھانگرِ کرنہٕ باپتھ تہٕ یہٕ بنیاو تضاد ووتلاونک باًعِث۔

لل دیدِ یُس خاًرجی دُنیا باگہِ آمت اوس، سُہ اوس رَنگہٕ رَنگہٕ بدعتن، بد اعتدالین، ژوٚینَ تہٕ فِتنَن منز ہنہٕ آمت۔ ہِنٛزی بول باعمل اَنہٕ باپتھ تہٕ جماًعتی نفع تہٕ نوقصان مَدِنظر تھاونن اوس سورُے سماج را دٕ تہٕ ہونہٕ تقسیم کورمُت۔ لُکھ اَسی برہمن پنڈِتَن ہندی اِستحصالَن تنگ اَٮ۪متی۔ لِل دیدِ ہندِس کلاًمَس منز چھ اَتھ من ماٗنٛزَس تہٕ اِستحصالَس خِلاف شدید احتجاج۔

پرِتھ تہٕ بوٗزِتھ برہمن ژھٹن آگری کھٹن تِہندِ ویدِ ستی
پٔنٛچ سَن نتھ تھاوَن مٔٹن مُہتھ من گوشبکھ اَہنکاًری

لل دیدِ ہُند دور اوس کشیرِ منز فکری اعتبارٕ اِنتہاًیی اہم تبدیلین ہُند زمانہٕ۔ اگر چہٕ لل دید اَکِس ہِنٛدی ماحولَس منز زایہٕ مگر اَمہِ سنٛز عمرٕ ہُند اہم حِصہٕ گُزریاو مسلمان ماحولَس منز۔ یہٕ چُھ سُہ زمانہٕ یِیلہِ لُکھ رِوایتی عقیدٕ ترٛاٗوِتھ اِسلاًمک آ فاًقی نظریہٕ حیات

قبوٗل کران آسی۔ اَمہِ سِتۍ میوٗل تِمن عزتِ نفس تہٕ سماجی رُتبہٕ علاوٕ اِستحصالہٕ نِشہٕ نجاتھ تہِ۔ عام لُکن ہند اِسلام قبوٗل کرنہٕ سِتۍ واُٹ برہمنن ہندِس مفادس سخت ٹھیس۔ تِہنٛز آمدنی ہندی ذریعہٕ گے محدوٗد۔ اَوٕ کنۍ آسی تِم مسلمانن حقیر تہٕ پنٕنۍ دُشمن گنزران۔ لل دید چھےٚ برہمنن ہندِس اَتھ طرزِ عملس ناپسند کران۔ سو چھےٚ عوام الناسَس بالعموٗم تہٕ برہمنن بالخصوٗص مخاطِب۔

شِو چھے تھلہِ تھلہِ روزان      مو زان ہیوٚند تہٕ مسلمان

ترٗک ہے چھکھ پان پنٕنۍ پزٕناو      سُے چھےٚ صاحبس زانۍ زان

لل دیدٕ اَس پننہِ وقتہٕ کِہو فلسفو نِشہِ واقف۔ اَمۍ ہندِس محسوٗساتی نِظامَس ژھایہِ چھ بُدھ مت، روایتی تنتر فلسفہٕ، شیوزم تہٕ اِسلامی فکرِ ہُند اِمتزاج لبنہِ یِوان۔ اَمۍ ہندِس کلامَس منٛز چھُ توحید، ایشور، شِو تہٕ شکتی، پننہِ وجوٗدٕچ پارٕزان، آگرس سِتۍ میُل گژھنچ خواہش، دَے ژھارنچ کل، آواگون، عشق، درون بینی، ضبط نفس، اِنسان دوستی، میل ملاپ، محبت تہٕ روٗحانی تجرُبن ہُند اِظہار۔

لتَن ہُند ماز لاریوم وتَن      اَکی ہاوٕنم اکہِ چی وتھ

یم یم بوزَن تِم کونہٕ متَن      لَلہِ بوٗز شتَن گُنی کتھ

نابدی بارَس اَٹہٕ گنڈ ڈیوٚل گوم      دیہہ کاڈ ہوٚل گوم ہیکہٕ کہیو

گورٕ سُند وَنُن راوَن تیوٚل پیووم      پہلہِ روٗس کھیوٚل گوم ہیکہٕ کہیو

آمہٕ پنٕہ سوٚدرس ناوِ چھس لمان      کتہٕ بوزِ دَے میون مے تہٕ دِیہ تار

آمین ٹاکین پونٕۍ زَن شمان      زُو چھم برمان گرٕ گژھ ہا

بُت پرستی چھےٚ ہندومتُک حِصہٕ مگر لأزمی تہٕ چھِنہٕ کینٛہہ۔ یِم چھِ مافوق الفطری چیزن الوہیت بخشان۔ اَتھ دھرمس منز چھِ تِتھی وارِیاہ تشریٖحی دأیرٕ ے کار، یِتھن زَن یِمَن دونٛوٕنی چیزَن ہنز کانٛہہ اہمیت چھِنہٕ۔ مثلاً تِتھِس خدا یہٕ سُند تصوٕر، یُس نِرگون چھُ تہٕ یَتھ صرف انسأنی روٗحے یوت سمجھِتھ ہیکہٕ۔ اَتھ منز چھےٚ خدأیَچ بیاکھ شکل یَتھ ایشور ونان چھِ یعنی سہٕ خدا، یَس صفات چھِ۔ یُس نرگون چھُنہٕ۔ ہندومتُک بیاکھ ناو چھُ سناتن دھرم یعنی آفأقی مذہب یا نظریہ حیات۔ ہندوٗمتُک تصوٕر چھُ زِ اِنسان چھُ 'آتما' تہٕ آتما چھُ 'پرماتما' سُند حِصہٕ۔ مازِس تہٕ روٗحس درمیان گژھ ہین۔ آواگونکہِ چکرٕ منز نیرنہٕ خأطر چھُ وجوٗدس تمام بندٕشو منز تہٕ لالچو تہٕ طمع ہو نِشہٕ نیبر نیرُن، اَدِ پزاوِ یہٕ مُکتی تہٕ گژھ گُنٕے برہمنس ستی۔ اَمِکو بنیأدی اصوٗل چھِ (۱) پنُن پان پاپہٕ نِشہِ پاک کرُن۔ (۲) پننہِ وجوٗدٕچ پأرٕ زان کرٕنی۔ (۳) دنیا کو تماشو نِشہِ پنُن وجوٗد پاک کرُن۔ (۴) شریمت بھگوت گیتا منز چھِ ترٛےٚ اصوٗل (۱) گیانہٕ مارگ (۲) کرم مارگ (۳) بھکتی مارگ۔ یِمو ترٛینٕویو ذریعہِ چھُ ہیکان اِنسان پروان کٕرِتھ یا مکتی پزاپتہٕ کٕرِتھ تہٕ سہٕ چھُ جنمہٕ کیوٚ چکرٕ و منزٕ آزاد گژھان۔

لل دید پیٹھ اوس شِو فلسفُک اثر، اَوِ کِنی چھُ پَنہٕ نِس آگرٕس ستی رَلُن اُمہِنزِ شاعری ہُند غألب موضوٗع۔ یہٕ چھےٚ اَتھ آگرٕس ستی رَلنس موت ونان تہٕ اُمِس نزدیک چھُ موت تکمیل پراونُک گُنٕے وٕسیلہٕ۔ پزر چھُ یہٕ زِ فنا گژھُن چھِنہٕ جسمأنی موت بلکہِ چھُ یہٕ اکہِ کیفیژ ہُند ناو۔ اصل چھےٚ لل دید زِندٕے مرُن یژھان، یِمیُک مطلب زِندٕ زوٗے تہٕ تِتھی دُنیاہس منز پننٛز نفسأنی خواہشات تہٕ طمع ترٛاوِتھ ابدی حقیقژ ہنز رضا حأصل کٕرِتھ، تَس ستی مِیل یا یکت گژھنٛچ عمل چھےٚ۔

لل دید چھےٚ اَمہِ چی باوَتھ کران ۔

لل بو ژایَس سو مَن باغہِ بَرَس وُچھم شِوَس شکتھ میلتھ تہٕ واہ
تتی لے گُرم امربتہٕ سَرَس زِ ندے مَرَس تہٕ مےٚ کرِ کیاہ

صوٗفی ساٰلکن نزدیک تہٕ چھنہٕ فنا گژھنُک مطلب موت یا ختم گژھُن بلکہِ چھ
اَمیُک مطلب ابدی حقیقژ (خدایَس) برونہہ کنہِ سرِ تسلیم خم کُرتھ پنٕنۍ ہم ہستی مِٹاوِنۍ تہٕ
Complete surrender ۔ ساٰلکہٕ سِندِ خاطرٕ چھنہٕ ژھوٗرُے فنا بلکہِ چھ
اَتھ سٟتۍ بقا تہِ ۔ اَکھ صوٗفی چھ فنا تہٕ بقاکیو اَحوالو منزٕ اَوِ کنۍ گزران تاکہِ سُہ
روزِ پننہِ وجوٗدٕچ مکمل نفی کُرِتھ صرف رضایہِ اِلٰہی خاطر زِندٕ ۔ فنا تہٕ بقا چھ خدا
یہِ سِندِس مکمل اِطاعتکس نصب العینَس تام واتنکۍ ذریعہٕ ۔ شیخ احمد سرہندی (مجدد
الف ثانیؒ) چھِ اَتھ فنا یہِ حقیقی یُک ناو دِوان ۔ مجدد الف ثانی چھ لیکھان

''فنا یہِ حقیقی یُک مطلب چھ رضا یہِ اِلٰہی یَس منز پنٕن پان مِٹا وُن ۔
حقیقی فنا گوٚو غیراللہ مُشرٲوِتھ، پنٕن پان حُبِ دُنیا نِشہ آزاد کُرِتھ، من
تمام نفساٰنی خواہشو نِشہِ پاک کرُن ۔ حقیقی بقا گوٚو پنٕنۍ خودی باقی تھاوِتھ
پنٕنۍ مرضی خدا یہِ سِندِس حکمَس تابع تھاوِنۍ ''۔!

زِندٕ مَرُن چھےٚ اَکھ صوٗفی اصطلاح، یمیُک مطلب یہِ چھ زِ اِنسان مارِ نفسِ
شیطانَس یا نفسِ اَمارَس تہٕ خواہشاتِ نفسَن ۔ یہِ گوٚو نہٕ طبعی موت بلکہِ چھ
خواہشاتِ نفسَن ہُند گلہٕ ژٹُن تہٕ دَوامَس کُن پیش قدمی کرِنۍ ۔ عربی مقولہٕ چھ مُوتُو
قبلَ اَنتَ موتو حَیُ لا یموت (مُرِو مرنہٕ برونہہ تیلہِ مُرِو نہٕ زانہہ) ۔ مرنُک خوف
چھ اِنسانَس جاٰیز تہٕ ناجاٰیز سمجھوتہٕ کرنَس پیٹھ آما دٕ کران ۔ مگر ییلہِ اِنسان موتکہِ خوفہٕ

نِشہِ بے نیاز سَپد یا مرنُک خوف کاسہِ، تیلہِ چُھ سہُ صرف اَرفہ مقصدِ خاطرٕ ے زِندٕ روزان۔ تَس چُھ موت تہٕ زِندگی ہُوے باسان۔ مگر تِسنز زِندگی تہٕ موت چُھ صرف خدایہٕ سِندِس حُکمس تابع آسان۔ لل دید چھےٚ ونان۔

نیم کریوتھ گربا ژتِبس کربا پیِی

مرنہٕ برونٛٹھے مربا، مُرتھ مرتبہٕ ہُری

لل دیدِ نزدیک چُھ اِنسانی نفس اکھ طاقتور مگر بے قابو ہوٗس۔ یہِ نفسُک شر چُھنہٕ انسانس کُنہِ لایق تھاوان۔ اُمی کُری اکثر لکھ گمراہ۔ خالے کانہہ چُھ یُس نفسکہِ شرٕ نِشہِ محفوٗظ روٗد نتہٕ ہتیٚ اُمی سأری تل۔

نفسے میون چُھے مدٕ ہوٗستے ۔۔۔ اُمی ہُسی موٗنگنم گرِگرِ بل

لچھہٕ منٛز ساسہٕ منٛز اَکھا لوٗستے ۔۔۔ نتہٕ اُمی ہتیٚنم سأری تل

انسانس پزِ نہٕ نفسُک غلام بنُن۔ شہرت تہٕ عزت چھِ وقتی چیز۔ اَتھ کامیأبی چھنہٕ پایدأری۔ کامیاب چُھ سُے، یمۍ پنُن نفسِ اَمارہ قابوٗ کوٗر۔ یہِ نفسِ اَمارہ حدس منٛز تھاوُن چُھ سیٚٹھا نوٗزُک تہٕ اُوِیل کار۔ اِتھکن واو موچھِ منٛز رٹُن یا ہوٗس مس والہٕ ستیٚ گنڈُن دشوار چُھ، نفس حدِ رٹُن تہٕ چُھ تیُتے مشکل کار۔ وِ ن گوو یُس نفسس پیٹھ کنٹرول کرنس منٛز کامیاب گوو، تٔمی لوٗب تار۔ یُمۍ ضبطِ نفس پأدٕ کوٗر تٔمی پزٕ اُو کامیأبی۔

شیٖل تہٕ مان چُھے پونٛی کرنجے ۔۔۔ موچھِ یُمۍ روٹ مُلی یِد واو

ہوٗس یُس مس والہٕ گنڈے ۔۔۔ تی یِس تگِے سُے اَدِ نہال

عشق، کل، وفادأری تہٕ تابعدأری چھےٚ لل دیدِ نزدیک اہم قدر۔ یہِ چھےٚ اہم آزمأیش تہٕ یُس اَتھ امتحانس دَرِ، سُے چُھ کامیاب تہٕ نارٕ دزاو سون۔

لل ئہ دڑالیس ژھاران تہٕ گاران　　لل مہ کوٚرمس رسہٕ نِشہٕ تتی
وُچھن ہیوٚتمس تأرِ ڈیٹھمس برس　　مہ تہٕ کل گنیہٕ تہٕ زوٚگمس تتی

لل چھےٚ انسانس ژینوٚن دِوان تہٕ خبردار کران زِ سُہ روٗزِن حبہٕ۔ نتہٕ اگر سُہ غأفِل گوو، تس کرِ نفسُک شیطان گُمراہ تہٕ سُہ گژھِ ہلاک۔ لل چھےٚ تس سُہ گیان تہٕ علم پرٛھان دیُن یُس للہِ نزدیک مولل تہٕ پوشوٗن چھُ۔

کتھ ہا وَنےٚ کتھ ہا وَنےٚ　　کتھ میأنی ئیی لال
منز مأدانس ہِندِر پیٚیی　　ڈوٗنب ہیتھ ژٕلی شال

لل دید چھےٚ ذاتِ حق کِس تلاشس منز پرٛتھ طرفہٕ وٕنی دِوان۔ گاہے چھُ اُمس شِو تہٕ شکتی ہُندمیوٗل نظرِ یِنس منزٕ ے کامیأبی لبنہٕ یوان تہٕ گاہے یتہٕ اڈوٚوت سفر باسان تہٕ یہٕ چھےٚ پرم شِوٚس کُن لاران۔ کُنہِ چھُ اُمس آواگون کہِ چکرٕ منزٕ مکتی پرٛاونی مقصدِ زندگی باسان۔ کُنہِ عبادت تہٕ ریاضتس منزٕ ے فلاح درٕینٛتھ گژھان۔ مگر کُلہم پأٹھی چھےٚ یہٕ نتیجہٕ نِشہٕ بے خبر۔

لولِکہٕ ووکھلہٕ وأنج پٕشم　　کوکل ژٕجم تہٕ روٗزِس رَسہٕ
بُزم تہٕ زأجم پانس ژٕشم　　کوٚ زانہٕ توٚستی مرِ کُنہٕ لسہٕ

لل دید چھےٚ دروٗن بینی پیٹھ زور دِوان۔ اُمس چھےٚ عرفانِ ذاتس منزٕ ے ذاتِ حق لبنٕچ کل گنان۔ گوٚرِ سُند کُنےٚ وژُن چھُس ہِبرٕ پیٹھہٕ اندر اژنُک پےٚ دِوان تہٕ یہٕ واقعہ چھُ اُمس پیٹھ سوٚن اثر ترٛاوان۔ یہےٚ چھُ اُمی سِندِ روٗحأنی سفرٕچ سمت بدلاوان تہٕ نوٚو زا وےٚ عرفان پأدٕ کران۔

گوٚرَن وۄنَم کُنُے وژُن نبرٕ دوٚپنَم اندر اَژُن
سُے مےٚ للہِ گوو واکھ تہٕ وژُن توٚے ہیوٚتُم ننگے نژُن

لل دیدٕ آس تلاشِ حقس منز پرٛتھ طرفہٕ ؤنی دِوان۔ مگر یِیلہِ گوٚرن کُنُے وژُن ؤنتھ اَندر اَژنہٕ خاطِر وۄنُس، یہٕ لُج خارجی دُنیاہس منز ژھارنہٕ بجایہٕ داخلی دُنیاہس منز دَے ژھارنہِ۔ کینہہ نقاد چھِ ننگے نژُن اصطلاح نِشہِ مُراد نِوان "عریان پھیرُن" یُسہٕ صحیح چُھ۔ اَمیُک مصدر ہیکہِ لفظ ننگ تہٕ اَستھ۔ ننگ مطلب گوو شرم وحیا۔ یِیلہِ لل دیدِ یہٕ احساس گوو زِ خارجی دُنیاہس منز دَے ژھارُن آس تسنز بڑٕ غلطی تہٕ وقت راوٕرنَس مُترادِف، اوٚکنی آیہِ اَمِس پننہِ لاعلمی تہٕ کم عقلی پیٹھ ننگ یا گِیس شرم طاری تہٕ لُج تس پننہٕ نِسے ذاتس منز تلاش کرنہِ۔ ننگے نژُن مطلب گوو یتہٕ زِ لل دیدِ ترٛاوی تِم تمام رِوایتی تصوّرات، عقیدٕ، پرٛتھ، رسم و رِواج، تہذیبی تہٕ ثقافتی لباد تہٕ ظاہر داری، یِمَن پیٹھ سو عمل پیرا آس۔ سو چھےٚ چھلتھ تہٕ چھکتھ اکس نوٚس تنا ظُرس منز ذاتِ حق زانِنچ کوٚشِش کران۔

دمہٕ دمہٕ کوٚرمس دمن ہالے پرٛزلیوم دیپ تہٕ نینیم ذاتھ
اَندرم پرٛکاش نبر ژھوٚتُم گٹہِ روٚٹُم تہٕ کرٛمس تھپھ

لل بو درٛایس لولرے ژھانڈان لوسُم دِہن کیو راتھ
وُچھم پنڈِتھ پننہِ گرے سُے مےٚ روٚٹُس نیچھتر تہٕ ساتھ

پوٚت زوٗنہِ وُتھِتھ موٚت بوٚزنوٚوُم دَگ للہٕ ناوُم دَیہٕ سنزٕ پرٛیے
للی للی کران لالہٕ وُزنوٚوُم میلتھ تَس مَن شرٛؤژیوم دَے

للہٕ ہندِس کلامَس منز چھِ اَمی ہندِ ہن رۅحٲنی تجرُبَن تہٕ دٲخلی کفیژَن ہُند بھرپوٗر عکس۔ اَتھ منز چھُ للہٕ ہندِ دٲخلی سفرُک اِرتقا تہٕ اِنتہا جلوٕگر۔اَتھ منز چھ تذبذُب تہِ تہٕ آش تہِ۔

آمہِ پنہٕ سۅدرس ناوِ چھس لمان کتہِ بوزِ دَے میون مے تہِ دِیہ تار

آمین ٹاکین پوٗنی زن شمان زُو چھم برمان گرِگژھ ہا

لولکہِ ووکھلہٕ وٲنج پشم کوکل ژٔجم تہٕ روٗزِس رسہٕ

بُزم تہٕ زاجم پانس ژٔشم کوٚ زانہٕ توٚستی مرِکنہٕ لسہٕ

مگر اَخرس چھ اُمِس مُختلِف رۅحٲنی کفیژو مَنزی گُزرِتھ پنہٕ نِس مَنزِلہٕ مقصوٗدس واتنُک گُمان گژھان تہٕ اَمی سنزِ دٲخلی کفیژ منز چھُ اَکِس مقامس پیٹھ اَکھ اعتماد تہٕ پژھ ہش لبنہٕ یِوان۔اُمِس چھُ شِو تہٕ شکتی ہُند ملاپ تہِ دِرٛینٹھی گژھان۔

لل بو ژایس سوٚمَن باغہٕ برَس وُچھم شِوَس شکتھ میلتھ تہٕ واہ

تتی لے گرِم امرتہٕ سرَس زِندَے مَرس تہٕ مے کرِ کیاہ

شِو تہٕ شکتی ہُند مِیٛل گژھنکس مقامس پیٹھ وٲتِتھ چھُ اُمِس یہِ احساس گژھان زِ شِو تہٕ شکتی تہِ چھنہٕ ذاتِ حق۔اَصل چھ اَمہِ پتہٕ پرم شِو۔

واکھ مانس کول اکول نا اَتے ژھوپہٕ مُدرِ اَتہِ نا پرٛوین

روزان شِو شکتھ نا اَتے موتہٕ یے کُنہہ تہٕ سُے وودیش

لل دید چھےٚ سومنہٕ تہٕ ذوقہٕ تہٕ شوقہٕ سان دَے ژھاران تہٕ گاران۔یہِ چھےٚ سخ ریاضت تہٕ تپسیا کران تہٕ لولکہِ ووکھلہٕ پنٕنی وٲنج تہٕ پشان۔ یہِ چھےٚ ینہٕ واجنین فکری

تبدیلین ہُند کھلہٕ دِلہٕ استقبال تہٕ کران۔ امہٕ باوجود چھ اُمس پننہٕ رۄحانی زندگی منز اکھ تذبذب، ژھربر، کوتاہی، کمی تہٕ محرۄمی ہُند شدید احساس دامن گیر۔

بچھٕ ہأرنجہٕ پیٚژیٚو کان گوم اَگٕھ چھان پیوم یتھ رازدانے

منز باگ بازرس قُلفہٕ رۄس وان گوم تیر تھٕ رۄس پان گوم کُس مالہٕ زانے

لل دیدِ چھےٚ ذات پاتس خلاف تہٕ اِنسانی برادری ہنز قائیل۔ اُمس چھ یتھ کتھِ پٹھ پۄختہٕ یقین زِ اِنسان چھ کمہٕ تام عالمہٕ پٹھٕ یوان تہٕ پتہٕ چھ توری واپس گژھان۔ اَوِ کنی چھ تتھ عالمس پتہٕ کنہِ کینہہ نتہٕ کینہہ پۄشید راز۔ یہٕ اُس بُت پرستی بجایہِ کُنس خدایس پٹھ یقین تھاوان۔ مگر اہم سوال چھ یہٕ زِ یہٕ کیازِ سپز نہٕ مشرف بہ اسلام؟ یہٕ چھےٚ توحیدِ کس مقامس واتان مگر اُمی ہیو کنہٕ مقامِ رسالت سمجتھ۔ اگر تہٕ سپد ہے، تیلہِ آسہِ ہے اُمی ہنز فکرِ منز استحکام تہٕ آمت۔ مگر تہِ گرتھ تہٕ اُس یہٕ کافرِ بیدار دل، یُس حق تہٕ پزر کس تلاشس منزٕ یمہٕ عالمہٕ گیہٕ۔ اُمس یتھ تہٕ چیزس منز پزر، رژر تہٕ حسن باسیاو، تہِ تھوٗن صاف تہٕ شرۄژرسان اَ ہ برونہہ کنہٕ۔ اُمی سُند سری سفر چھ لا پٹھٕ اِلااللہ تہٕ نفی پٹھٕ اثباتک سفر۔

لتن ہُند ماز لاریوم وَتن اَکی ہأوُنم اَکہٕ چی وَتھ

یم یم بوزن تم کونہٕ متن للہِ بۄز شتن کُنی کتھ

دپو وَٹا دِوُر وٹا پٹھٕ بون چھے یکہٕ واتھ

پۄز کس کرکھ، ہۄٹہٕ بٹا کرمنس تہٕ پونس سنگاتھ

گُنہٕ ہے بوزکھ گُنہٕ نو روزکھ     گُنہٕ ن کوٚرنم ہُنی آکار

گُنےٚ آسِتھ دون ہُند جنگ گوم     سُے بے رنگ گوم گرِتھ رنگ

حضرت شیخ نوٗرالدیٖن ولی (شیخ العالم) چھُ کٲشِرِ ہندِس تہذیبی توارٟخس منٛز بالعموم تہٕ اسلامی توارٟخس منٛز بالخصوص بحیثیتِ اکھ تہذیب ساز شخصیت سرٚس۔ یہِ اوس بیک وقت اَکھ بوڑ وَتہٕ ہاوُک، رہنما، عالمِ دیٖن، مصلح تہٕ مقبول شاعر۔ یہِ چھُ حضرتِ میر سید علی ہمدانی یَس پتہٕ کٲشِرِ ہندِس پزِر سماجی، سیاسی، مذہبی تہٕ فنی تناظرس منٛز یتھ میٚزِ منٛز اسلامی تہذیبکی خدوخال بڑٕ پیچھِر سان پھانپھلاوان۔ یہِ اوس کٲشِرِ ہُند نبض شناس۔ اَمی کوٚر پننیٚن تخلیقی تہٕ روحٲنی صلاحیژن ہُند بھرپوٗر استعمال۔ یہِ چھُ یہِ ڈٟلی زِتہٕ پننہِ وقتہٕ چِن موجوٗد رِوایژن تہٕ لسٲنی اظہارن منٛز کٲشُر زبان ورتاوِتھ، اَتھ منٛز اسلامی تہذیبک رُح شروپراوان تہٕ اسلامی رِوایژن تہٕ اصطلاحن ہُند برٛزر کران۔ اَمی بناو یہِ زبان سبٕتھا سہل تہٕ کٲشرِن واتنوٗن اسلام تہٕ اسلامی تہذیبک رس تہنٛزِ ماجہِ زیوِ منٛز۔ یہِ اوس اَکھ مدٗر دریاو، یُس خراماں خراماں کشیرِ ہندِ ن بالَن تہٕ پاتھلن ساراب کران دزاو۔ اَمی سنٛز کام اَس حد درجہِ اِنقلابی، تخلیقی تہٕ اِنسانی۔ اَمی شوٗر کٲشِرِ ہندِ تہذیبک لوہ لنگر پیغمبر صاحبنن مایہِ برِتھ نقشِ قدمَن پیٹھ۔ یِم نقشِ قدم چھِ تمام کائناتس اَکھ روحٲنی تخلیقی عمل بناوان۔ توے چھُنہٕ اَتھ منٛز ٹھہر کُنہِ۔ تِم چھِ اِنسانس خدایہٕ سُند نأیب قرار دِتھ تمام اَپزِ ن خدا یَن، فریبن، استحصالن تہٕ دُیٖلی کلہٕ کٹُر کران۔ توے چھُ حضرت شیخ اَمِس عظیم پیغمبرس پَتُن مرجع، ملجا تہٕ ماویٰ مانان تہٕ اَمی سندی ہے عطاہتس نجاتچ واحد وَتھ زانان تہٕ روحٲنی کاروانک گوڈنیک ریشی مانان۔

اَول ریشی احمد ریشی     دوئیم حضرتِ اُویس آو
ترٛیٛیم ریشی زلک ریشی     ژوٗرِم حضرت پلاس آو
پوٛنژِم ریشی رُمے ریشی     شیٛیم حضرتِ میران آو
سٔتم گرٕم دِشنا ہٕشی     بہٕ نے کُنہہ تہٕ مے کیا ناو

اسلام، اسلأمی نظام تہٕ تہذیب دِتُن تمَن ما جہِ زبومنز۔ تمَن برونہہ کنہِ تھوٗون استحصا لہٕ نشہِ پاک انسأنی تہٕ روٗحأنی سماج تہٕنزِ کأشرِ زبِ منز ماجہِ دوٗدِ کی پأٹھی۔ استحصأل قوّت نرمأوِن تہٕ گرِن کمزور۔ یہِ چھُ پٔنُن پأغام میچھِ زبأنی منز دِوان، یتھ پتہٕ کنہِ شأعرانہٕ جلال و جمال تہٕ موٗسیقی اُس۔ اَمِس پأیہِ بڑِس انقلأبی قأیدس چھِ کأشرِی ازتہِ پٔنُن علمدار مانان۔ امی سندِ عظمتُک اظہار چھُ کشیرِ ہندِس بڑِس ولی حضرت شیخ حمزہ مخدوم صأبنہِ ستی تہٕ تمام کأشربن تہٕ غأر کأشربن ولیٛن ہندِ تمِس ستی تعلق ستی واضع گژھان۔ حضرت شیخن کوٚر پننہِ شأعری منز اسلامکین بُنیأدی عقیدن تہٕ اعلیٰ اسلأمی اخلأقی قدرن ہُند بھرپوٗر اظہار۔ قرآنِ مجیدس چھِ تم کُل کاینات خأطرہدایتُچ وأحد کتاب مانتھ، مسلمانن اَمکِس دریاے رحمتس منز غرق گژھنُچ دعوت دِوان۔ یم چھِ اَمہِ کتابہِ ہنز عظمت اتھکن بیان کران۔

قرآن پران کو نو موٗدُکھ     قرآن پران گوٚے نو سوٗر
قرآن پران زِندہٕ کتھہٕ روٗدُکھ     قرآن پران دوٚد منصوٗر
قرآن پران کتھہٕ بے غم روٗدُکھ     یا متھ پھوٚرُے اکہٕ ہوٚت ژوٗر
یمو پوٚر قرآن شب روز ووٗدُکھ     وودان سپنُکھ اَڈِجن سوٗر

تصوُف چُھ اسلأمی تعلیماتن ہُند اکھ دأخلی یا رؤحأنی پہلوٗ۔ سألک چُھ پننٕ ذات مُشرأوِتھ خدایہِ سٕندی صفات زانٕنچ کوٗشش کران۔ مگر اَمہِ خأطرٕ چھےٚ گوڈٕ رسوٗل اللہ ﷺ ہنز اِطاعت کرٕنی ضروٗری۔ خدایہِ سُند قرب حأصل کرنچہِ وَتہِ منز چھِ سألکس پێٹھ خدایہِ سٕندٕ بن صفاتن ہٕندی رموٗز واسرار منکشف سپدٕنی ہوان۔ اَکِس مقامس پێٹھ چھِ بندس پرٕتھ طرفہٕ خدایہِ سٕندٕ بن صفاتن ہٕندی جلوٕ لبنہٕ یِوان۔ کێنہہ سألِک چھِ اَتھی مقامس پێٹھ روٹہٕ گژھان۔ اِتھکن زن بایزید بِستانی تہٕ منصوٗر حلاج اَتھی جایہِ رُکیے۔ مگر حضرت جنید بغدادی چھِ اَمہِ مرحلہٕ نِشہِ برونہہ پکِتھ مقامِ عبدیتَس تام واتان۔ اِبنِ عربی چُھ گوڈنکہِ مرٕحلٕچ فلسفیانہٕ توضیح کرِتھ، اَتھ وحدتُ الوجوٗد ناو دِوان۔ شیخ احمد سرہندی چُھ ونان زِ وحدت الوجوٗد پتہٕ چُھ وحدتُ الشہوٗدُک مقام تہِ یِوان۔

شیخ نورالدین چھ اسلأمی نظریہ کاینات تہٕ نظام اقدار کس حدودِ اربعس منزٕ ے پننہِ شأعری ہنز خمیر تیار کران۔ ابنِ عربی سُند 'وحدت الوجودی' نظریہِ روٗد جمہوٗر ائماعِ اسلامَن نزدیک ناقابل قبول۔ تِکیازِ تمٕ گر اسلام کِہن بنیأدی عقأیدَن مثلاً تصورِ خدا، تصورِ انسان، تصورِ کائینات تہٕ تصورِ اقدارَن ہنز اَکھ نٔو تعبیر پیش۔ شیخ نورالدین چُھ مسلمأنَن منز متوأتر رأیج روٗدمٕتی عقأید من وعن تسلیم کران۔ اُمی سٕنزٕ شاعری منز بروتھہ کُن یِنہٕ وألی اقدار چھِ، تصوف کِہن عمومی نظامِ اقدارَن مطأبق۔ امام غزألی تہٕ میر سید علی ہمدانی (شاہِ ہمدان) سٕنزٕ ن مختلف کتابَن منز درج ضبط نفس، توکل، استغنا، رضاءِ الٰہی، قربِ الٰہی تہٕ فقر ہوٕ بن اقدارَن ہٕتی چھےٚ شیخ نورالدین سٕنز شأعری ہم آہنگ نظرِ یِوان۔

Kerkeguard, Karl Jasper, کُنٛوٕہمہٕ تہٕ وُہمہٕ صدی منٛز چھِ
Marcel تہٕ Mortin Heidegger,J.P.sartre ہوٚی فلسفی،
روایتی فلسفن ہنٛز مخالفت کران یہِ ونان زِ قدیم یوٗنانی فلسفیو پیٹھہٕ کُنٛوٕہمہٕ صدی
ہندِس ہیگلس تام چھُ اکثر فلسفیوں تِمن مسلن پیٹھ بحث کوٗرمُت، یِمن نہٕ کانہہ
حل چھُ۔ مثلاً خدا کتہٕ آو، کایناتُک ابتدا، اِنتہا تہٕ حقیقتِ مطلق کیا چھُ؟ علم کیا
چھُ، حقیقت کیا چھےٚ تہٕ موت کیا چھُ ؟

کرکگارڈ چھُ انسانہٕ ہنٛزن وجوٗدی پریشانیٚن ہُند علاج عیسائیتس منٛز
تلاش کران تہٕ دنیاکیٚن عیسایَن مشورٕ دِوان زِ تِم روٗزِن نظریاتی تضادو نِشہِ
دوٗر تہٕ بِنٛن صحیح معنیٚس منٛز عیسائی۔ شیخ نورالدین تہِ چھُ اِتھے ہیوٚ نظریہ پیش
کران۔ یِم چھِ اسلامی عقیدٕن ہنٛز روشنی منٛزٕ ے اِنسانی اقدارن ہنٛز تشریح کران۔
یِم چھِ یِژھان زِ انسانَس پَزِ یِمنے اقدارَن ہنٛزِ روشنی منٛز پَنہٕ نِس پانس منٛز ضبطِ
نفس یا ذاتی رہبری self direction حاصل کرٕنی۔

یَتھ واوِہالے ژونگ کُس زالے تِلہٕ کنہٕ زالے علم تہٕ دیٚن
پٔر کتھ تراوِتھ سو کتھ پالے سورٕے علم چھُس الف لام میم

صبح پھوٚل تہٕ راتھ گیہ آدا اَتہِ کہو بوٗچھکھ رادا دِتھ
فرض تہٕ سُنت کرمالہِ آدا نِنہٕ یو جنتس نادا دِتھ

شیخ نورالدین ہنٛزِ شاعری ہُند مطالعہٕ کرنہٕ ستی چھےٚ یہِ کتھ عیاں گژھان زِ
یہِ اوس وحدت الوجوٗد تہٕ وحدت الشہوٗد کیٚو مابعدالطبیعاتی یا فلسفیانہٕ موشگافیوں

نِشہِ دوٗر۔ اَمی ہنز شاعری تلہٕ چھ صاف ننان زِ یہ اوس اَکھ سیوٗد ساد مسلمان، یمٕ سُند دل خوفِ خدا ستی لرزان، حُبِ خدا ستی لبریز تہٕ عشقِ رسول ﷺ ستی سر شار اوس۔ شیخ نورالدین یمن اقدارن پیٹھ زور دِوان چھ، تمن ہنز بنیاد چھےٚ اسلامکو ترےٚ بنیٲدی اقدار یعنی توحید، رسالت تہٕ قیامت۔ توحید گوو تمام معبوٗدن ہُند انکار کرِتھ، خدا ذات وصفاتس منز کُن مانُن، لاشریک تسلیم کرُن تہٕ شِرک کرنہٕ نِشہِ دوٗر روزُن۔ کُنس خدایس سُند تصوٗر چھ تمام توہماتو نِشہِ نجات دِوان تہٕ انسانس پننہٕ محدوٗد، مجبوٗر تہٕ مخلوق آسنک احساس پٲدٕ کران۔ شیخ نورالدین چھ کلمہٕ رُمس رُمس منز پیوستہٕ کرنس پیٹھ زور دِوان۔

لاالہٰ اِلااللہ صحی کوٗرُم وحی کوٗرُم پننےٚ پان
وجوٗد ترٲوِتھ موٗجوٗد میوٗلُم اَدٕ مےٚ میوٗلُم لامکان

رسالتک مطلب گوو یہِ مانُن تہٕ تسلیم کرُن زِ حضرتِ محمد ﷺ چھِ خدایہٕ سُندی آخری رسوٗل تہٕ تم آےٚ خدایہٕ سنز کتاب قرآنِ پاک ہیتھ، یُس کتابِ ہدایت چھےٚ۔ آنضور ﷺ چھِ محسنِ انسانیت تہٕ اُمتکی غم خوار۔ شیخ نورالدین چھ اکھ عاشقِ رسوٗل تہٕ یہ چھ آنحضور ﷺ ہندِس سُنتس پیٹھ عمل کرنک تلقین کران۔

ہا رندو ہینٛدبن ہنز کامہٕ ترٲوِتو ترٲو تو، پرٛاوتو حقہٕ چی وَتھ
حضرتِ محمد متہٕ مشراوتو اَحہٕ بن نار س تمن روزِ کتھ
فرض تہٕ سُنت کرمالِہ آدا
بِنہٕ یو جنتس نادا دِتھ

ہائڈیگر سٕندِ مطابق چھےٚ وجوٗدٕچ حقیقت، وجوٗدٕہے دوران ظاہر سپدان تہٕ یَمہٕ دُنیا نبر چھُ انسانہٕ سُند وجوٗد ناممکن۔ شیخ نورالدین سُند عقیدٕ چھُ یہِ زِ انسانی وجوٗد چھُ اَکھ بےثبات، عارضی تہٕ فانی شے، مگر اَمہِ پتہٕ چھُ بیہِ اَکہِ زندگی ہُند وجوٗد، یُس لافانی تہٕ ابدی چھُ۔

آدنہٕ کرَکھ تہِ لگی ہتی | آدنہٕ یہِ کرَکھ تہِ اَدنہٕ تگی
تم تیتہٕ اُخرتَس لونگھٕ کتی | یِم پھٔلی وَوَکھ چھتی کیازَگی

ننہٕ یو جنتَس نادا دِتھ | فرض تہٕ سُنت کر مالہِ آدا

خدا چھُ قرآنِ پاکس منز فرماوان زِ قیامتکہِ دوہ پیہِ اکھ زبردس زلزلہٕ تہٕ زمین ییہِ پُرزٕپُرزٕ کرنہٕ۔ شیخ نورالدین چھُ یہَے کتھ فکرِ تاران۔

کرِ یتھ سمسارس لُرِ پار | صاحبہٕ دوہ اکہِ دوراہ کرے
نہٕ گژھس پرواہ نہٕ اِلیس عار | ستھ زمین آسمان پُرزٕ پُرزٕ کرے

قیامتکہِ دوہ یِن تمام انسان دُبارٕ زِندٕ کرنہٕ تہٕ تِمَن ییہِ تِہنزن عملن ہُند حساب ہینہٕ۔ احتسابک احساس چھُ انسانس احتیاط کرناوان۔ رٕتی لُکھ یِن جنتس تژاونہٕ تہٕ بدلُکھ یِن جہنم رسید کرنہٕ۔ انسانن ییہِ تِمَن ہُند نامہ اعمال پیش کرنہٕ۔ قیامتک ذِکر چھُ اَمِس پتھ لرزٕ طاری کران تہٕ یہِ چھُ لُکن سہٕ گُرٕ گر یاد پاوان ییلہِ ساری النفسی کران آسن۔

تھٕرِ چھم لگہٕ ما گُناہگارن ہتی | رٕتبن رٕتبن علا حدٕ ژارن
اُمید چھم ژون یارن ہتی | پُلہِ صِراطس ییلہِ تارٕ تارن

اصل اوس شیخ العالم اکھ عالِم دٖہِن تہٕ سماجی مصلح۔ تِمہٕ اوس اِسلامک اصل رُح سمجھمُت۔ مگر بیکہِ طرفہٕ اُس تَس برونہہ کنہِ لۄکن ہنز خراب اَخلاقی حالتھ تہٕ دُیی پسندی۔ ظاہر اَکھ تہٕ باطِن بیاکھ۔ یِم اُسۍ ظاہرداری منز ہیٚنہٕ آمتۍ تہٕ رسمنٕے دٖہِن سمجھان۔ شیخ العالم اوس اِنسانیتُک رُت کانچھن وول۔ اُمِس برونہہ کنہِ چھُ اَکہِ طرفہٕ مۆمنانہٕ زندگی تہٕ فلاحی معاشرُک Ideal تہٕ بیکہِ طرفہٕ جہا لتس منز ہیٚنہٕ آمُت تِمہِ وقتُک اِنسانی سماج۔ اَوے چھِ یِم پَنُن Target پننہِ Ideal مطابِق شیرُن تہٕ پأرُن یژھان۔

اَتھ کنڈِ پانس مو دِم رَندو  اَمہِ سۍتۍ وو نہٕ مَل ووتھی نو
اَمہِ تسبیحہٕ عاصہٕ تہٕ جندو  اَمہِ پھنڈٕ سہٕ اَتھہِ تیی نو
ریشی چھنہٕ ریشت پالَن  پان چھِ گالَن رِشہٕ سۍتۍ

برونٹھ کنہِ تھأوِتھ کتاب لرو  وُچھی وُچھی مویہٕ تہٕ مویہٕ ٹانچہِ ران
اَژن ہیٚتہٕ تہٕ اَندرٕ ژھۄرو  پرِس پرُن تہٕ مشُن پان

شیخ نورالدیٖن چھِ انسأنی وجوٗدٕکہِ عروٗج و زوالکۍ مختلف رنگ وُچھہٕ متۍ۔ انسانہٕ سُند زیٚوٗن تہٕ مرُن چھُ اَمِس پیشِ نظر۔ یہِ چھُ گاہے گگرایہِ تہٕ گاہے وُزملہِ تہٕ ترٹہٕ وُچھان تہٕ گاہے مندِنٕبن گٹہٕ کار۔ کُنہِ چھس خوشحالی لبنہِ یِوان تہٕ کُنہِ چھس مایوٗسی دامن گیر نظر یِوان۔

دمی ڈیٚٹھم گگج دزوٕنی  دمی ڈیٚوٗٹھم دٕہہ نتہٕ نار
دمی ڈیٚٹھم پانژ ومو جی  دمی ڈیٚٹھم کرأجی ماس

یم چھِ بدلوٚنبن رنٛگن تہٕ دُنیاہچہِ بےثباتی ہُند عکس خوٗبصوٗرتھ اِستعارو، تمثیلو تہٕ دٔلیلو سٟتی ووتلاوان۔

نہٕ روزِ وندٕ تہٕ نہٕ رہتہٕ کوٚلے      نہٕ بولہِ شراونہٕ پتہٕ کستوٗر

نہٕ روزِ سوکھ ساو نہٕ ہُیہِ ہوٚلے      نہٕ روزِ دوٚہے ساز سنطوٗر

اِنسٲنی وجوٗدچ یہے نا پٲیدٲری چھےٚ شیخ نورالدینٕنہِ شاعری ہُند اکھ غالب موضوع۔ پروفیسر رحمان راہیؔ چھ لیکھان زِ

''شیخ نورالدین چھ اِنسٲنی وجوٗدچن کمیَن تہٕ کوتاہیَن ہندِس عمس منز گوتَن گژھان تہٕ موتکہِ خوفہٕ سٟتی ژُمان نظرِ یوان۔''[۲]

اِنسان آو تہٕ ژھوٗرے تہٕ نیران تہٕ چھ ژھوٗرے۔ زِندگی منز چھ یہِ کٔتی چیز پانس سٟتی منسوٗب کران۔ یہِ چھ سمندرکین تہن منز وٕستھ لال کھالان۔ زمیٖنس پٮ۪ٹھ پنُنہِ بادشاہی ہندی دَم بَران۔ یہِ چھُنہٕ پنُنبن ٹاٹھبن اُچھ پٮ۪ٹھ مُچھ تہٕ زِروان۔ تِکیازِ یہِ چھ اَتھ سٲری ہے پَنُن زٲنِتھ پنُنِس جاہ و حشمتس پٮ۪ٹھ ناز کران۔ مگر ژٕکہِ نہٕ ائی سُند کہیں۔ اَمِس چھ سورُے سوٗمبرتھ ترٛاوِتھ موژان تہٕ یہِ چھ پَنُن گُن پان ہیتھ ژھوٗرے تہٕ چھوٚنے نیران۔ یہِ دُنیا چھُنہٕ اُخرتس مقابلہِ زیادٕ اہمیت تھاوان۔ تِکیازِ اُخرت چھےٚ اکھ ابدی زندگی، یُس ہمیشہِ روزٕونی چھےٚ۔ معموٗلی چیزس پٮ۪ٹھ مولُل تہٕ پوشوٗن چیز قُربان کرُن چھےٚ ناداٰنی۔ یہِ عارضی تہٕ فناہ گژھن وول دُنیا چھُ انسانس بزمہٕ وان۔ عقلمند چھُ سُہ، یُس غفلت ترٛاوِتھ اُچ حقیقت ژینہِ تہٕ دُنیا بُزٕ گوٚھنہٕ بجایہِ علم وحکمت حاصِل کرِ تہٕ ایمانس پٮ۪ٹھ استقامت ہاوِ۔

موٗ کانٛچھ شُری مرٕ تہٕ گبر    موٗ بَر گُمان چُھس دُنیادار
کاٲلۍ ہوش تھٲوِتھ ترٛاوٕنۍ زِ بَر    اَدِ شُری مرٕ تہٕ گبر گنڈُنے لار

صاحبہٕ ژٕے بوڑ کا نہٕ نَے    تگہِ ہَے کرٕہے ژٕے اِطاعت
بہٕ یوٗد زانہٕ ہا دُنیا چھکینہٕ نَے    ناحقہٕ دُنیاہچ برہانہٕ برانت

شیخ نوٗرالدین چُھ انسٲنی برادری تہٕ احترامہٕ آدمیَس پیٹھ زور دِوان۔
پننہِ شاعری ہُند محور بنوٗون حضرتِ سلمانِ فارسی سُند سُہ گُف، یێلہِ تَس پرٛژھنہٕ آو زِ ناو کیاہ چھی، ذات کیاہ چھےتہٕ وطن کیاہ چھی؟ تمو وون صرف اسلام۔ حض شیخ چھِ اُمی کتھہِ منز باوتھ کران تہٕ اِنسٲنی اخوت، مساوات تہٕ اسلٲمی روٗحُک پٲغام دِوان۔

ذاتھ چُھ دَپان ذات چھےٚ مِیٲنی    تَس عقل تہٕ بود دٲنی موٗ
الگ ذات نکس گُنی    پلگ ذات کٲنسہِ گُنی موٗ
یوٗد بوٗزے اَسی اِسلامنی    توٗ کھوتہٕ ذات کٲنژھ پرٛنی موٗ

حضرتِ بابہٕ آدم موٗلوٗ    اَمہٕ حوا تتی آوٕ
اَدِ کتہِ وپن ڈوٗنب ژرالوٗ    کلس ہم کل کیا ہیڈوٕ

شیخ نوٗرالدین ولی سُند کلام چُھ تمہِ اکہِ ذٲتی تجربکہِ اظہار باپتھ زمین ہموار کران، یتھ منز سٲری رَنگ، سٲری اِظہار اکہِ رنٛگچ حرکتُک ہُند نتیجہِ چھِ۔ اَمہِ خاص تجربچ وُسعت ہیکہِ اِنسان سمٲجی تہٕ اِقتِصٲدی بدعنوٗ تہٕ ٹھوٗکہِ شکر بوٗ منزٕ نیرِتھ ژینتھ۔ لہاذا چھِ حض شیخ (نُند ریٚشی) یمہٕ مِثال بناوتھ، یمنزٕ ناپایدٲری تہٕ کمزوٗریہ تہٕ شاعری منز بیان کران۔ تمہِ وقتکۍ حُکمران تہٕ مذہبی عالم اَسی پننہِ ازانہٕ

کنِ، عام لُکن ہُند اِستحصال کران۔ عام لُکھ اُسۍ پَننہِ لاعلمی کِنۍ ظلم وجبر برداشت کران۔ سماج اوس طبقہٕ بۄندی منز ہینہٕ آمُت۔ جہالتَن اوس اِنسانی سماج تیُٚت وولُمت زِ اَتھ مُقابلہٕ اوس علم پامال تہٕ عالِم حارٲن۔ پزِس مُقابلہٕ اوس اَپزیک تہٕ چاپلوٗسی ہُند چلُن۔ بقولِ پروفیسر گلشن مجید

"شیخ العالم ہِندِ باپتھ چھِ حاکم تھپل ہُسی، عالِم ووپھہٕ بَتَس مُتی تہٕ عام لُکھ آرٕپل۔ تریشوٗنۍ چھ سٲری پیٹھی پوٗنۍ گومُت۔ تریشوے چھِ انجامہ نِشہِ بےٚ خبر۔"[۳]

عالِم اُسۍ نہٕ علمہٕ کہِ نوٗرٕ ستی اِنسانی زِندگی گاشراوان بلکہِ اُسۍ یِہ علم پننہِ اپزِ ہاوباوٕ تہٕ شِکم پرستی خاطرٕ ورتاوِتھ اِنسانی سماجس گُمراہی کُن نوان تہٕ نِفاق تہٕ طبقہٕ بندی فروغ دِوان۔ مذہب (یُس آدمَس اِنسان بناونہٕ خاطرٕ بارسَس آو) اوس کینژن رَسمن تہٕ نفع نقصان تہٕ گاٹہٕ جارس تامے محدوٗد کرنہٕ آمُت۔

| | |
|---|---|
| ژھلس چھو زاگان اُکس اَکھ | عِلما پۄروو ووپھہٕ کے ہوسے |
| پوژھ لوٗژھ ڈیشِتھ یِوان ژکھ | چھِو چھو آمتی میٹھ تہٕ مَسے |
| تتہِ نو موکلو ساسہٕ منزٕ اَکھ | کوٚ چھو گمانہٕ اُسۍ چھِ خاصے |

اِنسانی نفس چھُ سخت تہٕ پُر پیچ۔ یہِ چھ خواہشاتن تہٕ جبلژن ہُند مرکز۔ یہِ چھ اِنسانی فطرتُک سُہ پہلو، یُس وحشی تہٕ بے قابو چھ۔ یہِ چھُ قابو کرُن سیٹھا مشکل۔ للہٕ دیدِ چھےٚ ونان زِ نفس قابوٚ کرُن چھُنہٕ آسان۔ تِمس نزدیک چھُ یہِ تیُتُے مشکل، یُتہٕ زَن ہوٚس بارٕ ریک والہٕ ستی گنڈُن یا تیز ہوا مۄ چھِ منزٕ رٹُن مشکل چھُ۔ اَوے چھُ نفسِ اَمارَس تہٕ نفسِ مطمئِنَس درمیان ٹکراو

تہٕ اخلاقی اصولَن تہٕ نفسانی خواہشن درمیان اکھ کشمکش تہٕ تضاد لبنہٕ یوان۔
انسان چُھ، نفسَس مقابلہٕ بےبس۔ بقولِ غالبؔ۔

عاشقی صبر طلب اور تمنا بیتاب
دِل کا کیا رنگ کروں خونِ جگر ہونے تک

اَمی ہِندِس فطرتَس منٛزٕ ے چھےٚ اُجلت تہٕ بیتابی۔ نفس چُھ اَکھ وُہوُن نار،
یُس اَمِس خواہشہِ پوٗرٕ کرنٛچ کل کڑان چُھ۔ اَوے چُھ انسانَس بشر وَننہٕ آمُت۔
اَمی نفسکہِ شرَن کڑنوو آدم جنتہٕ منٛزٕ۔ ظاہر چھ زِ بغاوت چھےٚ انسانہٕ ہنٛزٕ فطرژ
منٛزٕ ے تہٕ یہِ فطری کوتاہی یا مجبوٗری چھےٚ ontic condition یعنی وجوٗدی
حالت یا ہجر۔ بقولِ صمد میرؔ۔

دَچھِ رأنٹھ کھسان ہلہِ ہلہِ تتھ زانہہ وَر مادژاو
کأری گر کوتاہ دَلہِ رِکھو کلہِ کرُ ٹھُراو

شیخ نورالدین چُھ پنُن نفس قابو کرنہٕ باپتھ غارنشین سپدان۔ عبادتَس تہٕ
ریاضتَس منٛز مصروٗف روٗزِتھ نفس کشی کران۔ مگر اَمہِ باوجوٗد چُھ اَمِس یمہِ کتھہِ
ہُند افسوٗس زِ سُہ ہیوٚکنہٕ نفسَس زیر کٔرِتھ۔ نفسُک یہِ گرفتس منٛز نہٕ یُن چُھ انسانہٕ
ہنٛزٕ فطرژ منٛزٕ ے پوٗشیدہ۔

نفسی موٗرُس تہٕ واے اَژِتھ روٗدُم گٹے
اَتھہِ دِبن پیٖہ ہم تہٕ ہاے کرتل ژھنس ہٹے

یہِ نفس چُھ جنگلُک اَکھ بےترتیب اَگہٕ زول۔ اَتھ نیرنہٕ کانہہ پٔٹ کوٗٹ، یمہِ ستی
کانہہ پناگاہ تعمیر سپدِ۔ نفس چُھ سگِ دنیا، یمہِ نشہِ نہٕ موکلن پاے سہل چُھ۔ یہِ نفس پنٛز

شریعتَس تابع تھاوُن، اَدِ چھ ممکن زِ یہ پیہِ قابوٗ کرنہٕ۔

نفس چھُ وَنگ اَگہٕ زولو نیربس نہٕ پٔٹ کوٗٹ منزولو

تیمی ژوٗٹ اَنتھ گَجہٕ زولو تَمی شرعِ محمد ﷺ پولو

پنُن دُنیا تہٕ اُخرت بہتر بناونہٕ خاطر تہٕ محشرکس مأدانس منز سُرخ روسپدنہٕ خاطر

چھُ ضروٗری زِ انسان لبہٕ پننہٕ نس نفسِ اَمارس پیٹھ قابوٗ۔

ژھل یُد کرکھ نفسہِ خوٗنخوارس نارس بنی تتہٕ گلزار

اِنسانَس چھُ فِطرتَس ستی ازلے اَکھ سوٗن واٹھ تہٕ جذبأتی رِشتہٕ روٗدمُت۔

فطری ماحول چھُ اَمِس نہٕ صرف جمالیأتی تسکین بخشان بلکہِ چھُ اَتھ ستی اَمی سُند بقا

تہِ وابستہٕ۔ اَتھ نقصان واتنہٕ ستی چھُ اِنسانہٕ سُند مُتأثر تہٕ متفکر سپدُن لأزمی۔ فِطرتُکس

زوالَس ستی چھُ اَمِس پانَس تہِ زوال باسان۔ شیخ العالم چھُ فطری ماحولس نقصان واتان

وُچھتھ جذبأتی طور عدمِ تحفظکہِ احساسُک شِکار۔ یہِ چھُ قدرتی ماحولس درپیش خطرٕ،

اِنسأنی وجوٗدِ خأطر اَکھ زبردس خطرٕ محسوٗس کران۔ اَمہِ خطرُکہِ احساس حسباگی چھے

اَمی سندِ یمہِ فکرانگیز جُملہٕ تلہِ درینٹھی گژھان "اَن پوشہٕ تیلہٕ، ییلہٕ وَن پوشہٕ۔"

اِنسان چھُ غارِ یقینی صوٗرتِ حالُک شِکار۔ یہِ چھُ نتیجہٕ نشہِ بے خبرتہٕ اَمِس چھنہٕ

خبر زِ کیا سپد۔ یہِ چھے اَمی سنز علمی کوتأہی ظأہر کران۔ وار یاہ کینہہ زأنتھ تہِ چھنہٕ یہِ

رِکھیں زانان۔ حضرت شیخ چھِ معروٗضی چیزو ستی اِنسانہٕ سنز لاعلمی تہٕ بے خبری ہنز کیفیژ ہُند

اِظہار کران۔ یم چھِ وَنان زِ بہٕ چھُس اَکِس آوٕلنس منز ہینہٕ آمژ ناوِ منز سوار تہٕ مے

چھنہٕ خبر زِ یہِ لگیاہ بوٹھ کِنہٕ یہِ پھٹہٕ آبَس۔ بہٕ چھُس صرف یُتے زانان زِ نابد چھُ مُدُر تہٕ

سُدرٕ کأنز چھُ ٹیوٹھ۔ مے رلوٗو ٹیٹھرس ستی میچھر، مگر خبر چھمنہٕ زِ میچھر گژھیا غألب

کِنہٕ ٹیچھر۔ کُس زانہِ خاُرس وٗلتھ چھا شَر کِنہٕ شَرس وٗلتھ چھُ خاُر ؟ یہِ خاُر شرچ
لاعلمی چھےٚ اِنساُنی وجوٗدُک بُنیاُدی ژھر بر تہٕ ژھوژَر ہاوان۔ یہِ کوتاہی چھےٚ ہا وان زِ
عقل چھےٚ اِنساُنس اَکِس محدوٗد داُیرَس تام ساتھ دِوان تہٕ اَمہِ اَپور چھےٚ فقط بےبسی۔

آوٕلُن وَلہِ مہِ کِنہٕ لگے بُتھے      یرُون وَژھاس چرٕ نہِ ناوے
میٹھیا کاُنز کِنہٕ نا بد ٹٹھے      نا بد ژھنیام سٕدرٕ کاُنز پاوے

وَق چھُ سُہ زمانہٕ یا مُہلت ،یتھ منز اِنسان زُوان چھُ۔ وقتُک دوٕیم ناو
چھُ زندگی یا قیدِ حیات۔ اَتھ وقتس منز یہِ کینژا عمل اِنسان کران چھُ ،سُہ چھُ تمِ
سٕندِ خاُطر توشۂ آخرت بنان۔ اللہ تعالیٰ چھُ قرآنِ پاکس منز فرماوان وَالعصرِ اِنَّ
الاِنسانَ لفی خُسر اِلاالذینَ اٰمنُو و اعمِل الصالحات (زمانُک قسم زِ اِنسان
چھُ خسارس منز ،سوایہِ تمن یمو ایمان اوٗن تہٕ نیک عمل کُری )۔ اَوے چھُ لاَزم زِ
اِنسان کرِ وقتس قدر تہٕ اَتھ کرِنہٕ ضایہِ۔ جدید اِنسان چھُ پنُن زایہِ دوہ مناوان تہٕ
شادماُنی ہُند اِظہار کران۔ مگر اَمِس نادانس چھُنہٕ یہِ احساس زِ وق گزرُن چھا اَمِ
سُند راوُن کِنہٕ لبُن۔ وق چھُنہٕ واپس پھیران۔ اگر اِنسانہٕ سُند وق رٕژرٕ خاُطرتہٕ
خدایہ سٕندِ ن احکامن مطاُبق خرچ گوو، تیلہِ چھُ تَس یتہِ کہٕ تتہِ اوبَرے۔ فضوٗل تہٕ
بیچھ کامن منز وقت گزاُری کرٕنی چھےٚ لاحاصِل تہٕ ہلاکت خیز یا خودکشی کرنس برابر۔
وقتچ ناقدری کرن واُلی سٕنز عمرٕ ے چھےٚ چھنٕی گژھان۔ وق چھُ بندس نِش خدایہ
سٕندِ طرفہٕ دِنہٕ آمت اَمانت۔ یہے وق ہیکہِ سانہِ خاُطر نوٗر تہٕ تہٕ نار تہٕ بنِتھ۔ شیخ
نورالدینس چھُ وقتُک تہٕ اَمکہِ قدر و قیمتُک شدید احساس۔ یہِ چھُ اللہ تعالیٰ سُند سنت زِ
کایناتُک پرٕتھ چیز چھُ خدایہ سٕندِس حکمس تابع تہٕ وقتس پیٹھ عمل کران۔ پرٕتھ عمل چھُ
پنہٕ نِس موقعہٕ محلس تہٕ وقتس پیٹھ پنٕنی اِفادیت تھاوان۔ شیخ العالمن چھُ وقتُک یہے آلو

ژیۄنمت تہٕ سُہ چھُ عالمِ انسانیتس وَقتچ قدر کرنک مشورٕ دِوان ۔

نفس دِتھ اورٕ ے مینتھ گرٕھکھ ژینتھ کرکھ نہٕ فوت
دم دیوحقس لعل زن زینتھ نتہٕ چھے کُل نفس ذایقۃُ الموت

وٕقتچ نماز چھے تختس رندٕ ے وٕقتچ نماز چھے بندٕ گیے
بے وٕقتچ نماز چھے مذاق تہٕ خندٕ ے بے وٕقتچ نماز چھےٚ شرمندٕ گیے

دُنیا چھُ انسانہٕ سندِ خاطرا کھ امتحان گاہ۔ مگر خداین تڑوٕ نہٕ یہٕ بےٚ سہارٕ بلکہٕ دِیُتنس کتابِ ہدایت تہٕ۔ گمراہی تہٕ گٹہٕ ژلس منز اگر کانہہ چیز اُمس صراط المستقیم ہا وِ سہ چھُ صرف قرآنِ پاک تہٕ دینِ اسلام۔ تِکیازِ یِہے چھُ علم تہٕ ہدایتُک آگر۔ مقصدِ زندگی چھُ رضایہٕ الٰہی تہٕ یہٕ مقصد ہیکہٕ قرآنِ پاکس پیٹھ عمل کرنہٕ ستی حاصِل سپدتھ۔ بقولِ شیخ نورالدین ۔

یَتھ واوٕ ہالے ژونگ کُس زالے تِلہٕ کنہٕ زالے علم تہٕ دین
پڑکتھ تڑاوِتھ سو کتھ پالے سورٕ ے علم چھُس الف لام میم

ذِکرِ ستی رٹُن مالے فکرِ ستی تارُس پن
نفس گنڈٕ مالہِ ہالے ہالے زن تورُتھ موکھتہٕ مالے پن

تیتس کالس ہیکنہٕ نیتِ خلوص پاۄدٕ کرنہٕ یتھ، یوتا منہٕ انسان ریاکاری نِشہٕ بچہٕ۔ اللہ تعالیٰ چھُ پرٕتھ کانسہٕ ہندِ دِلُک حال زانان۔ ریا چھُ انسان کران لوٗکن خوش کرنہٕ خاطر یا ہا و باوِ خاطر۔ ریاکاری چھےٚ خدایس ناپسند۔ سُہ عمل چھُ خدایس پسند یُس ریاکاری نِشہٕ پاک تہٕ خالِص خدایہٕ سندِ رضا خاطر آسہٕ۔ ظاہری وضع قطع تہٕ تسبیح

نالِ ترٛا ونہٕ ستی چھنہٕ خدا اَتھہِ یِوان، بلکہِ گژھہ اَمہِ خاطرٕ قلبِ صادِق آسُن۔

گنٛد پانس مو دِم رنٛد   اَمہِ صابنہِ صأفی نو ییے
اَمہِ تسبیح عاصہِ تہٕ جنٛد   اَمہِ فندٕ سہٕ نو اَتھہِ ییے

سرانا گری زِہا یتھنہٕ ذات مشی   گیانا گری زِہا گُپت پان
کرٛیا گری زِہا یُتھنہٕ کانہہ ڈیشی   مشی تہٕ نشی پنُن پان

مومنہٕ سُند مقصدِ زندگی چھُ رضاے الٰہی۔ اوکنۍ گژھہ اَمۍ سُند پرٛتھ عمل خالِص اللہ تعالیٰ سٕندِ خاطرٕ آسُن۔ خلوص چھُ خوف یا لالچہٕ نشہِ بالاتر آسان۔ یہِ چھُ آلایشو نشہِ پاک تہٕ بےلوث آسان۔ تعلق باللہ خاطرٕ چھُ یہِ اہم شرط۔ اسلامی عبادات چھنہٕ رسوم یا رچولز پوٗرٕ کرٕنی، بلکہِ چھُ اسلام انسانہٕ سُند روٗح شُد تہٕ پاک کرُن یژھان۔ یہِ چھُ نیت صاف تھاونس پیٹھ زور دوان۔ تکیازِ عمل ییٚن پرکھاونہٕ نیتِن ہنٛزِ بُنیاد پیٹھ۔ واللہُ اعلم بِالصّواب (خدایی چھُ زانان نیکی کیا چھےٚ)۔ شیخ نورُالدینس نزدیک چھُ صدقہٕ دِلہٕ تہٕ خلوٗصِ نیت سان کرنہٕ ینہٕ واجی عملے قبوٗلِ درگاہ آسان۔

اخلاص چھُ اکھ روٗحانی قدر۔ اللہ تعالیٰ چھُ فرماوان الا للّٰہ الدین الخالص (بندگی چھےٚ خالِص خدایہ سٕندِ خاطرٕ)۔ رسوٗلِ پاک ﷺ چھِ فرماوان زِ خداین سوٗز مے خبر زِ اخلاص چھُ میانو رازو منٛزٕ اکھ راز۔ سُہ ییٚندس دِلس منٛز ودیعت کرنہٕ ییہِ، خدا چھُ تس ستی محبت کران۔ اخلاص یا خلوٗصِ نیت گوو زِ بندٕ سنٛز پرٛتھ عمل آسہِ خالِص خدایہ سٕندِ رضا خاطرٕ۔ اَتھ منٛز آسِنہٕ کانہہ ریاکأری یا لالچ۔ عملہِ منٛز گژھہ شوٗژر تہٕ پزر آسُن۔ یہِ گوٚو جنٛتکہِ طمع تہٕ جہنمکہِ خوفہٕ نشہِ مُبرا آسُن۔

کُنہہ ییہِ ژٕ ے گُن بےغرضیے  کس آسہِ دِلس تیُتھ وُستھ
جنتکہِ طمع تہٕ دوزخنہِ بیے  دیہِ چھی کران عبادت

سہٕ چھُنہٕ وُچھان قیلس تہٕ قالس  سہٕ چھُ وُچھان دِلہٕ کس حالس کُن
ذکرِ حق پر زِ بو دِتھ تالس  دِ بو رازٕ ہٲ نزِ یِ زالس کُن

صبر۔خدایہِ سندین احکامن پیٹھ عمل کرُنی ، پژِس پیٹھ قایم روزُن تہٕ کمس پیٹھ شُکرگزٲری کرُنی گوو صبر۔ صبر چھُ اِنتقام ہینہٕ بجایہِ معاف تہٕ درگزر کرناوان۔ صبرُک مطلب گوو پننِ نفسانی خواہشات کژِ رٹنی، جذباتن پیٹھ قابو تھاوُن تہٕ شرٕیتس پیٹھ کاربند روزُن، شرارت ژاپُن تہٕ درگزر کرُن، حُسنِ سلوٗک تہٕ نرمی ورتاوُنی تہٕ آزمایشہِ پیٹھ شکوٕ نہٕ کرُن گوو صبر۔ صابر چھُ پنُن نفس گناہ کرنہٕ نِشہِ پتھ رٹان۔ صبر کرن وول چھُ خدایہٕ سندِس یژھنس پیٹھ تن بہ رضا آسان۔صبرٕ ے چھُ اِنسانس بیٚیتہِ کہو تتہِ اوبرٕوے دِوان۔

ژٕوک تہٕ مُدُر، ٹیوٗٹھ تہٕ زہر  خوٗنِ جگر یُمی اوہرٕ کھیو
یُمی پیٚژ ہیٚژ ے ژبڈ تہٕ قہر  سہٕ تتھ شہرٕس گژھتھ پیو

ژالُن چھے وُزملہٕ تہٕ ترٛٹے  ژالُن چھے منڈین گٹہٕ کار
ژالُن چھُے پربتس کرنہٕ اَٹے  ژالُن چھے منزٕاُٹھس ہیوٚن نار
ژالُن چھُے پان کڈُن گرٹے  ژالُن چھے کھیوٚن ویٚہہ تہٕ گار

شُکر۔شُکر گوو خدایہِ سٕنزن نعمَتن تہٕ اِنعامَن ہُند زبانی ستی اظہار کرُن تہٕ دِلہِ

ستیٚ اِقرار کرُن۔ شاکر چھُنہٕ خدایہٕ سٕند طرفہٕ دِنہٕ آمژن نعمژن پنُن حق سمجھان بلکہِ چھُ تَمن خدا یہٕ سُند فضل تہٕ کرم زانان۔ شاکر چھُ عطا گرٕچھنس پیٹھ شکُر اَدا کران۔ مشکوٗر چھُ محروٗمی پیٹھ تہِ شکُر کران۔ شکُرگزارٕی تہِ چھُ توفیقِ الٰہی۔ شکُر چھُ سُہ یتھ منز یہِ احساس آسہِ زِ میے ہیوکنہٕ شکُر کرنک حق ادا کرِتھ۔ بندٕیوٚت زیادٕ خدایہٕ سُند شکُر کرِ، تیوٚت چھُ کم۔ پرٛتھ اکھ انگ چھُ خدایہٕ سٕنز نعمت۔ اَچھ گاش ہشہٕ نعمژ پیٹھ شکُر ادا کرُن گوو یہِ زِ عائبدارَن ہنز پرٛدٕ پوٗشی کرٕنی۔ کنن ہنزِ نعمژ پیٹھ شکُر کرُن گوو کانٕسہِ ہُند عأب بوٗزِتھ نہٕ وَنُن۔ خدا چھُ فرماوان زِ تُہی کرِو شکُرگزُارٕی بٕہ دِمو زیادٕ۔ صحیح حدیثس منز چھُ فرماونہٕ آمُت زِ جنتس کُن یِین سارِوٕے برونہہ تِم بُلاونہٕ ییم پرٛتھ حالس منز خدایہٕ سُند شکُر اداکران آسن۔ شکُر چھےٚ روٗحأنی قدرَو منزٕ اکھ اعلیٰ قدٕر۔

تندرستی چھےٚ نیامژ ساسا    گاسوٗ پھرا سا شکُر کر
کژٕے کارن سوخن اولاسا    تگہِ یے راتھ دِن خدأے سر

قناعت۔ یہٕ گوو کمس پیٹھ شکُر کرُن۔ یِنہٕ موٗجوٗد آسہِ تیٚمی آش نہٕ تھاوٕنی تہٕ یہِ میسر آسہِ تتھ پیٹھ سیرچشم روزُن۔ دپان عزت چھُ فرمانبردأری منز، ذلت چھےٚ نافرمأنی منز، ہیبت چھُ شبِ بیدأری تہٕ تہجدس منز، حکمت چھےٚ یوٚچھِ منز تہٕ ثروت چھےٚ قناعتس منز۔ قناعت چھُ اِنسانس منز اعتماد تہٕ خوددأری پأدٕ کران۔ قناعت کرن وألس چھُنہٕ خدایس وراے کانٕسہِ برونہہ کنہِ اتھہٕ دارنک حاجت پیوان۔ شیخ نوٗر الدین چھُ کم اَسِتھ تہِ زیادٕ شکُرگزأری ہُند اِظہار کران۔

بٕہ پأرِی کانگرِ تہٕ جندَس
یِمٕ وَندَس گرٕم ترِ رأچھی

بہو تہٕ بہومت نیاٛمژ وَندَس
نۆن تہٕ سئدرٕ کأنٛز چھُم یڈ راٛ چھی
ئہٕ کیاہ منگے قلاٛیہ قندَس
ہند تہٕ ہاکھ چھُم چھوٚت مانٛچھی

کانگر تہٕ پرأنی جنٛد چھہ اَمی ہندی رفیق، یِمو سٕہ ترِگٹہٕ کارٕ نشہِ محفوظ تھوو۔ نۆن تہٕ سئدرٕ کأنٛز چھہِ اَمِس یڈ راٛ چھ کران۔ ہند تہٕ ہاکھ چھہِ اَمی ہندِ خأطرٕ مانٛچھ حٔثیت تھاوان۔ تِکیازِ یہِ چھےٚ انسانہٕ ہنٛز مجبوری زِ سُہ یَتھ حالس تہٕ موقعہٕ محلّس منٛز زُوان چھُ، سُہ ہکہٕ نہٕ تمہِ نشہِ ژٔلتھ۔ انسان یہِ کینٛژا تہِ چھُ تہٕ یَتھ حالس منٛز چھُ، سے چھےٚ تٔسنٛز کُل کائنات۔ بقولِ ہائڈیگر (Heidegger)

"we can not jump out of our Historical Cultural and Linguistic skin."

دُنیاہکی کینٛہہ مذہب چھہِ رہبأنیتَس پیٹھ زور دِوان۔ رہبأنیت گوو دُنیا نشہِ فرار اختیار کرُن تہٕ گوپھن تہٕ غارن منٛز روٗزِتھ عبادت تہٕ نفس کشی کرٕنی۔ اگر اَتھ منٛز کانٛہہ رٕژر چھُ تہٕ سُہ چھُ انفرأدی۔ اجتمأعی سطحس پیٹھ چھُنہٕ اَمیک کانٛہہ اثر۔ اَتھ برعکس چھُ شیخ نورالدین جہدِ بقا خأطرٕ عملی مأدانس منٛز شریک سپدِتھ انسأنی معاشرٕ مضبوط تہٕ مربوٗط بناونہٕ خأطرٕ کأم کرنک قأیِل۔ گوپھن تہٕ غارن منٛز روٗزِتھ گُناہ نشہِ دوٗر روزُن چھُنہٕ تیٚوت بوڈ کمال یوٗت زَن اِنسأنی معاشرَس منٛز روٗزِتھ بدی یو نشہِ دامن بچاوُن تہٕ پٔزرَس تہٕ حقس پیٹھ ثأبت قدم روزُن اہم چھُ۔ گوپھن منٛز روٗزِتھ ہیٚکو صرف حقوق اللہ اَدا کرِتھ، یعنی تِم حقوق یِم صرف خدایَس

تہٕ بندس درمیان چھِ۔مگر حقوق العباد ہکو صرف اِنسانی معاشرٕس منزٕ ے اَدا کرِتھ۔ حلال تہٕ حرامس منز تمیز کرُن تہٕ خدمتِ خلق چُھ معاشرتی زندگی ہِنٛز واٹھ تھاوان۔ شیخ نورالدین تہٕ چُھ کینٛژس کالس غارنشین سپدان۔مگر پتہٕ گوس احساس زِ یہِ اُس غلطی۔اَوے چُھ یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ زور دوان زِ دین گوو زِ اِنسانی معاشرٕس منز روزِتھ قرآن تہٕ سُنتہٕ مطابق زندگی گذارٕنی ، نہٕ زِ عملی زندگی نِشہٕ فرار اختیار کرُن ۔

نصر بابہٕ جنگل کھسُن گیم خامی  مے دوٚپ یہِ آسہِ بڈٕ عبادت
وُچھ تہٕ یہٕ اُس بڑٕ بدنامی  سَرٕ اُس کرٕنی کُنی کتھ

وُنن پٔنزٕ تہٕ واندر آسن  گگر گوچھن برٕن واس
یِم پانژن وقتن اگہٕ مل کاسن  نِشہِ آسن بأژن تِمے چھِ خاص
گرٕ گراکس تاج لاگنس سرٕس  گرٕ کوٚر رسولِ خداین ہرس خوش آو

حرام نِشہِ بچُن تہٕ پانہٕ پننہٕ اتھو رِزقِ حلال کماوُن چُھ عبادت۔رزقِ حلال کماوُن چھُے اہم اسلامی قدٕر ۔

اصل یِم پننہٕ نٔے تھے کھنو  لُکہٕ ہنٛدِس زانن حرام چھُو
پننہِ زبأنی پوٚز دپَن تو  ژیٹو ژینتھ دِنٛس پھل ہِتی

اَتھے کن چُھ لوکُن ہُند حق غصب کرُن تہٕ منافقت کرٕنی ناپاک تہٕ بدعمل ۔

کندِ مو ماز لُکہٕ ہنٛدِس حقس  منأفقس لدٕن بورو
دوزخنہِ نارٕ لاگنس پاکس  اَدِ ناپاکس پھکھ یِیہِ ژوپأرو

حقوق العباد، صلہ رحمی تہٕ انصاف چھِ اہم اقدار۔ اللہ تعالیٰ چھُ فرماوان وَاَقِیمُوا الوزنَ بِل قسطِ ولا تُخسِرُالمیزان۔ (ناپ طول کُرِو پۆرٕ پۆرٕ تہٕ اَتھ منز مہٕ کُرِو پھیر)۔
اِنصاف چھےٚ سُہ اہم قدر یُس سماجس منز اعتدال تہٕ اَمن برقرار تھاونہٕ خاطر ضروری چھےٚ۔ تِکیازِ انصاف کرنہٕ ورأے ہیکہٕ نہٕ معاشرس منز پوشٕون اَمن قائیم روٗزِتھ۔ اِنصاف چھُ ایمانک جُز۔

ذکرِ اوراد یوٚد وظیفہٕ اُسی  ہیکہٕ کُس کُرِتھ ژےٚ ستی مان
کرِثہٕ کھوتہٕ ژوٗرٕ یوٚد انصاف اُسی  توٚے ستی لگی ایمان

اِنسانس گژھنہٕ یہِ گمان گژھن زِ سُہ چھُ زاٗہد تہٕ عاٗبد۔ تِکیازِ خداتعالیٰ چھُ زانان کُسُند عمل چھُ مقبول۔ اِنسان چھُ کران عبادت تہٕ اتھ ستی گژھِ ندامت تہٕ انکساری آسٕنۍ۔ شیخ نورالدین چھُ فرماوان

دوہس گزورُم نفلہٕ ہتھا  راتس روٗدُس زاگیے
یوٚد دوے کریم قبوٗلیتھا  نتہٕ ہوٗن زن پھیوُرس آگیے

گُناہ میأنۍ لکھنہٕ آے خطس  ووٗنۍ پیوم ژتبس گربکہٕ وِزِ نون
عاٗرفو لتھ دِژ اَوے راتس  شب روز ہورُکھ اَشہِ کنہٕ خوٗن
موٚدُر موٕ چھےٚ نداِمتس  ووٗنۍ پیوم ژتبس گربکہٕ وِزِ نوٗن

حسد چھُ اکھ بدترین جذبہٕ یُس اِنسانہٕ سنزٕن نیک عملن تیٚلکی پاٗٹھی زالان چھُ۔ یہِ چھ سُہ گناہ یُس انسانہٕ سنزِ زندگی ہُند سکوٗن ختم کُرِتھ مزاجس منز ٹیچھر پاٗدٕ کران چھُ۔ یہِ چھُ انسان سُند دین تہٕ دُنیاہ خراب کران۔ حدیثِ مبارک چھُ زِ حسد

چُھ نیکیَن تِھکن زالان اِتھکن لگرِ نار زالان چُھ۔ حسد کرن وول چُھ پانہٕ غمگین روزان تہٕ یلس سِتۍ حسد ورتاونہٕ ییہِ تَس پیہِ نہٕ کانہہ فرق۔ اللہ تعالیٰ چُھ قرآنِ شریفس منز فرماوان قُل اَعُوذ بِرَبِ الفَلَق مِن شَرِّ ما خَلَق ---وَ مِن شَرِ حاسِدٍ اِذا حَسَد۔ (ٔیہ چُھس خدالیس تمام مخلوقن ہندِ شرٕ نشہِ پناہ منگان تہٕ بیہ حأسِدَن ہندِ حسدٕ نشہِ)۔

حأسِد چُھنہٕ خدایہٕ سِندِس یِرِھنس پیٹھ رأضی آسان۔ اَوٕ کنۍ چُھ یہ عزت تہٕ وقارٕ نشہِ تہٕ محروٗم روزان۔ حأسدٕ سنز علامت چھےٚ یہ زِ سُہ چُھ برونہہ کُنہِ چاپلوٗسی کران تہٕ اَچھو پتہٕ کُن غأبت کران۔ یێلہِ کأنسہِ پیٹھ مصیبت ییہِ، حأسِد چُھ خوش گژھان۔ حأسِدَ چُھ ناقأبلہِ بھروسہٕ آسان۔

> أندرٕ کرٛوٗد تژاوکھ نتہٕ   نیٚبرٕ کرٛوٗل کندے
> اَنتہٕ مل کاسکھ نتہٕ   چھوٚنی ووتھہٕ پیٹھ کندے

> جوٗرٕ روٗستے جہازٕ توٗرُم   موٗرُم، ژکھ، رٕش تہٕ موٚہہ
> شوٗدِ ووندٕ رٕہتی صاحب گوٗرُم   اَدٕ پرٕ زٕنوٗوُم پنٕن زوٗ

**غصہٕ یا شرارت۔** غصہِ چُھ عقلہِ کھوان تہٕ ہوش راوٕران تہٕ زبأنی منٛزٕ تہٕ چُھ ناسہٕ تژاسہٕ نیران۔ کُنہِ ساتہٕ چُھ اَتھہِ تہٕ ووتھان۔ اَوٕ کنۍ چھِ شرارتکۍ نقصانات بےٚ حساب۔ کُنہِ ساتہٕ چھِ اِنسانس پۆرٕ عمرٕ اَمکۍ کُنڈۍ کرٛنی پیوان۔ اَمہِ نشہِ بچنُک احسن طریقہٕ چُھ یہ زِ اَسۍ کرٛو معاف تہٕ درگُزر۔ تِکیازِ خدا چُھ الرحم الراحمین تہٕ یہ چُھ تٔسند صفت۔ رحم کرُن چُھ تَس پسند یِوان۔ غصہٕ تہٕ شرارت چھِ اِنسأنی رشتٔس نہٕ صرف مُتأثر کران بلکہِ چھِ نفرت تہٕ نااِنصأفی فروغ دِتھ سمأجی رشتٔس منز فساد پأدٕ کران۔

علمٕک بور لۄ دبکھ خرن کرن گوناہ بندگی صاحبٔنۍ
حسدٕ نفاقہٕ پزٕکتھ برن تم حوالہٕ کٔرِکھ شیطانٔنۍ

**حرصِ دُنیا۔** یہِ چھ خدایہٕ سندِ محبتہٕ نِشہٕ دۄر تھاوان۔ حرصِ دُنیا ستؠ چھ دُنیا کماونٕک جذبہٕ غالب گژھان تہٕ دِلس منٛز چھنہٕ خدایہٕ سُند محبت روزان۔ أمِس چھ زندگی ہُند مقصد مُشِتھ گژھتھ دُنیا ٹوٹھ گژھان۔ یؠلہِ صرف دُنیا وٕتٕنؠ مطمحِ نظر بنہٕ، تیٚلہِ چھنہٕ پتہٕ حلال تہٕ حرامٕک تمیز تہِ روزان۔ پُزس تہٕ اپزِس درمیان فرق کرنس چھ معنی راوان۔ حدیثِ مُبارکس منٛز چھ وَننہٕ آمُت زِ دُنیاہک محبت چھ سارِنٕے گُناہن ہنٛز بُنیاد۔ اَمہِ نِشہِ بچنہٕ خاطرٕ پزٕ پرٛتھ وِزِ موتٕک تصوٗر برونٛہہ کنہِ تھاوُن تہٕ دُنیاکہِ عارضی آسنٕچ حقیقژ ہُند احساس کرُن۔ اگر اِنسان صرف دُنیاہ بزٕ گژھ تیٚلہِ چھ موت اکھ مُصیبت باسان۔ فضول خرچی ہُند عادت چھ گژھان یمہٕ ستؠ دُنیا کماونٕچ زیادٕ ضروٗرت تہٕ لالچ بڑان چھےٚ۔

صبر یۄ دکرکھ سٕے بووِ چونو یہِ لانہٕ آسی تہٕ اَتھٕ تیٖی
ژٕ یۄ دکرکھ میون تہٕ میونو اَدٕ دِیمُت اتھہٕ ژٕرے ہیٖی

**بُخل یا کنجوٗسی۔** دُنیا تہٕ مالُک محبت چھ اِنسانس منٛز بُخل تہٕ کنجوٗسی ہُند عادت پاٚدٕ کران۔ اَمہِ ستؠ چھ سُہ زکوٰت، قُربانی، تہٕ غریبن ہُند حق دِنس منٛز یا تہٕ کوتاہی کران یا اَتھہٕ وٹان۔ یہِ چھ خدایس نزدیک گُناہ گار بنان تہٕ لُکن ہنٛزن نظرن منٛز گران۔ بُخل چھنہٕ خدایس نزدیک وا تنہٕ دِوان تِکیازِ بُخل چھ تَس ناپسند۔ سُہ چھ خدایہٕ سنٛز وَتہِ منٛز خرچ کرن والٮ۪ن تہٕ سخاوت کرن والٮ۪ن پسند کران۔ شیخ نوٗرالدیٖن چھ یہِ کتھ ونان۔

کندیو کۆرُتھ میونُے میونُے    کینژا دِتو تھنزے وَتے
ژنو کأنسہِ ہُند کانہہ نو چونُے    واہ زوو پایس پتو

کم کھیوٚن۔ شکم پرستی ہتی چھ انسان واریاہن دولابن منز ہینہٕ یوان۔ زیادٕ کھیوٚن چھ انسانہٕ ہندس نفسِ اَمارس متحرک کرِتھ روٗحانی قوتن کمزور کران۔ انسانس پزِ تیوٚتُے کھیوٚن زِ ونہٕ آسہِ بوچھِ باقی۔ کم کھینہٕ ہتی چھِ اِنسانہٕ ہندی ہنگہٕ منگلی غم کم گژھان۔ دل چھُ صاف روزان تہٕ خدایہ سُنزن نعمژن ہنز پأرزان چھےٚ گژھان۔ دِلس منز چھُ خدایہ سُند محبت پأدٕ گژھان۔ نرمی تہٕ ندامت چھےٚ پأدٕ گژھان۔ ذکرِ خدا تہٕ دُعا کرنس منز چھُ لزت یوان۔ برأیی تہٕ سرکشی ہُند جذبہٕ چھُ دَبان۔ خوفِ خدا چھُ پأدٕ گژھان تہٕ نفس چھُ شرپسندی نِشہِ لوٚب روزان۔ خوأہشاتِ نفسن پیٹھ چھُ قابوٗ پراوُن آسان گژھان۔ طبعیت چھُ لوٚت روزان تہٕ نِندر چھےٚ کم یوان۔ عباداتن منز سُستی چھےٚ دوٗر گژھان۔ طبعیتس منز چھُ جھکاو تہٕ صلہ رحمی ہُند جذبہٕ ووتلان۔ یہٕ چھُ حرص تہٕ لالچہٕ ہُند عنصر کمزور کران۔ فاقہٕ روزُن چھُ اہلِ سلوٗکن ہُند خاص طریقہٕ۔ شیخ نورالدین چھُ أتھی اصوٗلس پیٹھ عمل کرنہٕ خأطر ونان۔

کھینہٕ کھینہٕ منشو کُن نو واتکھ    نہٕ کھینہٕ گژھکھ اَہنکأری
سُمے کھےٚ مالہِ سُمے روزکھ    سُمے کھینہٕ مُژرنے برنبن تأری

پأکی چھےٚ بیاکھ اہم صوٗفی قدر۔ اَمیک مطلب گوو نہٕ صرف بدن پاک تھاوُن بلکہٕ تن پاک تھاونہٕ علاوٕ من تہٕ پاک تھاوُن۔ شرک ترأوِتھ توحیدُک اِقرار کرُن۔ اوصافِ مذموٗمہ نِشہِ لوٚب روزُن۔ اللہ تعالیٰ چھُ قرآنِ پاکس منز فرماوان تعمروُنَ بالمعروُفِ و تنھونَ عن المُنکر (نیک کامن ہُند کرُو تلقین تہٕ برکامو نِشہِ رُکأوِو)۔ اِنسان یُس تہٕ

عبادت یا عمل کرِ، سُہ گژھ بڑ دِلہٕ تہٕ تن تہٕ منچہٕ پاۓ کی سان کرنہٕ یِنہٕ۔ اللّٰہ تعالیٰ چھُ قرآنِ شریفس منز فرماوان اِنَّ صلوٰۃَ تنھا عنِ الفحشا والمنکر (بیشک چھےٚ نماز فوٲحشاتو تہٕ بیچھ کامو نِشہٕ پتھ رٹان)۔ فوٲحشات گے بڑٕ گُناہ تہٕ منکر گوو خدایہٕ سٕندِ حُکمچ عدوٗلی تہٕ گناہ کرٕنی۔ فوٲحش چھِنہٕ محض گُناہ بلکہِ چھِ تمام گناہن ہنز بُنیاد۔ کلامہٕ پاک چھُ یہ کتھ ؤنتھ فوٲحشن ہنٛدِ شدٕتک احساس دِوان، لا تقربُو زِنا (زِناہس نزدیک تہٕ مہٕ گژھِو)۔ پاکبٲزی چھےٚ ہدایتک دروازٕ کھولان تہٕ ناپاک چھُ نامراد۔

پر زنین کنٛدِ کرَکھ نالہٕ مُتی کنٛدیو کرکھ یم مُتیٚ خیال
بازرٕ نومولہٕ میلان یاوُن ییتی کنٛدِ ژٕ کاژس اِنکھ لال

عاشق تم یم پاک رچھن بدن لاشک حوٗرٕ واتنکھ خُدمہ ٕ
آہ تہٕ ووشہٕ لیٚدرکھ بدن دبو گنہٕ موکھہٕ ڈیشِن صورژٕ
بہشتس برونٹھ تمے پان لدن یم ییتہٕ لولہٕ تہنٛدِ ودن یژٕ

شیخ نورالدین چھُ اسلامی عقیدن ہنزٕ روشنی منزٕ انسٲنی اقدارن ہنز تشریح کران۔ یم چھِ یِتھہ زِ انسان کرِ یِمنے اقدارن ہنزِ روشنی منز پننہٕ نِس پانس منز ضبطِ نفس یا ذاتی رہبری حاصل۔ توحید، رسالت تہٕ قیامت ہِوی تصور چھِ اُمی سٕند بن اقدارن ہنز بُنیٲدی اساس۔ اِتھےٚ کن چھےٚ عرفانِ ذات تمام اخلاقی قدرن ہنز بُنیاد۔ اِنسان زانہِ زِ تٔمسنز حقیقتھ کیاہ چھےٚ۔ اللّٰہ تعالیٰ چھُ قرآنِ شریفس منز فرماوان زِ مے کوٚر انسان اکہٕ حقیر تہٕ ناپاک نُطفہٕ پیٹھہٕ پٲدٕ۔ یہ چھُ اَکس بےثبات دُنیاہَس منز ترٛاونہٕ آمُت، یتھ منز یہ پانہٕ تہٕ عارضی چھُ۔ییلہٕ پننہٕ نِس ذاتس سام

ہیہِ، تَس نَنہٕ زِ سہٕ چُھ مخلوق تہٕ تسُند خاألق چھ مأ لِک کل تہٕ اِنسانس چھ تسی نِش واپس واتُن۔ أمی سُند مقصد زِندگی گژھ صرف رضاے الٰہی آسُن۔ اِتھے کن چُھ معرفت اکھ اِنعام، روحأنی تصوُر یا رۄحأنی قدر تہٕ اَمہِ معرفتُک حصول چُھ صرف تصفیہ قلب کہِ ذریعہ ممکن۔ نتہٕ چھےٚ پرٚتھ عمل شیطأنی عمل بنان۔ اگرنہٕ سأ لِکہٕ سُند دِل صاف آسہِ تیٚلہِ چُھ معرفت لبُن دشوار۔ شیخ نورالدین چھ اسلأ می نظریہ کاینات تہٕ نظام اقدار کِس حدودِ اربعس منٛزٕ ے پننہِ شأعری ہنز خمیر تیار کران۔ أمی سنزِ شاعری منز بروتھہ کُن پننہٕ وأ لی اقدار چھِ، تصوف کِہن عمومی نظامِ اقدارَن تہٕ مسلمانَن منز متوأتر رأئج رۄزی متی عقأیدَن مطأبق۔ امام غزأ لی تہٕ میر سید علی ہمدانی (شاہِ ہمدان) ہنزَن مختلف کتابَن منز درج ضبطِ نفس، توکل، استغنا، رضاءِ الٰہی، قربِ الٰہی، طہارت یا پأکیزگی، اخلاص، عشق، ذکر و فکر تہٕ فقر ہوٚ بن اقدارَن ستی چھےٚ أمی سنز شأعری ہم آہنگ نظرِ یوان۔ رزقِ حلال کماوُن، حقوق العباد، احترامِ آدمیت، صلہ رحمی، عدل تہٕ انصاف چھِ أمی سنزِ شأعری ہندی اہم اقدار۔ یہِ چُھ رہبأنیت بجایہِ عملی زندگی منز متحرک رۄزِتھ ایماندأری ورتاونس پیٹھ زور دِوان۔ شیخ العالم چُھ محبت، اتفاق، اتحاد، احترام تہٕ مِلچار ہشن اسلأمی تہٕ آفأقی بُنیأدن پیٹھ اِنسأنی رشتہٕ اُستوار کرُن یژھان۔

وۄ کھشُن یتھ لیچہِ گرِتھ گے کیاہ کرِ پانژن دہن تہٕ کاہن

اَدِ کیازِ راوِ ہے کاہن گاو سأری سمہن یتھ رَزِ لمہن

# کتابن ہندی حوالہ


۱۔ شیخ احمد سرہندی ۔ مکتوبات۔ بحوالہ عبدالحق انصاری۔ تصوف اور شریعت صفحہ ۸۵۔۸۶

۲۔ پروفیسر رحمان راہیؔ کہہٕ وُٹ صفحہ ۱۲۸

۳۔ پروفیسر گلشن مجید۔ نقدِ شعر۔ صفحہ ۸

الرسالہ القشیر یہ۔ اُردو ترجمہ (روحِ تصوف) از عرفان بیگ۔

لل دید ۔ اکادمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

کلیات شیخ العالم ۔ اکادمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

شیرازٕ۔ (لل دید نمبر ۲۰۰۳ء)

دیوانِ غالبؔ۔

نوٗرِ عرفان۔ رنجوٗرؔ تلہ گامی۔

# رۄمانی کاشر شاعری منز اِنسانی اَقدار

رۄمانیت چھُ اکھ مبہم لفظ تہٕ نقاد چھِ اَمِچ مختلف تعریف پیش کران۔ روح، آزادی تہٕ فطرتس کُن رجوٗع کرُن فطری قانونن تہٕ قاعدن ہنز خلاف ورزی کرٕنی۔ اجتماعی ابتری بُند عکس پیش کرُن۔ پتھ کال پسندی۔ ہیئت شکنی۔ رِوایژن خلاف جنگ۔ لوگن پیرسل سمتھ (Logan Pearsal Smith) چھُ ونان زِ وسطی زمانن منز یِم عشقیہ داستانہٕ 'رۄمان' ناوٕ ستی لکھنہٕ آیہٕ، اگر کانہہ منظر تِمن ہندِس ماحولس یا فضاہس کُن توجہ پھران اوس، تتھ اوس رۄمان لقب دِنہٕ یوان۔ یِمن داستانن منز اوس تخیل واقعیتس پیٹھ غالب آسان۔یعنی فرضی کتھہٕ آسہٕ اصل واقعو کھوتہٕ زیادٕ اہمیتھ تھاوان۔ وُچھان وُچھان گوو یہٕ لقب مصوری ہندو منظرَو پیٹھہٕ ادبی تخلیقن کُن منتقل۔

بڈیو شاعرَو منزٕ چھنہٕ تِتھ کانہہ شاعر، یُس‌ندِس کلامَس منز نہٕ کُنہ کُنہ رۄمانی عنصر لبنہٕ یوان چھُ۔مگر امیک مطلب گوونہٕ زِ تِم چھِ رۄمانی شاعر، بلکہِ چھُ پزر یہِ زِ رۄمانیت چھےٚ تِہندِ کلامُک اکھ صِفتھ۔رۄمانیت چھنہٕ کُنہِ تمدُنس، زمانس یا اندازِ بیانس ستی مخصوص۔متروکاتن تہٕ بدعتن تہِ ہکِو نہٕ رۄمانیتھ وَنِتھ۔اسلوب شکنی تہِ چھنہٕ رۄمانیتھ۔ اِتھے کِن چھنہٕ رۄمانیتس تہٕ کلاسکیتس منز کانہہ مقابلہٕ۔اِتھکن قدیم فلسفہٕ مطابق خاک،

ہوا، نار تہٕ آب کاینا تکۍ زور جز اَسی، تتھے کُن چھُنہٕ کلاسکیتھ محض اَکھ جز، بلکہٕ چھے تمام جُزن مجتمع کرنک اَکھ طریقہٕ۔ کلاسکیتھ یَمن عنصرن جمع کران چھے، تموٚ منٛز چھُ رۄمانیتھ تہٕ اَکھ عُنصُر۔کلاسکیتھ چھے فنک صحت تہٕ مزازن ہٕندِ توازنک ناو۔

رۄمانیتھ چھُ اَکھ ذٔہنی رُدِیہٕ تہٕ زِندگی تہٕ خارجی دُنیاہس مُتعلق تخلیق کار سُند زاویہِ نگاہ۔ رۄمانیتھ چھے فنک اَکھ عُنصُر۔کلاسکیتھ یَمن عنصُرَن جمع کران چھے تموٚ منٛز چھُ رۄمانیتھ تہٕ اَکھ عُنصُر۔اَمیک مخالِف عُنصُر چھُ واقعیت، یعنی رۄمانیتس تہٕ واقعیتس منز چھُ تضاد۔ رۄمانیتھ تہٕ واقعیت چھُنہٕ فنکۍ نُقص بلکہٕ چھِ یم کلاسکیتس منز مۄجوٗد آسان۔تم شاعر یِمَن رۄمانی شاعر گنزرٕنی، یِمَن منز رۄمانی اوصاف غالِب آسَن۔ یعنی تم آسَن توازُن رَس عالمس منز باقی اوصاف دباوان تہٕ پسِ منظرس کُن تراوان۔ رۄمانی تہٕ کلاسیکی شاعری منز چھے بس یِہے فرق۔ ٹامس کیمبل (Thomas Campbel) سُند مشہوٗر مصرٕ چھُ ''دوٗربر چھُ نظارس اَکھ طلسمی کیفیت بخشان''۔ یہِ دوٗربر چھُ چیزن ہٕندِس نقش و نگارن منز اَکھ گیچر، آہستگی تہٕ گھلٹ پادٕ کران۔ یِیلہٕ اِتھی ہوٚی صفت جذبن منز پادٕ گژھن، تِمن منز چھے نرمی، لچک تہٕ ابہامُچ کیفیت پادٕ گژھان۔ رۄمانیت خاطر چھِ یِیے خصوٗصیژ مرغوٗب۔اَتھ منز چھُنہٕ واقعیت پسندی بلکہٕ چھُ تخلق کار خارجی دُنیاہ نِشہٕ تعلق کم کرِتھ پننِس داخلی تہٕ اندرِمس دُنیاہس منز محو سپدان۔ رۄمانیت چھے خارجی تجربو نِشہٕ بتھی پھیوٗر گژھتھ داخلی تجربن منز آور روزنک ناو۔ یہِ چھے ادراکاتن مقابلہٕ تخیلس ترجیح دِوان۔

رۄمانی لمحات چھِ پرٛتھ شاعرٕ سٕندِس کلامس منز آسان تہٕ پرٛتھ شاعر چھُ

مختلف اَدوارَو مُنزٕ گُزرِتھ کُنہِ رۄمانی تہٕ کُنہِ کلاسیکی نظرِ یِوان۔ ہومر، دانتے، شیکسپیر تہٕ گویٹے چھِ مغربی شاعرَن منز بڈٕ ووستاد گُزرَنہٕ یِوان۔ یِم ژۄ نوٚوے چھِ اِتھو تجربو منزٕ گذریامتی۔ فِلسفس تہٕ اَکھ رۄمانی پہلو مثلاً عینیت یا مثالیت۔ رۄمانیت پسند چھِ تخیلی دُنیاہس ترجیح دِتھ، خارجی دُنیاہس فریب قرار دِوان۔ یہے تصور چھُ رۄمانیتُک رُح۔

بلیک چھُ وٕرڈس وٕرتھس ٹانہٕ ژٹان زِ "وٕرڈس وٕرتھ چھُ فطرتس ستی محبت کران تہٕ فطرت چھُ کارِشیطان"۔ اصل اوس بلیک سُند اعتراض یہِ زِ وٕرڈس وٕرتھ کیازِ چھُ خارجی دُنیاہس ستی مصالحت کرنس پیٹھ آمادٕ۔ بلیک چھُ بروٚنہہ کُن ونان زِ

پانس مُتعلق چھُس بہٕ یہِ دعویٰ کران زِ بہٕ چھُس نہٕ خارجی دُنیاہس کُن اَچھ تہِ تُلان۔ میانہِ باپتھ چھُ خارجی دُنیاہ اَکھ رُکاوٹ نکہِ مددگار۔ مے یِیہِ یہِ پرٛژھنہٕ زِ ییلہِ آفتاب نیران چھُ، ژےٚ چھےٚنا یہِ اَکھ تیوٚنگل ہش اشرفی لبنہٕ یِوان؟ نہ نہ مے چھےٚ اَکھ تارکھموٗٹھ لبنہٕ یِوان، یُس بڈٕہتہِ یہِ حمد پران چھےٚ زِ پاک چھےٚ خُدایہِ سنز ذات، یمہٕ سندس جلوٕس مقابلہٕ یہِ آفتاب اَکھ ذرٕ چھُ۔ بہٕ چھُسنہٕ پننہِ ظاہری نظرِ کیٚنہہ وُچھان۔ اِتھہٕ پاٹھۍ نہٕ بہٕ دارِ کنۍ وُچھتھ کُنہِ نظارس مُتعلق سوال پرٛژھان چھُس، تِتھےٚ کُن چھُس نہٕ بہٕ جسمانی اَچھن تہِ کیٚنہہ پرٛژھان۔ بہٕ چھُسنہٕ خارجی دُنیاہ وُچھان، بلکہِ چھُس اَتھ اَکھ پردٕ زانتھ بروٚنہہ پکان۔ !

شیلےِ سُند تصوّر اوس صوفیانہِ تصوّرٕ نِشہِ مختلف۔ تِمٕ سُند عقیدٕ اوس زِ اِنسأنی زندگی ہیٚکہِ محبتِکہِ ذٔریعہِ کأمل بناونہٕ یِتھ۔ أمی سٕنز شأعری چھےٚ محبتِکِس شانٔس منٛز اکھ مسلسل قصیدٕ۔

رۄمأنی شأعرس چھُ فطرتکین خأرجی جلوٕن منٛز تہٕ بأطنی تجربن ہُندے پرتو درٛینٹھی یِوان۔ فطرت چھُنہٕ اَمِس نزدیک أندرمہِ تہٕ دأخلی دُنیاہ وَرأے کہیں۔ ییٹسہِ ؤرڈس ؤرتھ یہِ ونان چھُ زِ نالن تہٕ کوٚلن ہُند محبت اوس تٔسند اکھ لولہٕ ہوٚت جذبہٕ، اَمہِ ستی چھُنہٕ سُہ فطرتس ستی لگا و ظأہر کران، بلکہِ چھُ سُہ شعوٗرِ حُسنُک اعلان کران ۔رۄمأنیت چھُ اکھ مزاج، اکھ ذہنی رٔویہٕ، اکھ انداز تہٕ تجرُبہٕ۔ اوٚ کنی چھُ اَمیُک تعلُق تخلیقی فنکس تصوٗرس ستی آسان، نہٕ زِ اَمِکس اسلوٗبِ بیانٔس ستی۔ شأعری منٛز چھےٚ ہیٔت اکھ تخلیقی مسلہٕ۔ یہِ چھےٚ کُنہِ نظمہِ ہندِس مجموٗعی تاثرس منظّم کرنٔس تہٕ شکلاوٕنس، مجموٗعی کیفیت عطا کرنٔس یا تصوٗرٕچ وحدت کرنُک ناو۔ رۄمأنی شأعرَن خأطرٕ چھُ یہِ تکنیکی مسلہٕ ثانوی حیثیت تھاوان۔

رۄمأنی شأعری ہندی چھِ کینہہ خاص انہار۔ مثلاً پٔتھ کال پسندی۔ شأعر چھُ پٔتھ کالس منٛز پنٕنہٕ حقیقتھ تلاش کران۔ اَتھ منٛز چھُ شأعر پرانین بادشاہن مُتلق، پرانین کھنڈرن متعلق ذِکر کران۔ اَتھ منٛز چھےٚ قدامت پسندی ہنٛزٕ مثالہٕ میلان۔ یہِ سوٗرے چھُ قدیم کالٕکۍ اِنسانہٕ سٕنز ذِہنی پأداوار۔ شأعرٕ سٕندِس ایگوٗوس چھُنہٕ یَتھ دورس منٛز تسلی میلان، اَوٕ کنی چھُ سُہ پٔتھ کالہٕ کین رنگین خوابن منٛز تسلی ژھانڈان۔ یہِ سوٗرے چھُ Idd اِڈٕ ہُند قدیم کالٕکۍ مزاژ۔

نرگسیت۔ (Nercissism) اَمیُک مطلب گوو پانٕسے محبت کرٕن۔ شأعر یہِ کینٛژھا وُچھان چھُ، سُہ چھُ تتھ پنٕنِس رنگس منٛز رنگان۔ رۄمأنی شأعری منٛز چھےٚ جایہِ جایہِ قوم پرستی تہٕ علاقہٕ پرستی بیترٕ نظرٕ گژھان۔

اِڈِپس کمپلیکس۔ اَتھ شاعری منز چھ پَنہٕ نِس اصلیتس منز واپس گژھنکہٕ جبلتُک اِظہار آسان۔

سادیت۔ یہٕ گوو پانس اِذا دِوناوُن تہٕ پٔنن پان ووتھراوِتھ یا آیَتِن تھاوِتھ تسلی حاصل کرُن ۔ یہٕ چھےٚ نسوانی جبلت۔

مساکیت۔ اَمیُک مطلب گوٚو بِکس اِذا دِتھ حظ تُلُن۔اَمہٕ علاوٕ چھِ روٗمانی شاعری منز خوفُکی منظر یا سین تہٕ آسان۔

کاشرِس ادبس منز چُھ روٗمانی شاعری ہُند آغاز حبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنزِ شاعری سٕتی گژھان تہٕ وُہمہٕ صدی ہُند مجوٗر چھ اَتھ عروٗجس واتناوان تہٕ یہٕ سِلسِلہٕ چھ برابر جاری۔ حبہٕ خوتوٗن چھےٚ للہٕ دیدِ ہٕنز مابعدالطبعیاتی یا سری نٔہج تہٕ شیخ نوٗرالدین ولی ہٕنز اخلاقی تہٕ روٗحانی تراوِتھ، خالص ارضی تہٕ اِنسانی جذبات پیش کرِتھ، روایتی کاشرِ شاعری منز موضوٗع تہٕ اسلوٗبہٕ رنگی نوبر پاڑکران۔ ییٚلہٕ زن لل دیدِ ہٕنز شاعری پوٗرپاٹھی خدا مرکز چھےٚ، تہٕ چھےٚ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنز شاعری انسان مرکز۔ لل دید تہٕ شیخ نوٗرالدین چُھ روٗحانی تہٕ حتمی پزر تلاش کرنُک اظہار کران۔ حبہٕ خوتوٗن چھےٚ اِنسانی ضروٗرژ، باہمی محبت تہٕ ہم آہنگی وٕنی دِوان۔ کاشرِ شاعری ہٕندِس تناظرس منز یِنہٕ واجِنہٕ یہٕ تبدیلی چھےٚ کاشرِس ذہنس اِنسانی مسلن، دل چسپِین، خواہشِن، ووٚمیدن، ناکامیَن، ذہنی اِنتشارَن، پریشانین تہٕ کشمکشن مُتعلق سوچنس پتھ آماد کران۔ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنز شاعری منز چھِ اَسی گوڈنِکہٕ پھِرِ محسوٗس کران زِ اِنسان چھنہٕ صرف اخلاقی ذِمہٕ وارِیہٕ نگہہٕ والنُک یا فرض اداکرنُک اکھ ذٔریعہٕ، بلکہٕ چھ یہٕ محبت تہٕ خوشی ہُند پیمانہٕ تہٕ۔ یہٕ دگ تہٕ انسانی فِراقُک کرب چھ اَسی یِمَن ارضی شاعرانہٕ تہٕ لکہٕ لِجن منز محسوٗس کرِتھ ہیکان۔

لل دید تہٕ شیخ العالمنہٕ عقیدتی نٔہجہٕ پتہٕ چھےٚ کاشرِ شاعری منز واریاہس کالس

ژھوپہ روزان۔ پتہٕ آیہِ حبہٕ خوتوٗن کاشُرِ زبانۍ باپتھ نوٚو ژوٚز ہتہٕ ہتھ۔ اَمۍ سٕنزِ شاعری منٛز چھےٚ تِمن حقیقژن ہنز باوتھ، یِمو کاشُر وولُمت اوس تہٕ تِسند سماجی تہٕ سیاسی رو تبہٕ مدٕ وولُمت اوس۔ یِم حقیقژ آسہٕ ٹٲچھِ تہٕ کرتچھِ۔ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہُند سمٲج اوس تِمن سارِنے بدعتن منٛز ہنہٕ آمُت یِم اَکہِ جاگیرداراہنہٕ سماجٕچ خصوصیتھ چھِ۔ حبہٕ خوتوٗنہٕ بناوِ یِم سماجی حقیقژ پنٕنہِ ذٲتی حقیقژ تہٕ ذٲتی تجرُبن ہِندِ رنٛگۍ کرِن اِہنز باوتھ۔ (حالانکہ کیٛنہہ عالِم چھِ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنزِ شاعری اَکہِ ذٲتی تجرُبٕچ باوتھ سمجھان تہٕ اِتھہٕ پٲٹھۍ اَمۍ سٕنزِ ذٲتی زندگی ہُند منظوٗرنامہٕ یا سرگذشت)۔ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنز شاعری چھےٚ سماجی حقیقتھ پسندی ہنزِ شاعری نکھہٕ تہٕ کاشُرِ شاعری منٛز اِژھ گوڈنٛچ کوٗشِش۔

اَمہِ شاعری ہنز ہیٔت تہٕ اَمچہٕ باوژ ہندۍ وَل چھِ کاشُرِ لَلہٕ شاعری ہنزِ رِوایژ پتھہٕ ہنہٕ آمٕتۍ۔ حالانکہِ اَسۍ ہکو حبہٕ خوتوٗنہٕ برونہہ لَلہٕ شاعری ہنز کانہہ رِوایتھ دستیاب نہٕ آسنہٕ کِنۍ پتہٕ ژٕنتھ زِ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنزِ اَمہِ قسمچہِ شاعری دِیُت برونٹھ پکنٕتھ کاشُرِ لَلہٕ شاعری ہیٔت تہٕ مزاج۔ بقولِ پروفیسر گلشن مجید

"حبہٕ خوتوٗنہِ ہندِس تقلیدٕس منٛز یا شاید لَلہٕ شاعری ہندِس
تقلیدٕس منٛز روٗز بیشتر کاشُر شاعری زنانہٕ لہجہٕ ہتھ جذبٲتی
مزازٕچ باوتھ کران"۔ ۲

یہِ اَس تِمن دوکھن تہٕ سِتمن ہنز باوتھ، یِمن اَمہِ وَقتک سیاسی تہٕ اِقتصادی نظام زَنم دِوان اوس۔

ژٕ کمیو سونہِ مِیانہِ بژم دِتھ نیٖوٗنکھو
ژےٚ رٕکھوزِ گیۍ مِیانۍ ڈےٚ

وانس اوسم مالا ژٕستھ سورٕ ے عالم وُچھنے دژام
مال ییٚلہِ روٗدم مول گوم ؤستھ دوہ درِ یامت لؤستھ گوم

پٔشہِ پیٹھہِ آیے شِنہٕ تھرٕس ؤستھ بونہٕ کنہِ منڈٕ نے دژایس کھژاو
لگو وتہٕ واوس أسی یم بٔستھ دوہ دریامت لؤستھ گوم

حبہٕ خوتونہِ ہنز شاعری چھےٚ دُبارٕ لگہٕ زبأنی نزدیکھ یِوان تہٕ زمینی علامژ تہٕ اِستعارٕ ورتأوِتھ سیٚدسیوٚد تہٕ خألص اِنسأنی جذباتن ہُند اِظہار تہٕ اکھ سنہٕ ؤنی لگہٕ لے بروٗنہہ کُن انان ۔

شژاونس شین زن بو گلان آیس
یاونہٕ پھوٚج مے ہی
چونے باغ تے ژٕ ے ولو چھاوان
ژٕ ے رکھوزِ گیی میأنی ژٕ ے

بٔہ چھسے زمین ژٕ چھکھ اسمانے
سیرٕس ژٕ چھکھ سرپوش
بٔہ چھسے نِیامتھ ژٕ چھکھ میزمانے
چھاو میأنی دأنے پوش

وولہٕ ویٚسی گژھوَے کریٚژھے لٔکہٕ مُتی تٕجنٕس رٕبژھے
تٕمن تے مٕیون ہیٚوٗ گژھے وولو مِیانہِ پوشے مدٕ نو

حبہٕ خوتوٗنہِ چُھ دُنیا ہچہٕ ناپایدأری ہُند احساس۔ یہِ چھےٚ یتھ دُنیاہس اَکھ عارضی پڑاو تہٕ سرایے فأنی زأنتھ پننہِ پأنکہِ اوٗژھ تہٕ أویِل آسنک اِظہارکران۔

اوٗژھ زٕو میون گوٗژھ لُسٕن یے پوٗژھ نَے یو ر روزنہِ آو
کأٹلی آسہم گرٕ گژھن یے مدٕن کو ر کُن یے گوم

تتہِ کٔری زِہم پٔنُن سایے ییٚتہِ آسہم مشٔرُن تاو
حبہٕ خوتوٗن نادا لایے منز سَرایے لوٗسُم دوہ

یہِ اُس اَکھ حساس ذِہن تہٕ لولہٕ ہوٚت دِل تھاوَن وا جنی شاعر۔ یہِ اُس اِنسانس درپیش فطری کوتأہیو، کمزوٗرِیوَ تہٕ درپیش خطرَو نِشہِ وأقف۔ یہِ أسنہٕ صرف پننہِ ذاتہٕ خأطر متفکر، بلکہِ اُس تمام عالمُک رُت کانچھان۔

حبہٕ خوتوٗن عرضا کرَے رَبہٕ سوزتَم فصلیچ ناو
کُل عالم یُتھ تارٕ ترے دوہ درے لوٗسِتھ گوم
أنہٕ بوٗنگرِ مےٚ تراو نرے زان بربما چُھے سمسار
گژھنہٕ برونٹھے گژھنےٚ ژھرے دوہ دَرے لوٗسِتھ گوم

یہِ چھےٚ دُنیاہکی سٔنی ووٕگنی وُچھتھ ووشلان تہٕ اَمیک پژتھ بدلوٗن رنگ چھُ اُمِس مُتأثرکران۔ یہِ چھےٚ اِنسانہٕ سٕنز وجوٗدی کوتأہی زِ اَمِس چھنہٕ خبر زِ بتھہِ کیا سپدِ۔ اَوٕ کنی چھےٚ یہِ پننہٕ نٔس انجامَس متعلق فِکرمند تہٕ خوف زدٕ۔

رؤمانٔی شاعرَس چھُ فطرتَس ( نیچرَس ) ستی اَکھ اَژھبن واٹھ۔ یہِ چھُ فِطرتکبن رموٗز و اَسرارَن سنان تہٕ نتیجہٕ اَخذ کران۔ حبہٕ خوتوٗن چھےٚ فِطرتکہِ حوالہٕ اِنسانٔی زِندگی ہِندِ زَوال پزیٖری ہُند نقشہٕ ووتلاوان۔ یہِ زوال پزیٖری چھےٚ لوٗت لوٗت تہٕ بےٚ شوٗنکھی پأٹھی عملہِ منز یِوان۔ کأنسہِ چھنہٕ کنوکن خبر گژھان۔ اَوے چھےٚ یہِ وبسن پزٕژھان زِ توہہِ ما آو سہٕ نظرِ، یُس میے رَسہٕ رَسہٕ گالان تہٕ مَدٕ والان چھُ۔ تکیازِ شاعرَس چھُ پننہِ زوال پزیٖری تہٕ تمہِ روٗحانٔی کربُک اِنتہأیی سون احساس یتھ منز سہٕ ہبنہٕ آمُت چھےٚ۔ یہِ احساسِ زیاں چھُ سبٹھا ہمہ جہت تہٕ سون۔ یہِ چھُنہٕ محض شخصی یا ذأتی راوَن تیوٗل بلکہ چھُ تمہِ اجتمأعی راوَن تیٖلچ تہٕ عکأسی کران، یَمیُک اَکھ اہم کردار سو پانہٕ تہٕ چھےٚ۔

توہہِ ما ڈیوٗنٹھوٗن سہٕ ہے یِمی بہٕ دوہے گأمُت جنس

یہِ چھےٚ پننہِ کیفیت معروٗضی چیزٕ ستی بیان کران۔ اَکی سُند وجوٗد چھُ اکہِ شِنہٕ مانہٕ ہِندی پأٹھی، یتھ وَندَس منز شِشُر لگان چھُ۔ اَمہِ ساتہٕ چھےٚ یہِ سخت تہٕ ناقأبلِ تسخیر باسان۔ مگر یییلہِ ربتہٕ کوٗل ووت، یہِ شِشُر ہیوٗتُن پھُٹُن تہٕ یہِ چھےٚ وِبگلتھ آبہٕ جوین منز ہیٖر گژھان۔ یہِ اُس وَنچ یار، یہِ اُس ژندَن کُج، یتھ نأیلِن ژٕٹتھ توہہ کوٗر۔

ژلہٕ گنٕز لوٗگُم پوٗ ہے تاپہٕ ہارَن گأمُت جنس!
جویَن لأجنس دوہے یِمی بہٕ دوہے گأمُت جنس

پتھ وَنچ اُسس بوٗ ہے اَمی گوٗ ژلی وأجنس!
ژندَن دارَس کوٗرنم توہے یِمی بہٕ دوہے گأمُت جنس

یہِ چھےٚ شِنہٕ ماَنی تہٕ ژندَن گَجہِ ہِندی اِستعارٕ وَرتاَوِتھ اِنسانہٕ ہنٛز وجوٗدی حقیقژ ہُند اِظہار کران۔ اَمی ہِندِ شاعرانہٕ باوَژ ہنٛز چھےٚ یہِ خوٗبی زِ یہِ چھےٚ شِنہٕ مانہٕ تہٕ ژندَن گَجہِ ہِندِس اِنجامَس تہٕ اِنساَنی وجوٗدٕکِس زوالَس درمیان ہشُر پاَدٕ کران۔ اِتھےٚ کنہِ چھُ اِنسانَس تہٕ وارٕ وارٕ زوزُر اَژان تہٕ سُہ چھُ پنٕہٕنِس اَنجامَس واتان۔ فِطرتکہِ حوالہٕ وتلَن وول یہِ تاثُر چھُ پَرَن والِس ہِندِس ذِہنَس حرکتھ دِتھ، تَس وجوٗدی حقیقژ ژینہٕ ناوان۔ شاعرَس چھُ سوٗن احساس تہٕ یہِ یتھ صوٗرتِ حالَس منز ہینہٕ آمژ چھےٚ، سُہ چھُ اَمی سُند ڈیکہٕ لوٗن۔

| | |
|---|---|
| کیا لیٖکھنَم اَزلہٕ لوحے | اَستہٕ اَستےٚ زِ اُجِنَس |
| حَبہٕ خوتوٗن وُجِنَس موہے | یِمی بہٕ دوہے گاَ جنَس |

حَبہٕ خوتوٗنہِ ہِندِس کلامَس منز چھِہ ٹاکارٕ پاَٹھی تَمہِ وقتہٕ کِہن عصری حالاتن ہِندی اِشارٕ میلان۔ اَمی سُند شاعرانہٕ شعوٗر چھُ ہاوان زِ اَمہِ وقتہٕ تہٕ چھےٚ کاَشرِ زَنانہٕ تعلیم حاصِل کران آسمژ۔ مگر اَمہِ باوجوٗد اَسی زَنانہٕ طبقَس سماَجی سطحَس پیٹھ رَنگہٕ رَنگہٕ سِتَم ژالنی پیوان۔ کوٗر زینہٕ اُس دَندَس تَل گَنٛڈ گرِھان۔ ماَدی مفاداتن ہُند عنصُر اوس تیٖلہٕ تہٕ اِنساَنی رِشتَن ہِندِس میچھرَس منز ٹیٗچھر پاَدٕ کران تہٕ ہَش اُس نوشہِ ہم چیٖنی نَم دَگے کران۔ زَنانہٕ آسہٕ اِقتِصاَدی ماَدانَس منز تہٕ سرگرم تہٕ پینٛدرکتَن اوس یِہُند خاص کسب۔

| | |
|---|---|
| کوٗر زینہٕ یِکھ ہینہٕ زالو | کوٗر زینہٕ روٗزی پام |
| یِہہ اُستھ گرٕھی شالو | وو تھوٗ لالو پینٛدرے |

ہَشہِ دۄپنَم نۄش بچاری ژٕے کیا اوٗتھَم مالنہِ تَے
اَتھہِ چھنہِ رٔژنَم ہیتے گٔہی بو روزَے وارِ تَے

ژٕس ژٕس مو گرہا پندرو
کنزہن پھٔلہِ لہِ ملأیو

رۄمانیتھ چھِ محمود گامی ( ۱۷۶۵ء ۔ ۱۸۵۵ء) سٕنزِ شاعری ہُند بنیادی رٕوِیہ۔ یہے رٕوِیہ چھُ تٕہندِس شاعرانہٕ شخصیتس ووتھہٕ واشر دِوان۔ حُسن اِنسانَس منز اَسِتَن یا فطرتس منز، محمود گامی چھُ پرٛتھ آیہ حُسنُک طلبگار۔ اَمی سٕنز شاعری چھےٚ تٕہنز اَندرِم بیقراری، فراقچ دگ، آرزوٗیے وصال، آرزوٗیے تکمیلِ ذات تہٕ تٕہنز نفسیاتی رنجیدگی، ذاتی مجبوری تہٕ ژھرِرچ باوتھ کران۔ لُکھ اَسن یا بین الانسانی معاملات اَسن یا معاشرَس منز پیش ینہٕ وٲلی حارٕثاتھ اَسن، محمود چھُ رۄمانی رٕوِیسے پانناوان۔ باسان چھُ محمودَس چھُ کیاہتام زبردس راوَن تیوٗل۔ تٕہنز شاعری چھےٚ تمی ہٕندِس مِثالی محبوبہٕ سٕنز اَژھبن نغمہٕ سرایی۔ محمودَس یُس مثالی حُسنٕچ مسلسل تلاش چھےٚ، سو چھےٚ تمِس تخلیقی آزادی، لول، ہمدردی تہٕ مروّت پاناوَس کُن آماد کران۔ یہ رٕوِیہ چھُ اعلیٰ انسانی تہٕ روٗحانی اقدارن کُن پیش رفت کرناوان۔ اکھ مستند تہٕ معتبر اعلیٰ اقداری نِظام، مشرّح تہٕ مُرتّبن کرنس منز چھُ یہے رٕوِیہ اکھ کلیدی رول ادا کران۔

محمود گامی چھُ اکھ بسیارگو کاشُر شاعر۔ اَمی لیچھہِ طویل رۄمانی نظمہٕ تہٕ یِمن ہُند تصوراتی ڈھانچہ اوٚن اَمی فارسی شاعری منٛز۔ نہ اوسنہٕ نقال بلکہ اوس شاعری ہُند اکھ نۆو دُنیا تعمیر کران۔ اِژھہ مثالہ چھےٚ دُنیا کٕمن برٕہن تخلیق کارن ستی تہٕ وابستہٕ، یِمو دۄ یمن برٕہن فنکارن ہند بو تخلیقاتو نشہِ اِستفادٕ کٔرِتھ، پٔنن

اَکھ مخصوص تہٕ تھکُن لایق فن پیش کوٚر۔ محموٗد گامی چھُ مثنوی، غزل، وژن، نعت، منقبت، معراج نامہٕ تہٕ شمائیل شریف لیکھِتھ کأشرِس اَدبَس خاص تحفہٕ تہٕ زُو زہتہٕ دِوان۔ غزل بنیاو اَمی ہِنزٕ ناماوری ہُند خاص وجہ۔ أمی ہِندِس کلامَس منز چھُ اِنسأنی جذباتَن ہُند بے ساختہٕ اِظہار۔ اَمِچ زبان چھےٚ سلیس تہٕ عام فہم۔ اَتھ منز چھُ زنانہٕ لہجہٕ تہٕ لُکہٕ مِزاز۔

محموٗد گأمی روٗد تقریباً نمتَن وُری یَن حیات تہٕ أمی وُچھی کشیرِ ہِندی ترےٚ دور (پٹھان دور، سِکھ دور تہٕ ڈوٗگرٕ دور)۔ یِم تریشوے دور چھِ کشیرِ ہِندِ توأریخکی سیاہ ترین دور۔ أتھی دورَس منز چھُ اِنسأنی توأریخُک سہٕ شرمناک فعل بروٚنہہ کُن یِوان، یِیلہِ کأشُر قوم شُری بأژ، گری گُپَن تہٕ زمین جاداد ہیتھ وو پَر حکمرانَن ہِندِ دٔسی وو پرنے کِنہٕ آو۔ کأشرِس قومس پیش پینہٕ والہِ اَمہِ المیُک چھُ علامہ محمد اقبال تہٕ بحثیتِ اَکھ عبقری فنکار تہٕ ژُکدر کأشری ہِندِ حثیتہٕ پننہِ شأعری منز اِتھکن پیش کران۔

اے بادِ صبا گر بہ جنیوا گزرکُنی حرفِ زِما بہ مجلسِ اقوام باز گوئے

دہقان وکشت و جوئے خیاباں فروختند قومے فروختند وچہ ارزاں فروختند

عام کأشری أسی ظلم، تعصب تہٕ نفرتکی شِکار بناونہٕ یِوان۔ اَمہِ ظألمانہٕ سیأسی نِظامہٕ کِنی أسی نہٕ لُوکھ پَنُن أندروٚٹ اِظہار کٔرِتھ ہیکان، تکیازِ تہٕ کرُن اوسنہٕ سہل بلکہِ اوس یہ زُوَس رِگندُن۔ اَوٕ کِنی أسی یِم دَم پھُٹہٕ گمتی تہٕ أسی یہ سوٗرے ظلم پننہِ مُقدٔرُک حِصہٕ زأنِتھ پأنَس تَسلا دِوان۔ شأعر تہٕ فنکار روٗدی اَتھ أندرٕنِس وَرگہٕ پأٹھی اِظہار کران۔ محموٗد گأمی چھُ اَمی ماحولُک

پٲداوار تہٕ اَمی سُند محسوٗسأتی نِظام تہٕ چھنہٕ اَمہِ نِشہِ مُچھِ۔ اَمی سٕندِس شأعرانہٕ اِظہارَس ژھایہِ چھےٚ اِنسانہٕ سٕنزِ محکوٗمی تہٕ مجبوٗری ہٕنز تلخی تہٕ دٕرپنٛٹھی گژھان۔

پوٗشہِ نۆلو پۆژھتو کاوس  کۆت گےٚ تم ہاوسناک
یم لانٛز نیاے کس باوس  بأژ باوس لانٛز نیاے

أندی أندی پھیوٗرُس باغس  وَلنِۍ آس کنٛڈی زالس
اَتہِ نو موکلن پایے  غم چھُم یار ما راوے

دأدی لد اَکھ ساتھا روزتو
دأدی أندرِم بہٕ وَنۍ تی بوزتو

ظُلمہِ سِتمَس منز ہیٚنہٕ آمتی لۆکھ اَسۍ نہٕ پٲنٛز داد فریاد بأوِتھ ہیکان۔ محموٗد گأمی چھُ پننہِ شأعری منز دِلچ دَگ تہٕ اِنسأنی لول ہوی موضوٗع ورتاوان، یمہِ سٟتی لۆگن Catharsis گژھان اَس۔

عشق چھُ اَمی سٕندِ کلامُک خاص محرّک۔ اَمی سٕندی غزل چھِ صوٗفیانہٕ تہٕ تہٕ عاشقانہٕ تہٕ۔ بقولِ ناجی منور

''محموٗد گأمی چھُ بذأتی تاشوقہٕ شأعر یُس حبہٕ خوتوٗنِ پتہٕ گوڈنیُک شأعر چھُ یمۍ لول تہٕ روٗحأنیت رَلأوِتھ حقیقت تہٕ مجازُک اَکھ خوٗبصوٗرت اِمتزاج چھُ پأدِ کورمُت''۔ [٣]

وِلِ گۆو گُلہِم پأٹھی چھُ اَمی سٕندِس کلامَس منز عاشقانہٕ رنگےٚ غالب۔ مگر

تہٕ گرِتھ تہِ چھُ اَتھ منز نسوٲنی حُسنَس لرِلوٗر فِطری حُسن تہِ ووتلان ۔

مدنو چھس بہٕ رِوان چھےٚ نہٕ یِوان عار میونٔے
مے آمو لول چونٔے بالہِ کاستم زوٗنہٕ گرونٔے

بہٕ کمیٖ رنگہٕ ژھارتھ رنگہٕ رنگے رنگ چھُ چون
اَرنی گوٚے زاٰنی یَس ژےٚ دوٗپتھ لَن ترانٔے

ژبوز محموٗد کیاہ گےٚ عشقہٕ باٰزی
حقیقتھ دراو ظاٰہر اَز مجاٰزی

گچھہ کُٹھہِ ہے تھاوے ووتھراٰوِتھ لچھہِ ناویو کرَے اِنتظار
اَچھِ داٰر زَن روزَے پاٰراٰوِتھ مَنہٕ ناٰوِتھ اَتھ یار

اَمِس چھُ فطری حقیقژن ہُند احساس تہٕ اعتراف۔ یہٕ چھُ اِنسانہٕ سنز لاچاٰری تہٕ زِندگی ہنز ناپایداٰری وُچھِتھ فکرمند نظرِ یوان۔ اَمِس بروٚنہہ کنہِ چھُنہٕ کُنہ تہِ چیز س ٹھہراو۔ بچہٕ چھُ زبوان، بوٚڈ واتان تہٕ بڈان۔ یہٕ چھُ اَمی سنز زِندگی ہندی زٕ متضاد پہلوٗ گاشراوان۔ جواٰنی چھےٚ اَمی سُند کمال تہٕ بجر زَوال۔ اَوےکنی چھُ شاٰعر، جواٰنی اَکھ موٗلُل سرمایہٕ گنزران۔ اَمیک اَکھ اَکھ ژِیہہ چھُ قیمتی۔ یاوٗن ییلہِ ڈلہِ، یہٕ چھُنہٕ واپَس پھیران۔ لوکچارکہِ ڈلنگ تہٕ یاوٕنکہِ راوٕنک ہمسوٗس چھُ محموٗدگاٰمی یَس دُنیاہچہِ ناپایداٰری ہُند شدید احساس پاٰدٕ کران ۔

لو کچارَے کُنہٕ نُے آسہٕ تے      مُلی ہمہٕ ہَن بو بازارٕ لولو
یاوٕنز دوہ یِیلہِ سورآنی      تَس نا مول اَکھ کھنڈ ہار لولو
لو کچارَے اَندوَند روٗزی تے      بوٗزی نو کانہہ کاَنسہِ زارٕ لولو
لو کچارو ہا پمپوشہِ ہارٕ لولو      بزم زان تو ہا یہِ سمسار لولو

محموٗد گاَمی یِنہِ شاعری منز چُھ اَکھ سُہ کردار برونہہ کُن یِوان، یُس پتھ کالکی داغ للونَس سِتی پیش کالِچ آش تہِ تھاوان چُھ۔ اَمی سِندِس سپنَس منز چھِ ژھوکھ تہِ تہٕ ہاوس تہِ۔ اَمی سِندِس فطرتَس منز چُھ راوَن تیوٗل تہٕ لَنیچہِ جبلژ ہُند اِمتزاج۔

مقبوٗل شاہ کرالہٕ واریُک (۱۸۲۰ء ـ ۱۸۷۷ء) سِنزِ شاعری منز تہِ چھےٚ جذبات نگاَری، فطرت نگاَری تہٕ شاعرانہٕ حُسن جلوٕگر۔ یہِ چُھ فطری حُسن و جمالچ تہٕ قُدرتی مناظرن ہنز کامیاب تہٕ دلکش عکاَسی کران۔ یہِ چُھ اکھ سُہ روٗمان پرور فضا ووتلاوان زِ بوزن وأٔلس برونہہ کنہِ چُھ اکھ پُرجمال تہٕ متحرک خوشوٗن دُنیا یِوان، یُس أمس ووِلسنَس اَنان چُھ۔ رنگہٕ رنگہِ پوشن ہُند پُرزٕ پُرزٕ گژھتھ چھکرنہٕ یُن چُھ اکھ خوبصوٗرت دُنیا آباد کران تہٕ جاناوارَن ہُند چُری گَش چُھ اَتھ متحرک بناوان۔

تھر بن پیٹھ کیاہ زلن گُلہا یے انار      ژلن بُلبُل گُلبن پیٹھ ما ہیوتُن نار
شُمار راہ پوشہِ ذاَژن ہُند نہٕ کینْہہ آو      ژٕ کیاہ بوزَ کھٕیہٕ کتین ہُند ونے ناو
پھُلَے پژتھ طرفہٕ آمژ در جوش      ڈلاَنی پوشہِ مایے بُلبُلن ہوش
گُلبن پیٹھ محو گاَمتی جانوراَسی      گلن وُچھ وُچھ زُوَن شام و سحراَسی
لنگہٕ لنگہٕ اَسی پھیران رنگہٕ بُلبُل      بِلا تشبیہہ جنت اوس زَن باغ

اِتھے کن چُھ مقبوٗل کرالہٕ وٲرۍ جذبات نگاری منز تہٕ کمال ہاوان۔ یہ چھُ جانا ورَن ہندۍ جذبات موثر تشبیہہ تہٕ استعارٕ و سٟتۍ ووتلاوان۔

صبح پھوٗل بُلبُلو تُل شورِ غوغا گٔیس بیدار مُژ رٕم چشمہٕ شیٚہلا

خبرٲسم ہٕ چھس دربرنگارس مقرر گوب چھِ ہندٕ رٕپنۍ بہارس

چھَسے نو جانور نادیدہ تہٕ خام بہٕ صد حیلہٕ ہے کرکھ بستہٕ در دام

چھَسے نو لؠُچ طفلِ شیر خوار لیے اَنہٕ ہم بزماد تھ وارٕ وارہ

پتہٕ چھُ یہِ گلریز مثنوی ہنز تراے ترٲ وِتھ 'گرہسی نامَس' منز عام گرہسی سُند زمینی کردار پیش کران۔ یہ چھُ تمہِ وقتہٕ کِس گرہسی سماجس پیٹھ بجا لیکھتھ، تمہٕ چَن خأمین ہنز شأعرانہٕ باوتھ کران۔

اُچھٹ قوما چھُ قومے گروٗستایاں

یمَن احسان کرُن چھُنہٕ زانہہ تہِ شایاں

مرُن ما آسہِ کوٗتس چھُم تِژھے نٔتھ

قضا ما پھیرِ ئلہٕ راوِرِو گٔتھ

تھوِو موٗجوٗد لسوٕے زِندٕ کرۍ توم

سرٕ دِے فاتحا اَدٕ پانہٕ پرٕۍ توم

کأشُر گریوٗس چھُ زبردس ظلمک شِکار روٗدمُت۔ یہ کینژھا یہِ کموان اوس، جأگیردار اٲسۍ تہِ سوٗرے اَمس اَتھہٕ مُہتھ نِوان تہٕ اُمِس

اُسی محض زِندِ روزنہٕ خاطر کینہہ پھٔلی ترٛاوان۔ چوٗنکہِ اَمی ہنز ضروٗرتھ
اُس زیادٕ، اَوٕ کنۍ اوس یہِ کینہہ کم کاسہٕ جاگیرٕ دارَن ہنزٕ و نظرٕ و نِشہِ بچاوِتھ
تھاوان۔ اَتھ مجبوٗری وُرُن کرنہٕ خاطر اوس یہِ جاگیرٕ دارَن بروٗنہہ کنہِ قسمہٕ
قسم کران تہٕ عام لوٗکن بروٗنہہ کنہِ بارَو دِوان۔ اَوٕ کنۍ گوٚو اُمِس منز اَپُزٕ تہٕ
دُیلی پسندی ہُند عنصر دوہ کھوتہٕ دوہ مضبوٗط گژھان۔ یہِ چھُ نفسیاتی اعتبارٕ
بےٚ پٔژھی ہُند شِکار تہٕ اُمِس چھنہٕ کانٛسہِ پٔژھ پٔژھ۔ لارنس چھُ وَنان زِ یہِ
چھُ ظاہری طور سیٚوٚد ساد مگر یہِ چھُنہٕ پُزکتھ وَنان۔ یہِ چھُ پٔرتھ چیزَس
منز یا تہٕ مبالغہٕ آرائی کام ہیوان یا تتھ کم کٔرِتھ پیش کران۔ یہِ چھُ پننہِ حستہٕ
حالی باونہٕ خاطر پانس وۄگو ؤلتھ تہٕ گُلبن گاسہٕ رٔز کٔرِتھ بروٗنہہ کُن یِوان تہٕ
بُتھہِ بُتھہِ دِوان۔ اُمِس گژھ الگ پاٹھی پرژھن، تیٚلہِ چھُ یہِ پوٚز وَنان۔
اَمی بے پناہ ظٔلمن بنوو کاشُر نفسیاتی طور حزین تہٕ داخلیت پسند۔ سُہ لوگ پرٛژھن منز
کتھ کرنہٕ۔ یہِ اُس تٔمسنز مجبوٗری تہٕ اِتھکن اوس سُہ پانس حفاظت کٔرِتھ ظالمن ہِندِ
ظلمُک اظہار تہٕ کران تہٕ نفرت تہِ۔ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وارۍ چھُ پیرَن، مُلَن تہٕ
زَنانن تہِ پننہِ طنزُک نِشانہٕ بناوان تہٕ تہندین وٗطیرَن تہٕ ویوہارَن ہُند
عکس ووتلاوان۔

روٗسُل میر (۱۸۴۰ء - ۱۸۷۰ء) چھُ کٲشرِ ہُند سارِوٕے کھوتہٕ بہلہِ پایہِ
روٗمانی غزل گو شاعر۔ کاشرِ شاعری منز روٗمانی تہٕ انسان مرکز قدرٕ پھا نپھلاونٛس
اَژھن سفرس منز چھُ روٗسُل میر اکھ سنگِ میل ثابت سپدان۔ روٗسُل میرنی خالص
جمالیاتی تجربہٕ چھِ تَسندِ تخلیقی بلاغتُکۍ آینہٕ داری کران۔ تٔمسنز شاعری چھےٚ معنے آفرین تہِ

حُسن آفرین تہٕ قدر آفرین تہِ۔ سراپا نِگاری چھےٚ روٗسُل میرنہِ شأعرانہٕ باوَژ بُلُک اکھ لۆبُون تہٕ پوشوٗن انہار۔ اکھ ہیٚومَنسٹ نِظامِ اقدار مرتب کرنس منٛز یُس تعبیر اٰتی، استعاراٰتی تہٕ علاٰمتی اِظہار روٗسُل میرن پانٛنووُمت چھُ، تتھ منٛز چھےٚ محبوٗبہٕ سنٛزٕ زُلفہٕ، چشمہٕ، وُٹھ، نٔس، گردَن، قد، چال تہٕ ناز تہٕ نخرٕ مرکزی کردار اَدا کران۔

رسوٗل میر چھُ اَکھ رِوایتھ ساز تہِ تہٕ رِوایتھ شِکن تہِ۔ جبہٕ خوتۆنہٕ یا لُکہٕ شأعری ہِندِس تقلیدِس منٛز روٗزِ بیشتر کأشر شأعری زنانہٕ لہجس منٛز باوَتھ کران۔ رسوٗل میر چھُ پنٛنہٕ شعوٗری کۆشِشِ سِتۍ اَتھ مردانہٕ لہجہٕ عطا کران۔ یہٕ آو کأشرِ شأعری منٛز نۆوِن اَقدارَن ہُند نقیب بنٛتھ خأرِص جمالیأتی تہٕ ذأتی تجرُبَن اِظہأری رنگ بخشان۔ اَمی سنٛزٕ شأعرانہٕ باوَتھ چھےٚ مقأمی تہٕ ذأتی تجرُبَن آفأقی حیثیتھ بخشان۔ فارسی (کینٛژھا اُردو) رِوایژ پانٛنأوِتھ دِیُت اَمی کأشرِ شأعری نۆو طرح۔

سراپا نِگاری چھےٚ اَمی سنٛزٕ شأعری ہُند خاص گون۔ گُلشن مجید چھُ رسوٗل میر تہٕ مہجوٗرنہٕ شأعری ہُند تقابلی مُطالعہٕ کران وَنان زِ

''رسوٗل میرَن تہٕ مہجوٗرَن چھےٚ سراپا نِگاری کرِمٕژ۔
یِیلہِ زَن رسوٗل میرٕنی سراپا نِگاری صرف محبوٗبہٕ سنٛدِ حُسنُک اِکھ یک پاسل نقش پیش کران چھےٚ، مہجوٗر چھُ محبوٗبہٕ سنٛز سراپا نِگاری پیش کران اَکھ پوٗرٕ ڈراما ووتلاوان۔ مہجوٗر سنٛزٕ سراپا نِگاری ہُند محرک چھےٚ اَمی سنٛز عمل۔ یِیلہِ زَن رسُل میرَس منٛز سراپا نِگاری خأرِص

صوٗرت گری تاپے محدوٗد روزان چھےٚ''۔ ۴ے

مگر ییٚلہِ أسۍ رسوٗل میرِ صأبنۍ اتھ ہوۍ شعر وُچھان چھِ مثلاً ۔

وُچھ آفتابَن چون ژٔندَن موکھ تہٕ ڈوٗلُس رَنگ
گٕژ کاژ توٚے زۄن چُھس سرسام نِگارو
روٗسُل چھُ زانتھ دٔہِن و مذہب روخ تہٕ زلف چون
کوٗ زانہٕ کیاہ گوٚو کُفر تےٚ اِسلام نِگارو

اَمہِ طرزٕچ شأعری چھےٚ اُردوَس منز میر تقی میرَن کٔرمٕژ۔ اِتھۍ ہوۍ شعر وُچھتھ چھےٚ گُلشن مجیدنۍ رائے یِگ طرفہٕ باسان۔ میرِ صأبنِہٕ شعرَن منز چھےٚ سراپا نِگأری شأعرٕ سنزِ ردِعملہٕ تہٕ محبوٗب سنزِ عملہِ درمیان رِشتس منز ووتلان۔ عمل چھےٚ اَمہِ سراپا نِگأری ہُند بُنیأدی محرک ۔

گُمہِ شبنم گُل روخس زَن چھِ عرق دانہٕ تَس
زۄنہِ پٔٹھ تارَکھ پکان کارِ ووٕگنۍ دُردان

ناجی منور تہٕ شفیع شوق چھِ لکھان زِ

''رُسُل میرنۍ عظمتھ چھےٚ ییتھ کتھِ منز زِ تٔمۍ کٔڈ کأشر شأعری تصوف کِس چھمب چھارو منزٕ تہٕ لأجِن رٔنگین تہٕ شاداب مرگن کُن، ییٚتہِ أمۍ صدا بہار پوشہِ چمن پھوٚلرأوۍ''۔ ۵ے

اِہنز یہِ کتھ چھےٚ بظأہر اِہندِ توأریخی شعوٗرٕچ کوتأہی۔ رسوٗل میرَس بروٚنہہ چھِ مشکلنےٚ أکھٕ کأشرۍ شأعر، یمو یژنہٕ پأٹھۍ صوٗفی شأعری گوڈ بوٚ رمُت چھُ۔

یِمو صوٗفی شاعرو تہٕ چھہِ جمالیٲتی سوٗتھرِس پیٹھ رٕوزِتھے لولہٕ شاعری گوڈ

بوٚ رُمت تہٕ معشوقہٕ سٕندِ زُلفن تہٕ چشمن ہنز ذِکر کٔرِتھ پننہٕ نٔبن محسوٗساتن ہُند

اِظہار کوٚرمُت ۔ یِہ کتھ چھےٚ قٲبلِ ذِکر زِ یُس لولہٕ شاعری متصوف فارسی، عربی تہٕ

اُردوٗ شاعروٚ کٔر، سُہ چھےٚ بےٚ پناہ ہمہ جہت تہٕ سُنٛز ۔ اگر وُچھو تہٕ پنجٲبی، سِندی تہٕ

پشتووٕس منز تہٕ چھہِ اَمِکۍ مولوٗلۍ خزانہٕ درینٛٹھۍ گژھان ۔ رسوٗل میرٕس برونٛہہ چھہِ

فاخر، محموٗد گٲمی بیترِ تہٕ لولہٕ شاعری کران تہٕ ’’رنگین تہٕ شاداب مرگن

گُن‘‘ سون ظون نِوان ۔ وِل گوٚو رسوٗل میرنی شاعری چھےٚ اَکِس زمینی

محبوٗبہٕ سٕندِ وصالہٕ پننہِ جمالیٲتی تجرُبک بےٚ پھروک اِظہار ۔ اَمِ سٕنز شاعری

منز چھےٚ سراپا نِگٲری ،کردارٕ سٕنز سیرت تہٕ صوٗرت اُبھاران ۔

قد چون الف، لام زُلف، میم دَہن چون

پوٚر عقلہِ سبق ، شکلہِ الف لام نِگارو

یِہ چھُہ پننہٕ نِس محبوٗبَس مخاطِب سپدِتھ وَنان زِ چون قد چھُہ الفکۍ

پٲٹھۍ سیوٚد ۔ چون مَس چھُہ لامکۍ پٲٹھۍ وٲنٛکۍ دار تہٕ اُس میمہٕ چالہِ ۔ تہٕ

عقلہِ پوٚر اَتھۍ شکلہِ الف، لام تہٕ میمَس کُن وُچھِتھ سبق ۔ یا وَنو اِتھکَن زِ

چون قد وُچھِتھ کوٚر اَسہِ الف، زُلف وُچھِتھ لام تہٕ دَہَن وُچھِتھ میم

قبوٗل ۔ تہٕ عقلہِ کٔر یِمے اَچھر عِلمچ بُنیاد بنٲوِتھ یِمہٕ کاپناتکۍ رموٗز و اَسرار

زاننچ کوٗشِش ۔ مزید چھےٚ یِہ کتھ تہٕ ژٕتبَس تھاوِنی زِ الف ۔ لام ۔ میم چھہِ

قرآنِ مجیدکۍ حروٗفِ مقطعاتن منز شُمار، یِمَن پیٹھ تفسیر ہا لکھنہٕ آمتۍ چھہِ ۔

اگر معنوی سطحِ پیٹھہٕ ہنا تھوٚد وُتھِتھ أسی امہِ شعرُک فلسفہٕ سمجھنچ کوٚشِش کرَو، تیلہِ چھ رسوٗل میر اَکہِ زاٲوِیلہِ تہٕ فلسفیانہٕ نوٚقطچ باوَتھ کران، زِ چون قد، زُلف تہٕ دَہن وُچھتھے چھےٚ ساٲنی عقل تہٕ شعوٗر، الف، لام تہٕ میٖمُک سبق پران۔ یا یہِ زِ چاٲنی ذاتھ چھےٚ اَسہِ پانس سمجھاوِنکی پانے سٕنز کران۔ (Our epistemological Capabilities are determined by ontology itself.) أسی چھِ تی کران، یہِ سُہ اَسہِ اَتھِ کرناوُن یژھان چھُ۔ بقولِ غالبؔ ؎

محبت میں نہیں ہے فرق جینے اور مرنے کا
اُسی کو دیکھ کر جیتے ہیں، جس کافر پہ دم نکلے

یہَے کتھ چھُ داراشکوہ اِتھکن ونان ؎

ہرخم و پیچ کہ شُد از تابِ زُلفِ یار شُد
دام شُد زنجیر شُد ، تسبیح شُد، زُنار شُد

رسوٗل میر چھُ مجاٗزی عشقُکی پیرایہِ اختیار کٔرِتھ تہٕ قرآنی تلمیحُک استعمال کٔرِتھ اِکہِ سنہٕ روٗحاٗنی تجرُبچ کتھ کران۔ اِتھَے کن چھِ صوفی شاعرَو تہٕ پننٕی خیالات تہٕ تجربات مجاٗزی پیراین منٛز ورتاٚوِی متی۔ باسان چھُ زِ رسوٗل میرس پیٹھ چھُ مشہوٗر فارسی شاعر حافظ سُند اَثر، یُسند فارسی کلام ہتہٕ بدٕہن وٕری ین تام خانقاہن ہنزن محفلہِ ساعن منٛز گربزان اوس تہٕ قحبہ خانَن منٛز تہٕ گیونہٕ یوان اوس۔ تکیازِ اَتھ منٛز اوس ذوقِ جمال تہٕ حقیقتٕہُند اِظہار، دوٚنوٕنی ہُند خیال تھاونہٕ آمُت۔ اَوے چھُ اَسہِ رسوٗل میرنس کلامَس منٛز مجاٗزی محبوٗب نظرِ یوان

تہٕ زندگی ہند بن فلسفیانہٕ ژٕوی جارَن ہنز ژھاے گراے تہٕ درپٹھی گژھان ۔

اے دشمنِ دیں ، دشمنِ جاں ، غارتِ ایماں
کیٚنہہ راحتِ جاں چھی ژٕے دپاں، جان دپان چھی

یَتھ کاینٛاتَس منٛز چھِ پرٛژرکٕ تہٕ ہٕدی ہندی عُنصر دۄنوے مۄجوٗد۔ خاٗرَس وٕلتھ چُھ شَر تہٕ شَرَس وٕلتھ خاٗر۔ یَتھ شعرَس منٛز چھ رسۄلؔ میرٕ اَمے نوقطچ باوتھ کران۔

مہجوٗر (۱۸۸۷ء ۔۱۹۵۲ء) چھ رِوایتھ رٕژھراونہٕ باوجوٗد کاشرِ شاعری منٛز نۆو اَندازِ بیان اِختیار کٔرِتھ اَتھ نۆو موڑ دِوان۔ یہِ چھ زمینی موضوعات وَرتاوان تہٕ نٔوی تجرٕبہٕ کٔرِتھ اَتھ وُسعتھ عطا کران۔ یہِ چھ مزازَن اَکھ رۆمانی شاعر تہٕ اَمی سنٛزِ شاعری منٛز چھِ وطنی، قومی، سیاسی، تواریخی تہٕ اِنقلابی موضوع درپٹھی گژھان۔ اِنسانی جذباتھ تہٕ لول چُھ اَمی سنٛزِ شاعری ہُند اَہم موضوع۔ مہجوٗر اوس مُژھیل ،لولہٕ ہۆت تہٕ حُسن شناس شاعر۔ اَمی سنٛزِ رۆمانی شاعری منٛز چُھ لول، مِلٕژار، گُل وبلبل سنٛز نغمہٕ سرٲیی تہٕ لطیف اِنسانی جذباتَن ہُند خوبصوٗرت اظہار۔ یہِ چھ اِنسانی نفسیاتکی تہٕ محسوساتی دُنیاکین پۆشیدٕ یا اِظہار نہٕ سپدَن والین گوشَن ہنز کامیاب تصویر کشی کران تہٕ پنٛنہِ خاموش داخلی حالژ ہُند جمالیاتی اِظہار کران۔

ژٕلہٕ لارِ وُچھمکھ حال وَنہٕ ہے، وارٕ وچھہے رۆے
گلہِ زِبو مہے گیم، اوش ووتھُم دَدرا یہِ وَنے کیا

کامہٕ دِ وکرِ ساأل ڈل ، بوزٕم شبَس تہٕ تیل بل
درشنَس آبَس اندر پمپوش لأ گتھ پژارٕ ہا

واش یِیلہِ کوڈ تٔمی زُلفِ پیچانٔن گاش رود ژٔ ورِ دُردانن منز
مشک دار واو ژاو منز گلستانٔن جاے تٔمی رٔٹ پرستانٔن منز

مہجوٗرنہِ روٗمأنی شأعری تروو کشیرِ نبر تہِ پٔنن اثر۔ بنگالُک پروفیسر دیوندر ستیارتھی (ڈاریکٹر آل انڈیا فوک سانگس مشن) ووت ۱۹۲۷ ء منز کشیرِ۔ یہِ چھ مہجوٗرُن کلام بوزِتھ خوش گژھان ۔ یہِ چھ مہجوٗرنس بأتس ( ژولہمو روشے روشے ) انگریزی زبأنی منز ترجمہٕ کٔرِتھ مضموٗنہٕ سان، کلکتہٕ کِس ' ماڈرن ریوو ' رسالس منز شایع کران۔ ۱۹۳۴ء منز چھ پروفیسر دیوندر ستیارتھی دُبارٕ کشیرِ یِوان تہٕ مہجوٗرُن وارِیاہ کلام ترجمہٕ کران۔ أمی سُند ؤنُن چھ زِ " مہجوٗر کشمیر چھوڑکر ہندوستان کا ایک بہترین نیچرل شاعر ہے"۔ ۶ اِتھے کٔن چھ رابندرناتھ ٹیگور تہِ مہجوٗرس "کشیرِ ہُند وأرڈس ؤرتھ" قرار دِوان۔ ۷ یہِ چھ کشیرِ ہندِ بن باغن، ناگن، دریاوَن، مرگن، آبشارَن، پوشَن تہِ جاناوارَن ہُند مأری موند منظر بیان کران ۔

ژھس ودَن نوزُک بدن، روٗم مدٕن ژٔول سرحدن
پژنگ چھا یا درنگ چھا یا بژنگ چھا کٹہٕ ہار چھا

سُنبل یمبرزل تہٕ گولاب دأن پوش شوٗبان باحساب
کیا خوش نُما طوما رِ گل کرٕ بُلبُلو دیدارِ گل

یار دژا و پھیرنہٕ پوشہٕ مأدانَن ساتھا بیٚوٚٹھ اررغوانَن منز

پوشو رنگ روٚٹ آنَن فانَن جاے تُمی رٕٹ پرستانَن منز

مہجوٗر چھُ کأشرِ زنانَن ہِندِ حُسنٕکی تعریف کرنَس ستی تِمن درپیش مسلن،

زیادٕتیَن تہٕ تِمَن ستی روا غأر اِنسأنی سلوٗکس تہٕ پنٕنہِ شأعری ہُند موضوٗع بناوان۔

زنانہٕ آسہٕ دم پھُٹے ماحولس منز روزان تہٕ تِمَن ستی اوسنہٕ صلاح مشورٕ کرنہٕ یوان ،

بلکہِ اُس تِمَن پٔتھ راے پُشرا ونہٕ یِوان ۔

کس تام وٕ پرٔس بخشنہٕ آیَس      میانٕو مولوم گٔرنہٕ میأنی راے

تی کوٗرُم منظورتَن دِژِم نہٕ نِیایس      یاوَن رایَس چھنہٕ میأنی ماے

اقبال چھُ بُتراٚژ پٔتھ زنانہِ ہنز وجوٗدٕچ اہمیتھ بیان کران ونان ۔

وجودِ زن سے ہے تصویرِ کاینات میں رنگ

اِسی کے ساز سے ہے زندگی کا سوزِ درون

مہجوٗر چھُ معاشرٕس تہٕ انسأنی زندگی ہِندِس جہدِ بقاہس منز زنانَن ہُند عملی رول تسلیم

کران۔ یہٕ چھُ عام گرٕہسی کورِ ہُند کردار پیش کٔرتھ تُمی ہٕندی حالاتِ زندگی، صفت تہٕ

تسنز جواں مردی تہٕ جفاکشی ہنز تصویر پیش کران۔ پنڈت آنند کول چھُ مہجوٗر سٕنزن

دوٚن نظمن 'پوشے متہٕ جانانو' تہٕ 'گرٕہسی کوٗر' نظمہٕ ہُند انگریزی ترجمہٕ کٔرتھ 'وِشو بھارتی

میگزینَس' منز شایع کران۔ یہٕ ترجمہٕ پٔرتھ چھُ ٹیگور، مہجوٗرنہٕ ناوِ چِٹھہِ منز لکھان زِ

''میں نے آپکی نظم دیکھی۔ آپ کے اور میرے خیالات ملتے جلتے

ہیں۔ اگر آپ بنگالی اور انگریزی سے واقف ہوتے، تو میں یہ

کہتا کہ یہ خیال آپ نے میری نظموں سے حاصل کیا ہے۔

میں آپکی نظم سے خوش ہوں"۔ ۸

گرپسی کوٗرنظم چھےٚ کاشرِ ین زنانن ہندی زٕ متضاد کردار بروٗنہہ کُن انان۔ اَکھ گرپسی کورِ ہُند کردار، یُس عملی زندگی منٛز ہمتھ تہٕ حوصلہٕ سان مشکلن ہُند مقابلہٕ کران چھےٚ تہٕ بیاکھ کردار چھ خوجہِ بایہِ (اشراف طبقچہِ زنانہِ) ہُند یم گرنےٚ منٛز روزان آسہٕ تہٕ تِمن ہُند گرِ نبر نیرُن اوس معیوب سمجھنہٕ یوان۔

دَجہِ پٔٹھ وُچھمکھ تھوٗد لدِتھ رٔیے لولو کران لولرِیے

نرِ مالوسے ژوٗر گری گرِیے گرپسی کوٗری نازنین سوندریے

ژےٚ تہٕ خوجہِ باین چھا برابریے ژےٚ گُلن ستی چھےٚ دِل بُرِیے

خوجہ بایہِ ترو پرِتھ دارِ تہٕ بُریے گرپسی کوٗری نازنین سوندریے

۱۹۴۷ء منٛز سپُد ہندوستان تقسیم تہٕ یمہِ کس نتیجس منٛز فرقہٕ وارانہٕ فساد سپدی تہٕ یہِ ژھٹھ وأژ جموں وکشیرِس تام تہٕ۔ اَمہِ ستی وأژ مہجورنس دِلس تہٕ ٹھیس۔ یہِ چھ اِنسأنی قدرَن پٮ۪نہِ شأعرانہٕ اظہارٕ ستی موثر طریقہٕ پیش کران۔ یہِ چھ فرقہٕ وارانہٕ میل ملاپ، یکجہتی تہٕ انسأنی برادری ہُند قأیل تہٕ چھ یمنےٚ قدرن پٮ۪ٹھ زور دوان۔

نیاے تراٰوِو ،ماے تھاٰوِو پانہٕ وأنی پوٗز محبت بأگراٰوِو پانہٕ وأنی

دود چھ مسلِم ہیوٚند چھ شکر صاف صاف دود تہٕ بیہ شکر رلاٰوِو پانہٕ وٕنی

ہیندی رٹن نم کھوٗر واین اہلِ دین ناو یمہِ ملکچ چلاٰوِو پانہٕ وٕنی

اَکی بیٚنز نظم "آزاٰدی" چھےٚ تتھ گُلہِم صوٗرتِ حالس پٮ۪ٹھ طنز، یُس آزاٰدی ہندِس ناوَس پٮ۪ٹھ بروٗنہہ کُن یوان چھےٚ۔ لکِن اُس آش زِ آزاٰدی ییہِ خوشحألی، پاپرجأیی، اِنصاف تہٕ بہتری ہنز سبیل ہیتھ۔ مہجورٕنی 'نُوکشیر' ہش نظم چھےٚ اَمیک

اَنہٕ ۔مگر یہٕ بزم پھُٹ تہٕ زمینی سطحس پٮ۪ٹھ آیہٕ کانہہ تبدیلی، بلکہٕ بنیاد یہٕ اکہٕ مخصوٗص طبقہٕ خاطرٕ استحصالُک ذٔریعہٕ، یُس لُکن لیٚتہٕ تل تھاوان چھ ۔

یہٕ آزادی چھےٚ سور پٔچ ھوٗر پھیریا خانہٕ پٮ۪تہٕ خانے
فقط کینٛژھن گرَن اَندر چھےٚ ماراں گرایہٕ آزادی
گمتیٚ دَم پھُٹ چھِ ساری، بیقراری چھکھ دِلن اَندر
دَپان وَنہٕ ہو پٔنُن اَوحال، اَسہِ مالایہٕ آزادی
غریبَن وارسی کرہن مگر چھنہٕ حاکمن فرصتھ
تِمو لٔب موٹرَن اندر دَوان تھدِ پایہٕ آزادی

مجوٗر چھ سماجی یا خارجی سطحس پٮ۪ٹھ درپیش مسلَن پٔنٕنہِ داخلی محسوٗساتی دُنیا منٛزی گزٕرِتھ، تِمن ستیٚ جمالیاتی سطحس پٮ۪ٹھ برسرِ پیکار تہٕ سیاسی تہٕ سماجی سوٚتھرس پٮ۪ٹھ ووپدَن والین دوکھن تہٕ دادِبن، پنٕنین ذاتی تجرُبن ہنٛز شکلہِ منٛز پیش کران ۔مجوٗرنہِ شاعری منٛز چھ کٔشیرِ ہُند شاندار پٔتھ کال، کاشرِبن ہنٛز بہودری، تواریخی وکانہٕ تہٕ حادِثہٕ، ظالم تہٕ جابرنظامہٕ نِشہِ آزادی ہنٛز خواہش، قومی شعوٗر تہٕ حبُ الوطنی ہُند جذبہٕ۔ یہٕ چھ کاشرِبن احساسِ کمتری منٛزٕ کڈنہٕ خاطرٕ تہٕ یِمن حوصلہِ دِنہٕ باپتھ شاعری ہُند برپوٗر استعمال کران ۔

بٔ تہٕ اِتھے اوسُس نہٕ، اوسُس وَقتہٕ اکہِ بااِختیار
دِن گواہی میانہِ کنہِ یِم پرانٕی کنہِ دیوار میانٕی

میون بُڈی بب مال وجاں ہتھ ژامہِ پونسس کِنہٕ آو
مال ہورُم جان چھم باقی کڑان وچھتو حِساب

گری کُس بلبلا آزاد، پنجرس منز ژ نالاں چھکھ
ژ پننے دستہٕ پنہٕ نبن مشکلن آسان پیدا کر
دۄ بارے عالمس منز کأشرن ہُند ناوگژھہ روشن
ژ للتادت تہٕ تأزی بٹ، مبارک خان پیدا کر

کُلہم پأٹھی وَنو زِ کأشر شأعری چھےٚ رۄمأنی قدرن ہندو لۄیہِ وِنی تہٕ شۄبہٕ وِنی نقش ونگاروٕستی بھرپوٗر۔ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنزِ شأعری منز چھِ أسی گوڈنِکہ پھرِ محسوٗس کران زِ اِنسان چھُنہٕ صرف اخلأقی ذِمہٕ وأریہِ نگہہٕ وانگ یا فرض اداکرنک اکھ ذریعہ، بلکہِ چھُ یہ محبت تہٕ خوشی ہُند پیمانہٕ تہٕ۔ یہ دَگ تہٕ انسأنی کرب چھِ أسی یِمَن ارضی شأعرانہٕ تہٕ لکہٕ لِجن منز محسوٗس کرِتھ ہیکان۔ کأشرِ شأعری ہِندِس تناظرس منز پنہٕ واجنی یہ تبدیلی چھےٚ کأشرِس ذہنس اِنسأنی مسلن، دل چسپین، خوأہشن، ووٚمیدن، ناکأمین، ذہنی اِنتشارن، پریشأنین تہٕ کشمکشن پیٹھ سوچنس پیٹھ آمادٕ کران۔ یہ أس اِنسانس درپیش فطری کوتأہیو، کمزوٗریو تہٕ درپیش خطرو نِشہِ وأقف۔ یہ أسنہٕ صرف پنہٕ ذاتہٕ خأطرٕ متفکر، بلکہِ أس تمام عالمک رٕت کانچھان۔ محموٗدس یُس مثألی حُسنچ مسلسل تلاش چھےٚ، سو چھےٚ تِمسٕ تخلیقی آزأدی، لول، ہمدردی تہٕ مروّت پانناوُنس کُن آمادٕ کران۔ اکھ مستند تہٕ معتبر اعلیٰ اقدأری نِظام، مشرّح تہٕ مُرتّب کرنس منز چھُ یہے رٔدِیہٕ اکھ کلیدی رول اداکران۔ محموٗد گأمی پنہٕ شأعری منز چھُ اکھ

سُہ کردار بروٚنہہ کُن یِوان، یُس پتہ کالکی داغ للونس ستی پیش کالچ آش تہٕ تھاوان چُھ۔ اَمی ہندِس سیٚنٛسس منز چھِ ژھوکھ تہٕ تہٕ ہاوس تہٕ۔ اَمی ہندِس فطرتَس منز چُھ راوَن تیوٚل تہٕ لَنیچہٕ جبلژ ہُند اِمتزاج۔ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وٲری چُھ گُلریز مثنوی ہنز ترٲوِتھ گرٛیسی نامَس منز عام گرٛیسی سُند زمینی کردار پیش کُرِتھ، تَمہِ وقتہٕ کِس گرٛیسی سماجَس پٮ۪ٹھ ہیوٗ لیکھِتھ، تَمہِ چَن خٲمیَن ہنز شٲعرانہٕ باوَتھ کران۔ رسوٗل میر چُھ کٲشرِ شٲعری منز روٗمٲنی تہٕ انسان مرکز قدرٕ پھانپھلاوٕنکس اَژھین سفرس منز اکھ سنگِ میل ثٲبت سپدان۔ تِہنز شٲعری چھےٚ معنے آفرین تہِ حُسن آفرین تہِ تہٕ قدر آفرین تہِ۔ اکھ اعلیٰ نِظامِ اقدار مرتب کرنَس منز یُس تعبیرٲتی، استعارٲتی تہٕ علاٗمتی اِظہار رسوٗل میرن پانٕنو وُمت چُھ، تتھ منز چھےٚ محبوٗبہٕ سنز زُلفہٕ، چشمہٕ، وٕٹھ، نَس، گردَن، قد، چال تہٕ ناز تہٕ نخرٕ مرکزی کردار اَدا کران۔ مجوٗر چُھ سمٲجی یا خٲرجی سطحس پٮ۪ٹھ درپیش مسلَن پَننہِ دٲخلی محسوٗسٲتی دُنیاہٕ منزی گُزٲرِتھ، تِمَن ستی جمالیٲتی سطحس پٮ۪ٹھ برسرِ پیکار تہٕ سیٲسی تہٕ سمٲجی سوٚتھرس پٮ۪ٹھ ووپدَن والین دوکھن دادِ بن، پننہٕ نِین ذٲتی تجرُبَن ہنزِ شکلہِ منز پیش کران۔ مجوٗرنہِ روٗمٲنی شٲعری منز چُھ کٔشیرِ ہُند شاندار پتھ کال، کٲشرِ بن ہنز بہودری، توٲرٟخی وکانہٕ تہٕ حادِثہٕ، ظٲلم تہٕ جابر نظامہٕ نِشہِ آزٲدی ہنز خواہش، قومی شعوٗر تہٕ حبُ الوطنی ہُند جذبہٕ۔ یہِ چُھ کٲشرِ بن احساسِ کمتری منزٕ کڈنہٕ خٲطر تہٕ تِمَن حوصلہٕ دِنہٕ باپتھ شٲعری ہُند بربوٗر استعمال کران۔

# کتابن ہندی حوالہٕ


۱۔ بلیک۔ مضمون رؤمانیت۔ سرہربرٹ گریسن۔مترجم سید ہادی حسن۔
(بحوالہ ۔ نظریٲتی تنقید۔ مسایل و مباحث۔ صفحہ ۱۱۳)

۲۔ پروفیسر گلشن مجید۔ بحوالہ عصری تاجٟیک تہٕ کٲشر شاعری۔صفحہ ۱۵۵

۳۔ ناجی منور۔ محمؤد گامی ۔ صفحہ ۳۵

۴۔ پروفیسر گلشن مجید۔ شیرازٕ ۔آزاد نمبر(عالم کرِ یاد آزاد آزاد)

۵۔ ناجی منور۔شفیع شوق۔ کٲشرِ اَدبک توٲریخ۔ صفحہ ۷۶

۶۔ پروفیسر دیوندر ستیارتھی۔ بحوالہ کشمیری زبان اورشاعری ۳۔ صفحہ ۳۰۱

۷ ۔ رابندر ناتھ ٹیگور ۔ بحوالہ کشمیری زبان اورشاعری۔حاشیہ صفحہ ۲۸۷

۸ ۔ رابندرناتھ ٹیگور۔ بحوالہ کشمیری زبان اور شاعری۔ صفحہ ۲۸۵ ۔ ۲۸۶

کلیاتِ حبہٕ خوتٗون۔

کلیاتِ محموو غٲمی۔

کلیاتِ رسول میر۔

کلیاتِ مہجور۔

شیرازٕ (فایل)۔ اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

شیرازہ اردو (فایل)۔اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

سون ادب (فایل)۔ اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

آلو (فایل) ۔ محکمہ اطلاعات جموں وکشمیر سرینگر۔

# کاشرِ صوٗفی شاعری منز اِنسانی اَقدار

قرونِ اُولیٰ ہَس منز اوس تصوف اَکھ رجحان تہٕ زہد، تقویٰ، اخلاق اصول، توکل، رضاء بیترِ اَسی اَمِکی اہم لوازم۔ مگر پَتہٕ آیہ اَتھ منز فلسفیانہٕ رُوِش۔ کینژن مجذوٗبَن پێٹھ اوس حال طاری گژھان، یِمَن منز بایزید بسطانی، شیخ جنید بغدادی ۲۹۷ھ ۹۰۹ء، منصوٗر حلاج ۳۰۹ھ ۹۲۶ء، شیخ عبدالقادر جیلانی ۴۵۶ھ ۱۰۶۴ء شیخ شہاب الدین سہروردی ۶۳۲ھ ۱۲۳۴ء تہٕ مولانا جلال الدین ۱۲۷۳ء شامل اَسی۔ بہِمہِ صدی عیسوی منز چُھ محی الدین ابنِ عربی (شیخِ اکبر) ۶۳۸ھ ۱۲۴۰ء خدا، کائینات تہٕ اسلامی عقیدَن ہنز وحدت الوجودی تعبیر پیش کران۔ یعنی یہٕ کائینات چھےٚ خدایہٕ سُند اَکھ پرتو تہٕ انسان چُھ تَمی نُورِ منزٕ دژا ہمٕ اَکھ زٕژ یا چُھ تَمی سُمندرٕ منزٕ الگ گومُت اَکھ آبہٕ قطرٕ۔ اَمی ووٗن زِ مےٚ پێٹھ گوو یہٕ منکشف زِ خدا تہٕ کاینات چُھ کُنے۔ اَمِکس ردِ عملَس منز چُھ شیخ احمد سرہندی (مجدد الف ثانی) ۱۵۶۱ء فرماوان

''مےٚ پێٹھ گوو وحدتُ الوجود منکشف۔ شیخ مجدد چُھ ترٛێن مرحلَن ہُند ذِکر کران۔ گوڈنیک مرحلہٕ یتھ منز کاینات تہٕ خاٗلقِ کاینات کُنے نظرِ یِوان چھِ۔ دوٗیِمس مرحلَس منز چُھ کاینات، خدایہٕ سُند ظِل (سایہ) محسوٗس گژھان۔ تریِمس مرحلَس منز چھِ خدا تہٕ کاینات بالکل الگ تہٕ مختلف نظرِ یِوان۔'' [۱]

اصل چھنہٕ یہِ کانہہ معروضی حقیقتھ، بلکہ چھ سالکہٕ سُند اَکھ مقام۔ یہِ چھُ خدایہٕ سِندِ ذات تہٕ صفاتکہٕ ظہورُک احساس یا (Feeling of manifestation) ۔ یہِ چھےٚ صرف اَکھ appearance ۔ اَوِکنۍ چھُنہٕ یہِ وحدت الوجود بلکہ چھُ وحدت الشہوٗد یا Unity of appearance۔ اَمہِ تلہٕ چھُ صاف ظاہر زِ خدا تہٕ کایناتس درمیان چھُنہٕ "وحدت" وجودٕکس سطحس پیٹھ بلکہ چھےٚ شہوٗدٕکس سطحس پیٹھ۔

عالمس منز صدیو پیٹھہٕ جأری یہِ صوٗفی سلسلہٕ چھُ اَکھ باقأعدٕ اَخلأقی نظامُک پابند۔ یِم صوٗفی اُسۍ نہٕ دُنیأیی رسمن لأرۍ بلکہٕ اُسۍ ظأہردأری تہٕ رَسمو بجایہٕ دأخلی پأکیزگی پیٹھ زور دِوان۔ عرفانِ ذات، عشقِ رسول تہٕ رضایہٕ اِلٰہی اوس یِمن ہُند مقصدِ حیات۔ سادگی، نفس حدٕ رٹُن، محنت، ایماندأری پزر، خلوٗص، توکل، ایثار، محبت، صلہ رحمی، مساوات، خدمتِ خلق تہٕ احترامہِ آدمیت اوس یِمن ہُند طریقہٕ۔ اِتھکن چھےٚ یہِ عالمگیر تحریک، اِنسان دوست اَقدارَن ہنز نُمایندٕ۔ ووستاد صوٗفی شاعرن منز اُسۍ روٗمیؔ، حافظؔ، عطارؔ تہٕ جامیؔ۔ یِم اُسۍ پنہٕ وِزِکۍ اہم بزرگ تہٕ صوٗفی تہِ۔ یِم اُسۍ اَکہِ اعلیٰ تہٕ ارفع نظامکۍ علمبردار۔ دنیاہس منز اِنسان دوستی ہندِ بن اقدارن ہنز آبیأری کرنس منز یُس رول یِم صوٗفی شاعر اداکران چھِ، سُے کأم چھِ کأشرۍ صوٗفی شأعرتہِ انجام دِوان۔

فارسی شعری روایژن منز یِم رموٗز، علأیم، اِشارات، اِستعارات، تمثیلات، علامات، تشبیہات مروٗج چھِ، کأشرۍ صوٗفی شأعرتہِ چھِ تِمے ورتأوِتھ پنہٕ نِین روٗحأنی تجرباتن تہٕ مشاہداتن ہُند اِظہار کران۔ فارسی شعری روایژ برقرار تھأوِتھ چھِ کأشر شأعرتہِ عام طور مجأزی عشقہٕ کِنہِ پردن منزٕ پننۍ تجرٕبہٕ، مشأہدٕ، انکشاف، کیفیژ تہٕ محسوسات بیان کران۔ یِم چھِ گل وبلبل، ساقی، مے، میخانہٕ، عاشق، معشوق، تیرِ نظر،

طوطہٕ، ہأر، کاو، رِند، سا یہٕ تہٕ یار ہوی استعارِ تہٕ علامژ ورتاوان۔ اَتھ منز یم تہٕ معنوی، وجودی تہٕ اقدأری انسلاکات وۄتلان چھِ، تِمن منز چھُ حرف پرستی بجایہِ دأخلی پأکیزگی، خلوص نیت تہٕ احسأنس پیٹھ زور دِنہٕ آمُت۔

فقہ چھُ انسانہٕ سنز ظأہری عملہِ ستی تعلق تھاوان۔ یہِ چھُ صرف یہِ وچھان زِ بندس یہِ کینژا حکم دِنہٕ آمُت چھُ، سُہ چھا تتھ پیٹھ عمل کران کِنہٕ نہٕ۔ مگر تصوف چھُ یہِ وُچھان زِ أمی عملہِ کیاہ اثر ترٛوو أمی بندِس دِلس۔ بنہٕ کوتاہ گوو خدایس کُن متوجہ۔ خدایہِ بندِس حکمَس پیٹھ عمل کرنس منز گژھ حدس تام چھُ انسان مخلص تہٕ نیک نیت۔ قرآنِ مجیدَس منز چھُ أتھی چیزَس تزکیہ تہٕ حکمت وننہٕ آمُت۔ حدیثس منز چھُ أتھی احسان وننہٕ آمُت۔ برونہہ کُن یِنہٕ والین لُکن منز گوو یہے چیز تصوف ناوٕ ستی مشہور۔

کشیرِ منز اِسلام وا تنہٕ پتھٕ روز یتہٕ صوٗفی شأعری ہنز زیرٕ ہس لہر چلان تہٕ لُکن روٗحأنی سطحس پیٹھ تربیتہٕ علاوٕ جمالیأتی سطحس پیٹھ تہٕ محظوٗظ کران۔ اَمیک وجہ اوس یہِ زِ اکثر صوٗفی شأعر روٗدی راہِ سلوٗکس منز محسوٗس سپدَن وألی تجربہٕ تہٕ وأرداتِ قلبی دوٚیمین تام واتناونہٕ خأطرٕ پنہٕ نین دأخلی کیفیژن، معروٗضی الفاظن منز زبو دِوان۔ اَمے بَرکتہٕ چھےٚ صوٗفی شأعرن ہنز اکھ بڈ جماتھ، کأشرِس اَدبَس، شأعری ہُند اکھ باگہٕ بوٚرت تہٕ موٗلُل ذخیرٕ عطا کران۔ ژودأہمہِ صدی ہندی زٕ قداوار تہٕ ہم کال کأشری شأعر لل دید تہٕ شیخ نوٗرالدین (شیخ العالم) چھِ دوٗن منفرد فِکری شعری رُجحانن (صوٗفی شأعری تہٕ بھکتہٕ شأعری) ہُند آغاز کران۔ لل دیدٕ ہنز شأعری تہٕ چھےٚ دأخلی کیفیژن تہٕ سیمأ بِ تجربن ہنزے باوتھ تہٕ اَتھ پیٹھ چھُ شومت یا ترکہٕ فلسفہٕ تہٕ ویدانت فلسفُک اثر۔ مگر صوٗفی شأعری پیٹھ چھُ تصوف تہٕ اِسلامی تعلیماتن ہُند اثر۔ یم دوٚنوٗے

سِری رُجحان روُدی کأشرِ شأعری منز لرِلوٚر پکان۔

تصوُف چھُ بُنیأدی طور اِنسأنی نفٕس تمام برأیِیو نشہِ دوٗر کرِتھ تِہندِس دِلس اخلاقِ حسنچہِ وتہِ پیٹھ ترٛاوان تہٕ نیک عملو تہٕ اَخلاقو سٟتی خدایہٕ سٕندِ رضا تہٕ دیدار کہِ حصُولہٕ خأطرٕ تیار کران۔ دیدارِ خدا وندی تہٕ رضاے الٰہی چھِ انسانہٕ سٕنز سعادت۔ تمام عملہٕ چھےٚ دوٚیہِ قسمچہِ۔ اعمالِ صالح تہٕ اعمالِ سیٔہ، تمام نیک عملہٕ چھےٚ کُنہ نتہٕ کُنہِ حیثیتہٕ اقدارِ عأ لیَن سٟتی وابستہٕ تہٕ تمام بداعمال چھِ یِمَن برخلاف عمل۔ تمام صوٗفِیو تہٕ مفکِرو یِمَن اقدارن تہٕ نیک عملن ہنز وبٕزنے چھےٚ کرٕمژ تہٕ یِمو بُرٕعملو نشہِ دوٗر روزنٕچ تلقین کرٕمژ چھےٚ، تِم چھِ کُنہ نتہٕ کُنہِ حیثیتہٕ کلامِ پاک تہٕ سُنتٕچ پأروی تہٕ تشریح۔ کأشر صوٗفی شأعری تہِ چھنہٕ اَمہ نشہِ الگ تہٕ یِہُند روٗحأنی آگُر چھُ حضرتِ میر سید علی ہمدانی تہٕ حضرت شیخ العالم سُند کلام تہٕ ییٚہ تِم نامَوار صوٗفی تہٕ مبلِغ، یِمو کشیرِ منز اسلام پھأ لوو تہٕ پننہٕ پننہِ روٗحأنی سلسلن ہنز بُنیاد ترٛأو۔

صوٗفی شأعری چھےٚ کأشرِ اَدبی توأریخُک اَکھ باگہِ بوٚڑ تہٕ اہم جُز۔ شیخ العالمس پتہٕ چھُ شُرأہِمہِ صدی عیسوی ہِندِس اَخرس پیٹھ صوٗفی شأعری ہُند سِلسلہٕ دُبارِ خواجہ حبیب اللہ نوشہری (۱۵۵۵ء۔ ۱۶۱۷ء) سٕنزِ شأعری پیٹھہٕ شروٗع گژھان۔ ۲ے حالانکہ صوٗفی شأعری روٗز کم وبیش پرٛتھ دورس منز چلان ،مگر کُنوہِمہِ صدی عیسوی منز روٗد یہِ کأشرِ شأعری ہُند اَکھ غألِب رُجحان۔ مؤمن صأب اوس اَرداہِمہِ صدی ہُند بیاکھ صاحبِ حال صوٗفی شأعر۔ روٗحأنی تجرُبہٕ، مابعدالطبعیأتی کیفیژ تہٕ عشقِ حقیقی چھِ اَمِ سُندی خاص موضوٗع۔ پتہٕ آے کأشرِس اَدبس تِم شأعر باگہِ یِم تِندا وار سألِک تہِ أسی۔ یِمَن نِش أسی فنکأری علاوٕ صوٗفی تجرُبہ تہِ۔ یِمَن منز أسی سوٚچھِ کرال، کرم

بلنٛد، نعمہٕ صأب، رحمانٛ ڈار، شاہ قلندر، رحیٖم صأب، وہاب کھار، شمٛس فقیر، احمد بٹہٕ وآری، صمد میر، لسہٕ خان فِدا، اسدٛ پَرے، احد زرگر تہٕ ضعیفہٕ ہوی صوٗفی شاعر شامِل۔

سوٚچھ کرال (۱۷۷۴ء۔۱۸۵۴ء) اُمی سٕنز نظم 'دپیومے بالہٕ یارس' چھےٚ سٮ۪ٹھا اہم نظم۔ یہ نظم چھےٚ اَکِس سالِکس تہٕ ذاتِ مطلقس درمیان اَکھ مکالمہٕ، یتھ منز زاٛولِبن تہٕ وجوٗدی نوعیتن متعلق سوال ودتلاوِتھ تمن ہُند جواب پیش کرنٕچ کوٗشش چھےٚ۔ اَتھ منز چُھ عاشقہٕ سُند اِضطراب تہٕ معشوقہٕ سٕندی صفات سٮ۪ٹھا خوٗبصوٗرتی سان ودتلاونہٕ آمٕتی۔ اَتھ منز چھِ خدایہٕ سٕندی ذات و صفات، جمال و کمال، زمان و مکان تہٕ نفی اثبات سمجھاونٕچ خوٗبصوٗرتھ کوٗشش۔ یہ نظم چھےٚ مابعد الطبعیأتی نوعیتن ہنز وضاحت تہٕ مطابعتِ خداوندی تہٕ حکمِ خداوندی ستی بحث کران۔ یتھ بوزن والبن فِکرِ تور زِ تمن ہنز حقیقت کیا چھےٚ تہٕ تمن منز کاٛژاہ کمی تہٕ کوتأہی چھےٚ خدایہٕ سُند حکم بجا اَنٕنس منز، تم گے شرمندٕ تہٕ نأدم۔ تمن گوٚو احساس زِ تمو ہیوٚ کنہٕ خدایہٕ سٕندِ معرفتُک سہٕ شُکُر ادأ کرِتھ، یمیُک سہٕ حق تھاوان اوس۔ دپیومس چیزن ہنز تہٕ وجودٕچ حقیقتھ کیا چھےٚ۔ تُمی دوٗ پنم تہندِس حقیقتس منز چھنہٕ کانہہ بین۔ ظأہر چھ بأطن تہٕ بأطن چُھ ظأہر۔ تُمی سٕنز ذات چھےٚ ہمہ جہت تہٕ پرٛتھ جایہٕ موجوٗد۔

دپیومس بوزناوتم چُھس بہٕ بندٕ ے   تُمی دوٗ پنم بوزٕنی گے شرمندٕ ے

دپیومس کیا چُھ اندر کیاہ چُھ نبر   تُمی دوٗ پنم یِی چھ اندر تی چُھ نبر

دپیومس اَدِکتبن چھے ژبے مقام   تُمی دوٗ پنم نَے چُھ صبح نَے چھ تتہِ شام

دپیومس کونہٕ چُھکھ پرواے وبندان   تُمی دوٗ پنم چُھس بہٕ پرواٮ۪س تہِ گندان

رحیٖم صأبس نِش یُس چیز مولُل چھ سہٕ چُھ وَق تہٕ یہے چُھ اَمی سُند

سرمایہٕ حیات۔ وقتکہِ را ونگ تہٕ اَمچہِ نا قدری ہُند چھ اَمِس سخت ہمسٔس ۔

طبیب ژھانڈتَن گرٕ یو دوا      پنٕنا سَپدَکھ اَدٕ شنوا

رحیم صأب ژھانڈتَن اہلِ صفا      را ورِتھ یم نفس کیا اوے نفع

وقت یا وق تہٕ اَمِچ قدر کرٕنی چھےٚ صوٗفین ہِنش سبٹھا اہمیت تھاوان۔ یمن نزدیک چھ انسانہٕ سُند اکھاکھ ژِ یُہہ سبٹھا اہم تہٕ نوزُک۔ تِکیازِ خالقِ کاینا تن یُس موٗلُل تہٕ خاص چیز انسانس عطا کوٗر سُہ چھ وق تہٕ اَتھی چھُ حساب زِ انسانن کتھہِ کن خرچوو یہِ وق۔ اللہ تعالیٰ چھ قرآنِ شریفس منز فرماوان زِ دُنیا چھ آخرٕچ کھیتی۔ یتہِ یہِ عمل کرو، تی لبو ستی۔ آخرت سرٕنچ مہلت چھس تیتے ہے کالس، ییتس کالس انسان زِندٕ چھُ۔ اَوے چھِ صوٗفی شاعر تہِ پرٕتھ شہس رأچھ کرنس پیٹھ زور دِوان ۔

دم رَٹھ واٗر لاگ غم خوارو      دمہٕ دَمے روز خبردار

پنٕنہٕ نٕبن دمن کرسأ شُمار و      دمہٕ دَمے روز خبردار (شمس فقیر)

سونتھ ییلہِ آوتے ووتھ نیروانہِ      لوٕلکی داند ہبتھ واے سأزمین

ہم یتھ نہٕ نیرِتھ گژھہِ البانہِ      اند روز ساتھا چھے غنیمت (شمش فقیر)

مزرعٔ الآخرت سونتس ناو      زرا تھ کرہم سامانے

یی کرکھ تی سرکھ تھی کرکھ کژاو      بہار آو جانہِ جانانے

باشہِ کرنم تازٕ لوکچارن      گوم نیرِتھ رسہِ رسیے

مُلی میلہِ نا ہمہٕ ہن دِیارن      چھُس ئہ پیارن سُہ کرہِیے (رحمان ڈار)

شمس فقیر (۱۸۴۳ء-۱۹۰۱ء) چھ کأشرِ شأعری ہُند مولانا رومی گنزرنہ یِوان، یَس نِش اخلاق، اقدار تہٕ اَکھ منزلہِ مقصوٗد چُھ۔ یہِ چُھ ھض شیخ سٕندی پأٹھی روٗحأنیتَس سُنت تہٕ شریعتس تابع بناوان۔ اِنسأنی فطرتکی چھِ زٕ روٗخ۔ اَکھ یہِ زِ اِنسان کرِ جمألی طرزِ زِندگی اِختیار کرِتھ خوأہشن ہنز تکمیل۔ نتہٕ کرِ اخلأقی طرزِ زندگی اِختیار کرِتھ اصوٗل، اخلاق تہٕ ضأبطن مطأبق زندگی بسر۔ اخلأقی طرزِ زندگی ہندِ خأطر چھنہٕ ضروٗری زِ اَتھ آسہِ کانہہ منطقی جواز۔ شمس فقیرَس نزدیک چُھ دپنگ اصل جوہر دپندار سُند اخلاص تہٕ وفادأری۔

شمس فقیرَن پرواہ دِتیے سرکارٕ آس فرمان

مال جان پان ترٲوِم تٲتیے نیرِ لٲتیے روٗ و کران

سٕدرٕ کھوٗلِدر مال گنزرمَس پھٔلیے لٔگیے کرسے لولہٕ مَتہٕ لاے

حقیقتھ پزر تہٕ رٕژر چھِ پَننہِ جایہِ موٗجوٗد، وِل گوٗو اَسہِ چھَنہٕ اَچھ زان۔ شمس فقیر چُھ سُے بأطنی زان پزا وٕنچ کوٗشش کران، یُس تمَس وِجدأنی سطحس پٹھ عقیدَن تہٕ قدرَن ہُند اِدراک پأدٕ کرِ تہٕ کشفُ المحجوب سَپدِ۔ اَمِس چھ یقین زِ جسمأنی، ذِہنی تہٕ روٗحأنی دادِ بن ہُند علاج چُھ موٗجوٗد۔ وِل گوٗو یہِ ہبکہِ تمی ہے حأصل سَپدِتھ، یُس روٗحأنی جستجو کرِ تہٕ بأطنی نظافت آسہِ تھاوان۔

یہِ بر شمس فقیر وَنے سر ترٲو پتھر اَز مخموٗر

سُے اَژِ یَس نتہِ بَر مژرنے بہٕ کیا وَنے لی گوٗوظھوٗر

ہا مَتہٕ شمسو چھُے نہٕ جدا اَکھ دانہٕ تَے
مُدا ژٕ تھوٗد ٹُل پَرٕد سَپدی عیانہٕ تَے

اَمی سنز شاعری چھےٚ محبتچ تہٕ عبادتچ شاعری۔ اَتھ منز چھُ عشق تہٕ وِصالچ خواہش۔لول چھُ امی سُند زادِ راہ ، توشۂ آخرت تہٕ نجاتچ وَتھ۔

وَنے بو سِرِ اسرار ینو آسکھ وبالی
وُچھِم ہرشایہ سہٕ یار چھےٚ نو کانہہ شَے تہٕ خالی
وَنے کیاہ بہٕ اَمیک سوٗد مُرتھ عاشق زِندے موٗد
ژٕ کر شمسو یہ کتھ بوٗد چھُکھے آمُت سوالی

لٹہِ اکہِ ہاوتم دیدار — پاکباز لایقِ دیدار باش
مکہٕ مدینس بَر چھِ وٕتھی یے — نیرٕ اُتی یے روٗو کران
گٹہِ ظلماتس منز پیوم اَڑُن — ژانگہِ پیوم زالُن پننٕ خوٗن
یار ژھارُن پیوم تمہٕ گاشے — مےٚ گیہ عشقہٕ والہٕ واشے نالہٕ

عشقے چھُ عملہٕ تحریک دِوان تہٕ اتھ شرفِ قبولیت بخشان۔ عشق چھُ کایناتکہِ وجوٗدُک باعث۔یہے چھُ توانائی تہٕ استقامت دِوان۔ عشقے چھُ ٹھری کاسان تہٕ عرفان عطاکران۔عشق چھُ نفع نقصانکہِ سطح کھوتہٕ تھود آسان تہٕ مقصد چھُ صرف رضائے الٰہی آسان۔ عملِ چھُنہٕ عشقہٕ ورأے کانہہ مول۔ بقولِ علامہ اقبال ۔

عشق ہے سب ناتمام، خوٗنِ جگر کے بغیر
نغمہ ہے سودائے خام، خوٗنِ جگر کے بغیر

عشقہٕ روٚس انسان بتر اَز گا وو کتھ کیٚت دُنیاہس آوو لو
عاشقن منز باگ منہٕ چھہٕ نا وو ونتو اَتھہٕ کیا آوو لو

(شمس فقیر)

یُس وسہٕ عشقہٕ ئس سٔدرس سرانس سرٕتس سپدی میم الف لام
تھپھ میے دِژٲمس دُرٕ عر فانس تس نادانس کر ژٕلہٕ ژھاے

(شمس فقیر)

ٹلہٕ نا قلم قلندر ، لکھِنا دروٗدِ اکبر
سوربم نہٕ تاقیامت، عشقنی کتاب وبسی یے (شاہ قلندر)

وہاب کھار چھُ اِنسٲنی جمالس منز ترا ونہٕ آمتین فطری کمالن ہُند نقشہٕ وو تلاٗوِتھ اِنسانہٕ سنزن خوٗبین تہٕ کمزوٗرِین ہنز نشاندہی کران۔ اِنسانس چھےٚ معروٗضی غاریقینیت اَزلے باگہٕ آمژ۔ یہے داخلی دَگ چھُ وہاب کھار تہٕ للہٕ ناوان۔ پژھ،عقیدت تہٕ لول چھہٕ اَمی سنزِ شاعری ہندی اَساسی خدوخال ۔

وہاب کھار اکھ غلاما پرانٕ چھےٚ یِی کلاما
گوژھم دیدار پٔنن یہٕ چھُم قرار پٔنن

نظرے چانہٕ ستی پھوٚلہٕ گلزار نظرے چانہٕ ستی بلہٕ بیمار
تار وَزِہے دربار یژ ہے آفتابہٕ زوٗنہٕ درشن دِزِہے

عشق چھُ صمد میرنہٕ شاعری ہُند اہم محرک تہٕ اَتھ منز چھہٕ مجاٗزی تہٕ حقیقی دوٚنوے پہلوٗ جلوٕگر۔ ارضی تجربہٕ چھہٕ یکایک داخلی تجربن منز تبدیل گژھان۔ اِتھکن چھُ

شاعر جُستجوٗکہِ مقامہِ پیٹھٕ وصلہٕ کس مقامس واتان۔مگر شاعرس چھ اَکس مقامس پیٹھ یہِ احساس گژھان زِ اعلیٰ حقیقت چھےٚ وُچھنہٕ کھوتہٕ زیادٕ محسوٗس کرنس تہٕ پننہِ وجوٗدُک جُز بناونس ستی تعلق تھاوان۔ صمد میر چُھ ونان زِ عرفانِ ذات حاصِل گژھنہٕ پتہٕ چُھ موتُک خوف تہِ ختم گژھان۔ یہِ چھ لوہ لنگر تہِ چلاوان تہٕ راہِ سلوٗکٕکی منزِل تہِ طے کران۔ فضوٗل خرچی نِشہِ پرہیز تہٕ وقتچ قدٕر کرٕنی اوس امۍ سُند اصوٗل۔یہِ اوس پانہٕ پنُن اوزقہٕ کماوان تہٕ کامٕ کرٕنی اوس امِس نزدیک عبادتُک درجہِ تھاوان۔ یہِ چھ حقوق اللہ اداکرنس ستی حقوق العبادَس پیٹھ تہِ زور دِوان۔ یہِ روٗد روٗحانی پاکیزگی، خدا ترسی، نرم دِلی ، ہمدردی، مساوات، برادری، مِلچار تہٕ اکاربکار ہِنہٕ کبن اقدارن ہنز آبیاری کران۔اَمۍ سُند دُنیا چھ عشق تہٕ یتھ منز انکساری، نرمی تہٕ خودسپردگی، ہستی مٹاونی تہٕ دٕے ترأوتھ محبتُک پیغام چُھ۔ موتی لال ساقی چُھ ونان

> ’’سچ تو یہ ہے کہ ریشیوں کے بعد صوفی ہی ہماری مخلوط تمدن کے علمبردار ہیں۔۔۔چاہے وہ ہمارا ہزاروں سالہ قدیم بھایی چارہ تھا، ہمارا لباس تھا، ہمارے اُٹھنے بیٹھنے کے آداب تھے یا پھر کھانے پینے کے طور طریقے۔۔۔صمد میر اُسی روشن روایت کے علمبردار تھے،جنھوں نے عام لوگوں سے اپنا ناطہ نہیں توڑا بلکہ اُٹھتے بیٹھتے رہے۔کبھی یہ نہیں سوچا کہ وہ اُن سے مختلف ہیں۔[۲]

صمد میرَس چھ زِندگی ہندٕ بن تضاداتن ہُند تہِ سوٗن شعوٗر تہٕ تَس چھ یتہٕ احساس زِ عِلم تہٕ حکمت ہیکنہٕ کُلس پیٹھ زِندگی ہندٕ بن سارِنے انہارَن ہنز رونمائی کٕرِتھ۔صمد میر یتھ دُنیاہَس منز ہینہٕ آمت چُھ، تتھ منز چھ کُنہِ شاہِ شیرس گاسہٕ

کھیوٚن دِوان تہٕ کُنہِ گاشدارَن أنی رأچھ تھاوٕنہٕ یِوان۔ یہِ کیازِ چُھ گژھان یا سَپدان، اَتھ چھنہٕ کانہہ عِلمی یا فِکری توجیہہ لبنہٕ یِوان۔ مابعدالطبعیأتی مسأیِل تہٕ چھیِ لاینحل، مگر زِندگی ہندی یِم انہار ٹاکارٕ پأٹھی درپیش گژھان چھِ، تِمن تہٕ چھنہٕ اِنسانہٕ سنز عقل حتمی طور سمجھتھ ہیکان یا اِہنز کانہہ قأبلِ قبوٗل توجیہہ پیش کٔرِتھ ہیکان۔

موٚہہ گوٚو ہٕسی تِس ٹھولہِ لوہہ لارِ شیرَس آو

شال گنڈِ شمشیر ہلہِ کیاہ کلہِ کر ٹھہراو

دَچھِ کُج کھرٕ ہلہِ ہلہِ زٕنہہ ما وَر تتھ دڑاو

کأرگر کوتاہ دَلہِ کیاہ کلہِ کر ٹھراو

کِتأبی عِلم چھنہٕ صمدمیرَن پوٚرمُت، مگر أمی چھےٚ بأطنی پزٕرِ ستی پنٕنِس بدنَس شیرازٕ بندی کٔرمٕژ۔ کِتأبی عِلم چھُ اِنسانَس مختلِف شکوٕکن تہٕ شبہاتَن منز مبتلا کران۔ مگر بأطنی تجربہٕ چھُ أمِس عین الیقین تہٕ حق الیقین کِس مقامَس پیٹھ فأیز کران۔ معرفتکِس اَتھ مقامَس پیٹھ چھِ شکن تہٕ گمانن ہندی زولانہٕ ژٕنِتھ پیوان تہٕ اِنسان چھُ حتمی پزٕر پراوِنَس منز کامیاب سپدان۔ یہِ چھُ سُہ مقام یتہِ اِنسانہٕ سُند وجوٗد چھُ حتمی پزٕرکہِ نوٗرانہٕ ستی گاشراوٕنہٕ یِوان۔ بأطنی تجربَس منز چھُ دِل تیوٗتاہ شوٗژ تہٕ صاف سپدان زِ یہِ چھُ حقیقتِ مطلقچ أینہٕ دأری کران۔ صمدمیر چھُ أمی تجربچ کتھ اِتھہٕ پأٹھی کران۔

عِلم گوٚو عِلمِ لدنی ژٕلِم شکھ آم بدنی

پوٚرُم ناکأنسہِ نِشہِ توشن کوٚرُس آرستہٕ یأری

علم گوٚو علمِ لدُن دِے تَس کٔری پیور

نہٕ چھُ تتہِ لیکھُن نہٕ چھُ تتہٕ پرُن نہٕ چھُ تتہِ کرُن شور

ژود ہن علمن ملے یوٚد کرَکھ         توتہٕ کوٚت واتگھ تور

جِس پڑھنے سے صاحب ملے         وہ پڑھنا ہے اور

اِنسانی وجودَس چھِ زٕ پہلو۔ نفس تہٕ قلب۔ نفس گوو نفسِ امارہ تہٕ اَتھ منز چھِ جبلی اوصاف یعنی شر کی عناصر۔ قلبس منز چھِ اوصافِ حمیدہ۔ یِمَن دونوٚنی یعنی شر تہٕ خٲرکین اوصافن منز چھےٚ اَکھ مسلسل کشمکش روزان تہٕ یہَے چھُ اِنسانہٕ سِندِ خٲطرٕ امتحان۔

رُحس تہٕ نفسس دون چھے جنگ

رُح چھُس دپان کینٛہہ مو منگ         (رحیم صاب)

نفسی کرُنم اَدل تہٕ ودل         نفس میون شیطانس بدل آو

نفس ماہیٚم کرٛیہِ ہُند کدِل         نفس میون دوزخس بدل آو         (شیخ العالم)

نفسِ امارہ چھِ تمہٕ جبلی اوصاف یِم قبیح چھِ تہٕ اِنسانَس لزت پرستی تہٕ بغاوتس پیٹھ اُبھاران چھِ۔ یہِ نفسہِ اَمارہ چھُ اِنسانَس تمہِ دُنیا بُزٕ کران، یُس دُنیا عارضی تہٕ ناپایدار چھُ۔ نفسِ اَمارہ مأرتھ گژھ نفسِ مطمین پأدٕ گژھُن، اَدٕ چھُ اِنسان معرفت لبان۔ صوفی شأعر چھُ أمی حقیقژ ہُند اِدراک کرُن یژھان۔

زِ یادِ حق مشو غأفِل         قدم تُل جَل وٕنے چھے سُل

نہٕ روزی گُل تہٕ نے بلبل         زِ گُلشن خار می آید

(شاہ قلندر)

وأران بونہٕ ہندِ حأران کاوو         ونتو اَتھِہ کیا آوو لو         (شمس فقیر)

کم ذات زانہہ نہٕ سأ سپدی یار         تَس ناو چھےٚ دپان نفسِ امار

شامَن چھِ پھیران گامہِ ڈُمبی نبن   یُتھنہِ روِنہِ دامانَس گرٛھی شرونی

(شمس فقیر)

مال دولت چھنہِ روزانٕے   دو نوٕے بے وفا گوٕے گُمان

واتان کونہِ چھ بے زانٕے   وو لو یؠرٕ جانہِ جا نانٕے

(رحمان ڈار)

کامیأبی حأصل کرنہِ باپتھ چھ خدایہِ سندین احکامَن پیٹھ عمل کرُن اَکھ لأزمی اَمر یا فرض تہٕ یِمَن منز نماز، روزٕ، ذکوٰت تہٕ حج بنیأدی ارکان یا عبادات چھِ۔عبادت چھےٚ بجایہِ خود تمام اخلاقچ بُنیاد ۔

شریعت پالتَن پانس جان چھُے دِیان رَٹھ امہِ درٕے

فرض ، سُنت ، واأجِب ، مستحب برابر پکناو

(رحمان ڈار)

فأنی سمسار زأنتو   امرِ خدا مأنتو

صبحچِہ نمازِ گرٛھ بیدار   پیشیٚنچ نمازِ ترا وکاربار

دِگرِچ نماز چھے جگرَس زبو   امرِ خدا مأنتو

شام چھے اۆلِ پراران گرٛھ   خوفتَن نماز پران گرٛھ

(سوچھہِ کرال)

سنت تَے فرض یُس اَکھا زانے تَس نو تارے زالَے کانہہ

تَس گرٛھن جنتس منز پوشہِ ڈالے مے ہا گرٛھ بالے چون دیدار

(شمس فقیر)

لسہٕ خان فدا سنزِ شاعری منز چھنہٕ رہبأنیت یا فرأری فلسفہٕ بلکہٕ چھ شاعر ٗدِل با یار دست با کار' کہِ نظرِیک قائِل نظرِ یِوان۔ أمی سِندِس کلامس منز چھنہٕ قنوٗطیت بلکہٕ چھےٚ ووٚمید پسندی۔ یہ چھ اِصلاح پسند صوٗفی شاعر، یُس اِنسانی سماجس منز بہتری انہٕ خاطر شریعت کِبن اِلٰہی اصوٗلن ہٕنز روشنی منز اِنسانن ہٕنز تربیتھ کرِتھ، تِمن ہُند دیہن تہٕ دُنیاہ شیرٕن تہٕ پأرٕن یژھان۔

اَدائے فرض دائیم قربِ درگاہ

سرائے لامکان از اِبتدا میون

لسہٕ خان فِدا چھ فِطرتاً اکھ نعت گوٗ شاعر تہٕ أمی سنزِ شاعری ہُند غالِب موضوٗع چھ عشقِ رسوٗل۔ أمی سِند بن نعتن منز چھ تِمن لوازِماتن ہُند اہتمام کرنہٕ آمُت، یِمن ہُند تقاضہٕ صِنفِ نعت کران چھ۔ أمی سِند بن نعتن منز چھ اَدب تہٕ احترام ملحوٗظ تھاونہٕ آمُت۔ یِمن منز چھ عشق تہِ تہٕ پژھ تہِ۔ یِم چھِ نعتس منز پننہٕ قلبی کیفیژ پیش کران۔ اَمِچ زبان چھےٚ سادٕ مگر لفظس لفظس منز چھ اکھ تأثیر تہٕ تقدُس درٕیٹھی گژھان۔ أمی سُند نعت پران چھےٚ قأرِیس اکھ سٕنہٕ وٕنی کیفیتھ طأری گژھان تہٕ دِل چھ کُمبلان۔ یِمن منز چھ عقیدٕس ستی علم تہِ۔

فلکھ پزاران تلکھ قدمِ مُبارک کرٕژ عرشس کُن

ملکھ سأری چھِ در خدمت گذأری یا رسوٗل اللہ

الم نشرح چھ آمُت بہرِ وصفِ قلبِ نوٗرانی

قلم تُل قودرتُک پروردگأری یا رسوٗل اللہ

اَکھ نظر کرتم مُژِرتَم بَر ژِ گنجے رحمتس
نوٗرِ چانِیک سوز بوٗزِتھ حوٗرِ گےٚ خوشحال مے

ماہ روے ماہ جبینس خوش خوے نازنینس
لتس موے عنبرینس بوئے گلاب ڈیوٗٹھم

فرائیض اداکرنہٕ علاوٕ چھُ اِتباعِ سُنت تہٕ اہم شرط۔ آنحضرت ﷺ ہُند سیرَتِ پاک چُھ قرآنِ پاکُک عملی نموٗنہٕ۔ اَوے چھِ تم خیرُ البشر۔ تِمن سٟتی محبت کرُن، تِمن پٮ۪ٹھ درٗود سوزُن تہٕ سُنّتَن پٮ۪ٹھ عمل کرُن چُھ عینِ عبادت۔ اللہ تعالیٰ چُھ قرآنِ پاکس منز فرماوان عطیع اللہ و عطیع الرسول (تُہی کٔرِو اطاعت پنٕہٕنِس خدایہٕ سٕنز تہٕ تٔمہِ سٕندِس رسول سٕنز)۔ آنحضور ﷺ چھِ حجتُ الوداع کِس موقعس پٮ۪ٹھ پانہٕ فرماوان زِ مے تژوٚ توٚہہ منز قرآن تہٕ سُنت، یُس اَتھ پٮ۪ٹھ عمل کرِ سُہ گژھنہٕ گمراہ۔ آنحضور ﷺ چھِ خدایہٕ سٕندی محبوب، یِمَن کِنٛژ سأرے کاینات پأدٕ کرنہٕ آیہ ۔

آدمس برونٛٹھ چوٗنے نوٗرِ لولو ... تٔمہِ نوٗرِ چھےٚ مند چھان حوٗرِ لولو
(شمس فقیر)

نوٗرِ نِشہِ نور پأدٕ دژاو ... احدس احمد کورنے ناو
محمد لأگتھ بازار دژاو ... بہار آو جانہِ جانانے (رحمان ڈار)

عشقِ رسول چھےٚ اہم اسلأمی قدر تہٕ صوٗفی چھِ أمی کِنٛۍ داٗیمی منز اتباعِ سُنّتس پٮ۪ٹھ زور دوان ۔

فقیر سُند بوز معنہِ کیا حیأتی از کھو پگاہ
تی کوٚر نیٚین سأنٛی بیان مے چھس چوٚان مے چھس چوٚان

(شمس فقیر)

جہالت چھےٚ تمام بُرأیین ہنز بُنیأد تہٕ یہ چھےٚ دِلس سیاہ کران تہٕ پرٕدٕ تژاوان۔ مگر علم چھ نوٗر تہٕ یہ چھ رموٗز و اسرارٕکی درواژٕ کھولان تہٕ ٹھری کاسان۔ یِم پرٕدٕ ہٹنہٕ ستی گژھ اِنسانس معرفتِ ذات تہٕ معرفتِ حق حاصل۔ بینأیی گیہ بصارت تہٕ تہٕ بصیرت تہٕ، اَمہِ علاوٕ پأرِزان یعنی علم تہٕ۔ یَس اِنسانس پأرِزان آسہِ سُے ہیکہِ حقیقژن ہُند اِدراک کٔرِتھ۔ زیٖنت یا حُسن تہٕ چھ صفتِ خدا وندی۔ علمے چھ اِنسانس آراستہٕ کران تہٕ عرفان دِوان۔ علم چھ اوصافِ مذموٗمن پیٹھ غلبہٕ پرٛاوِتھ اوصافِ حمیدٕن متحرک تہٕ مضبوٗط کران۔

زیٖنت دِژنے یتھ خاکدانس پنٛأیی پأرِزان
سأری مطلب نِشہِ چھی پانس حبس کونہٕ چھی واتان (رحمان ڈار)

جأہِل ودلُمت پنٛنی جہالن جأہلس ٹھرِ چھے پنٛنی ژھاے
جأہِل تل روٹ قہر رجالن وُنہٕ چھم زالن آسنے عار (نعمہٕ صأب)

پرٛہ سبق لبکھ نفع شیر سپدکھ اہلِ صفا
اَدٕ دپنےٚ اَچھ گاشرے تمہٕ گرٛژھتھ تہنٛدُے گرے (شمس فقیر)

توبہٕ۔ یہ چھ عربی زبأنی ہُند لفظ تہٕ اَمیک معنی چھ رجوع کرُن یا واپس پھیرُن۔ توبہٕ چھ سألکہٕ سُند گوڈنیک منزِل تہٕ طألبہٕ سُند گوڈنیک مقام۔ اللّٰہ تعالیٰ سُند ارشاد چھ توبو الی اللہ جمیعاً ایھاالمومنون لعلکم تفلحون( تہٕ خدا یَس برونٛہہ

کَنہٖ کُرِو تُہۍ ساَرۍ توبہٕ اے ایمان اَنَن والیو تاکہِ تُہۍ لبِو فلاح)۔ بِکس جایہِ چُھ اللہ تعالیٰ فرماوان اللہ یحبُ التوابین و یحبُ المتطھرین (بیشک چُھ خدا توبہٕ کرَن والین پسند کران تہٕ پاک و صاف روزَن والین پسند کران)۔ رسولِ پاک ﷺ چھِ فرماوان زِ توبہٕ کرَن وول چُھ تِتھے کن پاک گژھان زَن تہٕ اُمۍ کانہہ گُناہ چھنہٕ کورمُت تہٕ خدا، یَس کأنسہِ تہٕ بندس ستۍ محبت کران چُھ، تَس چُھنہٕ گُناہ کانہہ اثر کران۔ توبہٕ کرَن وول چُھ برأیِیو نِشہِ لوٗب ہیوان تہٕ پننِن پان شریعتس تابع بناوان۔ رسولِ پاک ﷺ فرموو 'نداماتھے گوو توبہٕ۔'' توبہٕ خأطرٕ چھِ ترےٚ شرط۔ پنہٕ نِبن گناہن پیٹھ نأدِم گژھُن، گناہو نِشہِ پتھ روزُن تہٕ آینٕدٕ گناہ نہٕ کرنُک قصد کرُن۔ حدیثس منز چُھ فرماونہٕ آمُت زِ 'بیشک چُھ اِنسأنی جسمس منز اَکھ ماز دوگُل، ییٚلہٕ سہٕ درست آسہِ، تیٚلہِ آسہِ سورُے جسم دُرست۔ اگر سہٕ خراب آسہِ، تیٚلہِ آسہِ سورُے جسم خراب۔ وارٕ بوٗزِو سہٕ ماز دوگُل چُھ دِل۔ ییٚلہِ انسان پنہٕ نِس دِلس منز پنہٕ نِبن کارِ بدن پیٹھ غور کران چُھ سہٕ چُھ توبہٕ کرِتھ گناہو نِشہِ پتھ ہیوان تہٕ شریعتس تابع روزان۔ یہٕ چُھ دربارِ خداوندی منز ودٕ ودکران تہٕ اَفوٗ تہٕ درگُزر خأطرٕ دُعا منگان۔ ذوالنونِ مصری یَس آو پرٛژھنہٕ زِ توبہٕ کیا گوٚو؟ تمو ووٚن زِ عوامُک توبہٕ چُھ گناہو نِشہِ توبہٕ آسان تہٕ خاص چھِ غفلتہٕ نِشہِ توبہٕ کران۔ توبۂ نصوح گوو خألص توبہٕ۔ ییٚلہِ اِنسأنس یہٕ احساس گژھہِ زِ تمۍ کٔرۍ تِم گناہ یِمَن پیٹھ توبہٕ واَجب چُھ، تیٚلہِ گژھہِ تَس منز اِنکسأری، گناہو نِشہِ پتھ روزنُک تہٕ استغفارُک جذبہٕ لأزمی طور پأدٕ گژھُن۔ توبُک مطلب گوو نأدِم سپدِتھ خدایَس کُن رجوع کرُن تہٕ پتہٕ مبن گناہن پیٹھ پرٛٔ دِلہِ معأفی منگنۍ تہٕ آینٕدٕ گناہ کرنہٕ نِشہِ دوٗر روزنُک فأصلہٕ کرُن۔ خدایَس چُھ توبہٕ

کرُن پسند تہٕ سہُ چھ صدقہٕ دِلہٕ سان کرنہٕ آمٕت توبہٕ قبوٗل کران۔

توبہٕ چھے افضل کاس پانس مل استغفرِ اللہ پرتہٕ اِلااللہ

پرتہٕ ووٚنی توبہٕ تتھ کرتہٕ گوٗنہس لتھ توبہٕ نصوحا پرتہٕ الااللہ

(شاہ قلندر)

کلمہٕ پرٚی پرٚی آدمس دِل بے اثر نَے آسہِ ہے

توبہٕ کرٚی کرٚی روبہٕ ماپیہِ بشرنَے آسہٕ ہے (رحیم صأب)

خوف۔یہِ چھےٚ اَکھ سہُ کٲفیتھ یمیُک تعلق مستقبلس ستی آسان چھ۔ ییٚلہِ انسانس کُنہِ چیزکہِ راونک یا کانہہ ناخوشگوار واقعہٕ پیش ینُک خدشہِ یا خطرٕ باسہِ، تَس پیٹھ چھ خوف طأری گژھان۔اَوِ کِنی چھ اَمیُک تعلق ینہٕ وألس زمانس ستی آسان۔ خدایہِ سُند خوف گوو یہِ زِ بندٕ روزِ نَتہِ منز زِ تَس گوژھنہٕ خدا ناراض گژھُن تہٕ بندٕ گوژھنہٕ دُنیاہس یا آخرتس منز تَہندِ عذابُک شکار بنُن۔ خدایس کھوژُن چھ فرض۔ خدایہِ سند اِرشاد چھ وخا فونَ اِن کُنتُم مومنین (مےٚ کھوٚژِو اگر تُہی ایماندار چھو)۔ خدا چھ مؤمنہٕ سندی تعریف کران ملأیکن ونان یخافونَ رَبَّھُم مِن فوقِھِم۔ (تِم چھِ پننہٕ نِس خدا یَس کھوژان، یُس تِمن پیٹھ بالادس چھ)۔ خدا یَس چھِ تِمے لُکھ کھوژان یِمَن تمیُک علم چھ۔خوف چھ خدایہِ سُند سہُ کوڑ یَمہِ ستی سہُ غفلت کرن والین رٕژِ وَتہِ پیٹھ اَنان چھ۔خوفُک اصل مطلب چھ یہِ زِ اِنسان روزِ خدایہِ سنزِ نافرمأنی نِشہِ دوٗر۔ صحیح خوفُک مطلب گوو پنُن ظأہر تہٕ بأطن یِچھ کامو نِشہِ پتھ رٹُن۔ خوف چھ نجاتچ وومید پأدٕ کران۔ متقی لُکن ہُند خوف چھ یہِ زِ تِمن چھےٚ پننہِ انجامٕچ فکر آسان۔

اَتھ مہٕ با ترٛاوُن خربا    لوٗکہٕ ہنز کونگہٕ وٲر کھیٚیی
تَتہِ کُس با دِی تھربا    یہٕتہِ ئُزِہے کر تل پیٚیی
(شیخ العالم)

گری تعریف عارف کرالن    زار بوزتم دَیے دَیے
حدٕ روٗستبن مدٕ چھکھ والن    تس چھُ پیالن موٚیے موٚیے
(سوچھِ کرال)

تقویٰ۔ یہِ چھُ تمام رٕژرٕچ بُنیاد۔ اَمیُک مطلب گوو خدایہٕ سنز اطاعت کرِتھ عذابِ الٰہی نِشہِ بچُن۔ تقویٰ گوٚو گُناہو نِشہِ بچُن، یِیچھ کامو نِشہِ پَتھ روزُن تہٕ مشکوک چیزو نِشہِ دوٗر روزُن۔ خدایہٕ سنز نافرمانی کرنہٕ بجایہِ تَسنز اِطاعت کرٕنی، سَہ مشرا ونہٕ بجایہِ تَسنز ذِکر کرٕنی تہٕ ناشُکری بجایہِ تَسُند شُکر اَدا کرُن۔ اللہ تعالیٰ چھُ فرماوان اِنَّ اَکرَمَکُم عِندَاللہِ اتقاکم (بیشک چھُ خدایَس نزدیک توہہِ منز سُہ بہتر یُس متقی آسہِ)۔ دُنیاہ چھُ ابتلا تہٕ آزمائیشہِ پٹھ بأگرنہٕ آمُت تہٕ اُخرت چھُ تقویٰ ہس پٹھ بأگرنہٕ آمُت۔ تقویٰ چھُ خدایَس نِشہِ دوٗر کرَنس منز ٹھوٗر پأدٕ کران۔ ذوالنونِ مصری چھُ ونان زِ ''متقی گوٚو سُہ یُسُند ظأہر شریعتُچ خلاف ورزیو نِشہِ دوٗر روزِ تہٕ پَنُن بأطِن کرِنہٕ نفسأنی خأہشن تابع روٗزِتھ آلوٗدٕ، بلکہِ روزِ خدایہٕ سندِس یژھنَس تن دأرِتھ۔'' تقویٰ ہس چھِ زٕ پہلو ظأہر تہٕ بأطِن۔ ظأہر گوٚو شریعتکِبن حدَن منز زندگی گزارٕنی تہٕ بأطِن گوٚو خلوصِ نیت یا اخلاص۔ یُس چیزٕ نہٕ حأصل گژھہ تتھ پٹھ توکل کرُن، یہِ حأصل گوٚو تتھ پٹھ شُکر کرُن تہٕ یہِ اَتھہٕ تلہٕ درٛاو، تتھ پٹھ صبر کرُن گوٚو تقوی۔ رزقِ حلال تہٕ چھُ تقویٰ خأطرٕ لأزمی۔

یمنہٕ واین ووَن تہٕ لونن        کیا منگن تم لۆکے دورَن

کیا پھیرن کھلہٕ پتہٕ کھلے        پانہٕ میانے ہا غاۓ فلَے        (شاہ قلندر)

تقویٰ شعار چھ احتیاط پسند آسان۔ حضرتِ ابوحنیفہ چھنہٕ پنہٕنس مقروض شخصٕس ہِندِس کُلِ شیہجارس تَل بِہان۔ تم چھِ فرماوان حدیث شریف چھ زِ کانٕسہِ قرض دِتھ کانہہ تہِ فائیدٕ حاصل کرُن چھ رِبا یا سۆد۔

ابویزید چھ اکہِ پھِرِ ریگستانس منز پنہٕنس مریدس ستی پلو چھلان۔ مریدَن وونُس زِ یِم ترٛاووکھ دَچھِ باغٕکِس دیوارَس ہوکھنہٕ خاطر اَلانْدی۔ ابویزیدَن وونُس کانسہِ ہِندِس دیوارَس گژھنہٕ کھۆنٹ لاگنی۔ مریدَن وونُس زِ یِم ترٛاووکھ کُلِس اَلانْدی۔ اَمی دِتُس جواب نہٕ کُلِس پھٹن لَگی۔ مریدَن وونُس تیلہِ ہٕض ترٛاووکھ دزمنس پیٹھ۔ ابو یزیدَن وونُس نہ یہِ چھ جانوَرن ہُند غذا، اَتھ ہیکوٕنہٕ اَسی وُرن ترٛاوِتھ۔ اوٕکنی چھ یہِ پٔنِنی تھر آفتابس کُن گرِتھ گوڑ اکہِ طرفہٕ قمیض ہوکھنا وان تہٕ پتہٕ پھرَن دِتھ بیکہِ طرفہٕ ہوکھناوان۔

اکہِ پھِرِ آو وَنِدَس منز عتبہ غلام اَکس جایہِ لبنہٕ تہٕ یہِ اوس عارٕقے عارق گومُت۔ اَمِس پرٛژھکھ یہِ کیا وجہ؟ اَمی وونُکھ یتھ جایہِ اَس مے خدایہٕ سنز نافرمانی کٔرمٕژ۔ پرٛژھہس کیا ہش نافرمانی؟ دوپنکھ، مے اَس یتھ دیوارَس میٚژ تُجمٕژ، یمہٕ ستی میانی اَکی پٔژھی اَتھہِ پوٚھرووٚ۔ مگر بہ ہیوٚکُس نہٕ اَمِکِس مالکِس اَتھہِ سٕہ غلطی معاف کرناوِتھ۔ حضرتِ علی کرم اللہ وجہہٗ چھِ فرماوان زِ سخاوت کرن والی چھِ لُکن ہِندی دُنیاہکی سردار تہٕ متقی چھِ تمن ہندی آخرٕتکی سردار۔

غرٗور۔ یِیلہِ اِنسانس یہِ غلط فہمی گژھ زِ سُہ چھ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ عالِم، عابِد، خاندانی، دٕہندار، مالدار، عزتہٕ وول تہٕ عاقل تہٕ باقی چھِ تِمس مقابلہٕ کم پایہ، اَمہِ ستیٚ چھُ تکبُر تہٕ غرٗورُک بھوت سوار گژھان۔ تکبر کرُن چھُ بوڈ گناہ۔ حدیثس منز چھ آمُت زِ اگر کانسہٕ ہندِس دِلس منز آہِری دانس برابر تہِ تکبُر آسہِ، سُہ گژھِ نہٕ جنتس۔ دنیاہکی لُکھ تہِ چھِ تَس نفرت کران۔ مغرٗور انسانس چھُ پنُن پان عقلِ کُل باسان تہٕ تَس چھُنہٕ کانسہٕ ہنز نصیحت یا مشورٕ ٹارِ کھسان۔ پزٕ کتھ چھس ٹیٹھ باسان۔ عاجزی تہٕ انکساری ہُند عنصر پاۂدٕ کرنہٕ ستیٚ چھُ تکبُر دوٗر گژھان۔ حبیب اللہ نوشہری چھُ یِہَے کتھ اِتھکن اِظہار کران ۔

کام کرود لوٗبہٕ نِشہِ گژھِ نشُن     پشُن ژٕلی دون عالمن

(حبیب اللہ نوشہری)

مؤمنو ییٚتہِ نو کانسہِ ٹھٔہرُن یے     ییٚتہٕ مو لاگ بُتھی ہُن یے لو
بے وفائی دُنیا یِین تہٕ گژھن یے     رٕژِھ رٕژِھ مژھ مازکھیوٚیے لو

(مؤمنؔ)

مدٕ وَس سو چھِ کرالہٕ ژٕکھ دٕے ترٕاو     ناو در آب تَے آب در ناو

کام گوٚو جنسی قوت یا شہوت۔ کرود گوٚو غرٗور یا تکبُر۔ لوٗب گوٚو حُسن یا خوٗبصوٗرتی۔ یِم ترٛینوٚے صفت اگر حدس منز روزَن تیٚلہِ چھنہٕ یِم شَر پاۂدٕ کران۔ کرود، غصہٕ یا تکبرُک ضِد چھ بہودری۔ کرود چھ غارٕ مشرٗوط تہٕ بہودری چھےٚ مشرٗوط۔ یہِ چھےٚ اصوٗلن ستیٚ واسطہٕ تھاوان۔ اَپزِس خلاف ووتھُن گوٚو بہودری۔ مگر بے وجہ کانسہِ پیٹھ طاقت آزماوُن گوٚو غصہٕ۔ اِتھے کن چھ بُتھی ہُن لاگُن یعنے بدتمیزی ستیٚ پیش

یُن تہٕ بد اخلاقی۔ یێلہِ اِنسان جوانی تہٕ حُسنَس پیٹھ تکبُر کرنہٕ بجایہِ یَمن قوتَن جایز حدَس منز تھاوِ، تتھ چھُ عبادتُک درجہ۔ نفسِ اَمارٕکبن یَمن شرَن پیٹھ قابوٗ پرا ونہٕ ستی چھُ اِنسانَ دوٗنوٕنی عالمَن ہنز پریشانی نِشہِ دوٗر گژھِتھ، کامیابی حاصل کران۔

مد، زٕکھ، غُصہٕ، ڈے، نفرت تہٕ غرورُک تعلق چھُ نفسٕ ستی۔ کبریایی چھُ خدایہِ سُند صفت۔ مگر یێلہِ اِنسان کِبرُک دعویٰ یا اظہار کرِ، سہٕ چھُ خدا یَس مقابلہٕ یِنج کوٗشش کران، یُس شیطان سُند صفت چھُ۔ زٕکھ گوٚو بے وجہ غُصہٕ۔ اَتھ متعلق چھُ حکم زِ غُصَس پیٹھ گرِو قابوٗ، تِکیازِ یہِ چھُ نارو منز اَکھ نار، تہٕ نارٕچ کاَم چھےٚ زالُن۔ نارٕ نِشے آو شیطان پاَدٕ کرنہٕ۔ نفرت چھُ محبتُک ضِد۔ یہِ تہٕ چھُ شیطان سُند صفت۔ محبت چھُ خدایہِ سُند صفت۔ اِنسانی وجوٗد قایم تھاونہٕ خاطر ہیکہِ محبتے بُنیاد بنِتھ، نہٕ زِ نفرت یا ڈے۔ روٗحانیچ بنیاد چھےٚ پاکیزگی تہٕ تکبُر چھُ تمام ناپاکین ہنز بُنیاد۔

خوٗدی تڑاُوِتھ لاہوت پرتو سر تو اِ اللہ ھوٗ
اَڈِ پاک سپدِکھ ہا ناپاکو ژٕے نا یاد روٗدے نہٕ کێنہہ

(سوچھِ کرال)

صبر۔ خدایہ سِندین احکامن پیٹھ عمل کرنی، پزِس پیٹھ قایم روزُن تہٕ کمس پیٹھ شُکر گزاری کرٕنی گوو صبر۔ یہِ چھُ حرص تہٕ لالچ ختم کرِتھ شُکرُک جزبہٕ مضبوٗط کران۔ صبر کرَن والی سنز عبادت تہٕ عمل چھےٚ خالص اللہ تعالیٰ سِندِ خاطر آسان۔ اَتھ منز چھنہٕ ریاکاری آسان۔ یہِ چھُ پنُن نفس گناہ کرنہٕ نِشہِ پتھ رٹان۔ صبر چھُ اِنتقام ہینہٕ بجایہِ معاف تہٕ درگزر کرناوان۔ صبر کرن وول چھُ خدایہ سِندِس یژھنَس پیٹھ

تن بہ رضا آسان۔ صبرُک مطلب گوو پننٕ نفسأنی خواہشات کرٕ رٔنٛی، جزبات پیٹھ قابوٗ تھاوُن تہٕ شریعتس پیٹھ کاربند روزُن، شرارت ژاپُن تہٕ درگزر کرُن، حُسنِ سلوٗک تہٕ نرمی ورتاوٕنی، کانہہ حقیر زاننہٕ بجایہٕ تس ستی احسان کرُن، خدایہٕ سندین حُکمن ہنزٕ بجاآوری منز وُژھ کرٕنی تہٕ کُنہٕ تہِ آزمأیشہِ پیٹھ شکوہ نہٕ کرُن گوو صبر۔ اللہ تعالیٰ چُھ فرماوان زِ صبرِ جمیل گوو یہ زِ مصیبت زدٕ روزِ لُکن منز تِتھکَن زِ تِمن لگِہ نہٕ پتاہ۔ صوٗفی شاعر چھِ صبرٕچ تلقین کران ۔

حضرتِ صأبرس کیمو پیٚے بدنس     وَدنس روٗدُس نہٕ وار
اکھ کیوٗم وٕسی پیوٚس سُے اوس ژارن     پیالن چُھ بُری بُری موے (شمس فقیر)
للہِ اوس نِلہٕ وَٹھ للوٗن پانس     زان مِلناو بھگوانس ستی (شمس فقیر)

شُکر۔ شکر گوو خدایہ سنزَن نِعمژَن تہٕ اِنعامَن ہُند زبأنی ستی اظہار کرُن تہٕ دِلہٕ ستی اقرار کرُن۔ شأکر چھُنہٕ خدایہٕ سندِ طرفہٕ دِنہٕ آمژن نعمژن پَنُن حق سمجھان بلکہِ چھِ تِمن خدایہِ سُند فضل تہٕ کرم زانان۔ حضرتِ ابوعثمان چھِ فرماوان زِ عام لُکھ چھِ کھین چین تہٕ لباس ہشن نعموٗن پیٹھ شکر اداکران۔ خاص چھِ تتھ عرفانِ الٰہی پیٹھ شُکر کران، یُس تِہندِس دِلس پیٹھ منکشِف سپدان چُھ۔ عأمَن ہُند شکر چُھ زبأنی ستی آسان۔ عأبِد چھِ عمل کرنہٕ ستی شکر اداکران تہٕ عارِفن ہُند شُکر چُھ یہِ آسان زِ تِم چھِ استقامت ہاوان۔ شأکر چُھ عطا گژھنس پیٹھ شکر اداکران۔ مشکوٗر چُھ محروٗمی پیٹھ تہِ شُکر کران۔ شُکر گزأری تہِ چُھ توفیقِ اِلٰہی۔ شُکر چُھ نہٕ یتھ منز یہِ احساس آسہٕ زِ مےٚ ہیوٚ کنہٕ شُکر کرِنُک حق اداکٔرِتھ۔ بقولِ میر سید علی ہمدانی، سُبحانَكَ ما شَكرناكَ حَقَّ شُكرِكَ ۔ بندٕ یوٚت زیادٕ خدایہٕ سُند شُکر کرِ، تیوٚت چُھ کم۔ پرٛتھ اکھ انگ چھ

خدایہِ سنز نعمت۔ أچھ گاش ہِشہِ نعمژ پٹھ شُکر اداکرُن گوو یہ زِ اگر کأنسہِ منز عأب وُچھو تتھ پردٕ تژاوُن۔ کنن ہنزِ نِعمژ پٹھ شُکُر کرُن گوو کأنسہٕ ہُند عأب بوٗزِتھ نہٕ وَنُن۔ خدا چُھ فرماوان زِ تُہؠ کرِو شُکر گزأری بہٕ دِمو زیادٕ۔ صحیح حدیثس منز چُھ فرماونہٕ آمُت زِ جنتس کُن ییٚن سارِوٕے برونہہ تِم بُلاونہٕ یِم پرٛتھ حالس منز خدایہِ سُند شُکر اداکران آسن۔ شُکر چھےٚ روٗحأنی قدرَو منزٕ اکھ اعلیٰ قدٕر۔

بگویم حمد بے حد کردگارس دِیُتےٚ یمؠ رِزق و راحت نابکارس

پرُن حمدا شُمی تَس ذاتِ پاکس دِیُتے یُمؠ عشق وعرفان مشت خاکس

(شاہ قلندر)

زِپنتھ دِژنےٚ یِتھ خاکدانس بینأیی پأرزان

سأری مطلب نِش چھی پانس حبس کونہٕ چھی واتان (رحمان ڈار)

قناعت۔ یہ گوو کمس پٹھ شُکر کرُن۔ یِنہٕ موٗجوٗد آسہِ تہِنٛج آش نہٕ تھاوٕنۍ تہٕ یہ میسّر آسہِ تتھ پٹھ سیرچشم روزُن۔ دپان عزت چُھ فرمانبردأری منز، ذلت چھےٚ نافرمأنی منز، ہیبت چُھ شبِ بیدأری تہٕ تہجدس منز، حکمت چھےٚ بوچھہ منز تہٕ ثروت چھےٚ قناعتس منز۔ ذوالنونِ مصری چھ وَنان زِ یمؠ قناعت اِختیار کوٚر، سُہ چُھ پننہِ وقتہٕ کھوٚ لگو منزٕ راحت لبان تہٕ پننہٕ ہم کالن منز بلند مرتبہ پرٛاوان۔ قناعت چُھ اِنسانس منز اعتماد تہٕ خودداری پأدٕ کران۔

اکھ شخص چُھ، اکِس حکیمس آبس پٹھ پیمتی پننہٕ وتھر کھوان وُچھان۔ سُہ چُھ تس وَنان زِ کاش ژٕ کرِہکھ پادشاہ سنز خدمتھ، تیلہِ پی ہی نہٕ ژٕے یِم ہاکہٕ وُتھر کھنٛنۍ

ضرورتھ۔ حکیم چھُس جواب دِوان زِ کاش ژٕتہٕ کرٕہاکھ یَمنے پننہٕ وٕتھرَن پێٹھ قناعت، تیلہِ پێہی نہٕ ژٕے پادشاہ سنز خدمتھ کرنٕک حاجتھ۔

حج کٕرنہِ اَیامن دوران آسی وارِیاہ لُکھ حضرت جنید بغدادی سنزِ مجلسہِ منز بِہتھ۔ اکھ شخص آو تہٕ ترآوِن پانژ ہتھ دینار توہہِ برونٹھ کنہِ تہٕ ووٗنُن زِ یِم باگرٲوِو یَمن فُقراہن منز۔ حضٕ جنیدَن پرٕژھنکھ کیا ژٕے ژنش چھا بێیہ تہِ کێنہہ؟ تٔمی دیُت جواب آ۔ مےٚ ژنش چھِ بێیہ تہِ وارِیاہ دینار۔ حضٕ جنید بغدادین پرٕژنکھ بێیہ زِ یہِ کیٚنژا چانِس مِلکیتس منز چھُ، کیا ژٕے گژھِیہ تٔمہِ کھوتہٕ تہِ زیادٕ آسُن۔ تٔمی دیُت جواب آ۔ تہٕ حضٕ جنید بغدادیَن فرموونکھ زِ تیلہِ چھُکھ نہٕ یِم ژٕے، تکیازِ اَمیُک چھُکھ سانہٕ کھوتہٕ زیادٕ محتاج ژٕے۔

حسد۔ یہِ چھُ اکھ بدترین جذبہٕ یُس اِنسانہٕ سنزَن نیک عملن تیٖلکی پاٹھی زالان چھُ۔ یہِ چھُ سُہ گناہ یُس انسانہٕ سنز زندگی ہُند سکوٗن ختم کرِتھ مزاجس منز ٹیچھر پٲدٕ کران چھُ۔ یہِ چھُ انسان سُند دیٖن تہٕ دُنیاہ خراب کران۔ حدیثِ مبارک چھُ زِ حسد چھُ نیکیٖن تِتھکن زالان اِتھکن لکرِ نار زالان چھُ۔ حسد کرن وول چھُ پانہٕ غمگین روزان تہٕ یُس سٕتی حسد ورتاونہٕ یِیہ تَس پێیہ نہٕ کانہہ فرق۔ اللہ تعالیٰ چھُ قرآنِ شریفس منز فرماوان قُل اَعُوذ بِربِ الفَلَق مِن شَرّ ما خَلَق ---وَ مِن شَرِ حاسِدٍ اِذا حَسَد (ئہٕ چھُس خدایس تمام مخلوقن ہندِ شرٕ نشہِ پناہ منگان تہٕ بێیہ حاسدَن ہندِ حسدٕ نشہِ)۔ ابنِ مسعود چھُ روایت کران زِ رسوٗلِ پاک ﷺ فرموو زِ ترٕے چیز چھِ تمام گناہن ہندی جڑ، لہٰذا بچِو تمو نِشہِ۔ کبرٕ نِشہِ بچِو تکیازِ کِبرَن رکوو شیطان آدمس سجدٕ کرنہٕ نشہِ۔ حرص تہٕ لالچہِ نشہِ بچِو تکیازِ لالچہ سٕتی گوو آدم شجرِ ممنوعہ کھنس پێٹھ آمادٕ۔ پٔنُن پان

بچاۄِو حسدٕ نشہِ۔ تِکیازِ حسدٕ چہ بنیاد پٮ۪ٹھے چھ حضرتِ آدم سُند اکھ نِچو پنہٕ نِس بأیِس قتل کران۔ حأسِد چھنہٕ خدایہٕ سٟندِس یرٛچھنس پٮ۪ٹھ رأضی آسان۔ اَوٕ کنی چھ یہٕ عزت تہٕ وقار نشہِ تہٕ محرۄم روزان۔ حأسدٕ سٕنز علامت چھےٚ یہٕ زِ سُہ چھ بروٚنہہ کنہِ چاپلۄسی کران تہٕ أچھو پتہٕ کُن غأبت کران۔ یٮ۪لہِ کأنسہِ پٮ۪ٹھ مصیبت ییہٕ، حأسِد چھ خوش گژھان۔ حأسدِس پٮ۪ٹھ گژھنہٕ بھروسہٕ کرُن۔ شیخ العالم چھ ونان زِ حأسدٕ سٕنز عبادت تہٕ ریاضت تہٕ چھےٚ بےکار۔

أندرٕ کرۄد ترٛاوکھ نتہٕ نیٚبرٕ کرۄل کندے
أنتہٕ مل کاسکھ نتہٕ چھۄنی ووتھہٕ بیٚٹھ کندے

لۄکہٕ ہنزٕ لاگنیہٕ مو بَر چاو یُس کرِ گوٚنگل سُے کرِ کرٛاو
مدۄس سوچھِ کرالہٕ ژکھ دِے ترٛاو ناو در آب تےٚ آب در ناو
(سوچھِ کرال)

غصہٕ یا **شرارت** چھ عقلہِ کھوان تہٕ ہوش راوران تہٕ زبأنی منزٕ تہٕ چھ ناسہٕ ترٛاسہِ نیران۔ کُنہِ ساتہٕ چھ اَتھہٕ تہٕ ووتھان۔ اَوٕ کنی چھِ شرارتکی نقصانات بےٚ حساب۔ کُنہِ ساتہٕ چھِ اِنسانس پۄرٕ عمرٕ اَمکی کنٛڈی کرٛنی پیوان۔ اَمہِ نشہِ بچنک اکھ طریقہٕ چھ یہٕ زِ أسی کرۄ معاف تہٕ درگزر۔ تِکیازِ خدا چھ الرحم الراحمین تہٕ یہٕ چھ تٔمسند صفت۔ رحم کرُن چھ تس پسند یوان۔ غصہٕ تہٕ شرارت چھ اِنسأنی رِشتس نہٕ صرف مُتأثر کران بلکہِ چھ نفرت تہٕ نااِنصأفی فروغ دِتھ سمأجی رِشتس منز فساد پأدٕ کران۔

علم پٔرِتھ زونکھ أسی گے وٕتھی تم وٕتھی گوگل ٹیٹھی گے

حرصِ دُنیا۔ یہِ چھ خدایہِ ہندِ محبتہٕ نِشہِ دوٗر تھاوان۔ حرصِ دُنیا ستی چھ دُنیا کماونک جذبہٕ غالب گژھان تہٕ دِلس منز چھنہٕ خدایہِ سُند محبت روزان۔ اُمس چھ زندگی ہُند مقصد مُشتھ گژھتھ دُنیا ٹوٹھ گژھان۔ یِیلہِ صرف دُنیا وٚتنٕے مطمحِ نظر بنہٕ، تیٚلہِ چھنہٕ پتہٕ حلال تہٕ حرامک تمیز تہِ روزان۔ یُزس تہٕ اَپُزس درمیان فرق کرنس چھ معنے را وان۔ حدیثِ مُبارکس منز چھ وَننہٕ آمت زِ دُنیا ہٕک محبت چھ سارِنے گُناہن ہنز بُنیاد۔ اَمہِ نِشہِ بچنہٕ خاطرٕ پزِ پرٛتھ وِزِ موتک تصوٗر بروٗنہہ کنہِ تھاوُن تہٕ دُنیاکہِ عارضی آسنچہِ حقیقژ ہُند احساس کرُن۔ اگر اِنسان صرف دُنیاہ بزی گژھ تیٚلہِ چھ موت اکھ مُصیبت باسان۔ فضول خرچی ہُند عادت چھ گژھان یَمہِ ستی دُنیا کماونچ زیادِ ضرۄرت تہٕ لالچ بڑان چھےٚ۔ شیخ العالم چھ ونان ؎

ہا بند و بُوزِتھ کنہٕ وان آ مرنٕچ خبر شنوان چھےٚ
کالی ہندِس زن ہٕنے پچ وان یہِ گاسہٕ کانٕہ دُنیاہچ برٛمہِ وان چھےٚ

کندبو کوٗرتھ میونٕے میونٕے کینژا دِ تو تہنزے وتے
ژنو کانٕسہِ ہُند کانہہ نوچونٕے واہ زود پالیس پتو

بُخل یا کنجوٗسی۔ دُنیا تہٕ مالک محبت چھ اِنسانس منز بخل تہٕ کنجوٗسی ہُند عادت پٲدٕ کران۔ اَمہِ ستی چھ سُہ زکوٰت، قُربانی، تہٕ غریبن ہُند حق دِنس منز یا تہٕ کوتاہی کران یا اتھہٕ وٹان۔ یہِ چھ خدایس نزدیک گُناہ گار بنان تہٕ لُکن ہنزن نظرن منزٕ گران۔ بخل چھنہٕ خدایس نزدیک وا تنہٕ دِوان، تکیازِ بخل چھ تَس نا پسند۔ سُہ چھ خدایہِ سنزِ وَتہِ منز خرچ کرن والین تہٕ سخاوت کرن والین پسند کران۔

کم کھیوٚن۔ شکم پرستی سٟتی چھُ انسان واریاہن دولابن منز ہینہٕ یوان۔ زیادٕ کھیوٚن چھُ انسانہٕ سٟندِس نفسِ اَمارس متحرک کٔرِتھ روٗحانی قوتن کمزور کران۔ انسانس پٔز تیوٗتے کھیوٚن زِ ونہٕ آسہٕ بوچھِ باقی۔ کم کھینہٕ سٟتی چھِ اِنسانہٕ سٟندی ہنگہٕ منگٕکی غم کم گژھان۔ دل چھُ صاف روزان تہٕ خدایہٕ سٟنزٕن نعمژن ہنز پٲرِ زان چھےٚ گژھان۔ دِلس منز چھُ خدا یہٕ سُند محبت پٲدٕ گژھان۔ نرمی تہٕ ندامت چھےٚ پٲدٕ گژھان۔ ذکرِ خدا تہٕ دُعا کرنس منز چھُ لزت یوان۔ برأیی تہٕ سرکشی ہُند جذبہٕ چھُ دَبان۔ خوفِ خدا چھُ پٲدٕ گژھان تہٕ نفس چھُ شرپسندی نِشہِ لوٚب روزان۔ خوٲہشاتِ نفسن پیٹھ چھُ قابوٗ پرٛاوُن آسان گژھان۔ طبعیت چھُ لوٚت روزان تہٕ نِندٕر چھےٚ کم یوان۔ عباداتن منز سُستی چھےٚ دوٗر گژھان۔ طبعیتس منز جُھکاو تہٕ صلہ رحمی ہُند جذبہٕ چھُ ووتلان۔ یہٕ چھُ حرص تہٕ لالچہٕ ہُند عنصر کمزور کران۔ فاقہٕ روزُن چھُ اہلِ سلوٗکن ہُند خاص طریقہٕ۔

سہل ابنِ عبداللہ چھِ فرماوان زِ ییلہٕ خداین دُنیا پٲدٕ کوٚر، تمہِ تھوو شکم سیری منز گُناہ تہٕ جہل تہٕ بوچھِ منز تھوٗون علم تہٕ حکمت۔ بوچھِ چھےٚ سالکن ہندِ خاطرٕ ریاضتِ نفس، توبہٕ کرن والین ہندِ خاطرٕ آزمایش، زاہدن ہندِ خاطرٕ اصلاح تہٕ عارفن ہندِ خاطرٕ شرف حاصل کرنک باعث بنان۔ بوچھِ چھُ نور تہٕ شِکم سیری چھےٚ نارٕچ حیثیت تھاوان۔ شکم سیری چھُ دنیاہک سامان تہٕ بوچھِ چھُ آخرتُک سامان۔ حضرت ابو سلیمان دارانی چھِ فرماوان زِ مےٚ چھُ راتس شب بیدار روزنہٕ کھوتہٕ زیادٕ یہٕ خوش کران زِ بہٕ کھیمہٕ شامس اکھ میوٚنڈ کم۔ بقولِ اقبالؔ ؎

دِل کی دولت شہنشاہی، شکم ہے سامانِ موت
فیصلہ تیرے ہاتھوں میں ہے، دِل یا شکم

پأ کی چھےٚ بیا کھ اہم صوٗفی قدٕر۔اَ میٚک مطلب گوو نہٕ صرف بدن پاک تھاوُن بلکہِ تن پاک تھاونہٕ علاوٕ من تہٕ پاک تھاوُن۔ شرک تزٕ اُتھ توحیدُک اِقرار کرُن۔ ا وصافِ مذمٗومہ نشہِ لوٗب روزُن۔ اللہ تعالیٰ چُھ قرآنِ پاکس منز فرماوان تعمرُونَ بالمعرُوفِ و تنھون عن المُنکر (نیک کامن ہُند کرِو تلقین تہٕ برٕ کامو نشہِ رُکاوِو)۔ اِنسان یُس تہِ عبادت یا عمل کرِ، سہٕ گژھ پزٕ دِلہٕ تہٕ تن تہٕ منچہٕ پأکی سان کرنہٕ ینٕ۔ اللہ تعالیٰ چُھ قرآنِ شریفس منز فرماوان اِنَّ صلواتَ تنھا عن ا لفحشا ءِ والمنکر (بیشک چھےٚ نماز فوأحشاتو تہٕ بیچھ کامو نشہِ پتھ رٹان)۔ فوأحشات گےٚ بڈٕ گُناہ تہٕ منکر گوو خدایہٕ سندِ حُکمچ عدوٗلی تہٕ گناہ کرٕنی۔ فوأحش چھِنہٕ محض گُناہ بلکہِ چھِ تمام گناہن ہنز بُنیاد۔ کلامہِ پاک چُھ یہِ کتھ ؤنتھ فوأحشن ہندِ شدٕ تگ احساس دِوان، لا تقربُو زِنا (زِناہس نزدیک تہِ مہٕ گژھو)۔ پاکبازی چھےٚ ہدا یتکہ دروازٕ کھولان تہٕ ناپاک چُھ نامراد۔ پاکبازٕ ہے ہیکہِ دیدارِ خدا میلتھ، یُس پزٕتھ رِژٕ عملہِ ہُند مُنتھا یعنے Ultimate End چُھ۔

وعدٕ تمٕ سُند لبےٚ نہٕ خلاف  پاک کر دِل اُ بیہٕ تھو صاف  
سہٕ چُھما گُن بُتہٕ مہٕ ما ڈٕلےٚ  پانہٕ میانے ہا غأ فلے  
(شاہ قلندر)

شمس فقیرو چھکھ ژٕ مشہوٗر عاشٕکورِ ہندی پأٹھی کر وعدٕ پوٗر  
موٗلی ہیوٗتُن یوسُف درٕ ایہٕ آکاش پاکباز لایقِ دیدار باش

نصیحت گری زِنہٕ نسلِ شیطانس  تلہٕ کنہِ زأنی زبن آسہِ ما خام  
معرفت کیا کرِ ناپاک بانس۔  تَس نادانس کرٕژلہِ ژھاے (شمس فقیر)

خودی ترٛاوِتھ لاہوٗت پرتو سر تو اللہ ہوٗ
اَدِ پاک سپدَکھ ہا ناپاکو ژےنا یاد روٗدے نہٕ کینہہ

(سوچھِ کرال)

معرفت چھ بجایہِ خود روحانی تصوٗر یا روحانی قدر۔مگر معرفتک حصوٗل چھ صرف تصفیہِ قلب کہِ ذریعہ ممکن۔نتہٕ چھےٚ پرٛتھ عمل شیطانی عمل بنان۔اگرنہٕ سالِکہٕ سُند دِل صاف آسہِ تیلہِ چھنہٕ ژھاے ہٹان۔ اَمہِ خاطر چھ زندٕ پاے مرُن ۔

سوچھِ کرال کران تَس مرحبا یُس گوو زنےٚ دیوانے
مُرِتھ ہُران تَس مرتبا ہبا یہٕ چھےٚ گمانے.

ترٛاو برتل سر خم چاونے اَدِ جامِ جم
ساقیس در دَس چھتو سالہٕ پتو سون یے

(رحمان ڈار)

دپیومس اَتھ طریقس ہیمے زاگے تمی دوٗپنم ہرنہٕ چشمن سورمہٕ لاگے
دپیومس سورمہٕ لاگتھ کیا چھ بنان تمی دوٗپنم پوٚز تہٕ اپُز اَدِ چھ نَنان

(سوچھِ کرال)

زِندٕ پانے مرُن چھےٚ تصوفس منز اہم قدر۔مگر زِندَے مرُن چھ اَکھ نوٗزک خیال یمِکس سمجھنس منز گُنہ گُنہِ غلط فہمی پاٛدِ گژھان چھےٚ۔اگر اَمِکس لفظی معنیَس پتھے بس کرَو، تیلہِ چھ یہِ برعکس معنی دِوان۔تِکیازِ پان مارُن چھ حرام۔ موت منگُن یا موتہٕ خاطر دعا کرُن تہِ چھ ناجاٗیز۔زِندٕ مرُن چھےٚ اَکھ صوٗفی اصطلاح، یمیک مطلب

یہ چھُ زِ اِنسان مارِ نفسِ شیطانٕس یا نفسِ اَمارٕس تہٕ خواہشاتِ نفسن۔ یہ گوو نہٕ طبعی موت بلکہِ چھُ خواہشاتِ نفسَن ہُند گلہٕ ژٹُن تہٕ دَوامَس کُن پیش قدمی کرٕنۍ۔ عربی مقولہِ چھُ مُوتُو قبلَ موتو حیٌ لا یموت (مٔرِو مرنہٕ بروٚنہہ تیٚلہِ مٔرِونہٕ زانہہ)۔ مرنٕک خوف چھُ اِنسانٕس جایِز تہٕ ناجایِز سمجھوتہٕ کرنٕس پیٚٹھ آمادٕ کران۔ مگر یٚیلہِ اِنسان موتکہِ خوفہٕ نِشہِ بے نیاز سپدِ یا مرنٕک خوف کاسہِ، تیٚلہِ چھُ سُہ صرف اَرفہ مقصدٕ خاطرٕ ے زِندٕ روزان۔ تٕس چھُ موت تہٕ زِندگی ہِوے باسان۔ مگر تٕسنٕز زِندگی تہٕ موت چھُ صرف خدایہٕ ہٕندِس حُکمَس تابع آسان۔ صوٗفی شاعر چھِ یہے کتھ ونان۔

دوٚپتھم کاسے مرٕنَس پے مرکھے مَرکھ نہٕ زانہہ
یُس موٚد تٕس کیا باقے چھیے ہا لیے پتٕہ مو (نعمہٕ صاب)

گاٹٕلی کٲتیاہ موتہٕ وسواسَن موٚت اٚتھن سالہٕ یارو
یُیے مَرن تیٚمے چھِ لٕسَن چھُم نہٕ کھسن آلو یے (نعمہٕ صاب)

زِندٕ پانٕے گژھ مرُن یے زِندٕ سرہو سپدی کُن یے
اوٚن لٲگتھ دوٚن گژھ دیُن یے نیرِ بیوٚن بیوٚن زٕگ تے پژونیے
(شمس فقیر)

وَنٕے کیا بہٕ اَمیک سوٚد، مٔرِتھ عاشق زِندے روٗد
ژٕ کر شمسو یہ کتھ بود، چھکھے آمت سوالی

اخلاص چھُ اکھ روٗحانی قدر۔ اللہ تعالیٰ چھُ فرماوان الا للہ الدین الخالص (بندگی چھےٚ خالص خدایہٕ سندِ خاطرٕ)۔ رسوٗلِ پاک ﷺ چھِ فرماوان زِ خداین سوٚز مے خبر زِ اخلاص چھُ میانو رازو منٛز اکھ راز۔ سُہ یٕسندِس دِلس منٛز ودیعت کرنہٕ ییہٕ،

خدا چھُ تس ستۍ محبت کران۔ اخلاص یا خلوٗصِ نیت گوو زِ بندٕ ہنز پرٛتھ عمل آسہِ خالِص خدایہ سندِ رضا خاطرٕ۔ اَتھ منز آسہٕ کانہہ ریاکاری یا لالچ۔ عملہِ منز گژھ شوٗژر تہٕ پزر آسُن۔ یہِ گژھ جنٕتکہِ طماہ تہٕ جہنمکہِ خوفہٕ نِشہِ مُبّرا آسُن۔

چھُ اخلاص خاص آویُل پنہٕ چھُ زاویُل اُلفتُک زالو
کوٗرُم اخلاصہٕ اخلاصہٕ تتئے بو چھس دِوان نالو

(شمس فقیر)

مایہِ وٕجنس اخلاصن تہٕ لولو
پایہِ بوڈ میون چھے درمن تہٕ لولو (احد زرگر)

پنو مکرٕچ کرکھ گژاے ، مے چھم معلوٗم سرو پاے
کلس لاگتھ اَلے پوش ، کرِتھ گُلدستہٕ جاری

(صمد میر)

اِتھے کن چھےٚ عرفانِ ذات تمام اخلاقی قدرَن ہنز بُنیاد۔ اِنسان زانہِ زِ تٕہنز حقیقتھ کیاہ چھےٚ۔ اللہ تعالیٰ چھُ قرآنِ شریفس منز فرماوان زِ مے کوٚر انسان اکہِ حقیر تہٕ ناپاک نطفہٕ پیٹھہٕ پاد۔ یہِ چھُ اَکس بے ثبات دُنیاہس منز ترٛاونہٕ آمُت، یَتھ منز یہِ پانہٕ تہٕ عارضی چھُ۔ ییٚلہِ پنہٕنِس ذاتس سام ہیہِ، تَس نَنہِ زِ سہٕ چھُ مخلوٗق تہٕ تٔسند خالق چھُ مالِک کل تہٕ اِنسانس چھُ تسۍ نِش واپس واتُن۔ اَمی سُند مقصدِ زِندگی گژھ صرف رضاے الٰہی آسُن۔ بقولِ نعمہ صاب ۔

شیشہِ وُچھ دِلکٕے یُتھ روے ننے  اَنے سرَے سپزِے نہٕ ذات
وَنہٕ ہا کو ہن تہٕ روزن نہ کنٕے  اَنے سرَے سپزِے نہٕ ذات

بندٕس چھہِ زٕ حق اَدا کرٕنی۔ حقوق اللہ تہٕ حقوق العباد، یعنی خدایہِ سُند حق تہٕ تٕمی ہندین بندن ہُند حق۔ حقوق اللہ ہس منز چھہِ یوان خدایہٕ ہندین احکامَن پٮ۪ٹھ عمل کرٕنی تہٕ ذِکروفکر تہٕ تسبیحات۔ ذکر تہٕ فکر چھہِ زٕ اقدار۔ فکرِ چھےٚ اَکھ فلسفیانہٕ بنیاد آسان تہٕ اَمیُک تعلق چُھ عقلہِ سٟتی۔ ذِکر ہُند مطلب گوو ذِکرِ حق تہٕ امیُک تعلق چُھ دِلَس سٟتی۔ ذکر واتنا وِ تیٚلہِ اِنسانَس کامیابی ہندِس منزلَس، یٚیلہِ سُہ ذِکر وچھ کَس دأیرَس منز آسہِ۔ تصوف چُھ فِکرِ پٮ۪ٹھہٕ براہِ راست ذکرَس کُن نِوان۔

یِی وَوَکھ سونتہٕ تی لونگھ ہردٕس  فِکرِ سٟتی کر ذِکرِ ہُند مُلہٕ مایے
کھوژِکتھ عاشق گرمس تہٕ سردٕس  دردٕ کَس پردٕس تَل چھم جایے
(شمس فقیر)

ستھ سمندر چھی پٮ۪ٹھ میانہِ تالے  تِتھ دریاوَس رٕکتھہِ ترِ ناو
اَنہٕ گٹہِ شمسو ژونگ گَس زالے  مے ہا گژھِ بالے چون دیدار
(شمس فقیر)

عمل کرنَس یا ذِکروفکر کرنَس منز گژھنہٕ ریاکأری آسٕنی بلکہِ گژھِ یہِ راتھ کیٚتھ تہٕ مخلقن ژوٗرِ کرنہٕ یِنی۔ زبأنی سٟتی تہٕ گژھنہٕ اظہار کرُن۔ اَدِ سپدِ تعلق باللہ قأیم۔

وَنہِ مو را وتو ہا غأر زانو  وَتھ ہا لبنٕ چھے سبٹھا دشوار
شمس فقیرو رٕسرنہٕ باوُنیے  اَدِ وُچھکھ نوٚنیے پانہٕ دیدار

اگر چشمن بنی گوش نہٕ ہرشب رستہٕ گاری
مگر اے صاحبِ ہوش ژٕکر لب بستہٕ داری (شمس فقیر)

نساکس گرٕژھ آسٕن دست با کار تہٕ دل با یار - ییہ گرٕژھ رزقِ حلال کماوُن ۔

یم نہٕ وایَن وَون تہٕ لوٗنٕن کیا منگن تم لوٗکے دورَن
کہا پھیرَن کھلہٕ پتہٕ کھلے پانہٕ میانے ہا غاٗفلے
(شاہ قلندر)

حقوق العباد، صلہ رحمی تہٕ انصاف چھِ اہم اقدار۔ اللّٰہ تعالیٰ چھُ فرماوان وَاَقِیمُ الوزنَ بِل قسطِ ولا تُخسِرُ المیزان۔ (ناپ طول کرِو پوٗرٕ پوٗرٕ تہٕ اَتھ منز مہٕ کرِو پھیرٕ)۔

یُتھ نے پرمانہٕ آسنہٕ چھنٕ یے سودٕ ہس چھے خدا خریدار
پارسنگ، کر گاڑٕ ہانٕزنٕ یے مانہٕ رٕنٕ یے پان بدلاو
شمس فقیر

صوٗفی شاعری منز موٗجوٗد اعلیٰ اِنسانی اَقدار، اَخلاقی پہلوٗ تہٕ اَمکہٕ موضوٗعی شوٗژرٕ رَکنٕ سپٕز یہِ شاعری عام لُکن منز مقبوٗل۔ یہِ چھےٚ بُنیادی طور محبتٕچ تہٕ عِبادٕتٕچ شاعری۔ اَتھ منز چھُ خدا یَس ستی محبت، خدایہٕ ہندِس رسوٗلس ستی محبت تہٕ خدایہٕ ہندبن مخلوٗقن ستی محبت۔ اَتھ منز چھِ رواداری، Tolerance، صلحِ کل تہٕ محبتکی اقدار۔ صوٗفی شاعر چھُ مجبوٗری زولمُت تہٕ فراقٕچ شرٕ اکہٕ تل ژٕٹنہٕ آمُت۔ یہٕ چھُ پننٕہ نِس کلامَس منز وِصالُک دُعا کران۔ یہِ چھےٚ آرزوٗیے وِصالٕچ، لولہٕ نارٕچ تہٕ راوَن تٕلٕیچ شاعری۔ ایمان، محبت، عِبادت تہٕ عقیدت چھِ اَمکی بُنیادی خدوخال۔ صوٗفی شاعر چھُ سرِ تسلیم خم کرِتھ عقیدَن تہٕ قدرَن ہندِس اَکس دایرَس منز زِندٕ

روزان۔ تِمن چھےٚ دیٖنی معتقداتَن تہٕ فرموداتَن ہِندِس پزَرس تہٕ رژرس پتھ پزٕھ۔ باقی لُکَن ہِندی پاٚٹھی چھےٚ تِمس پنٕنِ وجوٗدی، روٗحانی، اخلاقی، معاشرتی تہٕ ثقافتی پزٕنتھ۔ یہِ چُھ مذہبکہِ حوالہٕ پنٕن پان متعارُف تہِ کران تہٕ پرزٕناوِتھ تہِ ہیکان۔ ۳

صوٗفی شاعرن اوس یہِ شبۂ یقینِ زِ اِنسانہٕ سِندِ بن جسمانی، ذہنی تہٕ روٗحانی دادِ بن ہُند علاج چُھ موجوٗد، بامے سہ اَ سہِ آسانی سان دَرِدست یِوان زَن چُھنہٕ۔ لول چُھ تصوّف تہٕ روٗحانیکین علمبردارَن ہِنٛش زادِ راہ، توشۂ آخرت، وجوٗدی آزادی ہُند سبب تہٕ نجات حاصل کرنک ذریعہِ تہٕ۔ صوٗفی شاعرس نزدیک چُھ دیٖنگ جوہر، دیٖندار سُند مستقل، مسلسل تہٕ متواتر اِخلاص تہٕ وفاداری چھےٚ اصل ایمان۔ بقولِ غالبؔ ۔

نہیں کچھ سبحہ و زُنار کے پھندے میں گیرائی
وفاداری میں شیخ و برہمن کی آزمایش ہے

اکثر کاشُری صوٗفی شاعر آسی پانہٕ پنٕن اوزقہٕ کماوان۔ یِم چھِ اعلیٰ اِسلامی تہٕ اِنسانی قدرٕ لوٗکن منز پھاپھلاوُنس منز فعال رول اَداکران۔ اگرچہِ صوٗفی شاعری منز کُنہِ کُنہِ دُنیا بیزاری ہِندی عناصر تہِ لبنہٕ یِوان چھِ، یِمہِ ستی غلط فہمی تہِ پاٚدٕ گژھان چھےٚ مگر مجموٗعی طور چھےٚ یہِ دیٖن تہٕ دُنیاہس درمیان توازُن تہٕ اِنسانہٕ سنٛزِ عملی زندگی منز اعتدال ورتاوُنس پتھ زور دِوان۔ اَمکُے نتیجہِ چُھ زِ عام کاشُری چھِ دیٖنی تہٕ اخلاقی اموٗرو علاوٕ مابعدالطبعیاتی مسلن ہُند تہِ پننہِ پننہِ مقدوٗرٕ علم تھاوان۔ مزید چھےٚ یہِ شاعری کاشُرس اَدبس بُرژر تہٕ کاشرِ زبانی وُسعت عطاکران۔ یہِ شاعری چھےٚ کاشرِ بن ہُند میراث تہٕ اَکھ قدرِ مشترک تہِ بنان۔

## کتابن ہندی حوالہٕ

۱۔ شیخ احمد سرہندی۔ مکتوبات۔ جلد اول۔ مکتوب نمبر ۲۹۰
بحوالہ تصوف اور شریعت۔ مترجم عبدالحق انصاری۔

۲۔ موتی لال ساقی۔ صمد میر۔ صفحہ ۱۲ ساہتیہ اکادمی نئی دہلی۔ ۱۹۹۲ء

۳۔ ڈاکٹر ثناءاللہ پرواز۔ بحوالہ عصری تاجنیک تہٕ کاشر شاعری۔ صفحہ ۳۶

کاشر صوٗفی شاعری۔ حصہ اوّل۔ دوم۔ ترتیب موتی لال ساقی۔ اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

کلیاتِ صمد میر۔ ترتیب موتی لال ساقی۔ جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

رحیم صأب سوپوٗری۔ ترتیب محفوظہ جان۔ ۲۰۰۶ء

کلیاتِ وہاب کھار۔ ترتیب ڈاکٹر محفوظہ جان۔

نعمہٕ صأب حیات تہٕ کارنامہٕ۔ ترتیب ڈاکٹر محفوظہ جان۔ ۲۰۰۵ء

کلیاتِ شمس فقیر۔ ترتیب ڈاکٹر آفاق عزیز۔ نندریشی کلچرل سوسایٹی سرینگر۔ ۲۰۰۲ء

کلیاتِ احد زرگر۔

صحیفہ ناز۔ (کلامِ لسہٕ خان فدا۔ ترتیب ابنِ فدا خان غلام نبی۔ ۲۰۰۶ء

کلیاتِ ضعیفہ۔ ترتیب خاتون بانو۔ ۲۰۰۱ء

کلیاتِ لالہٕ لکھمن۔ ترتیب ارجن دیو مجبوٗر۔ جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

کلیاتِ پرمانند۔ ترتیب جے لال کول۔ موتی لال ساقی۔ جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ۔

عبدالاحد آزاد۔ کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد ۱۔۲ جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

زنجوٗر تلہٕ گامی۔ نوٗرِ عرفان۔ انیس پبلی کیشنز تلہ گام پٹن کشمیر۔ ۲۰۰۵ء

امام ابوقاسم عبدالکریم القشیری۔ روحِ تصوف۔ اردو ترجمہ۔ مولانا محمد عرفان بیگ نوری۔

مولانا اشرف علی تھانوی۔ بہشتی زیور۔ مقیم بُک ڈپو دہلی۔ ۱۹۹۴ء

# کأشرِ ترقی پسند شأعری منز اِنسأنی اَقدار

ہندوستانس منز چُھ ترقی پسند ادب اکہِ تحریکہِ ہندِس پسِ منظرس منز بارسس یوان تہٕ اَتھ تحریکہِ اوس ناو ترقی پسند تحریک۔ ۱۹۳۵ء منز چھےٚ ''انجمن ترقی پسند مصنفین'' قائیم کرنہٕ یوان تہٕ یہ چھےٚ باقأعدٕ لندن انگلستانس منز پٔنٛز گوڈنچ میٹنگ کران، یتھ منز سجاد ظہیر، ڈاکٹر جیوتی گھوش، ڈاکٹر ملک راج آنند، پرومود سین گپتا تہٕ ڈاکٹر محمد دین تاثیر ہندِ دَستہٕ تیار کرنہٕ آمُت منشور پیش کرنہٕ آو۔ ۱۹۳۶ء منز چھےٚ ہندوستانکِس لکھنو شہرس منز سجاد ظہیر ہندِس صدارتس منز ''انجمنِ ترقی پسند مصنفین'' قائیم کرنہٕ یوان۔ اَمیُک مقصد اوس تخلیق کار یتھ کتھہِ کُن رأغب کرٕنۍ زِ تِم لکھن ترقی پسند ادب، یُس خألِص اِنسأنی زِندگی تہٕ اَمہِ کِبن حالاتن تہٕ واقعاتن سٟتۍ تعلق تھاوان آسہِ۔ یہ ادب گژھہ استحصألی عناصرن خلاف، مزوٗرَن تہٕ محنت کشن ہُند ترجمان آسُن۔ آزأدی، اِنقلاب، سمأجی برابری، غربت تہٕ استحصالہٕ نِشہِ نجات، اِنسأنی اتحاد تہٕ یِکہِتی آسۍ اَمہِ ادبی تحریکہِ ہندۍ بُنیأدی خط وخال۔ لکھنوٗکِس اعلان نامَس منز آو یِوٗکتھو علاوٕ یتہٕ وَننہٕ زِ

''ہم چاہتے ہیں کہ ہندوستان کا نیا ادب ہماری زندگی کے بنیادی مسایل کو اپنا موضوع بنائے ، یہ بھوک، افلاس، سماجی پستی اور غلامی کے مسایل ہیں۔'' [۱]

ہندوستانکہِ سمأجی، سیأسی تہٕ اقتصأدی حالاتو کنۍ اوس مُلکس منز ہوانوا

ترقی پسند تحریکہِ ہندِ خاطرٕ موافِق۔ ہندوستانس منز آسی گاندھی جی ہندِس عدمِ تشدد کس فلسفس خلاف نوجوانن منز بے چینی پاد گمژ۔ تم آسی سمجھان زِ اکہِ انقلابہٕ تہٕ عوامی تحریکہِ ستی ہیکہِ انگریز و نِشہِ آزادی حاصل کرنہٕ یتھ تہٕ گریسی، مزدور تہٕ عام لُکھ لبن لوٗٹ کھسوٗٹ، استحصال تہٕ بیروزگاری نِشہِ نجات۔ ترکی منز خلافتک خاتمہٕ تہٕ دویمہِ جنگِ عظیم پتہٕ بالفر اعلان نامس تحت فلسطینس منز یہوٗدی بساونہٕ ستی اُس ہندوستانی عوامس منز عام طور تہٕ مسلمانن منز خاص طور انگریزن خلاف ناراضگی۔ امہِ علاوٕ چھےٚ روٗسی انقلابس خلاف پروپگنڈا باوجوٗد تہِ ترقی پسند تحریک رابندرناتھ ٹیگور، موتی لال نہرو تہٕ جواہرلال نہرو ہوٗبن تخلیق کارن تہٕ دانشورن متاثر کران۔ ۱۹۲۹ء منز شروع گمژ کساد بازاری، ہندوستان تہٕ باقی سرمایہ دار ملکن منز گریستبن ہنز خستہٕ حالتھ تہٕ کارخانن قُلف لگنہٕ کِنہٕ آسی نوجوان دربدر پھیران۔ مگر بیکہِ طرفہٕ اُس سوویت روٗسس منز ترقی سپدان۔ ۱۹۱۷ء ہُند انقلابِ روس چھ سماجی، سیاسی تہٕ نظریاتی اثرات مرتب کرنس ستہٕ ستی ادبس پیٹھ تہِ پننیٚن اثر تراوان۔ ۱۹۳۳ء منز چھ اُردوٗ رسالہٕ ''انگارے'' شایع سپدان، یُس ادب نواز تہٕ ادیبن منز ترقی پسند مزاز پاد کرنس منز پنن رول ادا کران چھُ۔

اقبالس پتہٕ چھِ ترقی پسند تحریکہِ ستی وابستہٕ جوشؔ، فیضؔ، سردار جعفری، ساحرؔ تہٕ مخدوٗمؔ پننہِ شاعری ہندِ ذریعہِ مارکسی نظریات تہٕ اقدار پیش کران۔ یم چھِ سماجی اِنصاف، مساوات، سیکولرزم تہٕ اِنسان دوستی پیٹھ زور دِوان۔ اَتھ شاعری منز چھِ عقایدتہٕ اقدار ٹاکارٕ پاٹھی درینٹھی گژھان تہٕ یہِ شاعری چھےٚ عقیدن تہٕ اقدارن ہندِ واتناوُرک ذریعہِ تہِ بنان۔ یہ ترقی پسند تحریک چھےٚ رنگ ونسل تہٕ جغرافیائی

سرحدٕ مأنِدٕتھ ، ہندوستانکس پزتھ علاقٲیی ادبس پٮ۪ٹھ پٔنٕز اثر ترٛاوان۔

دُنیاہس منٛز اَسی مارکسی نظریکۍ مانن وألۍ دٔیمہن لۆکن ہندی مسلہٕ اُبھاران تہٕ حأکمن ہنز مخالفت کران ۔اَوٕ کِنۍ اَسی تِم رنگہٕ رنگہٕ تکلیفن تہٕ مشکلاتن ہندی شکار بناونہٕ یوان ۔لۆکن ہندی ہمدرد بننہٕ کِنۍ اُس تِمن ، لۆکن منٛز اَکھ پزٕ پرٲیی حأصِل تہٕ تِمن اوس عزت تہٕ وبقار چھ نظرو وُچھنہٕ یوان۔ مگر اَتھ برعکس اَسی کشیرِ ہندی مارکسی ، لۆکو نِشہِ دۄر تہٕ حکومتکۍ طرفدار۔ عالمی سطحس پٮ۪ٹھ اَسی کمیونسٹ ، آزادی ہنزن عوامی تحریکن ہندی سرگرم۔ مگر اَتھ برعکس رۆدی کشیرِ ہندی کمیونسٹ تضادٕکی شکار۔

کشیرِ ہندی کمیونسٹ چھِ ۱۹۴۷ء تام کشیرِ ہنزِ تحریکِ آزادی منٛز سرگرم حِصہٕ اَداکران ۔مگر ۱۹۴۷ء پتہٕ چھُ یِمن ہُند رۆل متضاد روزان۔ اَوٕ کِنۍ چھنہٕ یِم کشیرِ منٛز کانہہ سنجیدٕ رول اَدا کٔرِتھ ہیکان۔ مارکسی نظریٖک اَکھ علمبردار تہٕ نیشنل کانفرنسُک اَکھ لیڈر جناب غلام محمد صادق اوس جمہوٗریتکۍ دَم بزان ۔مگر ییلہِ ۱۹۵۳ء منٛز مرکزی سرکارٕکی کانگریسی حکمران غأرجمہوٗری حربہٕ وَرتأوِتھ شیخ محمد عبداللہ ہَس کرسی پٮ۪ٹھہٕ وألِتھ ، بخشی غلام محمدَس مُسلط کران چھِ ، غلام محمد صادق چھُ بخشی غلام محمدس سٟتی شأمِل گژھان تہٕ دَگہٕ مارٕ سٟتی جمہوٗریتچ اَکھ ترٛٹھ خمیر اَڈراوان ، یمۍ برِصغیرس منز ژھوکرٕ ژوکبر پھألوو ۔ ۲

۱۹۵۹ء منٛز چھےٚ ڈیموکریٹِک نیشنل کانفرنس (D.N.C) بارسس یوان ۔ڈیموکریٹِک نیشنل کانفرنسکۍ یِم کینہہ کمیونسٹ لیڈر ، بخشی غلام محمدس رۆشِتھ اَسی ، تِم چھِ پننہِ خأطرٕ کینہہ رِعایژ حأصِل کٔرِتھ دٚبارٕ بخشی صأبس حمایتھ کران۔

کشیرِ ہندبن کمیوٗنِسٹن ہندِس قول وفعلس منز روٗد تضاد تہٕ گلس پیٹھ روٗدی یم پنٕنہِ غاٲر مستقل مزاجی کِنۍ عوامہٕ نِشہِ دوٗر۔ تِمن پیوٚنہٕ گنہٕ تہِ قسمُک تکلیف برداش کرُن بلکہِ چھکھ اَمہِ بجایہِ حاکِمن ہُند آشِرواد تہِ حاصِل روزان۔ اَوٕ کِنۍ ہیوٚکنہٕ مارکسی نظریہِ اَکہِ لوکٹہِ تہٕ محدوٗد حلقہٕ نبر پنُن اَثر ترٲوِتھ تہٕ نہٕ ہیوٚک مارکسی نظریہِ تھاوَن والیو کانہہ اِنقلاب پاداہ کٔرتھ۔

وِں گوٚو اَمہِ باوجوٗد تہِ چھُ کشیرِ ہندبن کمیوٗنِسٹن ہُند اَکھ گروٗپ لوٗکن ہندِ خاطر کام کران تہٕ یم اَسۍ وقتہٕ وقتہٕ سرکارکہِ عذابکۍ تہِ شکار سپدان۔ مگر یم تہِ اَسۍ اِقتصادی مسلہٕ اُبھارِتھ، سیاسی فایدٕ تُلنۍ یژھان۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ چھےٚ نیشنل کانفرنسچ حکوٗمتھ زمینداران نِش دانیک اِضافی فصل خوش خرید کران۔ مگر یہِ خوش خرید مُہم بَنیہِ عام گریسۍ ہندِ باپتھ اَکھ جبری مُہم۔ گریسن نِش آو اَتھ ناوَس پیٹھ بعضے کالُک بتہٕ تہِ ضبط کرنہٕ۔ اَتھ خِلاف چلیہِ 'کِسان تحریک' ہندِس ناوَس پیٹھ اَکھ مُہم، یمیک نعرٕ اوس ''سَر دو سَرپلس مت دو''۔ اَمیک اَہم لیڈر اوس عبدُالکبیر وٲنی المعروٗف (بچھ)۔ کِسان تحریک بَنیہِ وارٕ وارٕ اَکھ سیاسی تحریک، یُس ''ترقی پسندَن'' ہندبن اَتھن منز روٗز۔

ڈیموکریٹِک نیشنل کانفرنس روٗز بدستوٗر قایم تہٕ یہِ زِندٕ تھاونَس منز چھِ غلام محمد ملک، ستار رنجوٗر تہٕ غلام محمد لون بانڈی پورہ وغاٲرٕ خاص رول ادا کران۔ بھارتس منز نکسلایٹ مومینٹ شروٗع گژھنکہِ اَثرٕ ستۍ چھِ D.N.C تنظیمہٕ ستۍ وابستہ کینہہ لیڈر ۱۹۶۷ء منز کشیرِ منز تہٕ نکسِلایٹ تحریک شروٗع کران۔ اَتھ تحریکہِ منز اَسۍ زیادٕ تر ضِلع اننت ناگ (اِسلام آباد) تہٕ ضلع سری نگرٕ کۍ

نوجوان شأمِل۔ اَتھ تحریکہِ منز چھِ سی۔ ایل۔ کانڑوٗ، بی۔ ایل۔ کول، گلشن مجید، شفیع شوق، منظوٗر احمد خاکی، محمد یوٗسُف تاریگامی، بنسی لال ہنڈو، ایم۔ کے۔ داس تہٕ محمد یوٗسُف وانی بیترِ سبٹھا اہم رول اَدا کران۔ کٲشِرِ ہنزِ نکسِلایٹ تحریکہِ ہُند نعرٕ اوس یہِ زِ اَسہِ چھنہٕ بھارتَس سٟتؠ کانہہ اِقتِصأدی لڑأے بلکہِ چُھ اِسہِ بھارتہٕ کِبن حُکمرانَن سٟتؠ سیأسی تھاد۔ یِم اَسی نہٕ کٲشِرِ بھارتُک اَٹوٗٹ اَنگ مانان۔ کٲشِرِ ہِندی نکسِلایٹ چھِ ۱۹۶۸ء منز مسلح جدوجہد (Armed Struggle) شروٗع کران۔ اَتھ تحریکہِ منز شأمِل اکثر کارکُن اَسی پانہٕ تہٕ Writers تہٕ یِم اَسی پننہٕ نو تخلیقو ذٔریعہِ تہٕ مأدان ہموار کران۔

دُنیاہَس منز چلیہِ زوردار تحریکہٕ تاکہِ جأگیردارَن نِش یِیہِ زمین حأصِل کٔرِتھ، بےٚ زمین لوٗکن منز بأگراونہٕ۔ مگر کٲشِرِ منز سپُد یہِ عمل کُنہِ اِنقلابہٕ وَرأے شروٗع۔ شیخ محمد عبداللہ ہَن کوٚر زرعی اِصلاحات قانوٗن نأفِذ تہٕ جأگیردارَن تہٕ بڑبن زمیندارَن نِش آو زمین حأصِل کٔرِتھ بےٚ زمین لوٗکن منز بأگراونہٕ۔

گوڈنیک تہٕ دوٚیِم جنگِ عظیم سپٕدی زبردَس تبأہی ہِندی بأعث۔ جرمنی گوٚو اِقتِصأدی بدحألی ہُند شِکار۔ برطانیہ کِس اِقتِصأدِیاتَس تہٕ ووت دَدارٕ۔ ترکی، روٗس تہٕ آسٹریلیا ہِوی ملک لارے پتھرِس۔ مُنڈِ یہِ گیہِ وأران، کارخانن منز تیار مال گوٚو روٗٹہٕ تہٕ مانگ گیہِ کم، یِمہِ کِنؠ مزوٗر آے کڈنہٕ تہٕ کارخانن لٔگو قُلف۔ مگر کٲشِرِ منز سپزنہٕ اِژھ ہِش صوٗرتِ حال

پأدٕ۔ یِتہٕ أسنہٕ مِشینی تہٕ صنعتی مأدانن منز تیٖز ترقی سپز مُژ، یِمہٕ کِنۍ یَسلہٕ پأٹھۍ آسہٕ ہَن کارخانہٕ قأیم کرنہٕ آمتۍ۔ یِتہٕ نہٕ أسۍ کارخانے تہٕ نہٕ أسۍ صنعتی مزوٗرٕ ے۔ اَدٕکنۍ پیوٚ نہٕ یِتہٕ لوٗکن تِمہٕ بے کأری ہُند بتھ وُچھُن، یِمہٕ ستۍ یوٗرپس منز زبردَس اِضطراب تہٕ بے چینی پأدٕ گییہٕ۔ کارخانن ہِندِ دٕہ، شور تہٕ ژھوٹہٕ ستۍ یِم نفسیأتی، اعصأبی تہٕ ماحولیأتی مسلہٕ مغربی مُلکن منز پأدٕ گے، کشیٖرِ منز گے نہٕ تِتھۍ مسلہٕ پأدٕ۔

۱۹۴۷ء پتہٕ روٗز کشیٖرِ منز حکوٗمتھ کُنہِ مطالبہٕ ورأے گامس گامس تام سڑکہٕ، بجلی تہٕ آبچہٕ سہولژ واتناوان۔ بُنیأدی ضروٗرتکۍ چیٖز، کھاد، تومُل، اوٹ تہٕ کھنڈس پیٹھ أس رعایتھ (سبسِڈی) دِنہٕ یِوان۔ جایہٕ جایہٕ آے سکوٗل کھولنہٕ تہٕ تعلیمہِ پیٹھ آو زور دِنہٕ۔ ڈوٗگرہ حأکم تہٕ أسۍ نہٕ پنہٕ نِس دورَس منز تِیُتھ کانہہ مسلہٕ پأدٕ گژھنہٕ دِوان، یُس تِہندِ خأطرٕ پریشأنی ہُند بأعِث بنہِ ہے۔ ڈاکٹر حامدی کأشمیری چھ وَنان

''جنگِ عظیمکۍ واریاہ اثرات پییہِ ہندوستانکین بیٚن علاقن ہندی پأٹھۍ کشیٖرِ پیٹھ تہٕ۔ کھینہٕ چینٕکۍ چیٖز دروٗ گییہٕ۔ باقی چیٖزن ہُند قیمتھ کھوٚت اَسمانَس تہٕ قحطکۍ آثار گے پأدٕ۔ مگر اَتھ نوٗزُک موقعس پیٹھ کوٚر وزیرِ مال شری نریندر ناتھ کولَن تحصیل دار سلام شاہنہٕ مدتہٕ ستۍ شالی سٹور قأیم تہٕ لوٗکن آو معموٗلی قیمتَس پیٹھ دانہٕ دِنہٕ۔ اَمہِ ستۍ رُکے یہٕ مقأمی طور اِقتصأدی تبأہی یُس باقی مُلکَس منز أس وُہرتھ أس''۔ ۳

کشیٖرِ منز اوسنہٕ تِیُتھ کانہہ مسلہٕ یِمہٕ خأطرٕ لوٗکھ کانہہ اِنقلاب اَنہٕ تہٕ قربأنی

دِنہٕ خاطرٕ تیار گژھ ہَن ۔ یِتہٕ اگر کانہہ مسلہٕ اوس تہٕ سہٕ اوس سیأسی مسلہٕ یعنے محکوٗمی ہندِ احساسُک مسلہٕ۔

کُنہٕ تہٕ زبأنی ہندِس اَدبس منٛز چھنہٕ مزاز تبدیلی ہنز تحریک یا رُجحان ہنگہٕ منگے پأدٕ گژھان، بلکہِ چھِ اَتھ پتہٕ کُنہٕ سنٛجید تمدنی، سمأجی، اِقتصأدی تہٕ نفسیأتی محرکات آسان ۔ یِم اَدبی تحریکہٕ یا ترایہِ چھنہٕ کُنہٕ خاص سَنَس یا وٕرِیس منٛز تھنہٕ پیوان، بلکہِ چھےٚ یِم وارِیاہو وٕرِیو پێٹھہٕ مختلف سمأجی، تہذیبی تہٕ سیأسی حالاتو موٗجوٗب رنگ رَٹان تہٕ وارٕ وارٕ اِظہار سپدان ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ آو کشیرِ منٛز تعلیم حأصِل کرنَس پێٹھ زور دِنہٕ تہٕ عام لۄکھ ہێتن اَمہِ نۄرٕ ستی مُنوٗر سپدٕنی ۔ دُنیاہَس منٛز گے گاڈِ، ریل تہٕ ہوأیی جہاز ہوٚی آمدورفتکو ذٔرِیعہٕ بڑان تہٕ لۄکھ گے اَکھأکس نزدیکھ یِوان ۔ تار، ٹیلیفون، ریڈیو، ٹیلی وِجن، اِنٹرنیٹ تہٕ اخبار ہوٚی نامہٕ پیامکۍ وٕسیلہٕ استعمال سپدنہٕ ستی گے لۄکھ اَکھأکی ہندِ وٕطیرِ تہٕ سوچَن ترٛایہٕ ستی مُتأثر گژھان ۔ یِم نۄی فِکری تہٕ سائنسی نظریہِ یوٗرپس منٛز بارسس آے، تِمو ترٛوو کُل عالمس پێٹھ پنُن اَثر ۔ سانیو دأنشوَرو تہٕ شأعرو پۆر عالمی اَدب تہٕ نۄی مغربی فِکری تہٕ سائنسی نظریہِ، یِموٕ ستی یِمَن پێٹھ سیٹھاہ سون اَثر پیو ۔ خاص کر کشیرِ منٛز انگریزی تعلیم عام گژھنہٕ ستی میوٗل اَتھ منٛز زبردست مدتھ۔

ڈوگرٕ دورٕ پێٹھہٕ روٗز اُردوٗ، ریاستِ جموں وکشمیرٕچ سرکأری زبان۔

بقولِ پروفیسر عبدالقادر سروری

مہاراجہ رنبیر سنگھ کے عہد تک ہی اُردو زبان، عوامی ذریعہ اظہار سے آگے بڑھ کر اِس سہ بلکہ چہار لسانی رِیاست کی مُختلف لسانی اکائیوں کے درمیان ایک لازمی رابطہ بن چُکی تھی اور ریاست کی سماجی، اجتماعی اور سرکاری زندگی میں اہم خدمات ادا کر رہی تھی۔ مہاراجہ پرتاپ سنگھ کے عہد میں اِس حقیقت کو دستوری صوٗرت دینے کیلئے حکومت نے ۱۸۸۹ء میں اِسے سرکاری زبان تسلیم کرلیا۔ چناچہ اُردو تعلیمی اِداروں، سرکاری محکموں اور عدالتوں کی زبان مان لی گئ۔[۴]

فارسی تہٕ اُردوٗ زبانہٕ آسہٕ یتہِ کِس تعلیمی نصابس منٛز خاص مضموٗنن ہنٛز حیثیتھ تھاوان۔ اَوٕکنۍ اُس یتہِ کِس پٕرۍ ہِتس لیکھی ہِتس طبقس، اُردوٗ تہٕ فارسی زبانن ہندس اَدبس ستۍ تہِ خاص دِلچسپی۔ یِمَن زبانن ہنٛدس اَدبس منٛز ییم تہِ تبدیلی یِوان روزٕ، کأشری ادیب تہٕ شأعرٕ اَسۍ تمیک براہِ راست اَثر قبوٗل کران۔ عبدالاحد آزاد چھ علامہ اقبال سنٛدِ اَثرٕ ستۍ 'شکوہ اِبلیس' لیکھان۔ مرزا عأرف تہٕ میر غلام نازکی تہٕ چھِ علامہ اقبال سُندٕ ے اَثر قبوٗل کٔرِتھ رُبأعی لیکھان۔ بقولِ شفیع شوق۔ منظور ہاشمی

ترقی پسندی ہنٛدِس دورس منٛز روٗد اقبالُن اثر تہِ قأیم تہٕ تمہِ علاوٕ روٗد اُردوٗ زبأنۍ ہندبن اہم ترقی پسند شأعرَن ہُند اثر تہِ کأشرِ شأعری پیٹھ پیوان۔ اَمہِ دورٕکۍ سأری اہم کأشر شأعر، نأدِم، رأہی، کأمل، فراق، عأزم، چمن، ساقی بیترِ اَسۍ

ٲنۍ پاٹھی، جوشؔ، فیضؔ، سردارؔ جعفری، ساحرؔ، مخدوٗمؔ تہٕ باقی

اُردوٗ شاعری ہنٛز آوازِ ستۍ آواز رلاوان۔ ۵

اُردوٗ وَس منٛز ترقی پسند تحریک شروٗع گژھنک اَثر پیو کأشرِس اَدبس پیٹھ تہٕ۔ پریم ناتھ پردیسی چھُ وُہمہِ صدی ہندِس ژوٗرِمس دٔہلس منٛز، کشیرِ منٛز اکھ ادبی انجمن ''حلقہ اربابِ ذوق'' قأیم کران۔ اَمکۍ رُکُن اٲسۍ قیصر قلندر، مرزا عارف بیگ، پریم ناتھ پشپ، پریم ناتھ در تہٕ سوم ناتھ زتشی بیترِ۔ اَمہِ پتہٕ چھےٚ ییٚتہِ ''انجمنِ ترقی پسند مصنفین'' قأیم کرنہٕ یوان۔ دینا ناتھ نأدِم چھُ ونان

''انجمن ترقی پسند مصنفیٖن ہنٛزِ کأشرِ شاخہِ ہنٛز گوڈنیٚچ میٹنگ سپٕز ۱۹۴۱ء

منٛز ہندوٗستانکس مشہوٗر افسانہٕ نوٚیس راما نند ساگرٕہندِس اِشارس

پیٹھ سأنِس مشہوٗر افسانہٕ نویس پردیسی صأبنہِ گرِ''۔ ۶

اَتھ منٛز اٲسۍ یِمو علاوٕ علی محمد لون، صلاح الدین احمد، کنول نین پرواز، پروفیسر محمود ہاشمی، حمید فطرت، ڈاکٹر نذرالاسلام، ایس۔ این۔ کول، سوم ناتھ زتشی تہٕ مہندر رینہ بیترِ شأمِل۔

برِصغیر کہِ تقسیم پتہٕ چھِ کأشرۍ ادیب تہٕ دأنِشوٗر 'کلچرل فرنٹ' قأیم کران تہٕ جُلَے ۱۹۴۹ء منٛز چھےٚ أمِچ گوڈنیٚچ میٹنگ منعقد سپدان، ییٚتھ منٛز تخلیق کارَن ہندِ ناوٕ اَکھ اعلان نامہٕ جأری کرنہٕ آو۔

''کشیرِ ہندِس پرٛتھ کأنسہِ باشعوٗر لیکھن وألِس تہٕ گأٹلِس چھُ

فرض زِ اَکہِ طرفہٕ تھاوِ سہ مُلکہِ کین سمأجی حالاتن پیٹھ نظر،

بییہ طرفہٕ تھاوِ سہ رجعت پسندن ہنٛزَن کوٗشِشَن تہِ مدِ نظر''۔ ۷

۱۹۵۳ء منز آو 'کلچرل فرنٹ' ناو بدلأوِتھ 'کلچرل کانگریس' تھاونہٕ۔ کلچرل کانگریسک سرپرست اوس غلام محمد صادق تہٕ پرٕ عبدالاحد، پرٕ غیاث الدین، غلام رسول رینزو، نور محمد، موتی لال مصری، پران ناتھ جلالی تہٕ بدری ناتھ نشاط اٲسی اَمِکۍ رُکن۔ بُزرگ ادیبَن منز اٲسی غلام احمد مہجوؔر، عاصیؔ مرزا عارفؔ بیگ، پی۔ این۔ پشپ تہٕ ماسٹر زندہٕ کول اَتھ سۍتۍ وابستہٕ۔ اَمہِ علاوٕ اٲسی دینا ناتھ نادؔم، رحمان راہیؔ، امین کامِلؔ، نور محمد روشنؔ، عزیز ہارون، حبیب کامران، ارجن دیو مجبورؔ، اختر محی الدین، علی محمد لون، سومناتھ زُتشی تہٕ بنسی نردوش اَتھ انجمن منز شامِل۔ کلچرل کانگریس انجمنِ منز یم باقی تخلیق کار وۄتلے، تِمَن منز چھِ عبدالستار رنجورؔ، غلام نبی خیالؔ، چمن لال چمنؔ، مظفر عازمؔ، فاروقؔ بڈگامی، شاہدؔ بڈگامی، موتی لال ساقیؔ، حکیم منظور، شمیم احمد شمیم تہٕ اوتار کشن رہبر۔ کلچرل کانگریس چھےٚ پننہٕ نِس اعلان نامَس منز انجمنِ ترقی پسند مصنفین ہٕندِ منشوٗر کینہہٕ و تبدیلیو سان برونہہ کُن اَنان۔

''ہم اس بات کا اعلان کرتے ہیں کہ ہمیں اپنی تہذیب، اپنے وطن، اپنے عوام کی زندگی عزیز ہے۔ ہم اس بات کا اعلان کرتے ہیں کہ ہمارے اجداد نے زندگی کی جو تہذیبی میراث ہمارے لیے چھوڑی ہے، ہم ہر قیمت پر اُس کا تحفظ کریں گیں اور اُن کی شاندار روایات کو ترقی دیکر، ایک بہتر زندگی کی تشکیل کریں گے۔ ہم اس بات کا اعلان کرتے ہیں کہ زندگی کی طرح فن اور ادب لامحدود وسعتوں کا حامل ہے، اِن پر کسی

ایک گروہ، طبقہ یا فرقہ کا اجارہ نہیں ہو سکتا۔ ہم یہ بھی
اعلان کرتے ہیں کہ فن اور ادب کی ترقی کے لیے عوام کی زندگی
کا بہتر ہونا ضروری ہے۔ فن اور ادب ہمیشہ سے عوام کے دل
کی دھڑکنوں کی ترجمانی کرتے رہے ہیں۔ ہمیشہ اُسی فن نے مقبولیت
حاصل کی ہے جو عوامی زندگی سے ہم آہنگ ہو ۔۔۔۔
ہم اس بات پر زور دیتے ہیں کہ ہم اپنے فن کے ذریعے
انسان دوستی اور امن پسندی کی اُن روایات کو اور زیادہ
نمایاں کریں گے، جن کو ہر دور میں ہمارے اجداد نے اپنے
خونِ جگر سے سینچا ہے۔'' ۸ے

۱۹۴۷ء پتہٕ ۱۹۵۵ء تام چھ کأشرِ شأعری منز ترقی پسندی ہُندٕ ے
موضوٗع غألب روزان۔ آزاد، عاصی، روشن، مرزا عارف، نادِم، راہی،
کأمل، سنتوش تہٕ فراق بیترِ چھ کأشرِ شأعری منز ترقی پسند نظریہٕ ورتاوَن
وألی اَہم شأعر۔ ترقی پسند تحریکہِ ستیٚ گوٚو کأشرِ شأعری منز موادِ رٔنگی خربر
مگر ستیٚ گیہٕ یہٕ غلط فہمی تہٕ پأدٕ زِ شأعری چھےٚ اِنسأنی سماجچ بہتری خأطر پأغامُک
ذٔریعہٕ۔ پروفیسر رحمان راہی چھ ونان

''عبدالاحد آزادنہِ زمانہٕ پتہٕ عام پأٹھی تہٕ ۱۹۴۷ء
پتہٕ خاص کٔرِتھ یُس اَثر مارکسی فلسفک تہٕ تنقیدُک سانین
وارِیاہَن شأعرن پیوٚ تمہٕ کِنیٚ آیہٕ اَکہِ پاسہٕ سانہِ شأعری
ہُند دٕماغ زیادٕ وسیع تہٕ گاشدار بناونٕچ مفید کأم انجام۔

مگر دویمہِ اَنہٕ آے کأشرِ ادیب یتھ خطرناک غلط فہمی

منٛز ہینہٕ زِ فنک اولین تہٕ بُنیأدی مقصد چھُ اِنسأنی سماجچ

بجأیی خأطرٕ تبلیغ کرُن''۔ ۹

مگر ترقی پسندی ہتٕی آو یہِ فأیدٕ زِ کأشرِ ادیب چھِ صوٗفی تجرباتن ہنٛز نہٕ

ترأوِتھ عام اِنسأنی زندگی مُتعلق لیکھتھ حقیقتس نکھہٕ یوان۔

عبدالاحد آزاد چھُ پننہِ دورچہ کشیرِ ہنٛز سمأجی حالژ تہٕ پُرآشوٗب

اِنسأنی زندگی ہندی موضوٗع شأعری منٛز پیش کران۔ عبدالاحد آزادس أندی پٔکی

سمأجی تہٕ سیأسی ماحول اوس یکسر مختلِف۔ أمی ہنٛدِس ذأتی تصوٗرأتی دُنیاہَس تہٕ

أندی پٔکی ماحولَس درمیان تضاد چھُ آزادنہِ شخصیژ منٛز اَکھ تلاطُم پأدٕ کران۔

کلہن، غنی تہٕ صرفی سیراب گٔری یِمو آبن

سُے آب سانہِ باپتھ زہرِ ہلال آسیا

کشیر أس ہتہٕ بدبو وٕرِیو پیٹھہٕ دوٚپرحکمرانن ہنٛز غلام۔ کأشرِ لُکھ أسی

ظلمہٕ سِتمکۍ شِکار۔ ناخواندگی، جہالتھ تہٕ بیگأرٕ أس عام۔ لُکن أسی لرلرِ فاقہٕ

لگان۔ بیماریو اوس وہ لُمت نال۔ لوٗکھ أسی اِقتصأدی بدحألی تہٕ اِفلاسَن ژأپِہتی

تہٕ کسمپُرسی ہنٛز زندگی بسر کران۔ شال بافن أسی ہنٛتھ ژٹنہٕ یِوان۔ مزوٗرن أس ہنٛتھ

ہینہٕ یِوان تہٕ کاشکار أسی جأگیردارَن ہنٛدِس چُنگلس تل پِسان۔ دوٚپر حکمرانو

أسی لُکھ بداد أنِہتی مگر یِم أسی نہٕ اَتھ خلاف اُف کرنک تہٕ جُرتھ کران۔ اَمچ زِ نہٕ

مِثال چھُ یہِ تأرٕیخی واقعہ پیش کران۔ ڈوٗگرٕ حکمران چھِ ہنٛدوٗستانَس انگریز سرکارس

منٛز کأم کرن وألِس أکِس بنگألی برہمو تہٕ اعلیٰ افسر سر ایلبین بنرجیس کشیرِ

ہُند وزیرِ اعظم تہٕ وزیرِ خارجہ بناوان۔ یہِ چھ کأشرین لُکن ہنٛز حالتھ بہتر بناونہٕ خأطر مہاراجس کینٛہہ سُفأرِشہِ پیش کران۔ مگر ڈوٗگر مہاراج تہٕ تٔمی سٔندی حوأری چھنہٕ یِم سُفأرِشہِ مانان۔ یہِ حال وُچھتھ چھُ سر ایلبین بنرجی اِستعفیٰ دِوان تہٕ پنٛدأہمہٕ مارچ ۱۹۲۹ء لاہورس منٛز اخبارٕ والین ہِتی کتھ کران ونان زِ

"جموں وکشمیر کی ریاست بہت سی ناانصافیوں کی شکار ہے۔ اِس ریاست کی بڑی اکثریت مسلمانوں پر مشتمل ہے جو قطعی طور پر ناخواندہ ہے۔ یہ لوگ غربت اور افلاس کی زندگی بسر کر رہے ہیں اور انہیں بالکل اندھے اور گونگے مویشیوں کی طرح ہانکا جاتا ہے۔ حکومت اور عوام کے درمیان کوئی رابطہ نہیں ہے اور نہ ہی شِکایات کا اِزالہ کرنے کے لیے کسی قسم کا موقعہ فراہم کیا جاتا ہے۔ ریاست میں رائے عامہ کو اُبھرنے کا موقعہ ہی نہیں دِیا گیا ہے۔ اخبارات تقریباً مفقود ہیں۔ عوام کی شرمناک اِقتصادی بدحالی ریاست کے تمام مصایب کی جڑ ہے۔ اگرچہ لوگ بڑے سمجھدار اور اچھے ہیں، لیکن اُنہیں زندگی کا کوئی سُکھ نہیں۔" [۱۰]

اکہِ طرفہٕ أس اَمِس برونہہ کنہِ کأشرِ قومٕچ اَبتر حالتھ، مُفلسی، مظلوٗمیت، غلأمی تہٕ ڈوگرٕ شأہی ظلم تہٕ اِستحصال۔ تہٕ بیکہِ طرفہٕ آسہٕ دُنیاہس منٛز سمأجی، سیأسی تہٕ فِکری سطحس پٮ۪ٹھ اِنقلأبی تبدیٖلیہِ یِوان۔ کأشُر اِنقلأبی شأعر عبدالاحد آزاد تہِ ہیوٚکنہٕ یِمو اَثرٕ و نِشہِ الگ روٗزِتھ۔ اَمِس پٮ۪ٹھ پیو اِنقلابِ روٗس تہٕ باقی حریت پسند تحریکو علاوٕ علامہ اِقبالنہِ شأعری ہُند سوٚن اَثر۔ یِم سأری حالات تہٕ واقعات چھِہ آزادنی

ذاتی تہٕ شاعرانہٕ شخصیژ متاثر کرِتھ، اَمس اِنسانہٕ سنز آزادی تہٕ انقلابہٕ خاطر آمادٕ
کران۔ بقولِ ڈاکٹر رتن لال شانت

''آزادُن انقلاب چھُنہٕ صرف مزوٗر تہٕ محنت کش سُند، سرمایہ دارس خلافٕے
یوت بلکہِ تمام خلافِ عقل تہٕ خلا(فِ زندگی تصورن خلاف تہٕ۔'' ۱۱
غارفطری تہٕ غارِانسانی اقدارن خلاف یہِ احتجاج چھ آزادنہِ شاعری منز ٹاکارٕ
پاٹھی درینٹھی گژھان۔

ہاران اَکھا ہ خوٗنِ جگر بیاکھ ماران ہُنڈی
اَکھ تزِلیش ژھاران بیاکھ چھُ ژاران دودَس کَنڈی

(عید)

تیم ییلہِ راکھہٕ فاٗرِشتر دِمکھ نے کینْہہ اَنِن رینجر
گژھہم وِرِ زیٖن تہِ سرکاری بٔ نو ذرٕ عشقہٕ بیماری

مے گوٚو تقدیر ہاوُن پانہٕ گوٚو تدبیر ورتاوُن
یہِ چھا فرمووٗمت دھرمن ونان چھا اَتھی مسلمانی (آہِ مظلوم)

اَدب چھُ کُنہِ قومکہِ تہذیبک اَنہٕ تہٕ آسان تہٕ تمہِ قومُک مزاژ تیار
کرٔنس تہٕ سہٕ اَکس خاص نہجہِ پٹھ اُستوار کرٔنس منز اَہم رول اَدا کران۔
آزاد اوس اَکھ حساس کاشُر شاعر، نقاد تہٕ رِفارمر۔ اَوٕکنی چھ یہِ پنٕنہِ شاعری
ہندِ ذریعہِ اَکھ اِنقلاب اَنُن یژھان۔ یہِ چھ کاشرِ قومچ حالتھ بدلاونہٕ خاطر
فِکری سطحس پٹھ اِنقلاب اَننہٕ خاطر شعوٗری کوٗشش کران تہٕ شاعری بنیاو اَکھ ذریعہٕ۔

وادے پنہٕ نٕس مأڈی مُلکس چھکھ کمو چشمو وُچھان
ناخلف اولاد لأگِتھ کھیاوٕنووُتھ تی پزیا

ووتھ پانہٕ پٔنن سنٛز کر ، بن پانہٕ پٔنن رہبر
اوتار تہٕ پیغمبر، یِوان أسی پتھ کالے

زندگی کیا ؟ اِنقلابن ہنٛز کتاب
اِنقلابو ، اِنقلابو ، اِنقلاب
اِنقلابو پأدٕ کٔری مذہب تہٕ دیٖن
اِنقلابو کوس شک ہوٗکھ یقیٖن

اَمِس برونٛہہ کنہِ اوس اَکھ Ideal یَمچہِ روشنی منٛز یہِ اِنسأنی زِندگی تہٕ اِنسأنی سماج شیرُن تہٕ پأرُن یژھان اوس۔ وِل گوٚو اَمی سنٛز فنکارانہٕ چابکدستی چھنہٕ نظریَس قوربان گژھان، بلکہِ چھےٚ شأعرانہٕ نزاکژ تہِ رَچھان تہٕ پَرَن وألِس مُتأثر تہِ کران ۔

سحرِ کُے تأثیر زَن تقریر آزادُن کران
درد چھا ، خوٗنِ جگر چھا، شعر چھا، اِلہام چھا

یہِ اوس اَکھ نوٚو تہٕ خوشحال اِنسأنی سماج تعمیر کرُن یژھان۔ اَوِکنہِ اوس اَمی سنٛدِس اپروچس (Approach) منٛز تہِ نوبر۔ اَمہِ نوبر پسندی ہُند فأیدٕ ووت کأشرِ شأعری تہِ۔ آزاد یہِ کینژھا محسوٗس کران یا ژینان اوس، یہِ اوس سُے تأثر ووتلاوان۔ اَوِکنہِ چھےٚ اَمی سنٛزِ شأعری منٛز اَکھ گہرأیی لبنہٕ یِوان۔ روایتی شأعر

أسی دأخلی دُنیاہکی وأردات قلبی بیان کران۔ آزاد یم موضوٗع وَرتاوان چھ تِمن چھُ اِنسأنی زِندگی تہٕ اَتھ ستی وابستہٕ معروٗضی دُنیا ہَس ستی کانہہ نتہٕ کانہہ واٹھ۔ تبدیلی تہٕ نوبر پسندی ہُند جذبہ چھُ أمی سندین خیالَن، موضوٗعن، الفاظن، طرزِ بیانَس تہٕ لہجس منز ٹاکارٕ پأٹھی درینٹھی گژھان۔

عبدُالاحد آزادَس برونہہ اوس کأشرِ شأعری منز صوٗفی تصوراتن تہٕ اِنسأنی لولُک رُجحان غألب تہٕ نِسوأنی سوزوگداز اوس کأشرِ لولہٕ شأعری ہُند اہم صِفتھ۔ مگر آزادنِس لولہٕ باغس منز چھِ أمی سندِ حُسنکی معیارٕ بدلان۔

تمہِ لولہٕ کھوتہٕ بہتر زولانہٕ غلأمی ہُند
اِستادٕ جواں مردَن یُس لول پتھَر پاوے

مأنزِ نمن، بمن کرُل پوشہِ بدن زٕ پوشہِ تلی
نِشہِ ییتھس ستم گرس ژوٗرِ یہِ دِل بہٕ تھاوٕ ہا

یہِ چھُنہٕ وِن مأنزِ نمن تہٕ سورمہٕ چشمن نِش پنُن وصل تہٕ سکوٗن ژھاران، بلکہِ چھ اَمہِ نِشہِ دامَن بچاوُن یژھان۔ کأشرِ لولہٕ شأعری منز چھُ آزادُن یہِ شعر اکھ رِوایتھ شِکن شعر۔ بقولِ مرزا عارِف بیگ

"دقیانوٗسی شأعری سوتہٕ اَکے ترایہِ، سوزُک تہٕ سازُک اکھ پنُن مسلک، زُلفن تل دوہہ دوہہ کرُن تہٕ سُمبل تہٕ نرگسن ہِندی بأتھ وَنی، یِمن کتھن ہنز أسنہٕ آزادَس دِرے، اَما پوٗز اَتھ پیٹھ اوس سخ بیزار۔ سہٕ اوس زبان تہٕ اَمکِس وَرتاوَس منز نوبر یژھان اُنن تہٕ ستی ستی اوسُس طمع زِ یہِ قومی

زبان تہٕ ادب گۆژھ پھوٗلُن تہٕ پھانپھلُن"۔ ۱۲

اصل اوس آزاد علامہ اِقبالنہٕ یمہِ نظریک قٲیِل

آ تُجھ کو بتاتا ہوں تقدیرِ اُمم کیا ہے
شمشیر و سِنان اوّل طاؤس و رباب آخر

آزاد چُھ اِنسانٕ نیتِک ژُکردر تہٕ خٲرخواہ۔ اَوے چُھ یہِ بےچین تہٕ بے قرار نظرِ یوان۔ أمی سٕنزِ شاعرانہٕ شخصیژمنٛز چھےٚ اَکھ حرکتھ تہٕ اَکھ زیرِ ہِس لہر۔ أمی سٕندِس کلامس منٛز چھ جوش، ولولہٕ تہٕ اِضطراب۔ علامہ اقبال چُھ پننِس عُقابس تسلا دِوان ونان ۔

تُندئ بادِ مخالف سے نہ گھبرا اے عقاب
یہ تو اُڑتی ہے تجھے اونچا اُڑانے کے ئے

مگر آزاد چُھ أمہِ نِشہِ اَکھ قدم برونٛہہ پکان۔ یہِ چُھنہٕ پانس دِلاسہٕ دِوان بلکہِ چُھ یہِ اَکھ خطرپسند طبعیت تھاوان تہٕ اَمِس چُھ خطرن تہٕ مشکلن منٛز گِندنس اَکھ لطف تہٕ سکوٗن یوان ۔

ژلان چُھم شر حُبابن، اِضطرابن، ولولن اندر
یوان چُھم زندگی ہُند سوز سفرن منزِلن اندر
وپان چُھنہٕ میون آتش نارٕ بانن منقلن اندر
یوان چُھم زندگی ہُند سوز سفرن منزِلن اندر

آزاد چُھ خوداعتماد۔ یہِ چُھ پننِس بَل بوٗتس پیٹھ کھڑا۔ یہِ چُھ ووٚمید پسند تہٕ مردِ جفاکش۔ امی سٕنزِ عملی زِندگی منٛز یُس اِضطراب تہٕ حرکتھ لبنہٕ یوان

چھےٚ، سُے چھےٚ اَمی سنٛزِ شاعرانہٕ شخصیژ منز تہٕ درٛینٹھی گژھان ۔

کنٛن کھمبر بن، کھیَن کھراشن، پکن چھُس منز گٹن گاشن
نہٕ چھُس محتاج شاباشن، نہٕ چھُس مشتاق شُری باشن

وۄتھ پانہٕ پنٕن سنٛز کر، بن پانہٕ پنٕن رہبر
اوتار تہٕ پیغمبر یِوان اُسی پتھ کالے

آزاد چھُنہٕ عملی زِندگی نِشہِ فرار یژھان یا اَمہِ کھوٚ مسلو تہٕ مُشکِلاتو نِشہِ اَچھ وٹان، بلکہِ چھُ اِنسانہٕ سنٛزِ عملی زِندگی منز اَکھ حرکتھ تہٕ اِنقلاب پاٛدٕ کرِتھ قومُک تقدیر بدلاوُن یژھان ۔

افسانہٕ جُدا ساز تے سامانہٕ جُدا میون
میخانہٕ جُدا شیشہٕ تہٕ پیمانہٕ جُدا میون
آزاد بُنٕ ظُلم گالُن وہمہٕ کرُن دوٗر
یی میون ہاوس، یی چھُ صدا، یی چھُ مُدعا میون

آزاد اوس اَکھ ذہین اِنسان آسنٛس ستی اَکہِ اِنصاف پرَور طبعتُک اَلکھ تہِ۔ یہِ چھُ سماجی اوٗنچ نیچ، طبقہٕ بنٛدی، دوٗربر تہٕ ژُھری کاسنٛی یژھان ۔ نولِ امین کامِلؔ

''آزاد سنٛزِ شخصیژ کُر گوڈنچہِ لٹہِ کاشرِ شاعری
طبقاتی سماجکہِ احساسہٕ تہٕ اِدراکہٕ نِشہِ زانٛی یاب''۔ [۱۳]

یہِ چھُ کأشرِس قومَس غلأمی ہندِ دَلدلہٕ منزٕ کڈنہٕ خأطرٕ، تمِن اَکہِ انقلابہٕ خأطر تیار کرُن یژھان۔ اوِ کِنۍ چھُ یہِ پننہٕ شأعری منز خودی، قومی وقار، لول، ہمدردی، اِنسأنیت، آزادی تہٕ اِنقلاب ہوۍ موضوع وَرتاوان۔ بقولِ پروفیسر رحمان راہی۔

"۔۔۔گویا حرکتھ پسندی، اِنسان دوستیہٕ تہٕ اِنسأنی مساوات یِمن ترٛن بیٛون بیٛون ترٛایِن، پٔنِن کُن تہٕ سارِوے کھوتہٕ اہم رُجحان بناوَن وول گوڈنیک سَرکردٕ کأشرٕ شأعر چھُ عبدُالاحد آزاد ثأبتھ سَپدان"۔ [۱۴]

عبدالاحد آزاد اوس اَکھ حساس تہٕ ژُکُدر کأشُر۔ اَمہِ وقتکۍ سمأجی تہٕ سیأسی حالاتھ چھِ اَمی سٕندِس ذِہنَس پیٹھ سۄن اثر تراوان۔ اِنسانس چھِ مختلف جذبہٕ، احساس، اَنداز، تجرُبہٕ، مشأہدٕ، علم تہٕ پٔنِن ہُنر۔ دأخلی سطحس پیٹھ چھِ یِم سأری عنأصر تہٕ خأرجی سطحس پیٹھ باقی عوأمل، اَکھ شأعرانہٕ تجرُبہٕ ووتلاونس منز اَہم رول اَدا کران۔ یہِ چھُ کایناتکہِ حوالہٕ پننۍ ذأتی تجرُبہٕ پیش کران۔ یہِ چھُ زِندگی ہنزَن ٹیچھن تہٕ کرٛچھن حقیقژن ستۍ برسرِ پیکار۔ اَمی سٕنزَن تخلیقن منز چھےٚ حرارتھ تہٕ حلاوَت آسنہٕ علاوٕ تمہِ کردار درٛینٹھی گژھان یِم مُتحرِک چھِ۔ یہِ چھُ جُرس کُلس منز وپراونک فن زانان۔ چونکہِ فِطرتاً چھُ یہِ اَکھ مقصدی شأعر تہٕ اوِ کِنۍ چھُ اَتھ منز خطیبانہٕ اَنداز۔ مگر یہِ چھُ پننۍ کتھ علامژن، تشبیہن تہٕ اِستعارَن منز وَنان۔ شیخ العالم تہٕ چھُ مقصدی شأعر۔ تمۍ سٕندِس خطابس منز چھےٚ دٔلیل تہٕ آزادنس خطابس منز چھےٚ حرارتھ تہٕ حرکتھ۔ پانژادر، شکوۂ اِبلیس، آرٕ وَل، شِنہٕ مأنۍ تہٕ دٔریاو ہشہِ نظمہٕ چھےٚ اَمی سٕندِ اِنقلأبی ذِہنٕچ نُمایندگی کران۔ یِمن منز چھےٚ دٔریاو

نظم پابند آسنہٕ باوجود تہٕ جدید تقاضن نزدیک یوان۔ اَتھ منز چھ شدید تاثُر ووتلان۔

آزادی شاعری چھےٚ تُمی ہندِ وقتکہٕ کشیرِ ہُند شہر آشوب تہٕ تہٕ حبسا گھی تہٕ۔ اَتھ منز چھ کأشرِ بن ہنزِ اقتصأدی بدحألی، سیأسی غلأمی، حاکمن ہندِ ظلم و جبرُک، رشوت خوری تہٕ اِستحصالک تصویر ووتلاوان۔

جدس یُس آلہٕ مَٹہٕ اوسُم وُنِس تام سے نکھس پیٹھ چھُم
بہٕ کیاہ باوے دِلاوأری بہٕ نو ذَرِ عشقہٕ بیمأری
پکن چھم کار و بیگارس برُن چھُم جنس سرکارس
تیم وُگرا یہٕ باپأری ئہٕ نو ذَرِ عشقہٕ بیمأری
پگاہ چھُم ہدیہٕ دیُن پپرس تھوبم کن توبہٕ تقصیرس
قیامژ دوہ کریم یأری ئہٕ نو ذَرِ عشقہٕ بیمأری
ہُنڈس کرِ ہون ہونس ہونٹ، گُنڈِس کرِ پوش پوشس کونٹ
کرُن چھم رأضی پٹوأری ئہٕ نو ذَرِ عشقہٕ بیمأری

مہجوٗر چھ رِوایتھ رٔژھراونہٕ باوجود کأشرِ شأعری منز نوٚو اَندازِ بیان اِختیار کٔرِتھ اَتھ نوٚو موڑ دِوان۔ یہٕ چھ زمینی موضوعات وَرتاوان تہٕ نوٚی تجرُبہٕ کٔرِتھ اَتھ وُسعتھ عطا کران۔ یہٕ چھُ مزازَن اَکھ رومأنی شأعر تہٕ أمی سٕنزِ شأعری منز چھِ وطنی، قومی، سیأسی، تأریخی تہٕ اِنقلأبی موضوع دریٹھی گژھان۔ اِنسأنی جذباتھ تہٕ لول چھ أمی سٕنزِ شأعری ہُند اَہم موضوع۔ یہٕ چھُ اِنسأنی نفسیاتکہٕ تہٕ محسوسأتی دُنیاکین پوشیدٕ یا اِظہار نہٕ سپدَن والین گوشن ہنز کامیاب تصویر کشی کران۔ یہٕ چھُ پننہٕ خاموش

دأخلی حالژ ہُند تِتھکن جمالیأتی اِظہار کران زِ اَکھ ڈرامأیی صوٗرتِ حال برونہہ کُن یِنس ستی چھےٚ اَکھ جذبأتی کیفیتھ تہٕ ووتلان ۔

ژلہِ لارِ وُچھمکھ حال وَنہٕ ہے، وارِ وُچھہے روٗے
گلہِ زِبو مے گیم، اوش ووتھُم دَدرایہِ وَنے کیا

مہجوٗرچھ سمأجی یا خأرجی سطحس پیٹھ درپیش مسلَن پننہِ دأخلی محسوٗسأتی دُنیائنزی گُزأرِتھ، تِمن ستی جمالیأتی سطحس پیٹھ برسرِ پیکار تہٕ سیأسی تہٕ سمأجی سوٗتھرس پیٹھ ووپدَن والین دوٚکھن دادِ ین پننہِ ذأتی تجرُبَن ہنزِ شکلہِ منز پیش کران ۔

بٔ تہٕ اِتھے اوسُس نہٕ، اوسُس وَقتہٕ اَکہِ بااِختیار
دِن گوأہی میانہِ کنہِ ییم پرأنی کنہِ دیوار میأنی
میون بُڈی بب مال وجاں ہیتھ تژامہٕ پوٗنُس کِنہٕ آو
مال ہوٗرُم جان چھم باقی گرٕان وُچھتو حِساب

کأشری أسی غلأمی نشہِ آزاد گژھتھ، اَکہِ خوشحال کشیرِ ہندی خواب وُچھان ۔ تِمن أس ووٚمیدزِ آزاد سپدِتھ لبہٕ کأشرقوم تِمو سارِوے سمأجی تہٕ سیأسی اِستحصالو تہٕ ظُلمو نشہِ نجاتھ، یِمن منز سُہ گرفتار کرنہٕ آمُت چھُ ۔ مہجوٗرنی 'نوٚکشیر' ہش نظم چھےٚ اَمیک أنہٕ ۔ مگر ڈوٚگرِ راجہِ نشہِ یلہٕ گژھنہٕ پتہٕ تہٕ چھےٚ لُکن ہنز مایوٗسی برقرار روزان ۔ تکیازِ سیأسی نِظام بدلنہٕ باوجوٗد چھنہٕ سمأجی تہٕ سیأسی سطحس پیٹھ زمینی صوٗرتِ حالس منز کانہہ تبدیلی یوان ۔ اَوِ کِنی چھُ مہجوٗر اَتھ صوٗرتِ حالس پیٹھ احتجأجی طنز کران ۔

یہِ آزأدی چھےٚ سورچ ہُر پھیریا خانہٕ پتہٕ خانے
فقط کینژھن گرٕن اندرچھےٚ ماراں گرایہِ آزأدی
گمتی دَم پھُٹ چھِ سأری، بیقرأری چھکھ دِلن اندر
دَپان وَنہٕ ہو پٔتن اوحال، اَسہِ مالایہِ آزأدی
نٕبر شیخ زانہِ گتھہِ ہُند معنہِ تَس ژٕلی خاندارٕنی ہتھ
سہٕ گوٚو فریأدی پٔتی کٔنی لٔوکہِ ہِندِ تَس پیایہِ آزأدی

دینا ناتھ نادم تہٕ اوس ترقی پسند تحریکہِ ستی متأثر۔ یہِ چھ ۱۹۴۱ء منز شأعری شروٗع کران تہٕ گوڈٕ گوڈٕ اوس اُردوٗس منزٕ ے لکھان۔ اَمی ہنزٕ ترٕ ے اُردو نظمہٕ 'مزدور کا خواب' 'مزدور کی موت' تہٕ 'میرا کشمیر' چھےٚ اَمی سٕندِ ترقی پسند افکارن ہنز ٔنٕ مثال۔ یہِ چھُ ۱۹۴۶ءِ منز کأشرِ زبأنی منز شعر وَنٕنۍ ہوان تہٕ اَتھ پتھ تہٕ چھُ ترقی پسندی ہُندٕ ے رنگ غأب روزان۔ یہِ چھ واریاہو اُردوٗ تہٕ باقی ترقی پسند شأعرن ہنزٕ و فکری تہٕ فنی صلأحیژٕ و نِشہِ متأثر نظرِ یوان۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ

''نأدمَس پتھ چھُ نقادو مایکاوسکی، جوش ملیح آبادی تہٕ احسان دانش سٕندِ اثرُک باربار ذکر کورمُت۔ مےٚ چھےٚ پأنس تِہنزن برجستہٕ تشبیہن تہٕ استعارن وچھتھ میرا نیٖسن شاندار فن ژھتس پیوان۔'' ۱۵

نأدِم چھُ سمأجی، سیأسی تہٕ اقتصأدی سوٗترس پتھ تبدیلی اَنتھ اَکھ نوٚو دنیاہ آباد کرُن یژھان۔ یہےٚ کل چھےٚ اَمی سٕندِس ذہنس تہٕ شعوٗرس آورأوِتھ شأعرانہٕ اظہار پرٛاوان۔

ل

بٔکھُن چھُم مے تقدیر نۆو مفلسن ہُند

یتیٖمن ، کلٕبن ، عأرتہٕن ، بے بسن ہُند

مونٛڈن بیکسن ہُند

شۆنٛگتھ قسمتھا چھُم یہُند وُزناوُن

مے چھُم تازِیاوُن

مے چھُم تازِیاوُن ، مے چھُم تازِیاوُن (نعرۂ شباب)

پھرُن چھُم مے نۆو روخ جماعتن سماجن

اصوٗلن خیالن ، رسومن ، رِواجن

بڑٕبن سامراجن

چھُ دۆگنیار کأسِتھ ہشر آزماوُن

مے چھُم تازِیاوُن

مے چھُم تازِیاوُن، مے چھُم تازِیاوُن (نعرۂ شباب)

نأدِم چھُ تمہٕ دورُک پأداوار، ییٚتھ منز کشیٖرِ غربت، مفلسی تہٕ بیکأری نال وٕلمُت اوس تہٕ بےٚ بۆج حأکمن ہندی جبرن تہٕ جأگیر دارن ہندی استحصالن، اِنسأنی معاشرٕ ژأپتھ ترووٗمُت اوس۔ مزوٗر تہٕ محنت کش اُسی پٔنٛنی ٹینڈیٚنم ژُٹتھ تہٕ حالِ حأران تہٕ پریشان تھاونہٕ یوان۔ بیمأری تہٕ بوٚچھِ اُس لگن چھوٚرِ چھوٚرِ کرناوان۔ اَتھ برعکس اُسی آسنوٲلی غریبن تہٕ محنت کشن ہندِ رتہٕ ٹیوک کران۔ یہٕ سورُے اوس نأدِمس دیدِ مان تہٕ سہٕ چھُ اَتھ استحصالس خلاف صدا یہٕ احتجاج بلند کران۔

کوٚت تام زرس بوش، سرٕس تاج امیرن
کوٚت تام آسن وول رتَس زاگہِ غریبن
تقدیر آدم سُند مے سبٕٹھا جان بناوُن
مے چھُ ہیوٚند تہٕ مسلمان ییہِ اِنسان بناوُن

(کٲشیرِ ہُند دعویٰ)

گُلن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پرٛژھُن چھُم
زرس بوش ، زردارنے راج روزیا ؟
ژھربن لورِ کٕٹہٕ نبن سرٕس تاج روزیا؟
أکِس ژوٗر تہٕ ہُر، بیاکھ موحتاج روزیا؟
وَچھس پیٹھ کھسِتھ تاجدارَن پرٛژھُن چھُم
پیٹھے بانہٕ کین نو بہارَن پرٛژھُن چھُم

(پرژھُن چھُم)

نأدِم اوس اکہِ عوأمی انقلابٕچ خوأہش تھاوان ، یُس جأگیر دارَن تہٕ سرمایہِ دارَن، استحصالکہِ گرِ پیٹھہِ وألِتھ، غریبن، لاچارَن، گریستبن تہٕ محنت کشن پنُن حق دِیأوِتھ، تِمَن ہندی مشکل دوٗر کرِ۔ أمہِ مقصدٕ باپتھ چھُ ییہِ کأشرِس عوامس پننہٕ نبن مشکلن ہُند پانہٕ حل کرٕنہٕ خأطرٕ آما دٕکران ۔

چھُ اکھ اصوٗل کارگر ژٕ سر پنُن نثار کر
شہیدِ کاروان بن
امیرِ کاروان بن
کشیرِ پاسبان بن (نعرۂ انقلاب)

دوٚیِمس جنگِ عظیٖمس دوران گیٚ کروٗرٕ واد لُکھ مارٕ۔ جاپانس پیٚٹھ آو اٮ۪ٹم بم تراونہٕ، ییٚمِکس زدس منٛز لچھہِ بٔدی لُکھ آے تہٕ زمیٖنس تام دٔود ژٔوک۔ ۱۹۴۷ءمنٛز دزاو انگریز سامراج ہندوستانہٕ منٛزٕ مگر ملک سپُد تقسیم۔ جایہِ جایہِ سپدی فرقہٕ وارانہٕ فساد۔ یہِ ژھٕٹھ وأژ جموں کشمیرس تام تہِ۔ جِمس منٛز بنیاے لچھہِ بٔدی مسلمان، انتہا پسندَن ہُند نشانہٕ۔ کٔشیرِ پیٚٹھ سپُد قبائلی حملہٕ تہٕ حالات گیٚ مخدوٗش۔ یِم سأری حالاتھ تہٕ واقعاتھ چھہِ اِنسانٔیتَس دَم پھُٹُکران تہٕ نأدِم تہِ روٗدنہٕ اَمہِ نِشہِ مُچھہِ۔ نأدِم چھُ تتھ انتہاپسندی خلاف کمر گنڈان، یُس فرقہٕ پرستی ہنزِ کرتلہِ ستی اِنسان اَکھ أکس نِش ژٔوٹ تہٕ اَکھ مشکوک ماحول پأدٕ کوٗر۔ نأدِم چھُ ہیٚندِس کیو مسلمانَس، اَکھأکس نزدیک اَنتھ، احترام، اعتبار تہٕ برادری ہُند ماحول دُبارٕ قأیم کرُن یژھان۔

مِلہِ ژارٕ ستی مے چھُم یکسان بناوُن
مے چھُ ہیٚوند تہٕ مسلمان بیہِ اِنسان بناوُن
ہیوند میلہِ سِکس ستی، ہیٚندِس ستی مسلمان
وون گُمرٔیمن بیوٚن بیوٚن چھِ گُنی ماجہٕ ہندی سنتان
کأستھ مے حسدٕ کُرٔنڈی چھُ گلستان بناوُن
مے چھُ ہیٚند تہٕ مسلمان بیہِ انسان بناوُن

(کٔشیرِ ہُند دعویٰ)

نأدِم چھُ کأشرِ شأعری منز ہیٚژ ہندی نٔوی تہٕ کامیاب تجربہٕ کٔرِتھ، موضوٗع، مفہوم تہٕ بحرَن ہندی نٔوی سنگِ میل قأیم کران۔ یہِ چھُ آزاد نظم، بلینک ورس، سانیٹ تہٕ اوپیرا ہِشَن صِنفَن ہُند اضافہٕ کران۔ اَمِس نِش چھےٚ فنکارانہٕ

چابک دستی۔ لفظن ہُند گُتجار، تشبیہن تہٕ استعارَن ہنز برجستگی تہٕ خیالن ہنز تہہ دأری چھےٚ پرَن وأٲِلس یا بوزَن وأٲِلس گرویدٕ بناوان۔ زبأنی ہنز صادگی تہٕ جذبن ہُند شوٗژَر چھُ اَکۍ ہِندِس کلامَس تأثیر بخشان۔

کتابن ہِندۍ حوالہٕ


۱۔ سید عاشور کاظمی۔ ترقی پسند ادب۔ پچاس سالہ سفر۔ صفحہ ۲۲۶

۲۔ ڈاکٹر مشتاق احمد منتظرؔ۔ عصری تاجیک تہٕ کأشُر شأعری۔ صفحہ ۱۲۱۲

۳۔ ڈاکٹر حامدی کاشمیری۔ جدید کأشُر شأعری۔ صفحہ (۳۱۔۳۲)

۴۔ عبدالقادر سروری۔ کشمیر میں اُردو۔ صفحہ ۹۰۔۹۱)

۵۔ شفیع شوقؔ۔ منظور ہاشمی۔ کأشُر شأعری پیٹھ اُردوُک اثر (سون ادب صفحہ ۳۶۹

۶۔ کونگہٕ پوش۔ رِسالہٕ (مگر کاروان سون) صفحہ ۲۱

۷۔ کونگہٕ پوش۔ رِسالہٕ (مگر کاروان سون) صفحہ ۱۱

۸۔ دوماہی 'کونگہٕ پوش' اردو نمبر ۱۔ بحوالہ ترقی پسند ادب۔ پچاس سالہ صفر۔ صفحہ ۲۳۵

۹۔ رحمان راہی۔ کہہٕ وٕٹ۔ صفحہ ۱۹۰ ۱۰۔ آتشِ چنار۔ ص ۴۵

۱۱۔ انسان دوستی آزادنہٕ شأعری ہنز پھیرِ ہاوخصوصیت۔ سون ادب۔ صفحہ ۶۹۔۷۰

۱۲۔ مرزا عارف بیگ۔ عبدُالاحد آزادؔ میانین نظرن منز۔ شیرازٕ۔ آزاد نمبر ص۔۹

۱۳۔ امین کأمل۔ آزادؔ کینہہ کتھہٕ۔ شیرازٕ۔ آزاد نمبر۔ ص ۵۴

۱۴۔ رحمان راہی۔ آزادُن اَکھ مجمل شعری تعارُف۔ شیرازٕ آزاد نمبر۔ ص ۱۷)

۱۵۔ محمد یوسف ٹینگ۔ سرنامہٕ۔ شہلِ کُلی۔ صفحہ ۱۳

# جدید کأشرِ شأعری منز اَقدارن ہُند مسلہٕ

جدیدیت گیہ دورِ حأضرس منز سانہِ وجوٗدی صوٗرتِ حالچ تنقیدی سامُ ہینہٕ ہتہٕ شروع۔ اِنسان لوٗگ وجوٗدی مسلن پیٹھ نٔوآیہ سونچنہِ زِ یہٕ کتھ تہٕ کیازِ چُھس کاینالس ہتہٕ اَشناوتھ۔ میانہِ ذأتی زندگی ہُند مقصد کیا چُھ۔ اَتھ چھا خأرجی محرکات؟ اگر خأرجی محرکات چھِ، اِتھہٕ پأٹھۍ زن ترقی پسند مانان اَسۍ۔ تیلہِ چھا میون مقصد یِم خأرجی حالات بدلاونس گُن لگُن تہٕ اَمہِ خأطرِ ذہن تیارِ کرُنۍ۔ میأنۍ اصل ذمہٕ وأری کیاہ چھےٚ۔ زیوٚن مرُن تہٕ دُنیاہس منز میون مقام چھا میون کانہہ اَنفرأدی مسلہٕ کِنہٕ یہٕ چُھ اِجتمأعی۔ یعنی یہٕ چُھسا اکہِ جمگٹھک یا ہجوٗمک حصہٕ، کِنہٕ یہٕ چُھس کانہہ انفرأدی حُیثیتھ تھاوان۔ جدید انسانس گوو زندگی ہِندِ ناکأفی آسنک، اَوزارن ہِندِ ناکأفی آسنک تہٕ زبأنۍ ہِندِ ناکأفی آسنک ترُدد۔ پژھ موکلنک تہٕ گیچہِ گنڈنہٕ ہینکس زور تہٕ شورس منز گرأی ہیٚی اِزم، چرس تہٕ بے اعتدألی ہنز وتھ اختیار۔ اَمۍ ہیوٚت ترکِ دُنیا کرُن، گرِ ترٲوُن تہٕ سمأجی ذِمہٕ وأری نِشہِ ژلُن۔ اَمِس گوو پننہِ کم علمی ہُند احساس۔ سارِوۍ کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ

یہِ زِ جدید دورَس منز گنیاو اِنسانَس یہِ احساس شِدتہٕ سان زِ تَسندِ بن وجوٗدی وادبن چھُنہٕ کانہہ علاج۔ تَسندی نظریاتی ژھربرچھِ ٹاکارپاٹھی یہِ ثابتھ کران زِ سُہ چھُ المناک وجوٗدی کربس منز مُبتلا۔ امی سندِس داٗدِس چھُنہٕ کانہہ واتان۔ جدیدیت پسند شاعر تہٕ چھِ اَتھی ازلی تہٕ ابدی غمس لولہٕ کھول کران۔

لبرلزم تہٕ فکرِ جدید اُسی یورپس منز روشن خیالی ہُندھ حصہٕ تہٕ ترقی پسندی اُس اَمیک اکھ جوہر۔ یہِ اُسنہٕ مارکسیت تہٕ ہیومنزم نِشہٕ الگ۔ مغربس منز رٗوز جدیدیت جنگِ عظیم اول پتہٕ دویمس جنگِ عظیمس تام۔ اَمہِ پتہٕ گییہ یہِ زوالچ شکار۔ برِصغیرَس منز آیہِ جدیدیت، ترقی پسندی ہِندِس ردِعملس منز تہٕ مارکسزمس خلاف بروتھہ کُن۔ اُردوس منز گییہِ جدیدیت تمہِ ساتہٕ شروع ییلہِ سُہ دُنیاہس منز ژھوکان اُس۔ ہندوستانس منز گییہِ یہِ اُردوس منز ۱۹۵۳ء پتہٕ شروع۔ کاشرِس ادبس منز چھےٚ جدیدیت ۱۹۵۶ء پتہٕ بارسس یوان۔ ترقی پسندی ہندی پاٹھی رٗوز جدیدیت تہِ وُہن ترٛہن وٕرین اُردو ادبس سأراب کران تہٕ پتہٕ واٗژ اند۔ جدیدیت تہِ اُس مزازن باغیانہٕ تہٕ اَمی دیُت ادبچہِ آزادی ہُند نعرٕ تہِ۔ مگر ابہام تہٕ اشکالُک فارمولا بناوِتھ دیُتن ووپرازٕ (اجنبیت) ذات پرستی تہٕ بیمار داخلیتس ایمانک درجہ۔ ژکہِ اُس جدیدیت سیأسی معاملن تہٕ نظریاتی مباحثن حرام قرار دِوان۔ جدیدیت پسندن ہندِ طرفہٕ دِنہٕ آمت اَدبچہٕ آزادی ہُند نعرٕ اوس ترقی پسندی ہنزِ کمٹ منٹ یا سیأسی ایجنڈاکس اِنکارس منز دِنہٕ آمت۔ اصل اوس یہِ جدیدیت پسندن ہندِ طرفہٕ، سی۔پی۔آئی کہِ منشورٕ نِشہٕ تھف ژلنہٕ خاطرٕ دِنہٕ آمت۔

نظریأتی شأعری اُس ادیب سنزِ تخلیقی آزأدی پٹھ پابندی۔ آیڈیالوجی رَد یا قبول کرنک مسلہٕ چُھ تمہِ ساتہٕ پأدٕ گژھان، ییٚلہِ گوڈٕ ادیبس امیک اختیار آسہِ۔ ییٚلہِ سکہٕ بند تہٕ فارموٗلأیی ضابطہٕ بندی شأعری روٗز، تیٚلہِ روٗدنہٕ متن تہٕ امہِ نبر۔اَوِ کنی اوس جدیدیت پسندن ہندِ ذٔسی دِنہٕ آمٕت ادب آزاد کرنک نعرٕ اَکھ متھ۔ اَتھ ادبی چھوٗت چھالتس فروغ دِنہٕ ستی روٗد جدیدیتس تہٕ زُو نیران۔ جدیدیتچ اکھ کمی روٗز یہ زِ اَتھ منز آیہِ علامت پسندی تہٕ تجرید پسندی حرفِ آخر زانُنہٕ۔ اَمہِ وقتہٕ آو یہ نعرٕ تہٕ دِنہٕ زِ جدید افسانس، جدید بناونہٕ خأطر پَزِ دلیلہِ ہُند عُنصر غأب کرُن۔ جدیدیت اُس شہری زِندگی ہنزِ تنگ دامنی تہٕ منفی ذات پرستی منز وَلنہٕ آمٕژ۔ ترقی پسندی ہندی پأٹھی اُس یہ تہِ یک نوعی تہٕ یک رُخی۔

عام پأٹھی اوس وننہٕ یِوان زِ جدید ادبس چھےٚ ژور خصوٗصیژ۔(۱) تخلیق کارس چھےٚ اظہارچ پوٗرٕ آزأدی۔(۲) یہ ادب چُھ اظہارِ ذات۔(۳) فنک تعیُن گژھِ سپدُن فنی لوٗازماتن ہنزِ بنیأد پٹھ نہ زِ سمأجی قدرَن ہنزِ بنیأد پٹھ۔(۴) فنپارٕ چُھ خودمختار تہٕ خودکفیل۔ وَننہٕ چُھ یِوان زِ یم ژونوٕے چھِ اَز تہِ اکھ حیثیت تھاوان، ییٚلہِ زَن تژھ کانہہ کتھ چھنہٕ۔ فن پارک سفر چُھ توأریخ تہٕ ثقافتکس محورس اَندی پٔکی نژان۔ ادیبس احساس اَسِتن یا نہٕ اَسِتن، تِمس چھےٚ کانہہ نتہٕ کانہہ نظریأتی ترجیح ضروٗر آسان یُس تِمہِ سنزِ تخلیقی عملہِ ہُند حصہٕ آسان چھےٚ۔ ادب ہیکہٕ نظریہ نِشہِ پاک اَستھے۔ فن چُھ پانہٕ آیڈیالوجی ہنز تشکیل۔ ادیب سُند اظہار تہٕ اسلوب تہِ چھنہٕ اَمہِ نِشہِ مُچھ۔ معنی تہِ چھنہٕ وحدأنی یا

کُنۍ بلکہٕ چھِ معنی فنپارچہِ پرنۍ سٟتۍ بدلان روزان۔ پرٛتھ پرنۍ چھےٚ قاری سٕندِ ذوق، ظرف تہٕ تجربچہِ بُنیاد پیٹھ سپدان۔ اَمہِ سٟتۍ چھُ فنچہِ کُلی خودمختاری تہٕ خودکفالتُک بڑم پھُٹان۔ اِتھۍ پاٹھۍ چھُ اظہارِ ذاتس پیٹھ سورۍ توجہ مرکوز کرنہٕ سٟتۍ جدید ادب موضوعیتُک شکار گژھان۔ یہِ چھےٚ موضوعس سٟتۍ معنیس تہٕ موقوف کران۔ جدیدیتَس منز آو زیادٕ زور فنی لوازمن پیٹھ دِنہٕ تہٕ یِمےٚ اَسۍ قدر سمجھنہٕ یِوان۔ ادبی قدر تہٕ فنی لوازِم چھِنہٕ کُنی چیز۔ فنی لوازِم چھِ ادبی قدرِ خاطر وسیلہٕ۔ مثلاً تشبیہہ تہٕ استعارٕ چھِ وسیلہٕ حسنِ معنیکۍ، یُس ادبی قدر چھےٚ۔ میرٕ تہٕ غالبس نِش چھِ فنی لوازِم حسنِ معنیس فروغ دِوان تہٕ ادبی قدر قایم کران۔ تِمن نِش یُس حسنِ معنی چاہے سُہ تصورِ عشق چھُ یا تصورِ کاینات یا تصورِ انسان چھُ، سُہ چھُنہٕ تِمہٕ زمانکہِ مابعدالطبعیاتی، ثقافتی یا سماجی قدرِ نِشہِ الگ۔ میرٕ سٕنز شاعری ، غالبٕ سُند متن، سرسید سٕندۍ مضمون، حالی سُند مسدس یا اکبر سٕنز شاعری، یِمن منز چھےٚ ادبی قدر۔ مگر جدیدیتکِس دورس منز آیہِ ادبس منز سماجی معنویت الگ کرنہٕ۔

سداٗہمہِ صدی ہندِس اٗخرس تہٕ اُرداٗہمہِ صدی ہندِس اِبتدا ہَس منز برِصغیرس منز اُردو زباݨۍ ہُند بارس یُن اوس مُختلف تہذیبَن تہٕ ثقافتَن ہندِ امتزاجُک اکھ شاندار تہٕ کامیاب تجرُبہٕ۔ یہِ زبان چھےٚ ہند اِسلامی ثقافتکہِ امتزاجچ اکھ بڈ علامتھ۔ یہِ زبان بارس انٕنس منز چھُ عربی تہٕ فارسی زبان وادب بُنیادی رول اداکران۔ حالانکہِ تفہیم وتعبیرُک پسِ منظر تہٕ ماحول چھُ ہندوستانی۔

میرٕ سٕنز شاعری چھےٚ نٔے پأٹھۍ رۄمانی شاعری ہنز مِثال۔ اَمہِ سٕنز شاعری منز چھےٚ یہِ جِدت زِ اَتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ رِوایتی یا رٕسمی نظرِیہِ زِندگی یا نِظام اقدار پیش کرنہٕ آمُت۔ عشق یا فراغچ دَگ چھےٚ اَمہِ سٕنز شاعری ہُند بُنیأدی محرک۔ میرٕ سٕنز شاعری منز یُس اِنسان نظرِ گژھان چھُ، سُہ چھُ اِنتشار تہٕ ذہنی دباوُک شکار۔ سُہ چھُ زِندگی تہٕ مُحبت کِنہِ تِمَن دولابن منز ہیٚنہٕ آمُت، یِمَن نہٕ کانٛہہ علاج چھُ۔ اَتھ حدس تام چھُ سُہ جدید شعری حسّیاتی سٕتۍ ہم آہنگ باسان۔ میرٕس پتہٕ ہیٚکو أسۍ یہِ وٕنِتھ زِ غالبؔ چھُ جدید حسیاتی ہُند اَکھ مضبوٗط پیش رو۔ پزر چھُ یہِ زِ غالبؔ اوس ژٕکہِ اکھ روشن خیال تہٕ آزاد مشرب نابغۂ روزگار۔ تٔمِس فکری تابکأری تہٕ رۄحأنی آزاد مشربی أس تٔمِس ڈاڈ متشکّکانہٕ ذِہنچ جُستجو تہِ تہٕ آبرو تہِ۔ غالبس اوس معنوی اُستاد بیدلؔ تہٕ نِطشےیس اوس معنوی اُستاد شوپنہار۔ یِم ژۄشوے چھِ مشرقس تہٕ مغربس منز جدید حسیاتی ہُند نگارٕ وایان۔ اِقبال چھُ پننہِ فارسی تہٕ اردو شاعری ہٕندِ ذٔریعہِ موثر پأٹھۍ اَکھ فلسفۂ زِندگی تہٕ نِظامِ اقدارُک پاغام عام کران۔ یہِ چھُ پننہِ شاعری منز سماجی، سیأسی تہٕ اخلأقی نظرِیات تہٕ اقدار ٹاکارٕ پأٹھۍ پیش کران۔ یہِ حقیقت پسندانہٕ رٔوِیہِ چھُ وُہمہِ صدی منز جدید حسیاتی بارسس اَنٛنس منز اہم رول ادا کران۔

ترقی پسند شاعری ہُند دباو رُود تقریباً وُہَن پٕنژہَن وٕرِین تام۔ مگر یَتھ زمانس منز ترقی پسند تحریکہِ ہٕندِ حوالہٕ اشترأکی یا مارکسی عقأید تہٕ اقدار پاناونچ تہٕ پھاںپھلاونچ کوٗشِش زورَن پیٚٹھ أس، أتھۍ دورس منز أسۍ واریاہ تِم شاعر

تہٕ یم نظرِیأتی اصوٗلن ہندِ دباوِ منز شأعری نبر کڈنی یژھان اُسی۔ مثلاً مجید امجد، قیوم نظر تہٕ یوسف نظر، یم حلقۂ اربابِ ذوقکی روٗحِ رواں اُسی۔ یمو علاوٕ آسی میراجی، اختر شیرانی، اختر انصاری، اختر الایمان، خورشید الاسلام تہٕ ن۔م۔راشد تہٕ شأعری نظرِیأتی دأیرو منز کڈنی یژھان۔ یِمے شأعر چھِ اردو شأعری منز جدید حسبا گہی ہندِ رجحانکی پیش رو بنان۔ ۱۹۵۳ء أندی پکی چھ جدید حسبا گہی ہُند شعوٗر ٹاکارٕ پأٹھی درینٹھی گژھان۔ اُردو شأعری منز یہِ شعوٗر پھاپھلاونس منز چھِ ناصر کاظمی، منیر نیازی، خلیل الرحمان اعظمی، باقر مہدی، شہریار، بلراج کومل، شمس الرحمان فاروقی، محموٗد ایاز، محمد علوی، عمیق حنفی، ساقی فاروقی، بشر نواز، ظفرِ اقبال تہٕ شاذ تمکنت بیترِ اہم رول اداکران۔

بڑھتے بڑھتے بن گیا میں سنگ سے دیوارِ سنگ
اِس لئے ٹوٹی پڑی ہے مجھ پہ آبادی تمام (شمس الرحمان فاروقی)

وجود کے چہار سمت ریگزار تھا
کہیں بھی خواہشوں کے بیج بو نہ پائے ہم (شہریار)

ایک مدت سے چراغوں کی طرح جلتی ہیں
اِن ترستی ہوی آنکھوں کو بجھا دو کوئی (ساقی فاروقی)

آگے آگے کوئی مشعل سی لیے چلتا تھا
ہاے کیا نام تھا اُس شخص کا پوچھا بھی نہیں (شاذؔ تمکنت)

میرؔ، غالِبؔ تہٕ اقبالؔ سنز شاعری ہُند چھ کاشرس ادبی شعوٗرس پیٹھ سبٹھا سون اثر تہٕ اُردو زبان چھےٚ گُلھم پأٹھی کشیرِ ہندِس جدید ثقافتی شعوٗرس متأثر کران۔ اُردُوس منز ییٚلہِ جدید حسبا گِہی ہُند آغاز باضابطہٕ پأٹھی سپُد، تقریباً چھےٚ تمہٕ دوہن کاشرِ شاعری منز تہِ جدید حسبا گِہی بارسس یِوان۔ اکثر نقادن ہُند خیال چھ زِ کاشرِ شاعری منز چھ جدید حسبا گِہی ہندِ رجحانک اِبتدا دینا ناتھ نادِمؔ سنز نظمہِ ''نابد تہٕ ٹٹھہٕ وبن'' ستیٚ گژھان۔ اَتھ منز چھنہٕ معروضن ہندِ ذریعہِ جزباتھ پیش کرنہٕ آمتی بلکہِ چھ معروٗضے کثیر الجہت تاثر ووتلاوان۔ اَتھ منز چھُنہٕ معنیٚس پیٹھ زور دِنہٕ آمُت بلکہِ چھُ علامتی اِظہار تہٕ تاثُراتی شِدت۔ اَوے چھےٚ اَمی سنز شاعری رِوایتھ شِکن تہِ تہٕ رِوایتھ ساز تہِ۔

بجلی بتہٕ أندی أندی مُہر جوراہ ویگس پیٹھ مہرِنی مہرا زا
أندی پکِی سوٚدراہ شیشے ناگس پمپوش تھَنہٕ پیوٚمُت برٚما
بنگر بن گو وچھونی چھونی أنہٕ أندری مے چھُ باسان راٗژ ہنز باہ آسن
ہُتھ پردس پیٚتی کنی کتھ کتھ ہش دوشوے داربوٚ کنی أچھ جورا

(نابد تہٕ ٹٹھہٕ وبن)

راٗہی چھُ جدید حسبا گِہی ہندِس کربلاہَس منز پانہٕ تہِ العطش کران تہٕ پرٚن وأنِس تہِ سفرات کھالان۔ قدیم حسبا گِہی ہُند اِنسان اوس بزعمِ خود پانس عاقل

تہٕ فاعِل سمجھان۔ کاینات تہٕ اُس معقوٗل متصوّر کرنہٕ یوان تہٕ اِنسانہٕ سنزِ عقلہٕ تہٕ کاییناتچہِ معقولیتکہِ ربطہٕ ستیٚ اوس پزٕر تہٕ رٕژر اِنسانٔس پیٹھ منکشف گژھان۔ مگر دورِ جدیدٔس منز چھ راٲہی عقیدٕن تہٕ قدرٕن ہندٕ بن نارٕ بالٕن ہندی کھنگر ترٕ سان ہوی وُچھان۔ بےٚ زان، بےٚ ستھ، بےٚ پژھ تہٕ بےٚ اعتبار گژھنگ یہٕ یُپ چھ مسلسل تھدان تہٕ لُکھ چھِ عقیدٕن تہٕ قدرٕن ہندبو ٹھوکری کُھٹھومنزٕ نیرتھ اَڈٕ اُمی نظرِین ہندٕ بن تالوٕن الاٚندی گاٚمتیٚ۔ راٲہی چُھ اُتھی کربناک تہٕ دردناک منظرٕس تہٕ آوٕلنس منز ہبنہٕ تہٕ آمُت تہٕ پننہٕ نِس کلامٕس منز اَچھ بسیار پاسٕل شہادت تہٕ پیش کران۔ اوٚے چھےٚ حُسن آفرینی ستیٚ ستیٚ کرب آفرینی اُمی سنٕدس باوَژ بلس منز اکہِ زیرِ بن رٕوِ ہندی پاٚٹھی درٚینٹھی گژھان۔

نارٕ بالٕن کھنگر ترٕ سان ہوی اُسی

کرٕنز قبرن اَندر اَسان ہوی اُسی

اَمِس چُھ پننہِ پانکہِ بےٚ پژھ تہٕ بےٚ وسا آسنٕگ احساس گنان ۔

یُتھنہٕ پھوک لایہٕ ہم

سخت اُوٗیل چھسےٚ

تیوٗت اُوٗیل زِ

( رنگ

پرٕینبن پھمبہٕ لِش اُڈٕ گرٕد

شکل آفتابہٕ ڈلوم

نێبرٕ

پاَڈٕ پھیٖوٕ تاہ ، شیٖنہٕ تھوٗسا

أندرٕ

ہونز طِلسمأتی حأرتھ

کایناتُک ژھۆپ دۆپ وأرٕث)

(نظم۔ ہندِ فونوٗس۔) راہی

کأمل سٕنزِ شأعری منز چھےٚ جدید اِنسانہٕ سٕنزِ حالژ ہنز أیینہٕ دأری سپدان۔ اَمِس چھُ عقیدَن تہٕ قدرَن ہندِ ڈُبہٕ ڈاس گژھنُک شدید احساس۔ جدید اِنسانَس چھنہٕ عقیدَن تہٕ قدرَن ہُند وُشنیر میسّر، تَوے چھُ تَمی سُند دِل تہٕ روح تہِ پوٚہ تہٕ ماگ گومُت۔ یہِ شٕژھنیار چھُ جدید اِنسانہٕ سُند ڈکہٕ لون بنیامُت باسان۔ تنہأیی، بےبسی، لاحأصلی تہٕ لاچارگی ہُند یہِ شٕژھنیار کاسنہٕ خاطرٕ چھُ کأمل ناسٹالجیأیی اندازَس منز یہِ مشوٗرٕ دِوان زِ اَسہِ پَزِن پنٕنہٕ اِجتمأیی تہٕ ثقافتی لاشعوٗرٕ منزٕ کُنہٕ وُنہِ پأٹھی وُشنیر چھٕ ژھنبرِ ژھانڈنہٕ۔

وہراتھ بابہِ جایہِ ژٕکس تاں خبر ہیٖ
کینژھا زدل ودل ژھیٚی سوٚمبراو بام دِ

ویرِ وارَن أندرٕ پٕدٕ تراو
آبہٕ جوٚے چھکھ تتھ حباب بنٕکھ

کأملن چُھ اَکس شعرس منز جدید حسا گہی ہُند معنی آفرین تہٕ کرب انگیز خلاصہٕ پیش کوٚرمُت۔ اَمی چھ پزٕ پاٹھی یہٕ شعر وُنتھ کمال کوٚرمُت۔ یہ چُھنہٕ کأشرِس اَدبَس منزٕے بلکہٕ جدید عالمی ادبَس منز جدید حسا گہی ہُند مبسوٗط تہٕ مکمل علامتی اِظہار۔

ٹِکٹہٕ لأگِتھ تہٕ بند لِفافن منز	لاپتہ خط چھِ ڈاک خانکی اَسی

یہٕ شعر چُھ جدید اِنسانہٕ سِندِ مابعدالطبعیأتی المیک کلامیہ، علامیہ، بیانیہ تہٕ اِستعاریہ تہٕ۔ اَمی سُند اِبتدا تہٕ اِنتہا یا آغاز تہٕ انجام کیا چُھ۔ اَمی سنز پزٕ زِنتھ کیا چھےٚ، یہٕ چھا کُنہِ قدرتی نِظامکس نتیجس منز پأدٕ گومُت کِنہٕ اَمی سِندِس تخلیقس پتہٕ کنہِ چُھ کانہہ مافوق الفطرت طاقت کارفرما۔ اَمی سِندِس آسنَس چھا کانہہ مقصد تہٕ معنے کِنہٕ یہٕ چُھ بےٚ مقصد تہٕ بےٚ معنے۔ کأملُن شعر چُھ کیٚنژھا آنکأری تہٕ تہٕ کیٚنژھا اِنکأری تہٕ۔ تواریخی، ثقافتی تہٕ جغرافیأیی پزٕ زِنتھ چھےٚ اَسہِ۔ سانین لِفافن پیٹھ چھےٚ تواریخی، ثقافتی، لِسأنی تہٕ جغرافیأیی ٹِکٹہٕ لأگِتھ۔ مگر لِفافہٕ چھِ بند تہٕ کایناتکس ڈاک خانَس منز ایڈریس ورأیی جمع گمتی۔ سون طرزِ زِندگی چھ تواریخی تہٕ ثقافتی ضروٗر۔ سأنی عقیدٕ تہٕ قدرٕ تہٕ چھےٚ تواریخی تہٕ ثقافتی۔ اَسی چھِ یِمن پزٕ زِنتھ دِنہٕ والین عقیدَن تہٕ قدرَن پیٹھ ناز تہٕ کران تہٕ فخر تہٕ۔ یِم عقیدٕ تہٕ قدرٕ چھےٚ سأنی اِنفرأدی تہٕ اِجتمأعی زِندگی ہُند مولُل سرمایہٕ۔ اَمہِ سرمایک احترام تہٕ گوٚو پوٗز تہٕ بجاہ۔ مگر یہٕ سوٗرے تواریخی ثقافتی تہٕ تہذیبی سرمایہٕ چُھ حتمی طور تیٚلہِ قأبلِ احترام بنان، ییٚلہِ مابعدالطبعیأتی تہٕ کاینأتی سطحس پیٹھ اَمیک پزر یا رٕژر معلوٗم آسہِ ہے۔

کایناتک وجوٗد چھا کینژھن عقیدَن تہٕ قدرَن ہندِس پزَرس تہٕ رٕژرَس پیٹھ دلالت کران کِنہٕ نہٕ۔ کایناتی تہٕ وجوٗدی حقیقژ چھا عقیدَن تہٕ قدرَن ہندِس کُنہِ مربوٗط نِظامَس کُن ژیٚنوٗن دِوان کِنہٕ نہٕ۔ یِمن سوالَن ہُنْد جواب ہیٚکہو أسی تیٚلہِ دِتھ ییٚلہِ سانِہن لِفافَن پیٹھ کانہہ ایڈرٚیس آسہِ ہے۔ مگر ایڈرٚیس چُھنہٕ کُنی۔ یِمن ہُند پزَر یا رٕژر چُھ شکَن تہٕ گمانَن ہندِس بازرَس منز مولنا وُن ناممکِن۔ أنی شہرَس منز ہیٚکَن گٔنی پیٚر أسِتھ، مگر اَتھ شایہِ عقیدَن تہٕ قدرَن متعلق نظریاتی شیشہِ کٔنی چھِ بےٚ معنے تہٕ لاحاصِل:

ہم وہاں ہیں جہاں سے ہم کو بھی — کچھ ہماری خبر نہیں آتی

گلشن مجید چُھ کاشرِ شاعری منز جدید حِسباگی ہُند فِکرانگیز نمایندٕ۔ سُہ چُھنہٕ لوٗلَن ژوٚٹمُت، سُہ چُھ ہولن ووٚٹمُت۔ اَمِس پیٹھ چھےٚ سانہِ زمانکہِ وجوٗدٕچ سأرٕے بےٚ معنویت نازِل گمژ۔ یہِ چُھنہٕ اَتھ بےٚ معنوِیَتس شعری تعبیرُک کانہہ ولیٚٹہٕ کران، بلکہِ چُھ یہِ زِندگی ہنزِ بےٚ معنویژ کانہہ معنے دِنہٕ بجایہِ اَتھ اِنسانہٕ سُند ڈٕکہٕ لون زانِتھ شِدتہٕ سان پیش کران۔ زِندگی ہنز بےٚ معنویژ پیٹھ چُھ گلشن صابس نہٕ ملال تہٕ نہٕ افسوٗس۔ زندگی ہُند ژوکبر، کرتچھر تہٕ ٹیٚچھر چُھ گلشن کُنہِ وُنہٕ پاٹھی وُٹھہٕ کُمبجار گٔرِتھ ژاپان تہٕ ژالان تہٕ اَمیک ہموٗس کرنہٕ بجایہِ چُھ اَمی ہندِس کلامَس منز زِندگی ہنزَن حقیقژن ہُند وَژِھ وأنجہٕ علامتی اِظہار برونہہ کُن یوان۔ اِنسانہٕ ہنز پربۄنتھ چھےٚ حادٕ ثاتی۔ أسی چھِ رِشتن أکِس خارجی نظامٕ

اقدارس منز پرہزناوان تہٕ یمن معنی دِوان۔ سارنے کردارن چھےٚ پنٕنۍ پنٕنۍ کأم تہٕ تَم چھِ خأرجی اصوٗلن ہندِس دأیرس منزٕ ے۔ زبأنۍ ہُند ژلوٗن آسُن، سکبہٕ معنی نہٕ آسُن۔ڈانبل، آسُن، ڈیوٚل آسُن، یم چھِ سانبن کاروبأری تہٕ سمأجی رشتن ماتحت یا تعبین۔ کاربأری رِشتن ہندی پأٹھۍ چھِ زبأنۍ ہندی معنی تہٕ بدلان روزان۔ ژکہِ چھِ أسی زبأنۍ ہندی معنی پنٕنہٕ ضرورژو حِسابہٕ متعین کران۔ لفظن ستۍ چھِ سمأجی سمجھوتہٕ آسان، یموٚکنۍ أسی لفظن سکبہٕ آسُن بخشان چھِ۔ انسان چُھ سمأجی بندشو نِشہِ ژُلن یژھان۔ یم سمأجی، مذہبی تہٕ معاشرتی بندشہِ چھےٚ امِس رُکاوان۔

موج چھےٚ گوپھہٕ وُشنیرٕچ شینکھ
میانہٕ قبیلکۍ از تہٕ ژھرِ
چھمبہٕ ژھارِ تہٕ ووٹ موسُم ہیتھ وأتی
گوپھِ چُھ کھوورِ لبہِ کرِد جأری
تہٕ موج
چھےٚ ہکرٕوِتھ کھریٚڑھ
بے سود ۔۔۔۔کنگس لرِ
کُنہِ پگہچ برأنژ
دیوی ہُند آکار چُھ ہأرنجہٕ سیوٚد
بے سوٗد

سَمے چُھ برتل پیا ول ہۆنی

أندرِ چھِ کتھِ ہندی سأری پاتر

ترِ شرو کیمتی کوٗنس منز

زۄن چھےٚ تیٚہہ رۄس

رَژِھ رَژھِ زۄرِس پٹھ پریڈان

گوپھِ کلِس پٹھ دولہٕ چُھ گنہٕ پل میونُے مول

زانہٕ کرۄنہِ کرینکہِ لچِہ ہنز سَتھ تہِ پزٕے

سونکُت ہیو یٔدی آکھک

کٔم ؟ کر ؟ وأتی تہٕ کیٚتھ ؟

پلہٕ ترٛوٚیہِ منز اۄری لِکھنہِ دِوان

بے اۄری نہٕ یۄری (نظم تشبیہہ)

شفیع شوقؔ چُھ جدید حبا گہی ہنز بیاکھ سنجیٖدٕ آواز۔ شوقؔ تہٕ چُھنہٕ کانہہ نظریأتی شأعِر۔ زِندگی یہِ چھےٚ تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھےٚ، تتھی چُھ یہِ پننہِ علامتی اِظہارٕ ستی لولہٕ متہٕ لاے کران ۔

سریٚہہ

شٔیہِ رِتی آیم خدمت کرنہِ!

ترِ چھےٚ، ییٚتہٕ ىٔہ کتھ کتھ واتس؟

بُجرس کیاہ کرٕ ؟

داراب صاؔبا ! نیٖرو

نیٖر بن یوٚت یوٚت دل نیٖر بس، نیٖر بن

وُنہِ چھُس یاوُن

ٹِکٹہٕ تہٕ اے ٹی ایم تہٕ کارڈ مے تھوٚمس پٔرسس منز

سخ نازُک مزاج چھےٚ میڈم، مے چھ أمی سُند سریہٕ کرِ کیاہ

'ماہِ نوکُ' کینٛہہ نایاب شُمارِ

تھوٚوی مو بیگس منز

تتہِ کُس زانہِ غزل؟ کُس کُمی سُند

محکمہٕ چھُم متہِ

کیاہ کرِ

مے چھِ ییتہِ أنزراوِنی واراہ کار (نظم۔ مُتی بأندی وانہٕ موکلِتھ)

رفیق رازنہِ شأعری منز چھُ رِوایژ ہُند احترام تہٕ تہٕ جدید حسبا گھی ہنز تازٕ کأری تہِ۔ امی ہندی پیکر تہٕ اِستِعارٕ چھِ جدید اِنسانہٕ ہنْدِ پرٕژھیٖنزُک عکس ووتلاوان تہٕ جدید اِنسانہٕ ہندبن دا دِبن درشاوان۔

أچھن ہندی ژأنگی روشن چھِم نہٕ سینکی داغ تاباں چھِم

چھُ پٕراواں خال کانہہ اکھ ملکِ ظُلماتچ یہِ سلطأنی

بہٕ گوس پنجہِ کرِتھ زۄ تہٕ تہٕنڈِ ناوٕ کۆرُم
وظیفہِ اوس خدا زانہِ کیا پرٕتھ آمُت

سہٕ کُس سۄ زالہِ اُمِس تھی شمع گرس اندر
یہٕ عشقہِ ژۄر دپاں زۄنہِ تاں پھُرِتھ آمُت

غلام محمد آجرس چھُ جدید اِنسانٕس درپیش مسلَن ہُند سون تہٕ گون احساس۔
اَمی سُند لفظَت چھُ رِوایتی معنیو منزٕ نیرِتھ معنےٰ آفرینی ہندی نۆوی معیار پراوان ۔

تا پری بچھہِ نِش موہلکھ۔ سِپدتھ
سأری پانٕس پانٕس منز
ہے اَکھ ژٕلہِ وِنی گلی گٕٹ ڈیشتھ
سٕرٕکہِ ہُپأربن وَسہٕ وِنہِ نالہٕ کہِ پاں ترٕنیارٕکی خاب وٕچھاں

# مابعد جدید فکری رٔوِیہٕ

مابعد جدید شاعر تہٕ نقاد چھ اکس تِتھس صوٗرتِ حالس منز، یتہِ رِوایتی شعری نظریات یا نظریاتِ شعر تقریباً ژھوٗکیمتی چھِ۔ لہٰذا چھےٚ شاعری تہٕ اکھ اژھبن تخلیقی سلسلہٕ تہٕ تنقیدتہِ چھےٚ بسیار پاسل تخلیقی مسلک۔ موٗجوٗد زمانہٕ چھنہٕ کُنہٕ اکہِ نظریہ ادبک زمانہٕ بلکہ چھُ وارِیاہن ادبی نظریَن ہُند زمانہٕ۔ مثلاً ساختیات، پسِ ساختیات تہٕ مابعد جدیدیت۔ مابعد جدیدیت چھےٚ کُلیت پسندی تہٕ جبریتُک ڈٕٹتھ مقابلہٕ کران۔ یہِ چھُ کُنہٕ وِنہٕ آمِژ صوٗرتِ حالُک اظہار۔ یہِ چھےٚ کُنہِ تہٕ ضابطہِ بندی خلاف۔ یہِ چھنہٕ کانہہ لایحہِ عمل دِوان تہٕ نہٕ چھےٚ کُنہِ نظریچ تعریف یا وضاحت کران۔ تِکیازِ اِژھ ہِش وضاحت کرِ تخلیقی آزادی متاثر۔ یہِ چھُ انسان ہِنزِ موٗجوٗد صورتِ حالُک احساس۔ مابعد جدیدیت چھےٚ کانہہ لایحہِ عمل یا ضابطہِ دِنہٕ بجایہٕ یہِ نوٗ بصیرت پادٕ کران زِ ادب کیا چھُ تہٕ زبان تہٕ معنیچ نوعیت کیا چھےٚ۔ یہِ چھےٚ معنیچ قید پھُٹرٲوِتھ اَمِکی مختلف جہت کھولان۔ تنقید چھُ قرآتُک استعارٕ تہٕ ادب فہمی ہُند وظیفہٕ تہٕ ثقافتی عملہٕ ہُند حِصہٕ۔

پزرکیاہ چھُ، اَمہِ خاطرٕ روٗدی مختلف نظریہٕ برونہہ کُن یوان۔ Empiricists چھِ ونان زِ پزر ہکو حواسہٕ خمسو ہِتی زٲنتھ۔ Rationalists چھِ ونان زِ یہِ ہکو

عقلہٕ ستۍ زأنتھ۔ Materialists چھِ ونان زِ ماد چھُ حقیقت Reality تہٕ Mind چھُ By Product۔ Intuitionists چھِ ونان زِ پزر ہکو صرف وجدان ستۍ زأنتھ۔ مولانا رومی چھُ ونان زِ پزر زاننہٕ خأطرٕ چھُ عشق ضروری۔ گنوہمہِ صدی ہُند مارکسزم، وجودیت، Pragmatism، تہٕ Utilitarianism یمو فِکری تحریکو کوٚر یوٚرپی ماڈرنزمس خلاف اَکھ جنگ تہِ تہٕ اجتہاد تہِ۔ وُہمہِ صدی منز آے تجزیأتی فلسفہٕ، مظہریت، تہٕ نفسیأتی تحلیل ہوی نظریہِ برونہہ کُن۔ وجۆدیت آیہِ دویمہِ جنگِ عظیم پتہٕ دُبارٕ بارسس۔ وُہمہِ صدی ہندِس گوڈنکِس حصس منز آو ادبس تہٕ فنِ تعمیرس منز ماڈرنزم۔ اَمہِ علاوٕ آے ساختیات تہٕ پسِ ساختیات نظریہِ تہِ بارسس۔ فوکو تہٕ دریدا چھِ بُنیأدی طور پسِ ساختیأتی مفکر۔ یمن نزدیک اوس مرکزی موضوع معنی۔ دریدا چھُ معنیَس انکار کران۔ ساختیاتس منز اوس معنی اَکھ حیثیت تھاوان۔ ممکن چھُ زِ تِمن ہُند منشہٕ ما اوس یہِ زِ کُنہِ عبارتکس ساختس منزٕے ما چھُ معنی آسان۔ اَدِ سہٕ ادبک کانہہ تہِ Text اُسۍتن یا ادبک Structure اُسۍتن ۔ دریدا چھُ یَمہِ کتھِ ہُند قأیل گژھان زِ لفظ چھِ کثیر المعنی آسان تہٕ لفظن چھُنہٕ کانہہ متعین معنی آسان۔ اَوِ کنۍ چھُ لفظن معنی را وان۔ فارسی مقولہٕ چھُ ''شُد پریشاں خوابِ من از کثرتِ تعبیر ہا'' دریدا تہٕ فوکو چھِ پسِ ساختیات علاوٕ پوسٹ ماڈرنزم چہ گیٚجہِ تہِ گنڈنہٕ یوان۔ مابعدجدید مفکر چھِ زیادٕ زور یتھ پٹھ دِوان زِ اقدار چھِنہٕ دأیمی یا آفاقی آسان۔ بلکہِ چھِ مقأمی، تہذیبی، توأریخی، لسأنی، نظریأتی، سمأجی، سیأسی تہٕ اقتصأدی عوأملو ستۍ متأثر گژھان۔ یہِ چھُ اَکھ FLUID رٕویہِ۔ مابعدجدیدیت

چُھ اَکھ ذہنی رُویہٕ نہٕ زِ کانہہ نظامِ اقدار، بلکہٕ اقدارن متعلق صرف اَکھ فکری رُوِیہٕ۔ کأشرِ شأعری منز اَسنہٕ ما بعدجدیدفکرِ ہنز کانہہ نٕبج۔مگر جیہٕ خوتونہٕ ہندِ پیٹھے چُھ اَتھ منز گُنہٕ گُنہٕ مابعدجدید شعوٗر یا فکری رُوِیہٕ درینٹھی گژھان۔

آرنلڈ ٹاین۔بی چُھ ''توأریخُک اکھ مطالعہٕ نأوٕ'' پننہٕ مشہوٗر کتابِ A Study of History.(1947) منزگوڈنچہ لٹہٕ 'پوسٹ ماڈرنزم' اصطلاح ورتاوان۔گوڈٕ آیہٕ یہٕ اصطلاح فنوٗنِ لطیفکہٕ برکتہٕ فنِ تعمیر تہٕ مصوری ہُند اکھ مخصوٗص رُجحان شکلاونہٕ باپتھ ورتاونہٕ۔جدیدیت پسند چھِ ونان زِ فنِ تعمیرس چھنہٕ، فنوٗنِ لطیفس ستۍ کانہہ واٹھ۔یِم چھِ فنِ تعمیرس منز جمالیأتی پہلوٗس غأرضروٗری قرار دِوان۔مگر مابعدجدید مفکر چھِ فنِ تعمیرس منز جمالیأتی پہلوٗس کأنی اہمیت دِوان۔ پتہٕ آو یہٕ نظریہ ادبس منز۔گلبرٹ ادیر چُھ ونان زِ پسِ ساختیات وألی چھِ مابعدجدیدیتکۍ گوڈٕنکۍ وتہٕ ہاوِکۍ۔اَوے چھےٚ یِمن دون اصطلاحن یعنی پسِ ساختیات تہٕ مابعدجدیدیتس منز فرق کرٕنی ہنا مُشکِل گژھان۔ پس ساختیات چھےٚ تھیوری یُس فلسفیانہٕ قضیَن ستۍ بحث کران چھےٚ۔ مابعد جدیدیتُک تعلق چُھ تھیوری کھوتہٕ زیادٕ معاشرٕکس مزازس تہٕ کلچرل صوٗرتِ حالس ستۍ۔یعنی جدید معاشرٕچ تیزی سان بدلوٕنی حالت، مزاج، مسأیِل، ذہنی رُویہٕ یا معاشرٕتی تہٕ ثقافتی فضا یا کلچرٕچ تبدیلی، یُس بُحرانُک درجہٕ تھاوان چھےٚ۔مابعدجدیدیت تہٕ آیہٕ نظریأتی تھیوری بناوِتھ پیش کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ۔مگر امہٕ خأطرٕ تہٕ آیہٕ تِمے دلیلہٕ پیش کرنہٕ یِم پسِ ساختیات خأطر دِنہٕ آیہٕ۔ پسِ ساختیأتی مفکر چھِ ونان زِ یِیلہٕ نہٕ معنیس کانہہ ''مرکزیت چھےٚ، تیلہٕ کیازِ پیہٕ کثیر المعنویتس پٮ۪ٹھ پابندی لاگنہٕ۔ اِژھ ہش پابندی یا رُوِیہٕ چُھ فنچہ خودمختأری مشکوٗک بناوان۔ساختیأتی مفکر تہٕ مابعدجدید مفکر چھِ واریاہن کتھن

منز نظریے ہندی ہمنوا نظرِ یوان۔ مثلاً نظریے چھُ ونان زِ تواریخ چن بلندین ہُند انداز چھُ تمو اعلیٰ انسانی نمونو ستی کرنہٕ یوان، یمن ہُند تعلق مختلف زبانن ستی آسان چھُ۔ سُہ چھُ ونان زِ صداقتس پیٹھ چھنہٕ کانسہٕ ہنز اجارہ داری۔ یہٕ چھنہٕ دائمی تصورک تہٕ قایل۔ یہٕ چھُ ونان زِ سیاسی نظام چھُ فکری پرواز تہٕ متاثر کران۔ مابعد جدید صورتِ حالس پیٹھ چھےٚ اَمہٕ طرزِ فکرِ کہٕ اطلاقچہٕ مختلف صورژ نظرِ یوان۔ ہیگلس تہٕ مارکسس تہٕ چھُ مابعد جدید ذہن مشکوٗک نظرِ وُچھان۔ فلسفیانہٕ رِوایژن پیٹھ وُژھ پژھ۔ فوکو چھُ کُلیت پسندی اَوِ موکھہٕ تہٕ مخالف، تِکیازِ یہٕ چھےٚ استعماریت تہٕ امپیرلزمچ بدترین صوٗرژ خاطر وَتھ ہموار کران۔ یہٕ چھُ ونان زِ جدید کاری ہندہن تمام نظریَن یعنی صداقتِ مطلقچ جدلیات، اِنسانی آزادی تہٕ حریت، غار طبقاتی سماج، ترقی تہٕ پاپرجایی تہٕ امن تہٕ خوشحالی ہندی خوشہٕ خواب، سارنے پیٹھ چھُ سوالیہ نشان لوگمُت۔ مابعد جدیدیت چھےٚ تواریخی اعتبارٕ ترقی پسندی تہٕ جدیدیت پتہٕ یوان تہٕ یمو نشہٕ الگ وتھ رٹان۔

ترقی پسندی منز آیہٕ عام طور ادبس اشتہاربازی ہنز کام ہینہٕ تہٕ ادیب اُسی اکثر عوام، کمیٗل، مزدوٗر، طبقاتی کشمکش، پیداواری رشتہٕ تہٕ انقلاب ہوبن موضوعن تال ٹلان۔ اَوِ کِنی چھےٚ ترقی پسند تحریک ضابطہٕ بندی تہٕ سکہٕ بندی ہُند فارمولایی نُسخہٕ دِتھ پانے خودکشی کران۔ مارکسی نظریہ یا فلسفیانہٕ روایت اُس تقریباً سارِوے کھوتہٕ اہم تہٕ خوشہٕ باسان۔ اَمکی محرکات اُسی بین الاقوامی، غار مذہبی تہٕ سیاسی۔ یہٕ نظریہ چھُ اکھ یک رنگی، ہشر تہٕ وحدانی سماج یژھان تہٕ یُس صرف جبر تہٕ تشدد ستی ہیکہٕ ممکن بنِتھ۔ مارکس چھُ تواریخس مادی بُنیادن پیٹھ اُستوار کران۔

وے۔ لیوز تہٕ گواترا، یمن نزدیک چھُ مارکسزم ماسٹر کوڈ یُس تواریخس

نجات دِنہٕ واجنہِ شکلہِ منز پیش کران چھ۔ اِہندی کِنی چھُنہٕ مارکسزمس حقیقتس ستی کانہہ واٹھ بلکہِ چھُنہٕ یہِ اکہِ قسمہِ مابعدالطبعیات یا اعتقاد، یُس دوکھہٕ لدن یہِ بزم دِوان چھ زِ اکہِ دوہ لبن تم ضرور نجات۔ یم چھِ مزید ونان زِ زندگی منز چھُ تعقل تہٕ تشویق تہٕ دونوٕنی منز چھےٚ اکھ کشمکش۔ تعقل چھُ تشویقس دباوان۔ پزر چھ یہِ زِ ہیگل ہندی نظریہ ارتقایہ توأریخ تہٕ ارتقایہِ وحدأنی ہکہٕ نہٕ زیادٕ کالس چٕلتھ۔ نٔوی مفکر تہٕ چھِ آمریت تہٕ پولیس اسٹیٹُک ماخذ مارکسس بروٚنہہ ہیگل سنزِ جدلیت منز لبان۔

فوکو چھُ توأریخُک سخت احتساب کران۔ یتھ چھُنہٕ کانہہ گارنٹی زِ توأریخُک سفر کیا آسہِ ظلمہ تہٕ پتٕھہِ روشنی کُن۔ یم کُتھ یہِ ونان چھِ زِ تموٚلوٚب توأریخُک راز، تم چھِ وہمس منز مُبتلا۔ تکیازِ توأریخ چھےٚ ناہموار۔ اَوے چھُنہٕ فوکو مارکسزمُک قأیِل۔ پوٚز تہٕ اَپُز کتھ وَنو، یہِ چھُ اعلیٰ طبقہٕ طے کران۔ حق چھُ دراصل طاقچ کھیل۔ فوکو چھُ ونان "پوٚز وننٕے یوت چھُنہٕ کأفی، پزرس منز شأمل روزُن تہٕ چھُ ضروری"۔ 'دیوانگی تہٕ تہذیب' ناوچہِ کتابِ منز چھُ فوکو یتھ کتھہِ پٹھ بحث کران زِ عقل کتھہٕ کن چھےٚ معاشرس منز استبدأدی کردار اداکران۔

مشرقس منز آیہِ جدیدیت تمہِ ساتہٕ بروٚنہہ کُن ییلہِ یہِ مغربس منز پنٕنی خمہِ وٹان أس۔ یتہٕ آیہِ یہِ ترقی پسندی ہندِس ردِعملس منز بارسس تہٕ اَمیک نعرٕ اوس زِ ادب پیہِ رسمی ضأبطو نشہِ آزاد گژھتھ پزرس نکھہٕ اَنُنہٕ۔ جدیدیت پسندن نِش اوس پزر 'جدید انسانس باگہِ آمت زہر بر، بے پژھی، دوپرأز، گُنبر، ابہام تہٕ اشکال'۔ ژکہِ أس جدیدیت تہٕ پٔنُن فارمولأیی پروگرام بروٚنہہ پکناوِتھ ادبکس تخلیقی پہلوٗس پامال کران۔ یہِ چھےٚ علامت پسندی، تجریدیت تہٕ فنی لوأزمن ستی مشروط گژھتھ ادبس محدود

کران۔ یہِ آو سماجی معنویت نِشہِ تہٕ الگ کرنہٕ۔ جدیدیت پسند اُسی شہری زندگی ہندِس اندرس، گنزس، ژھوچرس تہٕ دم پھٹہٕ ماحولس منز ہینہٕ آمتی۔ اِتھکَن چھےٚ جدیدیت اَکس تخلیقی غارٕ پؠٹھی دلدلس منز پھسان، ییٚتہٕ یہِ پانے دَم بخود گژھتھ سوران چھےٚ۔

ادب، آرٹ تہٕ فلسفہٕ چھِ زندگی تہٕ انسانی سوچ کٕنہٕ کھس وَن ہتی رَلتھ۔ نظریہٕ ہتی آو اَدب تہٕ ادبی تجربَو ہتی چھےٚ نظریہٕ سازی سپدان۔ یِم دوشوے تخلیقی عمل رُودی اکھاَکس ژاپان۔ ادب چُھ نظریہ تہٕ سائنس وٹیکنالوجی یِمَو دونوٕے نِشہِ الگ تہٕ تہٕ یِمَو نِشہِ متأثر تہٕ گژھان۔ اگر نظریہ نِشہِ مراد نظریہ حیات چھ، نظریہ اقدار یا آیڈیالوجی چھ تیٚلہِ چھ پزٕر یہِ زِ ادب چھُی نظریاتی۔ اگر ادب اَتھ معنیس منز نظریاتی چھ، تیٚلہِ کتھ کن ہیکہٕ تنقید تہٕ نظریاتی اَستھ۔ نظریہ نِشہِ چھنہٕ مراد اشتہار بازی بلکہِ وقتکہِ ذہنی وُسجارچ یا ڈسکورسچ آگاہی تہٕ کھلہٕ ذہنہٕ سان سوچُن۔

شاعری کُس فنکشن چھےٚ، یہِ ہیکہِ کُنہٕ مخصوص تواریخی تناظرس منز تہٕ ثقافتی پسِ منظرس منز متعین گژھتھ۔ شاعری چھےٚ تواریخی اِرتقاہس منز مختلف انہار پراوان تہٕ اَمیٚ فنکشن تہٕ چھےٚ تواریخی جدلیاتھ متعین کران۔ نقدِ شعر تہٕ چھ شاعری ہندِس کثیر المقصد اَندی پکِس منز جہار لبان۔ شاعری چھےٚ کثیرُ المقاصد، کثیرُ المفاہیم، کثیرُ الجہات تہٕ کثیرُ الابعاد۔ دُنیاہچَن وارِیاہَن زبانَن منز چھےٚ مختلف آکارَو تہٕ انہارَو شاعری سَپدان۔ کانہہ آفاقی، دائمی تہٕ ماورائی معیار چھنہٕ شاعری ہندین مفہومَن تہٕ مضمونن یا آکارَن، انہارَن تہٕ اَصنافن متعین یا مرتب کران۔ پرٕتھ کانہہ شعری رِوایتھ ہیکہِ پننہٕ نس مخصوص تواریخی، ثقافتی تہٕ لِسانی تناظرس منز ہوٕے اِستناد تہٕ اعتبار پراوِتھ۔ تکیازِ ژکہِ چھ پرٕتھ کانہہ شاعر اَکھ نظریہ شعر ییٚتھ، سخن سنجی، معنی آفرینی تہٕ

حُسن آنز ہنی ہندِس شُغلس منز شأمل گژھان۔ اکھ شأعر تہٕ چھُنہٕ پننِس سأرِ ہے کلامس منز اَکےٚ نظریہٕ شعر اَند ہیکان واتنأوِتھ۔ پڑتھ نظم ہیکہِ اَکھ الگ نظریہ شعر وَرتأوِتھ۔ غزلِہ ہُند پڑتھ اکھ شعر ہیکہِ اَکہِ نظریہ شعرُک ترجُمان بٔنِتھ۔ افلاطون تہٕ ارسطوٗس پیٹھہٕ ہیگلس تام، ایلیٹس پیٹھہٕ فوکو، دریدا تہٕ ہوسرلس تام سورٕے ادب چھُ ژٕکہِ انسأنی شعوٗر سمجھنُک سفر۔ مارکس ہندِ ذٔسی آے تم فلسفہٕ بروٚنہہ کُن ییم مأدی ترقی پیٹھ پڑتھ تھاوان چھِ۔ نِٹشے ہندِ اَثرٕ ستی آے تم فلسفہٕ ییم انسأنی ترقی بڑٕم قرار دِوان چھِ۔

نوٚ فلسفہ ادبک سفر چھُ فنپارچہ کُلی خودمختأری ہندِ بڑٕم پھُٹنُک سفر۔ وارِیاہ نظریے ادب آے بروٚنہہ کُن، ییم زیرِ بحث روٗدی۔ یِمَن سارنٕے ہُند تعلق اوس مابعد جدیدیتکِس دورس ستی۔ ہوسرل سُنز مظہریت، قأری اساس تنقید، تخلیقیت، رَدِ تشکیل ،نسوأنیت، نوٚ توأریخیت، ییم سأری نظریہٕ چھِ تقریباً یمی زمانٕکی پأداوار۔ ییم نظریہ آے جدیدیت پتہٕ بروٚنہہ کُن۔ ییم چھِ جدیدیتچہٕ پسپأیی ہنز داستان۔ دریدا چھُ معنیکی مختلف اطراف کھولان تہٕ صداقتس بے مرکز ثأبت کرنچ کوٗشش کران۔ اِتھی سأری نظریہٕ چھِ تخلیقی اظہارس متأثر کران۔

ہوسرل چھُ ونان زِ انسان چھُ common sense ہُند قِدری بنیامُت۔ یہٕ نظرِ یوان چھُ تہٕ چھُنہٕ حقیقت۔ اَمیک اثر پیوٚ ادبس پیٹھ تہٕ۔ پرأنی مفروٗضہٕ گٔے رَد۔ مثلاً معنیک کُن آسُن۔ مصنف سُند مقتدر آسُن۔ متنچ خودمختأری یا خود کفالت، ادب تہٕ نظریہ، ادب تہٕ توأریخس درمیان رشتچ نوعیت، اِتھن ہوبن مباحثن آو ٹاس۔ نوٚبوٚ قضایوٚ یُس روشنی دِژ، تتھ چھِنہٕ اکثر وٕچھتھ ہیکان۔ مابعد جدیدیتکی اکثر قضایا چھِ نوبن فلسفہ معنی تہٕ فلسفہ حقیقتٕ ستی مربوٗط۔

بقولِ شمس الرحمان فاروقی ''ادبی اصوٗل ونظریات چھُس نہٕ بۄ ترقی پسندن ہندی پأٹھی مطلق، آفأقی تہٕ ہمہ وقتی مانان۔ مے چھےٚ وومید زِ ادٕبکس بارس منز گرٕھن ۂکتی نظریہِ صحیح ثابت۔ جدیدیت چھُنہٕ کانہہ مذہبی یا اِلہأمی فلسفہٕ، یتھ انکار کرنہٕ ستی انسان کأفر گژھہٕ۔ اکھ وق ہیٚہ سہ تہٕ، ییٚلہِ جدیدیتن ہٕنٛز رٕژ یا خراب کأم گرٕھ آسہِ۔ بۄ چھُس تتھ دوٚہس پراران ییٚلہِ اَمہِ بجایہ ہیٚہ کانہہ نوٚو نظریہِ بروٚنٛہہ کُن ییٚہ''۔ (ہماری ادبی صورت حال۔ شب خون)

روشن خیألی ستی سپز انسأنی توٲریخ تہٕ سائنس کِبن مأدانن منز کأفی ترقی۔ مگر دوٚیم جنگِ عظیمن واتنوو اَتھ دَدارٕ تہٕ نٔوی مسلہٕ گےٚ پأدٕ۔ روشن خیألی ہندبن خوابن ہندی یِم تعبیر بروٚنٛہہ کُن آے، تِم چھِ حوصلہٕ شکن تہٕ مایوٗس کُن۔ سائنس تہٕ ٹیکنالوجی ہنٛزِ ترقی ستی تہٕ جدید کأری ستی یُس دُنیا ہُک نقشہِ ووتلیاو، سہٕ اوس ہِبری کِنی نُندبون مگر أندری کِنی ژھوٚرٕ کون۔ پرٕتھ چیزٕن روٚٹ کاروبأری رنگ۔ انسأنی شعوٗر یُس صدیو پٮ۪ٹھہٕ عقلیت پسندی تہٕ نظریأتی تحریکن ہنٛز بُنیاد اوس، تتھ تہِ ووت ددارٕ۔ وننہٕ آو زِ انسأنی شعوٗر چھُ محض اکھ مفروٗضہٕ۔ ٹیکنالوجی تہٕ ٹیلی مواصلاتک نظام چھُ تمہِ نوعیتُک زِ برقیأتی تہٕ تکنیکی تبدیلیو ستی گوو معاشرٕ وِچھان وِچھان میڈیا سوسایٹی تہٕ اشتہاری معاشرس منز تبدیل۔ نٔوی تجارتی طریقہٕ تہٕ Consumerism آو بروٚنٛہہ کُن۔ کمپیوٹر ذہنن بدلأو علمٕچ نوعیت تہٕ ضروٗرتھ۔ علمٕچ ذخیرٕ اندوزی تہٕ بازیافتن گٔری نٔوی مسلہٕ پأدٕ۔ یِم نوٚ تبدیلی تہٕ یُس کلچرل فضا پأدٕ گوو، تتھ ہیکہِ صرف مابعدجدیدیت اصطلاح احاطہٕ کٔرتھ۔

ہابرماس، لیوتار، گواتری تہٕ فریڈرک جیمی سن چھِ مابعد جدید صورتِ حالس پٮ۪ٹھ بحث کران۔ لیوتار چھُ پننہٕ کتابِ The Postmodern Condition منز تمام

تبدیلیین تہٕ تِمن ہندین اثراتن پیٹھ بحث کران۔ سُہ چھُ ونان زِ ''کمپیوٹرن بدلاو علمچ نوعیت تہٕ اَتھ منز آیہِ زبردست تبدیلی۔ پتمین شیٹھن ؤریین منز رؤد سائنس تہٕ ٹیکنالوجی منز، زبان تہٕ زبانن متعلق نظرین ہُند زیادٕ دخل۔ کمپیوٹرائزڈ علمن چھےٚ Force of production یعنی پیداواری طاقژ حیثیت حاصل کٔرمژ۔ لیوتار چھُ ونان زِ پرٕتھ چیزُک دارومدار ٹیکنالوجی پیٹھ آسنہٕ کِنۍ گژھ ترقی یافتہٕ مُلکن درمیان دؤربر بڑان۔ آینٛدٕ آسہِ مُلکن درمیان طاقت آزمائی منز کمپیوٹرعلمُک اہم رول۔ ہوسِ ملک گیری ہندی پاٹھی ہیکہِ عالمی سطحس پیٹھ ہوسِ علم گیری ہنز دور تہِ شروٗع گٔژھتھ۔ لیوتار چھُ ونان زِ یُونکہِ پرٕتھ چیز آسہِ ٹیکنالوجی أندی پکی نژان، اَوِ کِنۍ بڑِ ترقی پزیر ملکن درمیان دؤربر۔ طاقت تہٕ علم آسَن اَکے سِکہٕکۍ زٕ روخ۔ بقولِ لیوتار ''کمپیوٹر معاشرٕس منز چھُ بولن، لڑائے کرنٕس برابر۔ آینٛدٕ لڑا یَن منز کرَن کمپیوٹرزبانن ہنزٕ چالہٕ اہم رول ادا۔ انسانٕی ذہنہٕ بجایہِ آسہِ کمپیوٹرے داوپیچ گنٛدان۔

مشہوٗر ماہرِ اقتصادیات ارنسٹ مینڈل ہندِ نموٗنہٕ مطابق چھےٚ حقیقت پسندی، جدیدیت تہٕ مابعد جدیدیتچ درجہ بندی، اقتصادیاتکہِ حوالہٕ تہٕ کران۔ ۱۸۴۸ ء منز بنیاو بوہ سِتۍ چلن وول اِنجن، ۱۸۹۰ ء منز آو نارٕ سِتۍ چلن وول انجن تہٕ ۱۹۴۰ ء پتہٕ بجلی تہٕ ایٹمی توانٲیی ہُند استعمال کرنہٕ۔ مینڈل چھُ یِمَن ترینوٕنی مرحلن یعنی مارکیٹ، سرماےٚ دٲری، اِجارٕ دٲری تہٕ کثیرقومی سرمایہ دٲری ہندین تربن دورَن ہُند نتیجہٕ قرار دِوان۔ جیمی سن چھُ ونان زِ مابعد جدیدیت چھےٚ سائنسی سطحس پیٹھ برقیاتی تہٕ ایٹمی انقلاب تہٕ اقتصادی سطحس پیٹھ کثیرقومی سرمایہ دٲری سِتۍ رٲلتھ۔ کثیرقومی کارپوریشنو بدلاو اقتصادی رِشتن ہنز نوعیت۔ حرکیت چھےٚ کثیرقومی سرمایہ دٲری ہنز ژھٹھ جایہِ جایہِ

واتناوان۔ زمین، آسمان، سمندر تہٕ قودرتی ماحول تہٕ رؠدنہٕ اَمہٕ نِشہٕ محفوظ۔ نو آبادیأتی نیوکالونیلزم نظام گوو شروٗع۔ اجتمأعی لاشعوٗر تہٕ آو امکس زدس منز۔ کثیرقومی سرمایہٕ دأری تہٕ صارفیتُک کلچر چھ برقیأتی میڈیا تہٕ اشتہأری صنعت ذریعہٕ اجتمأعی لاشعوٗرس پیٹھ قبضہٕ کران تہٕ انسان آو لامرکز ٹیلی مواصلاتن ہندس زالس منز ولنہٕ۔

علمُک یُس حصہٕ برقیأتی ذہنس شروپرأوِتھ ہکہٕ نہٕ، سہٕ ہیکہٕ نہٕ زیادٕ کالس موجوٗد رؠزِتھ۔ لیوتار چھ ونان علمس چھِ زٕ قسم۔ (۱) سائنس۔ (۲) بیانیہ۔ بیانیہ گۆو روایتی تسلسل، یتھ منز دیومالا، اساطیر تہٕ دلیلہٕ چھےٚ یوان۔ بیانیَس منزٕ ے چھِ معاشرُک طورطریقہٕ، نیکی تہٕ بدی، غلط تہٕ صحیح تہٕ ثقافتی رَوَین ہندی معیار طے سپدان۔ کُنہٕ تہٕ معاشرَس منز چھِ حُسن، حق تہٕ خأرُک معیار۔ عوأمی شعوٗر تہٕ حکمت چھُ امی کُے دِیُت۔" لیوتار چھ ترٛین معاملن پیٹھ غورکرنس پیٹھ زور دِوان۔ (۱) کمپیوٹر، برقیأتی ذہنہٕ خأطرٕ زبان وضع کرٕنی، اَمہٕ زبأنی ذریعہٕ معلومات جمع کرِتھ واتناوِنی، مختلف کامن خأطر الگ الگ پروگرام وضع کرٕنی تہٕ تِمن ہُند صنعتی پأداوار، مصنوعی مشینی زبان تہٕ مشینی ترجمہٕ، معلوماتن ہنز ذخیر اندوزی، بنک قأیم کرٕنی تہٕ باقی تمام کامن منز چھ زبأنی ہُند مرکزی کردار۔ (۲) برقی ٹیکنالوجی ستی بدلیہٕ علمچ نوعیت۔ اَمہٕ ستی رؠدنہٕ وِں علم پانہٕ پنُن جواز بلکہٕ آو یہٕ پوٗرٕ پأٹھی کاروبأری قوتن ہندِس پنجس تل۔ وِں رؠدنہٕ علم شخصیتُک جُز بلکہ بنیاد مُنڈی ہُند مال، یُس ہینٕہٕ تہٕ کِننہٕ یوان چھُ۔ گوڈٕ اوس وأنسہٕ وادن علم حاصل کرنہٕ یوان۔ مگر وِں چھ یہٕ علم عوأمی سطحس پیٹھ بڑٕس پیمانس پیٹھ پأدٕ سپدان تہٕ عام چیزن ہندی پأٹھی بازرس منز دستیاب۔ علم چُھنہٕ وِں حاکم بلکہٕ چھ محکوٗم۔ (۳) علم اوس شخصیت سنوارنہٕ خأطرٕ تہٕ ذہن سأزی

خاطر حاصل کرنہٕ یوان۔ وُن چھ یہِ محض کاروٗبآری دُنیاہس منز نفع کماونہٕ خاطرتہٕ اکہِ ہتھیارٕ رٔنگی ورتاونہٕ یوان۔

ادب چھُ انحراف، اختلاف تہٕ اجتہادٕ سٟتی ووتھہٕ واشر لبان۔ سارِوٕے کھوتہٕ بڑ قدرِ مشترک چھےٚ نقطہ نظر تہٕ تخلیقی رُوِیچ تبدیلی آسان۔ پرٛتھ تبدیلی چھےٚ خاص نوعیت تھاوان، اَوٕ کنہٕ چھےٚ یہِ پننہِ پیمانہٕ تہِ ہٹھ یوان۔ صاحبِ نظر چھِ حقکس تلاشس منز نوبرٕ تہِ قبوٗل کران تہٕ پانہٕ تہِ بدلان۔ غالبؔ اوس پننہِ ہم عصرن سٟتی وِزِ وِزِ اختلاف کران۔ سرسید تحریکہِ ہندی محرکات آسی مقأمی تہٕ مذہبی مگر تمی کوٚر سائنس تہٕ عقلیت پسندی نِشہِ اِستفادٕ۔ آل احمد سرورؔ اوس گوڈٕ ترقی پسند، پتہٕ بنیاو جدیدیت پسند۔ جدیدیتن اگر علی سردار جعفری، مخدومؔ محی الدین یا مجازس انکار کوٚر، تتہِ رٔٹن راشدؔ تہٕ میراجیؔ نالہِ متہِ، حالانکہ تمن ہُند تعلق تہِ اوس پرأنس نسلس سٟتی۔ فیضؔ، پریم چند تہٕ کرشن چندر آسی روایتی مگر منٹو تہٕ بیدی آسی جدید۔ فراقؔ تہٕ یگانہؔ گرن نہٕ رد۔ اِتھےٚ کِن چھِ کأشرِ شاعر نادمؔ، راہیؔ، کأملؔ تہٕ فراقؔ ترقی پسندی ہندِ اثرٕ سٟتی شاعری شروٗع کران۔ پتہٕ چھِ تم یہِ رٔوِش ترأوِتھ جدیدیت پسند بنان۔ جدیدیت پتہٕ گوو اُردوٗس منز اکھ نظریأتی خلا پأدٕ تہٕ مابعد جدیدیت لٔج یہِ ژھربرٕ پُرکرنہٕ۔ مابعد جدیدیت چھےٚ فنپارک ہمہ جہت تہٕ کھلہٕ ڈُلہِ اظہار۔ یہِ چھُ سأدٕ روار تہٕ متحرک جمالیأتی رُوِیہِ تہٕ فکر۔ اُردوٗس منز چھِ وزیر آغا، حامدیؔ کاشمیری، مظفر حنفی، نظامؔ صدیقی، عتیق اللہ بیترِ جدید تر شاعری تہٕ نوبن رُوِین پٹھ عام پأٹھی اظہار کران۔

مابعد جدیدیت چھےٚ موضوعاتی، اسلوبیأتی، ساختیأتی، لفظیأتی، تہٕ نحویأتی سطحس پٹھ واریاہس حدس تام جدیدیت نِشہِ الگ۔ مابعد جدید تنقیدٕ کرِ جمالیأتی رُوِیہِ

تہٕ معیار چھِ وٕتھی پأٹھی:۔ یہِ چھُنہٕ کُنہِ نظریس پٮ۪ٹھ یقین تھاوان تہٕ نہٕ چھےٚ کُنہِ نظریس حتمی تہٕ مطلق مانان۔ یہِ چھےٚ کلیت پسندی بجایہِ، فطری آزأدی تہٕ فی البدیہ اظہارس پٮ۪ٹھ زور دِوان۔ اَتھ منز چھےٚ تکثیریت، کثیر الوضعیت، مقأمیت، رنگارنگی تہٕ تخلیقی وفور۔ امیک مسلہٕ چھُ زندگی تہٕ انسانس درپیش بحران۔ جدیدیتک رَد چھُنہٕ اَمیک کانہہ مرکزی مسلہٕ۔ مابعد جدید ادب چھُ پانس أندۍ کِنۍ پٔزرٕچ عکأسی پیش کرنہِ لوگمُت۔ یہِ چھُ بےٚ پرٛژھی پٮ۪ٹھہٕ پرٛژھ کُن انان، وو پرأز پٮ۪ٹھہٕ پانہٕ نیارس کُن تہٕ کُنزِ کہِ احساسہٕ پٮ۪ٹھہٕ لولہٕ کِنہِ رِشتن کُن سفر۔

مابعد جدید مفکر چھِ ونان زِ سماج ہیٚکہٕ یک رنگ تہٕ وحدأنی أسی تھٕے۔ از کیُک سماج چھُ تکثیری تہٕ مختلف الاوضاع heterogeneous سماج۔ اَتھی سماجس چھےٚ پایدأری۔ کلیت پسند جدلیأتی مفکر جرگن ہا برماس چھُ اَتھ سٕتۍ اختلاف کران ونان زِ چونکہِ زندگی چھےٚ انتشارچ شکار گٔمژ، اَوِ کِنۍ چھُ ضرورۍ زِ سیأسی، اخلأقی تہٕ علمی مبأحث ییٚن نکھہٕ تہٕ یِمن منز گژھہ اشتراکِ عمل پأدٕ۔ یہِ چھُ تفرق زدٕ معاشرٕ بجایہِ ہم خیال معاشرٕچ سفأرِش کران۔ لیوتار چھُ جرگن ہابرماسس سٕتۍ اختلاف کران ونان زِ پرأنۍ مفروضہٕ گےٚ ختم تہٕ یِمن ہنز جاے رٹنہٕ خأطر چھُنہٕ کانہہ تہٕ۔ سائنس، آرٹ تہٕ اخلاقیات، سارنۍ ہنز زبان چھےٚ الگ الگ۔ سماجُک کُلی ادراک کرُن چھُ ناممکن، تِکیازِ ترٛژھ کانہہ وحدأنی زبان چھُنہٕ یُس کثرتُ الجہت تہٕ کثرتُ المزاج سماجُک احاطہٕ کٔرتھ ہیٚکہِ۔ ژٔوی مفکر چھِ یہ تاثُر دِوان زِ بڈۍ مفروضہٕ گےٚ ختم۔ صرف چھِ وٕں لوکٕٹۍ مفروضہٕ یِم اجتمأعی بجایہِ شخصی، عالمی بجایہِ مقأمی تہٕ کُلیتس مقابلہٕ انفرأدی خصوصیژ پٮ۪ٹھ زور دِوان چھِ۔

فریڈرک جیمی سَن چھُنہٕ یتھ کتھہِ سٕتۍ اتفاق کران زِ بوڑ مفروضہٕ چھُ ختم

گژھان۔ تِمَن ہِندِ مطابق چھُ یہِ سانہِ اجتماعی لاشعوٗرُک حصہٕ بنان۔ جیمی سن چھُ اتھ سیأسی لاشعور political unconscious ناو دِوان تہٕ اَتھی ناوس تحت کتاب لیکھان۔ مفرٗوضہٕ چھِ حقیقت بیأنی تہٕ کران تہٕ توأریخی تضادات دبأوِتھ سانہِ خأطرٕ وَیوٗنی تہِ بناوان۔ جیمی سن چھُ وَنان زِ انسأنی شعوٗر چھُ بے ربط تہٕ بے ہنگ تہٕ اَتھ منز چھُ ربط، اجتمأعی سطحس پیٹھے ممکن۔

مابعد جدیدیت چھےٚ پرٛتھ قسمچہِ کلیت پسندی تہٕ مرکزیت خلاف۔ کلیت پسندی چھےٚ آمریت، یکسأنیت تہٕ یک نظمی ہُندُے بیاکھ ناو۔ ہم نظمی تہٕ یکسأنیت چھےٚ تخلیقیتچ دُشمن۔ کُلیت پسندی منز چھےٚ محکوٗمیت پأدٕ گژھان تہٕ یہِ چھےٚ فکرِ ہنز آزأدی پیٹھ پہرٕ لاگان۔ اَوَے چھِنہٕ یہِ مابعد جدید مفکرن ٹارِ کھسان۔ تخلیقیت چھےٚ غأر منظم، غأر یکساں تہٕ متفرق المزاج۔ یہِ چھےٚ اَکھ آمد صلأحیت تہٕ خوأہشہِ نفسُک فرحت بخش اظہار۔ اَمیک تعلق چھُ اَکِس کھُلہٕ فضہس سٟتۍ تہٕ کانہہ تہِ میکانیکی کلیأتی عمل چھُ اَتھ مُتأثر کران۔ تخلیقیتس منز چھےٚ زبان تہٕ اظہارٕچ آزأدی۔ صرف چھُنہٕ قأری متن پران، بلکہٕ چھُ متن تہِ قأریس پران۔ معنی خیزی ہُند لامتناہی آسُن چھےٚ تخلیقیتچ شکل۔ نطشے چھُ بے خوف ذہنی کشادگی پیٹھ زور دِوان۔ سُہ چھُ وَنان زِ پرٛتھ تخلیق چھےٚ نوبر آسان تہٕ یہِ چھےٚ نو روایت قأیم کران۔ تخلیقیت چھےٚ اَکھ جأری عمل تہٕ یہِ چھِنہٕ کُنہِ مقامس پیٹھ رُکان۔

مابعد جدید اثرات چھِ ڈراماہس پیٹھ تہِ مرتب سپدان۔ رِوایتی ڈراماہس منز چھِ وُچھن وألۍ پنٕنہِ پنٕنہِ دُنیاہ منزٕ نیرِتھ ڈراما یا پأتھرٕ کِس دُنیاہس منز اژان تہٕ جذبأتی طور آورنہٕ یوان۔ وُچھن وألِس چھُ کِرداران سٟتۍ اَکھ ذأتی رشتہٕ قأیم گژھان۔ دوٚیمہِ جنگِ عظیم پتہٕ آے فرائڈ سُندِ نفسیأتی نظریہٕ کِس اَثرس تل نفسیأتی ڈراما تہٕ

لکھنہٕ۔ پرٲنۍ تصور تہٕ معیار بدلیاے۔ فرانسیسی ڈرامانگار Jean Genet چھُ نازین ہندِ ظلمچ تصویرکشی کرِتھ حقیقت پیش کرنک نوٚو تجربہٕ کران تہٕ اَتھ Theatre of Cruelty ظلمک تھیٹر ناو دِوان۔ رِوایتی حقیقت پسندی پتہٕ چھُ بے معنویتک تھیٹرTheatre of the Absurd بارسس یِوان۔ انسانہٕ سٕنز پستی تہٕ ظلمک انتہا وِچھِتھ آو لفظن منز اخلاقی قدرن ہُند ژھوژر بروٚنہہ کُن۔ اَدٕ بکۍ معیار باسیٚے بے معنی۔ اَمہِ سٟتۍ آو ڈراماہس منز زبٲنۍ ہُند ورتاو کم کرِتھ، خاموش ایکشنو سٟتۍ تاثُر ووتلاونہٕ۔ یوجین اینسکو چھُ Absurd تھیٹر خاطرٕ کینٛہہ تھکنٕ لایق ڈراما لکھان۔ دِبالڈ سپرہنو ڈرامہس منز چھُ یہِ بے معنی کتھو سٟتۍ کیفیژ ووتلاوان۔ مگر اَمہِ باوجود تہٕ چھِ ڈراما پنُن اَثر تھاوان۔ تژیمس ڈٲہلس منز چھُ Brecht بریختن فنکارانہٕ انداز اختیار کرِتھ رزمی تھیٹرُک نوٚو تجربہٕ کران۔ اَمیک مقصد اوس زِ وُچھن والین یِیہِ جذباتو بجایہِ عقلہِ سٟتۍ ڈرامچ عمل سمجھاونہٕ۔ کردار اوس اَکے ساتہٕ پننہِ شخصیتُک تہٕ کردارُک رول ادا کران۔ وُچھن والین اوس احساس گژھان زِ تم چھِنہٕ حقیقت وُچھان بلکہِ چھِ ڈراما وُچھان۔ اَمِ تھوو اَتھ ناو Alienation effect۔

۱۹۵۲ء منز چھُ سمیول بیکیٹن Waiting for Godot ہیوٚ یک پاسل ڈراما لکھان، یتھ نہٕ گوڈ اوس، نہٕ منز تہٕ نہٕ اَند اوس۔ اَمکین کردارن چھُنہٕ کانہہ مقصد، بلکہِ چھُ اَمیک مطلب زِ وُچھن وٲلۍ گژھن ڈراماہس حقیقت زانہٕ بجایہِ صرف ڈرامٲیی فکرِ ہنز اہمیت زانٕنۍ۔ یِموٚ تجربوٚ پتہٕ گوو اَتھ منز مابعد جدیدیت یا پوسٹ ماڈرنزم شروع۔ ڈراما چھُ زبٲنۍ باوژ ہُند طریقہٕ ترٲوِتھ بصری شبیہہ تہٕ جسمٲنی حرکژن ہُند وسیلہٕ اختیار کران۔ اَمکۍ الفاظ چھِ سیاق وسباق نشہِ فرار اختیار

کران۔ اَمیُک مقصد اوس زِ ڈراما گوژھ وُچھن والین منز پسِ جدید صورتِ حالُک احساس ووتلاوِتھ ہکُن۔ اَمہِ مقصدِ خاطرآو یَلہٕ تھیٹر Open Theatre قایم کرنہٕ۔ وُچھن والین تہٕ کردارن درمیان روٗد ترسیل۔ کردارن درمیان تہٕ روٗد ترسیل۔ مابعد جدید ڈراما چھ پأتھرس تہٕ وُچھن والین درمیان اکھ فأصلہٕ تھاوان۔ تماشہٕ وُچھن وول چھ پأتھرس اکہِ تنقیدی نظرِ وُچھان۔ وُچھن وول چھ وِن الفاظ، کردارن ہندی حرکات، اِشارٕ تہٕ تاثر ژٕرژان۔

یوٗ تام کأشرِ ادبُک تعلُق چھ خاص کر شأعری ہُند، اتھ مأدانس منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ شأعر پننہِ مابعد جدید آسنُک دعوٰی کران۔ تہٕ نہٕ چھےٚ جدیدیتکی پأٹھی مابعد جدید آسنچ رٕوِش چلان۔ مگر پتہٕ چھےٚ حقیقت زِ جدیدیتُک بزم پھٹنہٕ سٟتی لگی شأعر ضأبطہٕ بندی یو منزٕ نیرِتھ نٔوی تخلیقی تجربہ کرنہِ۔ مابعد جدیدیت چھےٚ تخلیقی وفورس پیٹھ زور دِوان تہٕ فطری اظہارٕچ حوصلہٕ افزأیی کران۔ عصری کأشرِ شأعری منز تہٕ چھےٚ تکثیریت، تخلیقیت تہٕ ثقافتچہٕ تٕژھ بےٚ شمار خوبصورت تہٕ موثر مثالہٕ درینٹھی گژھان، یِم منفرد، مقأمی، کثرت المزاج، کثرت الجہت تہٕ کثرت المعنی چھےٚ۔ یِمَن منز چھِ نسوأنی جذبات، جلاوطنی ہنز دَگ، اقلیتکی احساسات تہٕ شُربن ہندِ خأطر کرنہٕ آمٕژ شأعری شأمل۔ یِمَن منز چھِ فطری منأظر، مقأمی رنگ، قدرتی حُسن تہٕ توأریخی حوأدِث تہٕ جلوٕگر۔

حبہٕ خوتونہِ ہندی نسوأنی جذبات، رسول میرٕنی لولہٕ غزل، مہجور سٕنز نظم 'گریسی کوٗر' فاضل کاشمیری سٕنز نظم 'کرالہٕ کوٗر' راہی سٕنز نظم 'معأفی نامہٕ' امین کأمل سٕنز نظم 'تأے نامہٕ' حامدی کاشمیری سٕنز نظم 'وُزملہِ ورشُن' شوق صأبنٕ نظم 'یِنہٕ وألی سٕندِ ناوٕ سبز ژادرِ وول' تہٕ حیات عامر حسینی سٕنز نظم 'وبتھ' چھےٚ تخلیقی وفور تہٕ اظہارٕکی تکثیری

نمونہٕ۔ ؤں چھِ حاشیس پٮ۪ٹھ تراونہٕ آمتی غریب تہٕ پسماندٕ طبقہٕ تہٕ اَدبک موضوٗع بنان۔

ژٕ تہٕ خوجہِ بایَن چھا برابٔری یے ‏ ژٕ گلُن ہٮ۪تی چھے دِلبری یے

خوجہِ بایہِ تژہٕ پرتھ دارِ تہٕ بٔری یے ‏ گرٕیسی کوٗری نازنین سوندری یے

ناجؔی منور تہٕ ابس راضؔی چھِ شُربن ہندِ خاطرٕ شاعری تخلیق کران تہٕ چیٖزن شُری ہنزِ نظرِ وُچھتھ سادٕگی سان پیش کران۔

حامدی کاشمیری ہنز نظم ''وُزملہِ ورشُن'' چھےٚ ہا وان زِ حقیقی دُنیاہس منز چھےٚ اِنسانس پننہِ مجبوٗریہٕ، حدوٗد تہٕ مسایِل، یم نہٕ أمی ہندی سأری طمع جمع پننہٕ دِوان چھِ۔ مگر اِنسانس چھُ اکھ تصورٲتی دُنیاہ تہِ میسر، یتھ منز کینٛہہ تہٕ ممکن چھُ۔ اَوٕکنۍ چھُ یہِ اَتھ خیالی دُنیاہس منز کینٛہہ تہِ پرٲوِتھ ہیکان۔

شیٖشہِ أندری گگرایہِ ضدا گوو

بوٗزوٗنا

سٔجدس وٲتھو

وُزملہِ ورشُن گوو

اوٗبرٕچ ژھاے

تہِ چھٕنہٕ تاپری بالن

سَتوَے سر ہوٚکھی

اَتھہِ تلٕ أخر

بونہو لگن ہٮ۪تی

ہےٚ وۄتھ

(نظم۔ وُزملہِ ورشُن)

قاضی غلام محمد چھُ پننہٕ شاعری منز اَکھ تیُتھ طلسم خانہٕ تعمیر کران، یتھ منز چیزن ہنز صحیح شکل وصورت تہٕ ماہیت نظرِ گژھان چھےٚ۔ اَتھ طلسم خانس منز چھِ چیز پننہٕ نبو مادی آلایشو نیرِتھ فقط اِنسانی جذبات تہٕ شوٗژ انسانی رشتن ہنز باوتھ کران۔ اُمی سنزٕ نظمہٕ برُزٕ پش، پرانی واَر، ورُسی، پنجرٕ، ژونگ بیترِ چھِ سانہٕ تہذیبی پتھ کالکی دستاویز۔ قاضی صاب چھُ "اکھ پژون شہر" نظمہِ منز خوابن ہُند اکھ خیالی دُنیاہ تعمیر کران تہٕ اُتھی منز چھُ اُمس لطُف یوان تہٕ یہےٚ خوابن ہُند تصوراتی دُنیاہ چھُس حقیقی دُنیاہ باسان۔ باقٕی چھُس سورُے بےمعنی تہٕ فضوٗل لبنہٕ یِوان۔ اِتھکن کولرج "کُبلے خان" نظمہِ منز اکھ تصوراتی دُنیاہ تخلیق کران چھُ، تیتھے کن چھُ "اکھ پژون شہر" نظمہِ منز تہِ خیالی عالم تخلیق کرنہٕ یِوان تہٕ اُتھی منز چھُ اُمس سکوٗن باسان۔

اکھ پژون شہر أندی أندی چھُس تھوٚد سنگین قلاے
زَن نرِ پلنا وان ا سمانس
دروازس پیٹھ حبشی جوراہ ننہٕ کرتلہٕ ہتھ نٔوی نیزٕ تُلتھ
چار اَیینہٕ لاگتھ پاسِکھ در
یتھ دریا وس کنہِ ہُند کدل
پتھ کالہِ وٕسی گومت اٚشدر

---------

ہے بابا کتھ بوزکھنا

کۆت دژاکھ ژٕ رٕکری ہزی فرد وٕلتھ

پۆت پھیر تہٕ مے تہٕ ہتہٕ پانس ستۍ

(نظم اکھ پژون شہر۔ کولرج ہند ناو)

قاضی صأب چُھ اکھ خیأ لی LANDSCAPE تیار کران ۔

شہرُک سُہ اکھ مکانہٕ چُھ تبرۆک ژٕ گژھ تہٕ وُچھ

یَتھ بُرزٕ دِتھ پشس تہٕ گُٹھبن منز گژھان چُھ خواب

دوہ لۄس روشہِ روشہِ أچھن منز سماں چُھ خواب

پھۄل گاش روگہِ روگہِ خبرکۆت گژھان چُھ خواب

(نظم بُرزٕ پش)

خاصہِ جامن کرٕلی ونن تس گۓ تاپھ کیاکرنہِ میون کۆٹھ ژا یاو

راتھ مُژرۆو تھس یہٕ خوابس منز کۆت گیایکھ ژٕ کوچہِ کنہ تو گُن

صۆرژن ہُند الاو بونبن تل وُچھتہٕ ہرُک جلاو بونبن تل

یورٕ گوو تورٕ ماسہ واپس آو زۆنہِ منز ئلی گیاو بونبن تل

اِنسان چُھ خاکچہِ خمیرٕ پتھ پأدکرنہٕ آمُت مخلوٗق۔ یہِ چُھ مران تہٕ چُھ میژِ ستۍ میژ گژھان۔مگر یہِ چُھ سیمنٹ، سکھ تہٕ شِسترٕ ستۍ بجہٕ بجہٕ تہٕ سنگلاخ ہشہِ مندورِ تعمیرکران۔أمِس گوو مشتھے زِ یہِ چُھ پانہٕ بےٚ پژھ تہٕ اُویِل۔أمِس گیہِ پننہِ زمینی حقیقت تہٕ زمینس ستۍ پنن ازلی تعلق مشتھ زِ أمِس چُھ دُبارٕ میژِ منزے پناہ نیُن۔ زمین ماجہِ ہنز سرسبز ژا دِرے کرِ اِنسانس وُرن تہٕ دِیس

وَچھس تل جاے۔ بقولِ شوقؔ صأب ۔

کنکریٹ لربن اندر روزن والبو
شِسترس تہٕ سلوٗلایڈس تل چھَپن والبو
بڑم چھُو

سُہ

یُس تھَدبن پربتن منز باگ تڑاوِتھ ژھنوون

تہٕ

یَتھ نِشہِ تُہۍ دوٗر ژلان اُو
سُہ چھُ اَز تہِ تِتی
سبزا سبز ژادر ہیتھ
------- دُبنگہٕ
رَٹہِ اَسہِ پننہِ سبزا سبز ژادرِ تل
پننہٕ نِس سرد وَچھس ستۍ (نظم۔ سبز ژادرِ وول)

پڑتھ کانہہ چھُ پانس منز تہٕ پننہِ کامہِ منز گم۔ اکھ اَکِس ستۍ چھُنہٕ وِں کانہہ
مطلب ۔

دَپھ گوو ژیر
وِں چھُنہٕ کانہہ پڑژھان زِ
ژٕہ کیاہ کرٕ
سأری چھِ پانس پانس

پتھ روٗدی اٲسی، اٲسی لُکھ چھِ وُچھان دوٗرِ تماشا

ہِگندان کلن اٲڈی چھِ تہٕ اٲڈی گاف خدایا (شہناز رشید)

گلشن مجیدنہِ نظمہِ ''اکھ ڈاکومینٹری'' ''ہے امریکہ'' ''اکھ تشبیہہ'' ہِشن نظمن منز چھِنہٕ لفظ ٹھوس معنیس منز ورتاونہٕ آمتی ۔

موج چھےٚ گوپھہِ وُشنیرِچ شینکھ

میانہِ قبیلکی اَز تہِ ژھری

چھمبہِ ژھارِ تہٕ ووٹ موسُم ہتھ وٲتی

گوپھِ چھ کھوورِ لَبہ کرِد جاری

تہٕ موج

چھےٚ ہِکرِوِتھ کھریزِ

بے سود ------ کنگس لرِ

کُنہِ پگہچ براٲنزِ

دیوی ہُند آکار چھ ہاٲنجہِ سیوٗد

بے سوٗد

سَۓ چھ برتل پیاول ہوٗنی

اٲندرِ چھِ کتھہِ ہندی ساٲری پاتر

ترِ شرۄکیمتی کوٗنس منز

زوٗن چھےٚ تیٚہہ روٗس

رَژِھ رَژِھ زوٗرِس پتھ پرِیڈان

گوپھہِ گُلس پیٹھ دولہٕ چھُ کنہٕ پل میونٕے مول
زانپہٕ کرٕونہٕ کرینکہٕ لچہٕ ہنز ستھ تہٕ پڑٕے
سونگُت ہیٚوٚ پۆدٕ آکھ
کم ؟ کر ؟ واٚتی تہٕ کیُتھ ؟
پلہٕ ترٚوٚیہٕ منز اوٚرٕ لِکھنہٕ دِوان
ہے اوٚرٕ نہٕ یوٚرٕ (نظم۔اکھ تشبیہہ)

پڑنتھ چھےٚ حادثاتی آسان۔ أسی چھِ رشتن أکس خارجی نظامِ اقدارس منز پزٕ بناوان تہٕ تِمن معنی دِوان۔ سارنے کردارن چھےٚ پنٕنہٕ پنٕنہٕ کام تہٕ تم چھِ خارجی اصوٗلن ہندِس دأیرس منزٕے عمل کران۔ زبأنی ہُند ژلہٕ وٗن آسُن، لفظن ہُند سکہٕ معنی نہٕ آسُن، ڈانبل آسُن تہٕ ڈیٚوٕل آسُن چھُ ہاوان زِ کاروبأری رشتن ہندی پأٹھی چھِ زبأنی ہندی معنی تہٕ بدلان روزان۔۔ یِم معنی چھِ سانین کاروبأری تہٕ سمأجی رشتن ماتحت یا تعبین۔ ژکہٕ چھِ أسی زبأنی ہندی معنی پننہٕ نبو ضروٗرژو حِسابہٕ متعین کران۔ لفظن ستی چھِ سمأجی سمجھوتہٕ آسان، یِموٚکنی أسی لفظن سکہٕ آسُن بخشان چھِ۔ اِنسان چھُ سمأجی بندِشو نِشہِ ژلُن یژھان۔ یِم سمأجی، مذہبی تہٕ معاشرتی بندیشہِ چھےٚ أمِس رُکاوان۔ تشبیہہ نظمہِ ہُند ہرتر چھُ یہٕ زِ معنی چھنہٕ حتمی بلکہٕ چھِ دوہ دُش ورتاونہٕ یِنہٕ والی الفاظ اکہِ خاص ماحولکی پأداوار تہٕ یِم چھِ مخصوٗص حالاتن تہٕ واقعاتن ہندِس پَسِ منظرس منز بدلان۔ شأعر چھُ اکہِ بدلونہٕ دُنیاہک تاثر ووتلاوان تہٕ معنی چھِ بدلان روزان۔ کأمل تہٕ چھُ زبأنی ہندِ بے آکار آسنک اِظہار کران۔

میأنی یم ئلی کلی حرف
میانہِ اکہِ بے دار ہیجلکی ژھایہِ گتی
میانہِ کنہِ چھے نہ میأنی آدن بأج زبو
نَے میون ورفتار سونچ
کانہہ اگر کانہہ آکار میانبن ژھارِ حرفن
لبہِ کیا ؟ (نظم۔ آکار)

مابعد جدید مفکرن نزدیک چھ طاقتھے زبان DICTATE کران۔ (POWER DICTATES THE LANGUAGE) طاقتور طبقے چھ الفاظن معنی دِوان۔ بقولِ راہؔی ؎

ژے پرٛ ژھنے گولابس مُشک ہیوٚن بغاوت
ژے تختیار چھے راأژ یوٚ دوَے ونگھ دوہ (معأفی نامہِ)

برقیأتی تہِ مشینی تبدیلیو ستی گوو معاشرٕ میڈیا سوسایٹی تہٕ اشتہأری معاشرس منز تبدیل۔ نٔوی تجارتی طریقہٕ تہٕ صارفیت CONSUMERISM آو بروٗنہہ کُن۔ وٕں چھ اِنسان اشتہارَو ستی تیوٚت زیادٕ مُتأثر گژھان زِ یہِ چھُنہٕ زَگ تہٕ پرٛوٗن ژأرِتھ ہبکان۔ یہِ چھُ اشتہاری دُنیاہن تیوٚت مرعوٗب کوٚرمُت زِ اَتھ بروٗنہہ کنہِ چھے عقل تہِ ہیر گژھان۔ معیارس مقابلہٕ چھے اشتہارٕچ فرمانروأیی۔ اِشتہأری صنعت چھے اجتمأعی لاشعوٗرس پیٹھ قبضہٕ کران ؎

لیلہِ ستی از چیزس مول
لألہِ یہِ بُتھ وٕشلأوِتھ ووٗنی (رحمان راہؔی)

قُدرتن اوس کشیرِ اکھ منفرد حُسن وجمال عطا کوٚرمُت۔ دیودارَن ہُند سبزار، بونہِن ہُند شہجار، آبشارَن ہُند گربز، رنگارنگ پوشن ہنزِ خوشبویہِ ستی معطر سپدَن وول تازٕ ہوا، بُلبُل پچ تہٕ جاناورن ہُند چُری گش اوس دل شادکران۔ مگر جدید کاروبأری ذہنن واتنوو اَتھ سأری ہے دَدارٕ۔ اَمہِ ستی بگریاو سون ماحول تہٕ حیاتیأتی توازُن تہٕ کشیر چھےٚ وٕں یموٚ برکژٕو نشہِ پھأنگرٕ گژھان۔

سأری ہے وَدِہکھ سکھ کوہن تہٕ مرگن
یارِ شہجار چھم نہٕ راس حمہ

نیال تاں تھٕونہٕ ہانگلِن ہاربن
سور اوٚند پوٚک کرَن خلاص حمہ (امین کأمل)

اَز دیان پرٛتھ گرس چھےٚ وأر پٔنٕز
توتہِ نبرٕے یِوان چھِ ہاکھ تہٕ دال (رفیق رآز)

غأرمعموٗلی حالات چھِ کأشرِس معاشرس تَرٛ بَرٛ کُرِتھ نٔوی مسلہٕ پأدٕ کران۔ لارِ کُلٕگی دار تہٕ دارِ کی لار۔ اقلیتی طبقکہ کینہہ لوٗکھ چھِ جلاوطنی اِختیار کران۔ اکثریتی طبقس تہٕ چھُ حالاتوٚ کنی جایہِ پھِیوٚر گژھان۔ اَمہِ دَگہِ ہنز باوتھ چھنہٕ کانہہ جدیدیت، بلکہِ چھےٚ مابعدجدید رٔوِیک شأعرانہٕ اظہار۔ یہِ چُھنہٕ چھلہِ چھانگر گژھنُس پتھ واویلا کران بلکہِ چھےٚ یہِ اکھ صوٗرتِ حال۔

بٹہٕ باین تہٕ گرٚٹہٕ لۄگ، تی بوز　　　　وۄتھ کمن ماکنن اَ ماس حمد
کأملس روو کا پرن ہے ہے　　　　دَلے لامن تہٕ لۄب نہٕ لاس حمد

کتہٕ واتکھ میأنس ڈیرس کتہٕ مولوم کرکھ
یتھ شہرس منز چھنہٕ زانان شاڈن ناوٕ ے کانہہ

اَڈی چھہٕ پونا تہٕ اَڈی چھہٕ راجستھان
اَڈی ترٚکوٹانگر تہٕ اَڈی سروال　　　　(رفیق رازؔ)

جوان چھہٕ زر کماونکس شوقس منز دۄر دراز مُلکن منز کأم کران تہٕ بُزرگ چھہٕ گرِچہٕ چاردیوأری منز لاوأرِث زندگی گزاران۔ بقولِ شہنازؔ رشید ؎

اکھ شُر چھُ عربہٕ تس تہٕ بساں بیاکھ لندنہٕ چھُس
ہمسایہٕ میون اوس تہٕ اَزی مۄد لاولد

دُنیاہس پٮ۪ٹھ اِجارٕدأری قأیم کرن وألی طاقتور مُلک چھہٕ دُنیاکین مختلف مُلکن ہنز حِصہٕ باگے کرِتھ علاقأیی تنازن زنم دِوان۔ بین الاقوأمی سطحس پٮ۪ٹھ چھہٕ اِنصافکی نام نہاد اِدارٕ قأیم کرنہٕ یِوان۔ یم چھہٕ اِنصاف کرنہٕ بجایہٕ تہٕ مسلن اندیور دِنہٕ بدلہٕ، طاقتور ملکن ہند بن جأیز تہٕ ناجأیز مفادن ہنزٕ ے رأچھ کران۔ اَمہٕ بین الاقوأمی دوکھہٕ بأزی ہندی کُنڈی چھہٕ کأشری وِنہٕ تہٕ کڑان ؎

اَنی گواہ پھتہٕ پھیأری دعوا، گلی وکیل
یِژھ شہادت ترٚژھ عدالت تأے تأے

کھۄل اَسہِ الحاق نا الحاق وان
اَتھ دُکانس کرتہٕ برکت تأے تأے (امین کأمل)

گُل رویا اکھ سۄتھی کنِز درا و تَھچھ آیَس کۄرہس گُل قند

رسۄل پونپرنی "خدا مہٕ کرِن" نظمہِ منز چھ یہِ تاثُر شِدتہٕ سان وۄتلاوان زِ
أزیک اِنسان چُھ أندی پَکھٕ حالاتن منز ہیتھ آمُت تہٕ یہِ چُھ زبردست خدشاتن ہُند
شکار۔ یہِ چُھنہٕ کأنسہِ ہِندِ بدلہٕ ہنگہٕ منگہٕ زالس لگُن یژھان۔ یہَے چھےٚ کشیرِ منز
روزَن وألیٚن ہنز زمینی حقیقت ۔

تیٚلہِ اوس شُرِ بن مام یِوان راتس
تہٕ گرِی گرٕ اوس وۄلسنَس یِوان
اَز چُھ یُس وِل سُہ ٹۄٹھ پۄژھ
پۄت کھوری پھیٖرِتھ نیران
زِ کریک ڈاوُن ہے لۄگ
اُتنہِ بلا یہِ ٹٕت پۄژھے (نظم۔ خدا مہٕ کرِن)

رسۄل پونپُر چُھ ہاوان زِ تضادَو ہِتۍ گیہِ بےٚ پژھی تہٕ بےٚ پژھی ہِتۍ تباہی ۔

یہِ وجوُدٕچ أندرِم
خانہٕ جنگی کرِ وُجارٕ
یتھ بستی
گرِ نس (نظم۔ خانہٕ جنگی

چمن لال چمنٕ سنز نظم ''رتھ چھنہٕ میلان'' چھےٚ ہا وان زِ اِنسان چھِ ہوی مخلوٗق آسنہٕ باوجوٗد تہٕ پننہٕ پننہٕ مزاز، زبأنی، لہجہٕ، طرزِ کلام، سونچ، آواز، جسمٕک مُشکِ، پسند تہٕ نا پسند تہٕ صلأحیژو ہٕکنہٕ منفرد تہٕ الگ الگ وجوٗد تھاوان۔ اِتھے کنہٕ چھےٚ أمی سنز نظم ''شُر'' خدشہٕ ظأہر کران زِ مے گوژھ ہمکنہٕ سہٕ پرزنأوِتھ۔ اِتھکن چھِ مابعد جدید ذہنکہٕ جمالیأتی تہٕ تخلیقی وفوٗرکی جأری عناصر کأشرِ شأعری منز تہٕ لبنہٕ یوان۔

## کتابن ہندی حوالہٕ


۱۔ پروفیسر گلشن مجید۔ نقدِ شعر۔

۲۔ پروفیسر رحمان راہؔی ۔ کہہ ژٕٹ۔

۳۔ پروفیسر رحمان راہؔی ۔ سیاہ رۄدٕ جرین منز۔ ۱۹۹۷ء

۴۔ جیالال کول ۔لل دید ۔اکادمی آف آرٹ ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر ۲۰۰۵ء

۵۔ موتی لال ساقی ۔کلیات شیخ العالم ۔اکادمی آف آرٹ ، کلچر اینڈ لینگویجز

۶۔ناجی منور۔شفیع شوق ۔کأشرِ اَدبک توأریخ ۔کشمیری ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی

۷۔ شفیع شوق۔ یاد آسمانن ہنز۔

۸۔ شفیع شوق۔ زبان تہٕ ادب ۔

۹۔ کلیاتِ حبہ خوتون۔امین کأمل۔اکیڈمی آف آرٹ ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر ۔

۱۰۔ ناجی منور۔کلیات محمود گأمی ۔اکیڈمی آف آرٹ ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر ۔

۱۱۔ امین کامل۔ یم میأنی سوخن۔ ایجوکیشنل پبلشنگ ہاؤس دہلی۔ ۲۰۰۷ء

۱۲۔ محی الدین گوہر۔ ربہ دَو ۔جے۔کے۔مرکزِ ادب و ثقافت سوپور۔ ۲۰۰۰ء

۱۳۔ کلیات مقبول کرالہٕ واری ۔ترتیب محمد یوسف ٹینگ۔کلچرل اکادمی سرینگر ۱۹۹۱ء

۱۴ ۔ دینا ناتھ نادؔم۔ شہلہٕ کُلہٕ ۔ ۲۰۰۵ء

۱۵۔ عبدالاحد آزادؔ۔کلیاتِ آزاد ۔اکیڈمی آف آرٹ ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

۱۶۔ غلام احمد مہجورؔ۔کلیاتِ مہجور۔ اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

۱۷۔ کلیاتِ رسول میر۔ترتیب محمد یوسف ٹینگ۔ کلچرل اکادمی سرینگر۔۱۹۹۲ء

۱۸۔ رحیم صأب سوپُرک۔ ترتیب محفوظہ جان۔ ۲۰۰۶ء

۱۹۔ کلیاتِ وہاب کھار۔

۲۰۔ نعمہٕ صأب حیات تہٕ کارنامہٕ۔ ترتیب ڈاکٹرمحفوظہ جان۔ ۲۰۰۵ء

۲۱۔ کلیاتِ شمس فقیر۔ترتیب ڈاکٹرفاق عزیز۔نندٕ ریشی کلچرل سوسائٹی سرینگر۔ ۲۰۰۲ء

۲۲۔ کلیاتِ احدزرگر۔

۲۳۔ صحیفہ ناز۔(کلامِ لسہٕ خان فداؔ)۔ ترتیب ابنِ فدا خان غلام نبی۔ ۲۰۰۶ء

۲۴۔ کلیاتِ ضعیفہ۔ ترتیب خاتون بانو۔ ۲۰۰۱ء

۲۵۔ کلیاتِ لالہٕ لکھمن۔ترتیب ارجن دیو مجبُور۔جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر

۲۶۔ کلیاتِ شمس فقیر۔ترتیب ڈاکٹرفاق عزیز۔نندٕ ریشی کلچرل سوسائٹی سرینگر۔ ۲۰۰۲ء

۲۷۔ کلیاتِ صمد میر۔ترتیب موتی لال ساقی۔جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرکلچر اینڈ لینگویجز۔

۲۸۔ کلیاتِ احدزرگر۔

۲۹۔ کلیاتِ لالہٕ لکھمن۔ ترتیب ارجن دیو مجبُور۔جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔ ۱۹۸۳ء

۳۰۔ کلیاتِ پرمانند۔ ترتیب جے لال کول۔ موتی لال ساقی۔ جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔ ۱۹۷۳ء

۳۱۔ کأشر صوٗفی شأعری۔ حصہ اوّل۔ دوم۔ ترتیب موتی لال ساقی۔ جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔ ۱۹۹۸ء

۳۲۔ ڈاکٹر حامدی کاشمیری۔ جدید کأشر شأعری۔

۳۳۔ ڈاکٹر مشتاق احمد منتظر۔ سر سید احمد خان زندگی تہٕ کارنامہٕ ۲۰۰۲ء
۳۴۔ ڈاکٹر مشتاق احمد منتظر۔ عصری تاجیک تہٕ کأشر شأعری ۲۰۰۷ء
۳۵۔ محمد یوٗسف ٹینگ۔ شش رنگ۔ ۲۰۰۲ء
۳۶۔ شاد رمضان۔ اَتھ ظلماتس لعل کیا چھِ تَے۔ کشمیری ڈپاٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی
۳۷۔ شیرازٕ۔ (مہجور نمبر) ۱۹۸۷ء اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر
۳۸۔ شیرازٕ۔ (لل دید نمبر) ۲۰۰۳ء اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر
۳۹۔ شیرازٕ۔ آزاد نمبر۔ اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔
۴۰۔ شیرازٕ (فایل)۔ اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔
۴۱۔ سون ادب (فایل)۔ اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔
۴۲۔ آلو (فایل)۔ محکمہ اطلاعات جموں وکشمیر سرینگر۔
۴۳۔ کونگہٕ پوش رسالہٕ۔

## اُردو کتابیات

۱۔ ڈاکٹر تارا چند۔ اسلام کا اثر ہندوستانی تہذیب پر۔ آزاد کتاب گھر۔ دہلی۔ ۱۹۶۶ء
۲۔ مولانا شمس نوید عثمانی۔ اگر اب بھی نہ جاگے تو۔ جسیم بک ڈپو اُردو بازار جامع مسجد دہلی۔ ۱۹۸۹ء
۳۔ مولانا اکبر شاہ نجیب آبادی۔ آیئنہ حقیقت نما۔ شیخ الہند اکیڈمی دارالعلوم دیوبند ۱۹۹۷ء
۴۔ دھرمانند کوسمبی۔ بھگوان بدھ۔ ساہتیہ اکیڈمی نئی دہلی۔ ۱۹۶۰ء
۵۔ ایس۔ این۔ داس گپتا۔ تاریخِ ہندی فلسفہ۔ ترقی اُردو بیورو نئی دہلی ۱۹۸۳ء
۶۔ ابوالاعلی مودودی۔ الجہاد فی الاسلام۔ ۱۹۴۸ء
۷۔ لالہ سمپر جینی۔ جین مت سار۔ ساہتیہ اکیڈمی نئی دہلی۔ ۱۹۵۴ء

۸۔ رکھب داس۔ جین مت اور پرماتما۔ گیتا پریس گورکھپور۔ ۱۹۶۴ء

۹۔ لالہ دیوان چند۔ جین دھرم ازلی ہے۔ ساہتیہ اکاڈمی نئی دہلی ۱۹۶۰ء

۱۰۔ سید حامد علی۔ جین مت اور خدا پرستی۔ ادارہ شہادت حق جامع نگر نئی دہلی۔۱۹۸۸ء

۱۱۔ سید حامد علی۔ وید کا تعارف۔ اشاعت اسلام ٹرسٹ دہلی۔ ۱۹۹۱ء

۱۲۔ سید حامد علی۔ سکھ مت اور توحید۔ ادارہ شہارتِ حق جامع نگر نئی دہلی۔

۱۳۔ سید ریاست علی ندوی۔ عہدِ اسلامی کا ہندوستان۔ ادارت المصنفین پٹنہ۔ ۱۹۵۰ء

۱۴۔ متین طارق۔ مذاہب عالم اور اسلام۔ اشاعت اسلام ٹرسٹ دہلی۔۱۹۹۰ء

۱۵۔ مہا بھارت۔ گیتا پریس گورکھپور۔ ۱۹۶۴ء

۱۶۔ ابو ریحان البیرونی۔ ہندو دھرم ہزار برس پہلے۔ خدابخش لائبریری پٹنہ۔ ۱۹۹۳ء

۱۷۔ ابوریحان البیرؤنی۔ البیرؤنی کا ہندوستان۔نیشنل بک ٹرسٹ نیی دہلی۔ ۱۹۱۵ء

۱۸۔ مولانا عبدالحمید نعمانی۔ ہندو ازم۔ نعمت کمپوزنگ ہاوس دہلی۔

۱۹۔ محمد فاروق خان۔ ہندو دھرم کی جدید شخصیتیں۔ مرکزی مکتبہ اسلامی نیی دہلی۔

۲۰۔ ڈاکٹر ابرار احمد قاسمی۔ ہندوستانی مذاہب۔شعبہ دینیات۔علی گڑھ مسلم یونیورسٹی۔ ۲۰۰۵ء

۲۱۔ راما شنکر ترپاٹھی۔ قدیم ہندوستان کی تاریخ۔ترقی اردو بیورو نیی دہلی۔۱۹۸۰ء

۲۲۔ پی۔آر۔جین۔ جین مت کے بنیادی اصوٗل۔ساہتیہ اکادمی نیی دہلی۔۱۹۶۲ء

۲۳۔ نذرالحفیظ ندوی۔ مغربی میڈیا اور اس کے اثرات۔دارالعلوم ندوت العلوم لکھنو۔

۲۴۔ عمادالحسن آزاد فاروقی۔ دنیا کے بڑے مذاہب۔مکتبہ جامعہ لمیٹیڈ نیی دہلی۔۱۹۸۶ء

۲۵۔ اخبار لندن ٹائمز۔ شمارہ ۲۲ جولائی ۱۷۹۷ء

۲۶۔ مترجم عبدالحق انصاری۔ (شیخ احمد سرہندی) تصوف اور شریعت۔

۲۷۔ ابوالکلام قاسمی۔نظریاتی تنقید: مسایل و مباحث۔ ایجوکیشنل بک ہاوس علی گڑھ۔۲۰۰۶ء

۲۸۔ عبدالاحد آزاد۔ کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد اول۔دوم۔سوم۔

۲۹۔ شیرازہ اردو (فایل)۔ اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔

۳۰۔ سید عاشور کاظمی ۔ ترقی پسند ادب : پچاس سالہ سفر ۔

۳۱ ۔ عبدالقادر سروری ۔ کشمیر میں اُردو۔

۳۲ ۔ دوماہی کونگہ پوش اردونمبرا۔

۳۳ ۔ شیخ محمد عبداللہ ۔ آتشِ چنار ۔

۳۴۔ ڈاکٹر حامدی کاشمیری۔ نئی حسّیت اور عصری اُردو شاعری۔

۳۵ ۔ دیوانِ غالب ۔

۳۶ ۔ مولانا محمد رابع حسینی ندوی ۔ سماج کی تعلیم و تربیت ۔ مکتبہ اسلام لکھنو ۔

۳۷ ۔ ڈاکٹر ذاکر نائیک ۔ مذاہب عالم میں تصورِ خدا ۔ ادیب پبلیکیشنز نئی دہلی ۔

۳۸ ۔ غلام نبی خیال ۔ خیابانِ کشمیر ۔اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔۱۹۹۸ء

۳۹ ۔ غلام رسول ملک ۔ رسول میر ۔ اردو مترجم مجید مضمر۔ ساہتیہ اکادمی نئی دہلی

۴۰ ۔ برجِ نوٗر ۔ حیات و حالاتِ شیخ نوٗرالدین ۔ کلچرل اکادمی سرینگر ۱۹۹۱ء

۴۱ ۔ ڈاکٹر فاطمہ تنویر۔ اُردو شاعری میں انسان دوستی ۔ ۱۹۹۴ء

۴۲۔ عبدالاحد آزاد۔ کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد ۱ ۔ ۲ جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔ ۲۰۰۵ء

۴۳۔ رنجور تلہ گامی۔ نوٗرِعرفان۔ انیس پبلی کیشنز تلہ گام پٹن کشمیر۔ ۲۰۰۵ء

۴۴۔ موتی لال ساقی۔ صمد میر۔ صفحہ ۱۲ ساہتیہ اکادمی نئی دہلی۔ ۱۹۹۲ء

۴۵ ۔ گوپی چند نارنگ ۔ اُردو مابعد جدیدیت پر مکالمہ۔ اُردو اکادمی دہلی ۔

1. WALTER LIP MAN, DRIFT AND MYSTERY. P . 197

2. THE CARE FOR MODERN MAN . P 198

3. LE- COMTE DE NUAVY, HUMAN DESTINY PAGE. 13

4. WALTER LIPMAN, DRIFT AND MYSTERY P . 196 - 197

5. PROF SOROKIN, RECONSTRUCTION OF MAN P. 104

6. WILLIAM BRANDEN, THE INDIAN REMOVAL BILL. THE AMERICAN HERITAGE. BOOK OF INDIANS. NEW YORK 1961

7. Dr. Edward Kanze. Budhism, Its Essence and Development, P.43

8. Lala Champat Ray.The Practical Path. P.63

9. P.R.Jain. Jainism Not Atheism page 7

10. Kierkegadd, A selection from the journals of Soren Kierkegadd.

11. M.A.Macauliffe, Sikh Religion. Vol.1 P-567 New Delhi . 1909

12. M.A.Macauliffe Sikh Religion. V.1 P-300-332

13. Hindu Women's Right to Property Act.1937

14. The second stage بیٹی فریڈن۔

15. Sex & Destiny . 1984 ، جرمین گریر۔

## مصنف سٕندی باقی تخلیقات

جٹہٕ۔

ہیچھو کأشُر۔

سرسید احمد خان۔ زندگی تہٕ کارنامہٕ

ہی تھُر

جدید تاجیک تہٕ کأشُر شأعری۔ تقابلی مطالعہٕ

GLOSSARY BOTANICA

ینہٕ واجنہٕ کِتابہٕ

کأشرِ لُکہٕ ادبُک کینہہ انہار

گلشن مجید فکر تہٕ فن

شُرہن ہُند ادب